اتھ سائلس منٛز سأنہِ دُنیادٲری پھاںٹھ پانہٕ تہٕ اَتھی منٛز
اسان اسان ڈُنگہٕ ڈُنگ کرٕنۍ بابیہِ تس سیٹھاہ خوفناک۔

دۄہ اکھ شامن ہیوٚ آسی دۄشوٕے بأٹھ برانٛدس منٛز
وتھرِنس پیٹھ بہتھ۔ بُتھہِ اوسکھ لیٚشں ووتھ، کلکٹرہِ چھین تھرن
مندرین ہنٛدی تینتاگی آسی رُدۄشرانہٕ پتہٕ زُدنہٕ گاشس
منٛز نپہ نپہ کران۔ وارِہ منٛزہ لوہُتی بکُل پوش ژأرتھ
اُمس آشا لوٗتہِ پأٹھی مال کرٕنہٕ بیٹھومُت، تہٕ مہیندر اوسُس
لمہٕ لم کرِتھ، کھینچل کران تہٕ دۄدس گنٛڈٕنی ژأرِتھ ہنگہ
تہٕ منگہ ہر کرنٕچ کوٗشِش کران۔ آشا اُمس امہ
بےٚ وجہ ساوہ باپتھ تس بےٚ وٲری کرٕنۍ یژھانہٕ زِہ کیٚہ تام
ہتہِ دُیتُس تمۍ اَسہِ تھوپ تہٕ اَندرِم کتھ رۄزِس اَندری۔
اَتھی منٛز کوٚر ہمسایہ گرٕچہِ سوٚکی گُگلہٕ۔ گُو گُو!
مہیندر نہٕ آشانگی دۄشوٕے ہیوٚر گُن وُچھنہٕ ییٚنہٕ گُگلِہ
کُن۔ اما اَز دیُت نہٕ تمہٕ ہمسایہٕ گُگلہٕ جوابے! سوٚکی
اُمس نہٕ ژھوپہ کرِتھ رودزانہٕ!

آشایہ دۄن بےٚ تأبی سان، ”گُگلِہ کیا سنا چھُ گومُت
اَز ؟“

مہیندرن دوٗپُس، "چانہِ ہٹِچ آواز بُوزِتھ چھ منہ ہیٚر
ہشِس!"

آشایہ دوٗپُس زارہ پارہ کران ہیٚوٗ، "نہ، نہ! بٹھ کتھ چھ
نہ، وُچھِو نا کیاہ چھُس گوٗمت؟"

مہیندرن ودل ہیٚجو بوٗن، ٹھانہ تُلِتھ وُڈنُس نظراہ، جانوار
اوس مُوومُت! انہ پوٗرنایہ ہندِہ نیرنہٕ پتہ اوس نوکرن دراومُت
گُکلہِ اوس نہ ہرگز ہمتھ کانسہِ۔ وُچھان وُچھان پھیر آشایہ
مرثھا تھِس۔ انٛبیکٲرٕ وُڑھس نہ۔ پوش رُودی پتھے گنٕ۔
مہیندرس ترِ لوٗگ دِلس، اما بدمزگی گژھہ نہ گژھنی، یہی
سوٗنچِتھ لوٗگ تسہ تحول کرنہ۔ دوٗپنس، "جانہٕ گو، یہ گژھہ ہا
ڈاکٹرِ پرزنہِ، تہ یہِ آسہِ ہی گوٗکوٗ کرِی کرِی زلان زیٛرِ!"

یہ وُنِتھ تہ کٔر مہیندرن آشایہ کوٗم تہ پانس کُن لوٗگس
لمنہِ۔ آشایہ موکلوو دارہ دارہ پان پتہٕ تہ ہلکی پوش دِتنِ
دارِتھ۔ دوٗپنس، "تھَو تھوٗ، ییٚنہ گیہ مندچھ، جَل جَل گژھہ
تہ مٲجِ انِن پھیرِتھ!"

# ۹

امی دکنہ آس دوٚیمہ پوٚرہ ہٮ۪تھ آلو، "جہیندرا، جہیندرا!"
جہیندرن دِژس جواب، "کُس چھُہ! ولا، پوان کونا چھکھ؟"
بہاری تٔند سٔلا بُوزِتھ ہٮ۪یہ جہیندرس بوکہ۔ نیتھرہ پتہ
اوٚس تِمہ پننِس سوکھس منز خلل ہیوٚ باسان، اما اَز باکیوس
تِمہ سیٹھہ کارامد۔

آشایہ تہٕ کوٚرہ بہاری ہٕنہ ہٮ۪نہ دٔہشلاہ ہیوٚ۔ ڈیکس ساڑہ
وُنٹہ ترأوِتھ یِتھُی سہ وُوٚتِتھ گیہ، جہیندرن دوٚپُس، "کوٚت گژھکھ؟
بہاری چھُہ، دٔپہ چھُنہ کانہہ!"

آشایہ دوٚپُس، "ٹھاکُر پوٚ (: ڈٔریٖ لالہ) سندہ خاطرہ کرہ
کِنِہہ کھیٚن چیٚن تیار!" کیٚنژھا میٚوٗلُس کار تہٕ دٔندہ لوٚتیوس
ہیوٚ۔ ہشہٕ ہنز شُیٹھ خبر زأنِہ خاطرہ اُدز جُنڈٕ کڈِتھ
اِستادہ۔ دُنہٕ اوسُس نہ بہارِیس سیٹھہ کتھ کرنس موکہ
سمان۔

اژہ وُنُ دۆلُس بہارین،" فنا! کرُمو ما رنگس بے رنگی؟
تھوٗتھ مہ گژھی نے بابی ' یہ دراس!" آشانجہ مہیندرس
بٹھ ہتھی وُچھنہٕ۔ مہیندرن پرژھنس، "بہاری، مأج چھا وارے؟"

بہارین دۆپُس،" یہ کیاہ سنا؟ ماجہ بچارہ ہنز خبر کتھ
پأٹھو از؟ تتھ ہیٚے وُنہٕ فرصتھ چھ۔

سیچ اَ نیٹ ونہز لواٹ میڈ فرسلیپ،
لوار فر ملرز اینڈ اوانٹس! (دیژھ ہش راتھ چھا
نیندرہ باپتھ یا ماجہ تہ پچنہٕ ہنزہ خدمژ بژھو!)"

یہ ؤنتھ تہ ہیٚراو بہارین نیرُن، اما مہیندرن اوٗن
زورہ لمی لمی واپس تہ بٹھنوٗن۔

بہاری دۆپُس، "بابی، میٚنہ ما چھُو راہ، زورہ اوٗنُس
رٹتھ پاپھ ہے کوٗد تہ مہیندرنی! ییٚنہ یہ شاپو دلنہٕ
یمہ؟"

آشایہ آو جیرہ، جوابا پھورُس نہ کینہہ۔ بہاری اوٗسُس
نزانتھ ژنی کران۔ دۆپُنس، "گرہ تہ چھُ شولان، اما ماجہ
ہنزہ بھیرِتھ انہ مُک چھُنہ وُنہٕ دیلہ آمُت؟"

مہیندر دۆپُس، "واہ، آسی ہے تمُ سنزہ مادہ کتھ تام

چھ گامتۍ؟"

بہارین وونُس، "تہ لیکھو زِہس اچھر ڈاہ۔ دیکھو کیاہ لگہِ ہی؟
تِمس ییہِ ہے نہ پرٛتھ۔ بابی، مہیندرس دِکھنا منٹ جوراہ موکل
ہلہ سوال پرٛچھی؟"

آشایہ آیہ ژھکہ، اُمِس لجس دار۔

مہیندر ووٕنُس، "خبر کمہِ نیک ساعتہِ سپدِ یو چون درشُن۔
زانہہ تہ آیہ ہہ برابری، ٹھوسہ ٹھوس ژھنز چلہ ووٕنی!"

بہارین ووٕنُس، "ماجہ کرِ لیکھی برباد، زمان تہ ماکری ووٕنی تباہ
ہتہِ ما ہیکہِ نُردِتھ۔ تویے چھُس دکھتہ دکھتہ کتھا کتھا پرداہِ
دائِتھ۔"

مہیندرن، "تمیک فائدہ؟"

بہاری، "چانہ حقہ متہ اُمسی تن کینہہ تہ فائدہ، میانہ حقہ
چھُی کینہہ؟"

## ۴

بہارِین لیکھنو مہیندر یانس برونٛہہ کنی چِٹھی تہ وونِی دوٚہو لو
سۄ چِٹھۍ ییٚتھ زِہ راج ںِگمی انن ماپس۔ راج نِگمیہ زون زِہ چِٹھۍ گژھہ آیِنٛز ہیلپرن
لیکھناوچٛژ، تومِتہ ییو گَن نہ دار گرتھ۔ ونوٚدنی آیِس ہیچھ۔
گرہ واجیٚنہ آیہ ہیرتھِ تہ وُچھن گرِیک کمال — بتہ یکھیہ
لُژھو گوشت، ملہ بوٗزُت، بھرِہ تھرِی۔ نوشہ پیٛٹھہ گوس دِل
بیٚنیہ تہ کھٹہٕ۔ اما نوشہٕ اوس بدلے رنگاہ! ژھایہ گژھ
آسہس کران۔ ونہ روزستی آسہس اتھ شہلاونس برونٛہہ
برونٛہہ روزان۔ سۄ آسہس بُتھ کھیٛوان، تھوی تھوی، مے اَمس
برتیو۔ یوسہ کامہ نہ زانٛنی زِہ تتھ کیاہ لسھے لاگن!
راج نِگمیہ گیہ رای زِہ انہ بلڈنایہ سۄندِہ گرٛھنہ پتے چھ
آمژ آشایہ دتھ۔ اما سوچِھن، "مہیندر گوژھہ نہ دِمُن زِہ ییٚتِس
کالَس پتھیٛنی آسِم ییتِہ تیٚتِس کالَس روٗدِس مرِس منز،
ماجہ آیہ نہ آیہ وُدرہ روٗگ، دوٚتم۔ تس گوژھہ نہ مکس

بہن زِہ انہٕ پورناہِس أسِم ہمدرد تہٕ مأج چھم کھشرٕ! کرِ زیٚچ تہٕ کیاہ؟
ازکل ہے دوہلہٕ جہیندر ناد دِلِس، نوش کرِتھ ٹال مٹول۔

اما راج لکشمی مِتیس، "جہیندر ہے چھُ ناد دِوان، بوزان چھکھ نے؟
زیادٕہ کرنس ہے چھُ زیادٕہ کھر! گرٛھی، ترکارِ ہیے چھُ نہٕ چارٕہ۔
بٔییہٕ گوٚ شروع سِلیٹ، پنسل تہٕ قاعدٕہ ہیتھ بہن۔

لوٚلہٕ بےبُنیاد ہاژھہ لگِتھ اکھ اکِس راہ لدن۔ دوہلوٚ منزٕہ
کٕھنڈ لول چھُ زیادٕہ دزِن دار، یِتھٕ یِتھٕ کتھن ہیٚتھ ادٕکھ
لگان واوداو۔ تعودٕہ دوہس راتھ کرِنی، تہٕ زُونہٕ گاشس دوہ۔
تھکُن تہٕ لوشُن أسی نیٚبرِ ژٕمبہٕ دور کران۔ پانٕزِ اُسو
اکھ اکِس ژیٚتھ رچھان زِہ ژٕتہٕ روٚست کیاہ ہیٚکہ نہٕ برٕژٕن
تہٕ دِتھ۔ بوٚگس چھُ بلاباہ زِہ سوکھ چھُ نہٕ زیادٕہ دوہ
روزان، اما ایچ چھُ نہٕ سہل تھیٚم ووتھان۔

اُتھی اشناہس منز آیہٕ دوہ اکِہ دِنودِنی آشایہٕ نش۔
نالہ متہٕ رٔٹِن تہٕ دوٚپُن، "رہے ڈیکہ بجی، میٚہ دوکھ لٔدِنہٕ کوٚن تہٕ
کرِزِہ ہے ژُھر نظراہ!

لوکہ چارٕہ پانہٕ بیٚٹھے اُس آشا پیٚتر سندٕہ رچھنہٕ آخر،
لِہٰذا اوشس دوپس برہٕتھہٕ کنہٕ اندرٕٹ ہیٚو گرٛھان۔

پھرٕڑ بھرٕٹھ اوسُس روزان پرٛتیکھ ماگیم۔ وٕنوٕدِنی ییٚلہٕ ژٕرچھ
تہٕ تیز نظر ہیٚتھ، سوکھ موکھ تہٕ بچھ وٕنہٕ یادنہٕ تیس برونہہ
کُن آیہ، تس ہیٚیو نہٕ ژُجِتھٕ زٕہ زان بچھان کرنہٕ ییس۔ تمہ
وُچھ زٕہ تسنزٕ ہشرٕ راج لکھمیہ بردٕنہہ کنہٕ ما اَسس
وٕنوٕدِنی کانہہ تہٕ داے بران۔ راج لکھمی تہٕ اَس آشایہ
ہاوی ہاوی وٕنوٕدنیہ سیٚٹھاہ ییرتھ کران۔ تہٕ آشاہٕ لوز نادہٕ وٕنی
اَسیس وٕنوٕدنیہ ہندِ تعریف پھوران۔ آشایہ وُچھ زٕہ وٕنوٕدِنی
کارٕژاہ کانٛج چھہ گرٕہ کامین منٛز ییمہ کرنہٕ تس پرتھ رنگہٕ
دس گاہ چھہ۔ نوکرن چاکرن چرٕتاوان، بلے واری کران تہٕ
حکم دِوان چھ نہٕ سوکنہٕ قسمک داے بران۔ یہ سوری
کینٛہہ وُچھِتھٕ اوس آشایہ ہنٛز یان وٕنوٕدنیہ بردٕنہہ
کنہٕ سیٚٹھہ ہیٚرٕ لوٚت باسان۔

تمی گوٚنہ ساوہ وٕنوٕدنیہ ییٚلہ آشایہ سیٚتی دلیہ پون لاگنچ
یژھ باو، تسند آنند دراو بیلے وایہ لہرٕ ماران۔ باژی گرٕہ
سٕندیس ژھلہٕ گلگہٕ پاٹھی درایہ تسٕندیس لولہٕ بیاٹیس اَکی ہیٚرٕ
دٕہیس منٛز ترٕ وتھرٕ تہٕ بوٚش تہٕ۔

آشاہٕ دوٚپُس، "دلے ہیسے" اکہ اَکِس ہیے تھوٚد کینٛہہ

رُت ٻهن ناڈ!"

وِنودِنیہ آد اُسن، پرژھنس، "کیاہ سنا؟"

آشا یہ ٻھِرِ گنگاژل یہِ ٻگل پوشہ ہوٚرِ کاٹیہ ہۍ پرتی پرتی
ناد۔ وِنودنیہ دوٚپھس، "یِم ہیٚے چھ ساری پرانیمتیٚ۔ یِمن
تیٚمِن نادن نیٚ چھُنہ ونی کانہہ پرژِہ لنظرِ دُچھان!"

آشایہ پرژھنس، "تہٕ، اِدہ کُس ہیوٚ چھُوٚ ژےٚ پسند؟"

وِنودنیہ دوٚپُھس اسان اسان، "اُچھ کِٹرُ!"

آشا اُس تہٕ پرژھان کانہہ موٚدر ہیوٚ ناد کھوٚن
اما وِنودِنیہ ہٕنٛدہ لِحاظہٕ کوٚرن وہو تہٕ قبُول۔ ناد موٚت
کرِتھ دوٚپھُن وِنودِنیہ، "ہیٚے اُچھ کِٹری!" تہٕ اسان اسان
گٕیس نیٚلی!

# ۱۱

آشایہ اوس دِلیہِ ہُند سیٹھہٕے ضرورتھ ۔ لول چھُنہٕ یاژن
دۄن اندرِ وعلہ ستھ ہیکان ۔ ژٕریماہ تہٕ گژھہِ آسہٕ نوٗ یُس
کتھ میچھر باعگرادِہ ۔

لولہ بوچھہِ وِنودنی اُس لۄہ جہیرینہٕ ہندہ لۄہ امارک
داستان تمی چادہ بوزان یمہٕ چادہ کانٛہہ شرامیاہ زالہ ونس
ہیالس دام چھُ دِوان ۔ دیمٲغ اوسُس متان تہٕ رتُس
اُسِس گرکھ اژان ۔

یِمِشنٕہنٕس ییلہ مٲجِ مس نیندرہ اُس، نوکر چاکر اُسی دۄرِ
غایب گامتی ۔ جہیندر اوس بہاریہ مارہ متہ کینژہِ کالہ خاطرہ
کالج گومت تہٕ گرکہ ونس ییلہ آکاشس منز اُس کُنہ کُنہِ
گانٹہٕ ہنز چکھ ہش ژٕرتھ گژھان، تمہِ وِزہ اُس خلوکہ
شونگن گژھہِ آشا شانہ گنڈِس مس پریشان ترادِتھ
دتھرنِس ییٹھ ڈاچاہ ترادان، تہٕ وِنودنی اُس دچھس تل

شانہٕ گونڈاہ دِتھ، کھوٚر وہرِتھ گنگہٕ رایہٕ مان لوٚلہ کٔنِتھ
بوزان۔ کُنہٕ پھیٚرِ آسس وٚدشلان تہٕ شانٔش ہٕش
اٚسِس کھسان۔

وِنودنی اٚسِس سوال پرٛژھو پرٛژھو زچہٕ پرٛ تام گٔڈِتھ
یِوان۔ کُنی کنِتھ اٚمس پھیٚرِ پھیٚرِ بوزان۔ تہٕ تیٚلہ تعبہ
ادس سوران، خیالن منٛزٕ اٚمس راوان۔ دپان اٚکِس
"اٚہنی ہرگٲہے یتھ کُنِہ آسہٕ ہے تیٚلہ کٔہ سپدِہ ہے؟
یتھ کُنہٕ ہے آسہے تیٚلہ کِہو کرِہو؟ یتھی کُنہ سٕدکہ
کیٚن ہادسَن تام خیالَن گٔنٛ درسہ دِیُن ادسکِس نوٚش
یِوان۔

وِنودنی وَنہ ہس "دوٚپہے ہے اچھی کرِٹِی، یہاری بابوہس
ہے باگنی آسکہ آخر، تیا ہ؟"

آشاوہ ہِس "نہ بی، تہٕ کیاہ گو وُنی؟ تہٕ گو اپزٕ،
مٔے چھے منٛدچھ یِوان، اد ژٕ پٮ۪تری ہے نیتھر پیوہس
جانہٕ گیو، ژٕ پٮ۪تری ہے کٔنِتھ تہٕ آسس یِوان؟"

وِنودنی۔ "مٔے سپتری آسِہ دٲریاہن کٔنِتھ! انزیونہٕ
زبرٕ گو۔ یہ یمہ حالہ تھس، زبر چھس!

آشا کرِہس داد، سو کتھ مانہٕ ہے نہٕ وِنودِنی اُمس
تہندِ کھوتہٕ جان حالس منز! دپہٕ ہس، "وُچھی، بُرزنہ
مانتہٕ زِہ میانس برتھ ہس آیے یکھ باگنہٕ، اڈٕ ہش
کتھ کیاہ اُس؟

تہٕ تہٕ ہیکہٕ ہی سپدِتھ۔ کیازہ نہٕ؟ آشایہ ہُند
ہوئر دتھرِن، ہوئر پلنگ، آسہٕ ہے دوہ اکرِ تشی
کُتُ ژرنہٕ آمُت۔ وِنودِنی کرِہ ہے اَتھ شیرِتھ پیرِتھ
شونگن گُٹھس کُن نظراہ، تہٕ ییہٕ کتھ گژھِہس نہ کینہہ تہٕ
مُشتِتھ، زہ از چھ سو اتھ گرِس منز بُڑھی لازِمہٕ
از میبس اتہٕ جاے پگاہ گژھ ہیٹہ گنہ طرفہٕ نیرِتھ!
ہیٹشنس ہیوٗ کرِہ ہے وِنودِنی کامہٕ زہ آشایہ
ہُند لشکر بارِ ہے بڈہٕ گاٹہ جارہ سان تہٕ شیرِتھ
پیرِتھ سوزہ ہے تس ہینزِس جانانس سَکھنہٕ۔ تسنز
کلین زنتہٕ اُس ژوریہٕ ژوریہٕ تس پدمانہ ہتہٕ پتے
نیرِتھ۔ لولہٕ ہِتس جانانس نِش خلوکھ گُٹھ اژان۔ گنہ گنہ
دوہ اُس نہٕ سو آشایہ گژھنے دوان۔ دیان اُسس
"ہی تام ژاتِھ نے گژھی سُہ کینہہ۔ دنگ ژدی نے

چھُ؛ دامانس تَل روٗد حمیت مرنہ ہے چھُ!" یہ ونتھ
تہٕ اَسیی ژیرتام رٗودکھ تھوٚنگِ رَنگہ رَنگہ ژھل کران۔
مھیندر ادسعس سیٹھاہ ژکھ سان وَنان! "یہ دُنیس
کیا چھُ نہ نیرنگ نادِ یہ ہیوان۔ دُنی کرتَلی تھبھ؟
آشا دیوٕہس ژکھِ سان" "متہ ییٚتھنو میانہ ابھِمِکرٗ
ینٚہ ژکھ۔ تمو دِ اچھو خبر زِ تہنزٕ کتھ بوزِتھ کاٚتاہ خوش چھس لیوان۔ کمہ چاوہ چھم شیرتھ
راج لگھی اَمس نہ روان آشایہ کاٚم کرنہٕ۔ وِنودِنی
اَمس نوٚشہ تمہند طرف کران تہٕ تس لاگان کامہ۔ پانہ
اَمس دوٚہہ دوٚہس جکھاوِ روزان، آشایہ تہٕ اَمس نہ
موکل دِنی یِزھان۔ وِنودِنی اَمس پوٚتس پتھ کامہ تمند
تیٚتھ سِلسلاہ چلاوان زہ آشایہ اوس موکلن بہاہ مُشکل
باسان۔ آشایہ تمند سامی آسہ کاٚنی ہندس خلوکھس
منز دولیومت، یہ شونچ شونچ اَمس وِنودِنی اندی اندی
اَکہ اَکہ پھٹان۔ آشا اوس تنگ یتھ وَنان" ہیے ابھِمِکرٚی
ترادِمی دوٚ؟ سہ ہیے آسیم شوریومت!
وِنودِنی وَنہیس ماس بتاسی، "شورِ نی" یہ کامہ پیٚنشتھ
موکلاوستے کینہہ نہٕ گرمی ژیر!

کینٛہہ کالاہ پتہٕ دۄپُنس آشایہ بٔینِیہ" نہ بی، نہ بی،
ژٕمس ہیے آسیم پٔزی پأٹھۍ خشم کھوتمت، تراوتھی دِنی!"
وِنودنیہ دۄپُس، "اِہ کھٔسی تنس! لوٗکس سٔے روشُن توتَن
آسہٕ، سپنتھ کیاہ چھُس؟ یہٕ بوزتہٕ سپنس مرژہ وانگُن
ہِسوی!

وِنودنی اَمس مرژہٕ وانگنَس تٔہند سواد زانان۔ اما سِین
تہٕ گوژھس آسُن! رگن منز دوڑیوس نار ہیُو۔ پیارِی
نظر تراوِہ ہے، ناڑہ برپٹہ آسس یوان۔ سوچنہٕ
لٔج، سوگھگ یہٕ گرہ بار، امارگ بہ ماڑہ مونت!
یہٕ آسہ ہے نا میونئ۔ بہ آسہ نا یٔتہٕ راٗتی ہِش۔
ساعی آسہ ہنیم نا موچھ منز؟ گرِس نا گژھِہ بے یہ حال
تہٕ گرہ وِدل ما آسہ ہے یتھ دشایہ ددتمت! ینمہ نشہٕ
بہ کھشَس لد سپزِس تتھ چھ دنی یہٕ نشرو گأنی، یہ اچھ دأر
بوگان!

آشایہ نالہ متہٕ رٔٹتھ دۄپُن، "دِنہکے ہے اَچھ کٔرتی، راتھ
کٔے کیتھ کرہ وہ بازو دہ یوٗ، فٔنتے، وِنی کہے گو۔ یہ
مییہ ہنپھناسے مکھ، تہٕ دیو تھٔسے؟ تُہندہ لوگ قصہٕ بوزنگ بے

چھُم اموب شرٕ۔"

## ١٢

دوہہ اکہِ دولیو مہندر تہ ماجہ ژتُجِن کرکھ، "یہ کیہہ دوہ پکارا کوٚرتم؟ دوہہ پیہ گرِچ نوجوان ویدوا گرٕ انِنگ کیہہ ضرور تھ پیٚیوکھ ژیٚیہِ؟ میہ نےٚ چھےٚ نہ یہِ کتھ ژھانہِ۔ وُنو کیاہ کمہِ وزِہ کیاہ واٚرِداتھ گژھِ!"

راجہ لکھمیہ ووٚنُس بینہِ نِس بینہِ سنِز نوش ہا چھم، دوہ پیہ کتھا باٚگٹھو زاٚگنیٚ زیٚن!"

مہیندرن دوٚپُس، "نا ماجی، یہ سنےٚ گو جان۔ میاٚنی کِنی نےٚ گو نہ اُمی سند یتہِ روزُن جان۔"

راج لکھمی اُس زاٚنتھ زِہ مہیندرُن ونُن گُنی پُتر کرُن اوٚس نہ سہل ہیوٗ کینٛہہ۔ بہارِیس دِیُن ناد تہ ووٚنُس، "دوپی ہا مہیندرس تارکھنا فِکرِ زِہ بینہ سنِزِ نوشہ ہندی کِنی چھُم

بجرس راحت ہیو واتان۔ وۄپرٕ اُستن، یوٗسہٕ سیوا
امہ گرٕم سۄ گرٕم نہ ینیٖ گٲنسہٕ۔

بہارین دیٖت نہ راج لُکھیمہ کانہہ جواباہ، تہٕ گو جہیندرس
نِش۔ پرٛژھنس "یہ ٹاٹھیا، دِلودِنی مُند سوٗنچھا کینہہ؟"

جہیندرن دوٚپس اسان اسان، "تمیٖ سُندہ داد ہا ژھم راتس
نیٚندرِ تہٕ کامنچ گٲمژ۔ یہٕ کاکنی برٛژھہ، اِز کل رکتھ کُنی
جھُم ولودِنی ہندی خیالن جیٚرہ اوٚڈُمُت!"

آشابہ کوٗر جہیندرس پردہ اندری لوٚتہٕ پٲٹھو ٹھاکہ۔

بہارین دوٚپس، "کہو چھکھ ونان، دوٚیم ⊛بش برکھ(: ڈیہہ
گل) ماچھو گومُت؟"

جہیندر، "اوہ کیاہ بوزتھ! توٚے چھ نا چنیٖ ژھرٕ ژھرٕ ژھرٕ
کران زِ اُمس نِشہٕ گژھم تھیہ ولھتو۔"

پردہ اندرٕ کوٗر آشایہ ہنزٕ اُچھو دوٚیو بیٚیہ تہٕ ٹھاکہ۔

بہارین دوٚپس، "رۄخصت ہے کرہن تہٕ نہ ہیٚمیہ واتی
پھیرتھ! وٚیدوایہ بنزی نیٚتھرٕ کرتھ ژھنن۔ وٚیہہ دند
گژھنس یکدم پھٹہ راونی۔"

---

⊛ بنکم چندر چیٹرجی یُن ناول یتھ منز گند چھ ساریہ ڈٲبہ ڈاس کران۔

مہیندرٕ کٕنٛدِ تیٚیٚ نیتھر اوسکھِ کوٗرمُت!؟

بہاری دٔوٚتھس" تھوٗ تھوٗ" تس سیٖتۍ چھِہ مُشابہت؟

وِنوٗدِنی ژٕنٛد چھُم میٚہ مُنزِ مٕنزی شوٗبھنچٕ۔ ژیٚہ سیٖتۍ ما
ہیٚیٚ سہ زیادٕ کال رُوزِتھ۔ تہٕ یتھ داگران جہاتس سہ
ردٔوٚزان آسی ہتھیٚ دُمبرن جلاوطن کرنٕ گو اُمی سٕنٛدِ باپتھ
سٔیٚلھہٕ کرٕوتھ ڈٔنٛڈ"۔

مہیندرس برونٛہہ گو آس نہٕ وِنوٗدِنی از تام نزانہہ
تہٕ آمژ، اما بہارین آس ڈیچھمژ۔ تٔمۍ اوس مٔمۍ دپان یہ
گژھہِ نہٕ جنگلس منز صاپہٕ تہٕ ہاپہٕ گژھنۍ۔ تس اوس لرزٕ
دِہ یِوان رٕیٚہہ ژاگنس منز دٔوٚتھتھ گرس گٹہ چھِ کاسان
سوہ گژھہٕ نہٕ گرس نار دِنۍ"۔

مہیندرن کٔرۍ اتھ کتھِ پیٹھ بہاریس سیٹھاہ ٹٕھنٛز۔
بہارین تہٕ دِتِنس جواب۔ اما مَنس اوسنس بہتھ زِہ اُمِس
زنانہٕ ہنٛز زِہ نہٕ گیندھٕرِنۍ کرِتھ، یہ منادِتھ ترادِنۍ چھ مشکل۔

لاج لگمیہ دِیت وِنوٗدِنیہ چِیس، دٔپنس، "ڈیچھی یبا، نوٗس
ہتہٕ آستن پانس نش ژیٚہ تام رٹان۔ ژِہ تہٕ گیگھ گاہے گرِیتھ
گوٗرٕ۔ از کٔلکین ہنٛدی رنگ مانزانکھ۔ ژیٚہ گاجٕ چھکھ داوٕ

پانٹھ آزٕ بوزٕ شوژٕ کاًم ہیوان"۔

امہٕ پتہٕ ہیوٚت وِنودنہٕ آشایہِ نِشہٕ لوٚب، تہٕ کتھ تامرنس فِکرِ۔ دوٚدنِس" بہٕ کوٚس بی چھس؟ میٚہٕ ہری نٔے بیٚنہٕ یترتھ اُپچھتہٕ ہیکن، خبر کیہٕ وِزٕ کیاہ واٚرِی دات سپنیکہٕ!"

آشایہِ موٚر پان، وٕوٚدن رِوٚن، اما وِنودنی رُوز درد۔ آشایہِ اوس بوس پھوٚٹمُت، اما وِنودنی کورُس نہٕ غورِی کینہہ۔

پیارِی اوس تہندِرِن لول ترِنیومُت۔ اُچھن ہنز لوچھ آسس گژھمژ ہش۔ یرہٕ تہٕ یوس بےٚ ترتیبی دِل بہلایا آسس باسان: سوی آسِہ دنی زن تہٕ کھیٚنرِ لوان۔ آشایہِ ہندِس گاٹہِ رزِ ژھرس اوس شہٕ وِزٕ وِزٕ بےٚ زار، اما نِنٔ پانٹھ اوسُس نہٕ باس دِوان۔ توٚتہٕ اوس آشا اندرِی اندرِی محسوس کرانہِ زِ اژھتن بِلہٕ سیتی چھُ لول بڑہِ ہیوٚ گژھان۔ تہندِرِن بارہِ موٚت اوسُس بےٚ سود باسان۔ اپژِی نزارٕ یارٕ بلٔے بیٚن پان ڈگُن!

اَتھ حالس منز اوس نہٕ ژلنہٕ روٚس چارٕے کینہہ، تہٕ خُدایِہ رُوٚس یلاجی کانہہ۔ زنانہٕ سو یادٕ کِنی کرٕ آشایہِ یمن دوہن تہندِرس نِشہٕ لوٚب روزنٕچ یارٕ کوشش

اما وِنو دِنیہ   تراوِتھ گژھے کوّت ؟

لولہ چِہ مس نینٛدرِہ بیٚدار سپنتھ ہیوٚت جھینٛدرن
دارہ دارہ پالیس ییوٚن زہ پرنس لیگھس کُن تہٕ ما
گوٚژھ دیان دُبنگو ۔ کھوتیو منٛزہ اینٛن ڈاکٹری کتابہ پیٚیہ
ژھاپِتھ تہ لرٛتھ وِننکہ ۔ ڈاکٹرِی کوٗٹ ہتلوٗنس تاپھ
دِمنک تہٕ بُہوگ ظوٗن ۔

## ۱۳

وِنو دِنی بیٚلہ بلکُل مو ٹیلیس نہٕ، آشا یہ سوٗرنِج ژھلاہ
اکھ ۔ وِنو دِنیہ دوٚپُن، " اَچھ کرِکڑی ژہ کینٕہ چھکھ نہ ییواہنہ
میانِس سائمیس برونٛہہ کُن ۔ ژلان تہٕ ژوٗرِہ کیہہ ژہ
چھکھ رونان؟" وِنو دِنیہ دوٚپُس مو خصر باڑُھ اما ژکِو سان،
" چھی چھی !"
آشا ژُژھس، " کیہہ ژہ؟ ماچہ نشہ ہے بوٗزمت چھُم ژہ

چکہٕ پٕز دوپہر کیٛنہہ!

وِنوٗدِنیٚ وۄنُس گبیرِ پاٹھۍ، "سمادس منز نہٕ چھُ کانہہ پینزِ
نہ پرٛدٕی۔ لیٚس پنُن نانہِ تہٕ ڈیٛرِزِن پتھ، لیٚس دوپہ
زانہٕ تہٕ ڈیٛپرزِن پتھ آسیم تہٕ پرٛدٕی۔"

آشایہ شوٗنٛج پانہٕ سیٛتۍ، زِہ کتھ چھَیہ لاجواب۔ پٔزۍ
پاٹھۍ اوس تمۍ شُنِد ساٗمی وِنوٗدِنیٚ پیٛٹھ بےٚ انصٲفی کران۔
تس اوس تہٕ دوپہ ناناں تہٕ بلاوجہ بیزار گژھان۔ تمہٕ دوہہٕ
شامن کُن آشایہ پنٕنِس ساٗمیس زور زِہ میانہ اَچھِ کِٹرٕ
سیتۍ پیٛنوٕدہ کتھا باتھاہ کرہٕ نی؟

مہیندرن ووٚنُس، "کم ئے چھُو ژٕ زبر جُرتھ!"

آشایہ پُھٹھِعنس، "کیا سنا زِہ؟ بیِہ کمیٛک گوڑھم آسُن؟"

مہیندرٕنۍ تِچھ سٕیتھ ریٛتھِک لیٚس ورناہ، ژٕ زِیہ کوٗرتھ، تمہٕ کِنۍ
چھِم نہ سہل ہش کتھاہ ترِ کیٛنہہ باسان۔"

آشا ووٚن، "سو کتھ اَنیٚرٕ ادہ ہا بہ پایہٕ، مُخول زادتھ
ڈُنی توم صافٕی، گرٕدہ میانہ اَچھِ کِٹرٕ سیتۍ کتھا باتھاہ
کرنہِ پیتھہٕ؟"

دُلو زِہ مہیندرس اوس نہ وِنوٗدنی دُچھینگ رزھ نہٕ شوق

ئِلکہ مُنزِ مُنزِ اوسُس دِل تِم لانۍ۔ اما یِہے تمبرٕژن اوسُس نامِہارٕ ہیٚو باسان۔

دِلکِس بلیس مُتلق اوس جهینددرن آدرش عام لکن ہندہ کھوتہٕ گُڈر بهہن، یُتمہٕ پِھرِ اوسُن ماچہ مُنہد بِختیار برقرار تھاونہٕ باپتھ نیتھرس نہوَن کلہ دِیُت مُت۔ از کل اوس شہ آشابہٕ ہُنٛدِس بول بجا یِژھان تھاوُن، یُوت زِہ بیہ کانسہٕ زنانہٕ ہُنزِ کتھ ترِ اوس نہ مازان۔ پاَتی پانے اوس ناز کران زِہ مُحبتس منز کیا چھُس بہ دوٗر ترِ ڈاڈِہ۔ یُوتُر یوت کیا زِہ؟ بهارِیس علاوِہ اوس نہ کانسی سیتی یارِز لاگِنہٕ یِژھان۔ کاتہہ ہے نکھ بیِہ ہِیس، دول اوسُس دِوان ترِ بهارِیس برونہہ کنہٕ اوسُس دِدتھ لِوان تکتھ۔ بهارِی بِہ کیتھہ ونہٕ ہیس اَتھ مُتلق، دِیان اوسُس، "ژِنہٕ ہا چھُو تکان بهارِی، یوت گژھکھ تتہٕ چھے نہ یاۓن ہُنز کمیٔ اما بہ ماہیکہ برتھ اکِس ہِنُن یار مانتھ۔"

اُمِسی جهینددرن من ٹیلہ از کل مُنزِ دوبرِ زنانہ ہِندہٕ موکھ زبردست نمبہ لان اوس، ٹیلہ کیاہ آدس شہ ہِنرِ شِس آدرشس نِش پانے خجل ہیٚو گژھان۔ پولِس

اوس دۄلِتھ ماجہ تاکید کران زِ دِنودِنہٕ کیاہ گژھہ
رۄخصتھ کرُنہٕ۔

مہیندرن دۄپُس، "ژھوی چھنے! چانہٕ اَچھ کٹرٕ سیتی چھےٚ
موکل کیتھ کرنس۔ پرٛتہٕ دِزِہ چھُس آسان ڈاکٹرٕ چہ کتابن سیتی
تہٕ فرصژ دِزِہ گیہ ہم ژہٕ۔ دلیس کونت چھہ ہن انسان منز
ہاگ!"

آشا ونہس، "اہ ڈاکٹری وکھتہ نہ سہی، میانی وکھتہ منزہ
دی تۄ برٛنزاہ میانہٕ دلیہ تہٕ۔"

مہیندرن دۄپُس، "ژھی دِہس، بہ مانیکس دِتھ!"

مہیندر اوسُس ونان زِ ژےٚ دِنودِنہٕ لول بران چھکھ،
امہٕ کنی چھہٕ نا نان زِ ہنہٕنس سٲمی شند مارہ موت چھِنہٕ
ترینومُت۔ بڈہ دزہ برٛزہ سان اوسُس دپان، "میانہٕ کنی
چھُنہٕ ثریہ بوزنہٕ لول۔" آشا اَسہس نہ کینہہ تہٕ مانان۔ اَتھ
پیٹھ اَسہس ژۄدان، گرکہ ناد تلان، دوان رِوان، ناجٕتس
مُنز اَسہس نہ نِتھ ہیکان۔

مہیندر اوس نہ باشن دہن درمیان دِنودِنہ سۄزنہٕ
پاوچ جایہ تہٕ یژھان دِنہٕ، تہٕ اَتھ بٕلیٹھ اوسُس

ناز۔ جہیندرمن یہ ہے ناز اُس نہ آشا ژٕرتھ ہیکان۔ اما از مأنی تمہِ آن تہ دۄپنس" اچھا تہٕ میانی خاطرٕ کرتہٕ میانہٕ دیہ سیتی کتھا باتھاہ!

آشاہ پننہ لوٗنک درٛیر تہ پوچھر مانہ ناگرتھ سپد جہیندر اَخوس راضی دِنودنیہ سیتی مُلاقات کرنس۔ سیتی تھوُدمن آشایہِ ذٕنتھ" پننہ وکھ بے وکھ آسیم پریشان کران"۔

دۄیمہِ دۄہ گیہ گاش کیوٚلہٕ دُوٗنی آشا دِنودِنیہ نِش نہ نالہ متہ ذٕلن۔

دِنودِنیہ دۄپُس" یہ کہیے دلیلاہ؟ بِکُوری چھ ژٕندرس ترأوتھ اوٚبرس مازان!"

آشایہِ دۄپُس" چاٚنہٕ یِمہ شاعرانہ کتھ چھیے میٹہ فقرہ تران؟ کیا زٕہ پھکہ کوٚکرین موخنہ چھکان؟ لُس چانین یمن کتھن جواب دِتھ زانی، تُس برونہہ کنہٕ بِکُوری تتےٚ کینہہ تہ گیہ کتھاہ۔"

دِنودِنیہ پرٛژھُن" تُہ ذوق ووِل کُس سُنا چھُ؟"

آشایہِ دۄپُس" بچون ذٕری تہ میون اوش! نای، مخولہ درائی ہے دۄپنے، تُہ ہے چھُ ژٕیہٕ سمکھنس بیتاب

گوٗمت۔

وِنودِنیہ کوٚر سوٗنچاہ " زمانہٕ آسہٕ نٕس حُکمٕ گوٚرمٕت تہٕ میون
پوٗس طلب۔ بہٕ گژھہٕ گیس یتھہٕ کنۍ زالس ینہٕ واجنہٕ
گنہٕ ژنگہٕ گیس نہٕ وِنودِنی ساعضی، تہٕ آشایہ لگ پننس
سائیس نشہ لوٚر۔ خُل ہشِ گیہٕ۔

مہیندرس دٕر زہ میہ سیٹھی پھیرن تھوٗرن سیدیا
اُمس ناگوار تمہ زون سنا یہ تہٕ اَدہ غارٕ ہیوٚی!
بیٚنہٕ کانژھا ہیٚ آسہٕ ہے، تمہٕ آسہٕ ہے نا ژھلی بلی وِنودِنیہ
سیتھی کرتام وَتھ ولز گژھہ۔ مہیندرن ہیٚ یژھہ کاتہ کتھاہ
کرٕنہٕ، وِنودِنی کریا ادے کنۍ اُمس درہ دِہ! اکہ پھرہ تیٚ
تس مہیندرس سیتھی زان سپنہٕ، پانٕنۍ ترٚیس فِکرہ زِہ
اُمس تہٕ بیٚنس کانژاہ فرق چھہٕ۔

زِہ دوہ پتہ اُس وِنودِنی اَندری نار ژاپان زہٕ یوٗت
کال ووٗتمٕ یتھ گرس منز۔ اما مہیندر تلہ ہے اکہ پھرہ
تہٕ میہ سکتن اَچھ! یتِلہ بہ پوٚچھ یہٕندس کٔٹھس منز آسہٕ
ہاٚ تیلہ ہیکہ ہے نا گنہٕ یتھہٕ تہٕ میہ نش یتھ۔
یوٗت گیاہ سنا دغدغہ چھس! بہ چھس سنا بے زوٗ

ہِش ؟ اِنسان چھس نا ؟ زنانہٕ تہِنٛدُو چھس نا ؟ اکہِ پھیرِ مےٚ
میٚیہ سیٚٹھی زان گژھیٚس ، پانےٚ باسیہٕس ژینہِ تہٕ دُوچھِنہ
ہتہٕ کاگُژاہ چھ فرق !"

آشایہ دیُت سامیٚس واد ، "اٮ۪چھ کِٹھ انہٕ نوو بہ گرہ
یہ ڈیٚنتھ زہ توٚہیہ چھوہ کالج گامِتۍ ۔ توہ پتہ پیہ تہٕ
توٚہیہ اکھ اندر ، تہٕ ادہ کیا لگیہ سہ زالس پانٮ۪ ؟"

مہیندرن دوپُس ، "مگر قصور کیاہ کوٚرتُس زہ زالس
لاگنگ پانہ کروس ؟"

آشا دوپھس ، "نہ ، مارہ پھُم نا وزان ، توہ سیٚٹھی زان
پہچان کرنی تہٕ گاٮ۪س ناگوار ۔ آسنہٕ ہیوُرٹھی ہیتے ترلون وتھ !"

مہیندرن دوپُس ، "چانی دٮ۪س نے ڈُچھِن تہٕ زوٗرٹھی
ہیٚکہ نا ؟ بہ چھُسن نہ یتھہ کُنۍ ژُورہ پانٹھی وُچھنۍ یِژھان !"

آشایہ گنڈۍ مہیندرس گُل نرہ ، "بلایہ لگوہ ، اکہِ پھیرو
پیٹھیہ بہِ کام کرنی ۔ اکہِ پھیرو گری توٚہی مےٚ زن پھُکہ
دستیٚن ۔ پتہ بہِ خوش پیٚیتوتی گری توٚہ"

مہیندرس ہیوتُن دِل پھٹن تہٕ تمبہ لیُن ۔ تسےٚ کیٚنہ ما اُنن
بہِ کتھ ، اما زن تہٕ بےٚ ماہ پانٹھ ۔ ہرٹک صاف تہٕ

خاموش ڈیہرا اوس۔ وِنودنی اُس شونگن گٹھِ کُنی زُنی بیتھ آشایہ فرشی موزہ ووٗن ہیچھناوان۔ آشا اُس اتھہ مُجگہ ہش وِزہ وِنہ برس کُن نظرہ دِوان۔ گرنز پھیرا گوس تہ وِنودِنیہ بوزنہ کنہ کوٚرُن پنہٕنِس لاعلاج چارنُس ننیر۔ آخر گژھ وِنودنیہ ژھکھ موزہ ییوٚنس تھیہ تہ دارِتھ دِوان دوٚنس، "تھو بی یِکنتھہ ہیچھکہ نہ، مےٚ چھے کام، یہ دراو سےٚ۔"

آشایہ دوٚپُس، "یہی بنیہ مُرزاہ، دزی ڈُچھتہ ژہ، کاتھہ تہ ما گژھیم غلطی؟"

یہ وُنِتھ تہ ہیژن پنیہ سلیہ اتھس منز۔

اُتھی منز آو جھینڈر لوتہ پاٹھہٕ وِنودِنیہ اُنتجِکھٕ تہ برس نِش گو اِستادہ۔ آشایہ تُل نہ سلیہ پنتھہ کلہ تہ، اما اسنا ہیوٚ آس۔

وِنودِنی دُژھس" اسنس لائق رکھی گژھ ہنگر تہ منگر؟"

آشایہ رُود نہ پانس تام۔ ٹھہہ ٹھہہ کران ترودن اُشن تہ موزہ دیتُن دارِتھ وِنودِنیہ کُن۔ دوٚپنس، " نہ بی، پوٚزی ووٚنتھ میانہ دُسی ہیہ نہ یہ کام؟ یہ دُنِتھ تہ ژٔنِن وِنودِنی نالہ متہ تہ لج بنیہ تِہ نودہ ساں اسنہِ۔

وِنۆدِنیہ توٚر سوٗری کێنہہ گوٗڈہ نیٚتھے نِکرِ۔ آشایہ ہنزٕ شرانٛڈ
تہٕ ترایہ گرابہٕ کنٛز دُددنہٕ تس نشہِ کینہہ تہٕ کُھٹتھ۔ بہٕ تہٕ
اَسِس خبر زِ ہیٚندر کر یاگ آیوس پِتھ گٔژھ تہٕ گیو
اِستادہ - اما زاٰنتھ نہٕ ژایہِ سیٚدِس نیشی بوہٕ سیٚدر
پاٹھی زالس اندر۔

گٔٹس اندر اَژِتھ دوٚپُھ ہیٚندرن" مێہ بچارِس کیاہ
سنا زہٕ ژھیوٕہ نہٕ اتھک راز باوان؟" وِنودنی منز ژھیہ
ہِش۔ ژینٛڈ کوڈُن تہٕ دٕہ تھہِ لجیہ۔ آشایہ بہہ ناو اتھہ زیٚتھ۔

ہیٚندرن دوٚپُس اسان اسان" توٚہی زِہرسہ ہکہِ نیرِ۔ تہٕ
بہو توٚہی نہٕ تہٕ بہٕ تہٕ بیہہ؟

وِنودِنیہ کرِ نہٕ آشایہ سیٚتی عام کوٚرِن ہندی پاٹھی ڈریپہٕ درس
کینہہ، نہٕ تلِن منزِ ژُھنڈ دُم! مہزٕ آوازِ منز دوٚپُس" ہیٚندر
زوٚرِے ژھس بہان، ینہٕ اَندری اَندری شاپھہ دِیہ ہم!

ہیٚندرن دوٚپُس" یی شاپھ دِموٚدٕ زِہ گژھ کال تام
گٔژھوٕ نہٕ ژلنس داری تھٔو۔"

وِنودنیہ دوٚپُس" تمہِ شاپہک چھُم نہٕ غم۔ کھوژان چھس زہٕ تہنٛد یرٕ کال ما پوٚرِ خبر
کم پِہ کالس۔ باسان چھُم نہٕ شہ دِکہ ما آسہِ سوریومُت تہٕ۔"

یہ ڈنتھ تہ ہیوٚتُن بیٚیہ دوٚپھُن۔ آشاہ پرُس اتھس تیھ تہ زارہ
کرُن نس، "بلاہ ہے لگےٚ ییٚہنہ نےٚ تیہ برٚتزاہ!"

١٤

آشاہ برٚزُھس، "بوزٚ ڈُنی زیوٚ، میانی اُج کِتھٚ کرِتھ بایوٚ؟"
مہیندرن دوٚپُس، "ناکارہ چھنہ!"
آشاہ دوٚپُس پھوٚشنہ سان ہیوٚ، "توٚہٚ کیتھ کمیٚو کانہہ
آنٹھ!"

مہیندر دوٚپھس، "اکِس ورائی!"

آشاہ دوٚپُس، "ڈُنہِ کیاہ، زان پِھان گژھو تو گتان، پانےٚ
ترہ فِکرہ، پسند چھوہ کِنہ نہ!"

مہیندرن دوٚپُس، "بییہ تیا زان پِھان! چون مطلب چھا
زہ یہ سلسلہ روزِہ چلہ ڈُنی!"

آشاہ دوٚپُس، "شرافت کنی چھ اِنانس سیتی کتھ باتھ
بیوٚانی کرنی۔ اگر پھیرہ زان پِھان کرِتھ ہے کتھ کرنی
ترادیوٚس، اُچھ کتھٚ کیا سنا دینہ؟ اما تہند چھ برتھ
کیشہہ دلیوکھتی! بییہ کانہہ ہےٚ آسہ ہے اَمس نازنینہ

ہیتھ کتھ باتھ کرنہٕ خاطرٕ کیٚ، کیاہ کرٕہے نہ - تَوٕ
زانہٕ تہ اکھ بارٕ منیٛہ تراد آمُت چھُوٕ!"

بیٚیو اَشرِ ہنٛز ہیوٗن آسُن بُوزِتھ گوٚ ہیندر
سیٹھاہ خوش۔ دوٚپنس " اَدٕ کیاہ زبر گوٚ گیر کیازِ
گیکھ؟ ژٕ ہنس رُودُم نہ رار۔ چانہٕ ڈیٖشِتھ ہیٚندِ
گژھنک تہٕ چھُم نہ کانْہہ سِر گراہ باسان۔ منٛز
منٛزٕ تہٕ آسہ مُلاقات سپنانہٕ۔ ملاقاتہٕ وزٕ کیاہ
ہزٕ شرافتُک کامہ ہیٚنی، ساہمیس ہہ ہیچھنادِنک ییٚمی
نہ ضرورتھ کیٚتھہ۔"

جھیندرس اوس مَنس ہیتھ زہ دِلوٗدنی کیاہ آسہ
دنی دہ بہ کُنہٕ نتہٕ کُنہ ہیتہٕ نظرِ گژھانہٕ۔ اما ہیٚرو
ادسَس۔ دِلوٗدنی ہچیس نہ دنہٕ تہٕ۔ پتہٕ ییلہِ بےٚ تاب
ہیٚو گوٚ، نزانہٕ نِش ہیوٗکُن نہ باوِتھ تہٕ۔ کھوٗرِ دنہٕ
ادسَس ہیرس ما گژھیم نش۔ دِلوٗدنہٕ پنٛج لیوٗسہ
قدرتی بےٚتابی آسس تتھ ادسَس دبادِتھ تھوان۔
اما یوٗدٕٛی تتھ دبادان اوسس ییٚونی ادسَس جیرٕ
یوان۔ دِلوٗدنی ہنٛز بےٚرُخی۔ آسس زیادٕ زالان۔

مُلاقاتہٕ کہِ دۄیمی دۄہہٕ پرٛژھ مہیندرن اسان اسان آشاہس "اچھا تہٕ چھوٗن نالکار ساٲمی کیتھ ہیو باسیو چانہٕ اَچھ کٔرتھ؟"

سوال پرٛژھنہٕ برونٛہہ اوس مہیندرس پوٗرٕ گمان زِ آشا کیاہ کرِ تسندِ گوہ زیٹھِ زٟوٗٹھ ریلوٚتاہ ہیس۔ اما ہٮ۪لہ آشاہہٕ وۄنتی نہٕ کینٛہہ، پانے ہیوٚس یہِ سوال تُلُن۔

آشا پھیرِ مُشکلس منٛز۔ اَچھ کٔرتھ اوسُس نہٕ وۄنمتُے کینٛہہ۔ توٚہ کٔنۍ اُمس تس سٟتۍ بیزار۔ ساٲمیس وۄنُن، "صَبر کٔرِو۔ دۄہہٕ ژورہ دۄہۍ سپدِ یہ مُلاقات نہٕ پانے وَنیو، وُنہٕ کیاہ گو؟ وُنہٕ کوٚسہ کتھ باتھچ کٔرِوہ؟"

امہٕ کنِ سپُد مہیندر نااُمید ہیوٗ تہٕ دِلو دِلیہ متلق ژعہ پہ کٔرتھ بہُن ہیوٗتنس مُشکل سپدُن۔ پٔنٛژھِمِس مرحلس پٮ۪ٹھ پوٚس بہارۍ وٲتتھ۔ تمہِ پرٛژھنس، "مہرٕ ٹاٹھیا، از کہو ژھکہ غوطن ہیوٗ گومُت؟"

مہیندرن وۄنُس، "ژھکہ نا وُچھان، کمدنی ژھسہ ناو

کنہٕ پرموٗدنی ؛ تس سیتؠ چھُ چانہٕ باپتھ کاکنہٕ بیانہٕ واتنی فاصلہ گورمٹ نِہ اکھ اُکِس آسو وٕنان مس لٹھر رکنہٕ گاڑہ کن ! تہٕ دتی چھُ میٚنہٕ فرماونہٕ یِوان زہٕ بہٕ آسس وٕنان 'چرسہ سوٚر' نتہٕ 'گندھک تیج' ۔ تُہی دنتہٕ تی پرزیا ؟"

آشایہ ہنٛدِس چُنڈس منز ہیٚتھرن خاموشی پھٹنس پتھ ۔ بہارین کرٕ مہیندرس نظراہ' تہٕ کہینہٕ کالاہ خاموش روزتھ گورُن اُسنا' دپنس' " باپتی میرن چھ نہ کہینہ پرتی' یہ سوٚری گو ٹھابے ۔ چانی اُچھ کِٹر چھِم میٚہ وُچھمٕژ ۔ قسم ہیکے باوتھ زِہ بیٚہ تہٕ بیٚہ ہے وُچھتھ ہیکن' کینہہ گوٚب ہیٚو باسیم نہٕ ۔ اما جہہ لوٗٹھ ہے یوٗت نالان چھُ' کیاہ تام چھُم لبنہٕ یِوان ۔"

آشایہ میوٗل بیکھ شبوتھاہ زِہ مہیندر چھُ بہاری سنزِہ کھوتہٕ سیٹھاہ تھوٚد ۔

مہیندرس ہیٚو ہیٚر تہٕ منگہ فوٹوگرافی ہُند شوق ۔ بروٗنہہ اُسُن اکہٕ لٹہٕ ہیچھنی ہیٚتھو ترادمژ ۔ دنی شیرنوُن کیمرہ' فلمہ انین تُمی تہٕ ہتین ہمی فوٹو ۔

گرِ کین نُوکرن تام تِلِن فوٹو۔

آشا لُجِس پتہ، " میانہ اُچھ کِٹرہ تہ تُلی نُو!"

جھیندرن دوٚلیِس ژھوٚٹی پاٹھی، " اَدہ کیا؟ تہ اُچھ کِٹرہ دوٚنس امہِ کھوتہ تہ ژھوٚٹی پاٹھی ۔۔۔ "تہ"

آشایہ ییوٚ بیٚیہ ژھل کرُن، تہ بُرنہم پاٹھی اُسی نہ امہِ نشہِ دِلودِنی بےٚخبر ہش گیٚنہ۔ ژھل اوس موخصر زہ دُپہرِن باگی نیہ ہے آشا دِلودِنیہ پننس شونگن گٔژھِس، گنہ پاٹھی پاوِہس نینِدر تہ جھیندرہ تُلِہس اُچھ حائِر منز فوٹو۔ یِتہ گنٔی انہ ہے شو ژھوکہ لد دیٚسرِ ییل۔

آشرِ چھُ دِلودِنی اُس نہ زانہِہ تہ دوہلہِ شونگان اما آشایہ سُند گرہ یِتھ لُجِ تِمِس جل جل اُچھ۔ دوہ زُل شال ہیوتُن پٔٹھ تہ وٚژھ دارِہ کُن کوٚرُن موکہ۔ دیکِس دیٚتُن اتھ تہ ڈابھ تروٚن امہِ اندازہ زہ جھیندرن سُوبُخ، " باسان چھُم زنتہ فوٹو بایتھ چھ تیار گوٚژھِتھ۔"

کیمرہ ہیتھ ژاو جھیندر یٔنڈین بیٹھ پکان، کباٹہ سنا دوتھہِ فوٹو زبر، ییہ سوچان سوچان دُچھُن

دِنودنیہ تھلہ تھلہ پرتھ طرفہ۔ فنکہ نظرہ باسیوس ضروری، زہ پریشان مس لنگ گژھن یکوٹہ کرنہ ینہ اکی باسیہ۔ پسند آس نہ تہ بیئہ کوٗزان تمن پھرتھر! آشایہ دڈن کنس منز، "کھورد نژہ کرتس دوتہ لونٹھ کھوور پیھان کن۔"

چارہ آشایہ دوٗنس کنہ سی منز، "مہ ماتکیم، بلی گژھ بیدار۔ پانے کریوس۔" تہ جہیندرن کوٗرس دوتہ لونجہ الھڈلہ۔

پوتس بیلہ جہیندرن فوٹو تلنہ باپتھ کیمرس ششیشہ لوگ، یکدم زنتہ گیہ دِنودِنی آوازہ سیتی بیدار، زاھناہ گران، تہ دڑ دڑ کران گیہ تھود وُتھتھ، آشایہ ترود ٹھہہ کرتھ اسُن، دِنو دنیہ کھرش بڈہ ژکھ۔ زدنہ پرنیو اچھو چھوکن جہیندرس بینٹھ ناد ہیو، تہ دوپن "یہ کس گنہ گار!"

جہیندرن دوپس، "بُزی پاٹھی گنہ گار، اما ژدر کرتھ تہ کیا لاریوم؟ ژدرہ مال تہ گوم اتھ۔ کنہ لایق کودوس نہ۔ گوڈہ دی توم پورہ پاٹھی قصور کرنہ، پتہ دی توم دنڈا۔"

آشا تہ گیہ دِنودِنیہ اگادِہ۔ فوٹو تلہ نادنس گیہ سو رازنہ

امّا گوٚڈنیُک گوٚو خراب ۔ لہٰذا پیٚو فوٹو ٹُلن واَلِس فنکارس
دوٚپُن دوہ توٚو ٹُلنُک سنٛز کرٕن ۔ تہٕ تمہِ پتہٕ ییلہٕ ولیہ
پانُک یادگار دوہنہٕ پٔزِ ولِیِن ہُند یکہِ وٹہٕ فوٹو ٹُلنُک
تجویزِ آد کرنہٕ، دِلودِنیہِ پھوٗرہٕ ہِ 'نہٕ'، اما دوٚپُنکھ" نہٕ لیس
یہوٚیہِ یوت!"

یِہ بوٗزِتھ کوٚر ہینِدرن شہٕ فوٹو خراب ۔ یِتھے گٔیہِ
فوٹو ٹُلان ٹُلان سینٛز تہنٛز زان پھان دٔر تہٕ گٔیہِ ۔

## ۱۵

نیبرِ گٔیہِ زیرہٕ لگنہٕ سیتیٚ چھُ نا سوٗرہ بنِہ کیٚس
نارس بیٚیہٕ زوٗ اژان ۔ باژن دوہن ہُند لول اوس
تمبرِنومُت ہیوٗ، ژیٚیِہ سنٛز زیرٕ لٔجِس تہٕ بیٚیِہ
پھیوٗرُس دُشنیر ۔

آشایہ اُمس نہٕ خوش گٔیہِ کہِنہٕ تہٕ تگان، اما
دِلودنی اُمس اتھ منز تاک، توٚے اُس آشایہِ اُمِ سنٛز

ستھ۔ جہیندرس پرتھ ساعتہ خوش تہ خوشال تھاوِنہٕ باپتھ
گیہ نہ سہ  چورنہ ہٕش تہٕ کینْہہ۔

نیتھرٕ پتہٕ اوس جہیندرن تہ آشایہ کینژہن کالس
منز پننہٕ ذوق تہ شوق پوٗرہ ژھنمت کرِتھ، لولہٕ سنگیت
اوسکھ یکدم نِکھاوٕ پیٹھے شروٗع کورمت، تہ شودٕ بدلہ
اُوسکھ موٗلہ سرمایہ سِیز کھاتہٕ پھیتہٕ کوٚرمت۔ اما مرٛزگ یہ
سألاب ماہیتکہ ہیکھ نیتھ وٕوٕنی سمارٕ نہ بنِتھ۔
نشہ پتہٕ یُس سۄتُن ہیوٚ باسان چھُ تتھ دوٗر کرنہ باپتھ
چھُ پیٚیہ پیٚوان نشہٕ سِیز کُن لمُن۔ اما آشا کتہٕ پانٛھ ہیے
سہ نشہٕ؟ امی دِرٕ پلو نودُس ونودِنیہ نوٚو رنگہ پیالاہ
لبالب برِتھ۔ سأمیس خوش دُجھتھ سپٕز آشا بےٚ غم
ہٕش۔

ونی رُود نہ آشایہ پانہٕ سِی پیٹھ پرتھ کینْہہ۔ جہیندر تہ
ونودنی پیلہ پانہ وأنی مخول اُسی کران، سہ تہ اُسکھ
دژھہِ وأنجہ شریک سپنان۔ ناس گنداں تہٕ جینیہ آشا پسہ
جینیہ کھٹھ کرِہس یا کینْہہ ناشایاں دنہٕ ہس، تس اُس
آبتھ روزاں زہ دِنودِنی دِلس میانہ طرفہ مأقوٗل جواب۔

امی ترایہ اُس ترن زیٖن ہنز یہ سب لگان۔

اما امہٕ موکھ آو نہٕ وِنودنیہ ہنزٕ کامہٕ منزٕ کیٛنہہ تہٕ ڈیٚجر۔ رَنُن پیٚوان، گُٹھ شیرُن، راج لگھی ہنز سیوا۔ یمہٕ سارِیٚو کامہٕ پوٗرٕ پاٹھی اند واتناوِتھی اُس سو دِل بہلاے کرنہٕ بہان۔ مہیندر ونہٕ ہیٚس بےتاب سپدِتھ، "نوکرن تہٕ داین چھکھ نہٕ کأم کرنہٕ دِوانِے۔ باسان چھُم لڑشِہ کرہٕ پکھ!"

وِنودنی دیہٕ ہیس، "پانہٕ کأم نہٕ کرِتھ لڑشِہ گژھنہٕ کھوتہٕ وارِہ شس تی جان! گژھو، توٚہہ گژھِو کالج۔"

مہیندر، "انہِ اڈیرہ دہا چھُم۔"

وِنودنی، "اِنہہ! تتہٕ نہٕ کیٛنہہ، گاڈی چھوہٕ تیار، کالج گژھیو ژیر۔ گژھُنی پییَو۔"

مہیندر، "میٚے چھُ گاڑِہ منع تھوومُت کرِتھ۔"

وِنودنی، "تہٕ میٚہ چھُس دوٚنمت یُن!"

یہٕ وُنِتھ اُس سو مہیندرنی بلوٚ دلوٚ برونٹہہ کنہٕ تھوان اَنِتھ۔

مہیندرن، "ژیٚہ پزہ ہی راجپوٗت گرس منز زیٚنم ہیٚوتن جنگہٕ دِزہ کرہ پکھ بینِنِس تامیٚس دِزرہ بکتر پأراوا۔"

ونوڈِنی ڈیہس نہ کُنہ پانٛڑٕ دل بہلاویہ ہنٛدہ بہانہ چھُٹی
ہیٛنہ یا پرنٛس دول دِنہٕ۔ تمی سٕنٛدِہ ربط ضبط سیٖتۍ
سپٕنۍ دوہلہٕ خوش گژھی کرنٕی پلکلی بند، تہ امہٕ موکھ
ہیوتن جہیندرس شامہ وکھ سیٹھہہی بیرِ ڈن نہ لوگہ ڈن
باسُن۔ دوہ اوسُس شامہ کیٖن ویلس پراران پرارانۍ
سوران۔

برونٛہہ اوسُس کنہِ کنہِ بتہ ناتیار آسان تہ جہیندرس اوس
کالج نہ گژھنگ بہانہ میلان۔ ڈٕنی آسِ ونوڈِنی پانٛسے
لوٛندٕبست کران، جہیندرُن کھانہ شُلی تیارہ تھاوان تہ
شہ اوسُس کیٖتھ موکلانٕی زہ آواز آسِہس لیوان،
گاڈِی چھُوہ تیار۔ برونٛہہ آسِہس پلوٗ آسان چھکرتھ، تھار
دِنہٕ روٗسِس اوسُس نہ کُنٛہ کال فکرِی تران، اما دوٛلِس
لِش چھا کرِنہ المارہ منٛز!

گوڈٕ گوڈٕ آس ونوڈِنی جہیندرس رتھیہ امہ لاپرواہیہ
باپتھ آشایہ اسان ڈکر والان، جہیندر تہٕ اوس
آشایہ ہنزہ لاعلاج بے ربطیہ بیٛٹھ مایہ لوٛرُت
اسنہ تراوان۔ آخر روٗٹ ونوڈِنیہ آشایہ ہنٛدہ

فرٛژنک سورٕی بار بڈٕ مایہ سان پانٕس بیٹھ ۔ گرٕس ہیٚرٕن ہیہِ شوٗب چھُ ۔

کوٗٹھٕس ہے بٹٕن پیہٕہیس ژھٔنِتھ، آشایہ اوس نہ جَل جَل کِنہہ تہِ تکان ۔ وِنودِنی نیہٕہیس یکدم اتھ منزٕ تہ برنزٕس منز دِیہٕہیس شوٗتھ ۔ دہ اکہِ تروٚو مہیندرنس بتہ تھالس برارِ تھونِتھن ۔ آشایہ وُچھ تہ پیٚیِھ پھِرس ۔ وِنودِنی گیہٕ سیٚوٗدی رنن کُٹھِس، کیاہ تامتھ سوٚمبراٗوِتھ پکہِ ناٗوِن کاٗم ۔ آشا گیہِ آشہٕرس ۔

مہیندرس باسیوٚ یِتھ کنہٕ زِہ کھیٚن چیٚن، پلَو دَلو، کاٗم تہ آرام، پرٕتھ کُنہ منز اوس رنگہ رنگہ وِنودِنیہ ہُند اتھ آسان ۔ وِنودِنیہ وُدمُت گرم جمرابہ اوٗسُس آسان کھوٗرن، تہ وِنودِنی وُدمت یِیرُو گُلوبنٛد اوٗسُس آسان ہٕٹِس ۔ زنتہ میٚنہ کنہٕ نٔنٛدی نالہِموٚت اوٗسُس ۔ آشا تہِ چھِ ازکل وِلِیہِ ہنٛدِ اتھ شیٖرِتھ بیٖرِتھ، زبر رکھ کرِتھ تہ عطرِ مُتھِتھ مہیندرس نِش گرٛدھان ۔ اتھ منز اوس کینژھا آسان آشایہ ہُنٛد پنُن، تہ کینژھا بییہ اَکِس ہُنٛد ۔ اَتھ شیٖرنس پھیرنس منز اوس مہیندرس گنگاجمنی آنند

ہیُو پوان -

بہاریس اوس نہ وِنی پرٛنہٕ ہیُو خاطرٕ پوان گرٛیٚہ پرٛژھانی اوسُس نہ کانہہ - مہیندرس سُوز تٔمی لیکھتھ "پگاہ چھ آتھوار، دُپہرن پٔمہ بہ تہٕ ماجہِ ہنٛدہ اتھہ کیٖمہ ژُڈٹ۔"

مہیندرس باسیوو زہ بہاری نہ ییہ کُنی کیاہ گیہ آتھوارہ مکیٖر۔ یکدم سُوزنس جواب لیکھتھ زہ آتھوارہ دوہ کیاہ چھُم میہ خاص کامہ پیٹھ اُکِس جایہ گژھُن!

توتہٕ ییوس بہاری واتتھ تباہ وتاہ کیٚتھ۔ یتہرے بُوزن زہ مہیندر چھُ نہ کُن دراُمت۔ ہیرِ پیٹھے دیتنس آلو۔ جہہ ٹاٹھیا! تہ سیٚوٚدُی ژاس کُٹھس اندر۔ مہیندر اُوو ہیُو تہ وُنٛنس، "کلہ دود چھُم غضبک"۔ یہ وُنِتھ تہٕ ترٛوُن شانہٕ گنڈس پیٹھ کلہ۔ آشایہ ییلہ یہِ بُوز، تہ مہیندرنہ بُتھیک بدلے رنگاہ وُچھن، ہیہ منٛگہ ہش گیہ رُدنہٕ تھ۔ کرِہ ہے کیاہ؟ وِنووِنیہ کُن لُجھ وُچھنہ۔ وِنووِنی اُمس زانان زہ فکرِہ ہنز اُمس نہ کانہہ کتھاہ، توتہٕ وُنٛنس گابرتھ ہیُو۔ پہتھِہ ووتہرِہ یُوت کال۔ ہنا ترٛاوِد ڈاکھ ہیُو،

ہ دِمودہ اوڈٕ کولن، اُنتھ۔"

مہیندرن دوٚپُس، "تھو کینہہ چھُم نہ ضرورتھ۔"

وِنودِنیہ بُوزُس نہ کینہہ۔ بۄنہٕ منز اوٚسُن اوڈٕ کولن یکہ
دائرِس منز ملہٕ وِتھ۔ آشایہ اتھہٕ وِژن اُہد رُمال تہ دوٚپُس،
"مہیندر بابُوہس کرتے کلس گنڈٕ!"

مہیندرن دوٚننکھ ہیرِہ ہیرِہ، "تھوٚو، تھوٚو۔" بہاری رُود
اُسن رُوکِتھ خاموشی سان یہ سوانگ وُچھان۔ مہیندرن کوٗر ناز
زہ بہاری وُچھہٕ مینہ کوٗت خاطرِ چھ واتان۔

آشایہ ہیوٚک نہ جان پاٹھۍ گنڈٕ ہیتھ تہ کیازہ بہاریس
بروٚنہہ کنہِ ژالیس اتھس نٹھہٕ۔ اوڈٕ کولنکۍ پھرِ جوراہ بیٚیہ تن
مہیندرنہٕ اُچھو۔ وِنودِنیہ ہیٚتھ آشایہ ہندہٕ اتھہ منزہ رُمال تہ
گاٹہ جارہ سان گنڈنس تہ اوڈٕ کولنس منز بوڈٕناو، بوڈہ ناوی
ہیٚتھرنس اُدرہ دجہ دِنہٕ۔ آشا بیٚٹھس ژینڈ کڈِتھ شاندس
بیٚٹھہ دادِجہ داو کرنہٕ۔

وِنودِنیہ برُژھنس لولہ ہتھہِ آوازہِ منز، "مہیندر بابُو، سیٚدُو
کینہہ آرام ہیوٚو؟"

ییتھ پاٹھۍ موٚدرہ ہٹہ امریتھ درشتھ کرٕ۔ وِنودِنیہ ہکہ

نظراہ بہارِلیس کُن، دُچھن زِہ بہاری ہِنہ اُچھ آسہ اتھ تماشس
پیٹھہ ٹاسان ہشہ۔ بہ سوری کینٛہہ اوس تسندی کنی پانٛتھراہ۔
دِلودنیہ ٹدان زِہ اُمِس شخص پھند کرُن چھنہ سہل ہیُو۔
اُمِس نِش چھُنہ کینٛہہ تہ کھٹِتھ۔

بہارین دۆپُس اسان اسان" دِلود بالی، پرژھ سِبیوایہ ژلی
نہ اُمِس دود باکہ گرٛھس زیٹھانہ۔"

دِلودِنی، "تہ کیا ترِہ اسہ ہشن مُدِہ زنانن فکرہ؟ تُہنزن
ڈاکٹری کِتابن آسہ یی لیکھتھ؟"

بہاری، "لیکھتھ چھُی، سِبیوا دُ جیتھ چھُم کلس گیوٗر ہیُو
لیوان۔اما میہ ہوین مشہد کلہ دود چھُ یکدم علاجہ رۆستی
ژلان۔مگر ضِہر لوٹُھ چھُ ڈیکہ بُوڈ!"

دِلودنیہ ترٛاو اُدر دٕج تہ دۆپنس، "کتھ چھَ بکار۔
یار کرِہ پانے پیٹھنسِ یارس سیوا! یہ سوٗرِی دُجیتھ
گنڈِن بہارِلیس اُندری رِیٹھہ بُنیتھ کینٛژن دہن اوس
سُہ پرنس لوٗگمت، تہ خبرِ عآسہس نہ زِہ بیاری اُس
ضہدرَ دِلودنی تہ آشا یمو ترٛیشوِ سلیتھ اَٹ کرُمژ۔
از دُچھن دِلودنی دارِہ پانٛٹھی، تہ تمہِ تہ دُچھ سُہ۔

بہارین وۄنُس ترٛٮ۪شرٕ سال ہیٚو، "زبر گوٚو' یارِی کرٕ یارَس سیوا۔ میٚتھ اوٚنُس کلہ دود، تہٕ ہیٚر ژٲلُس کلہ دود پانَس سیتؠ ہیٚتھ۔ کیازِ کرٕی زِ اوڈٕ کولون اُمِس پیٚٹھ خرچ؟" آشایہِ کٔر وُچھان وۄنُن، "بابی، علاج کرِتھ دود ژٲلہ رادنہ کھۄتہٕ گیوٚنا جان زِ دأدِس گوٚژھہٕ نہ وۄتھنٕے دِیُن۔" (یعنہٕ علاجہ کھۄتہٕ گیوٚ نا پرٛہیزٕی جان؟)

## ۱۶

بہارین سۄرنچ، "دۄنٕ بنٕہ نہ میٚتہ لوٚب روزُن۔ میٚہ پیٚٹھم یِمن منز باگہٕ جای رٹنچ۔ یِمن خوش ییٚتن یا مٔتہٕ ییٚتن میٚتہ پیٚٹھم یِمن منز باگی رُوزُن۔" سالسہٕ پرارنہٕ رۄمتؠ ہیٚوت بہارین مہیندرِس مورچس اندر اژُن۔ دِنودینہٕ دۄپُن، "لۄکہٕ چارہٕ کوٚز یہِ ماجہٕ خراب، تہٕ آشنادو تہٕ۔ دۄنٕ چیٚس کران کھۄٚکے خراب، ژٕہ تہٕ مٔتہٕ کرتہٕ یِمنٕہ سیتؠ اُٹ۔ بلہٕ بلہٕ سوال چھُ، ژٕہ رٹھ تہٕ لۄٚوی دتھاہ! زن گوٚو؟"

بہاری میچھہٕ دِن میٚنہ ہیٚوٚ سنٛچھاہ، یِس نہ پرٛژھانٛنہٕ چھُ

کانٛہہ....

جہیندس — "اَدٕ گرٕ کیٛہہ میٚشرٕ سیٚتی میلٕنٕ؟ میٚشرٕ سیٚتی میلنچ

وَمیٚندِ وآرٕ چھہ نہ سَہل ہِش کینٛہہ۔ بہاریٚ!

عرضی کرٕنہٕ سیٚتی ما دۄتمہ نکھٕ؟"

ونودنیہ دۄپُس اسان اسان — "میٚشرٕ سیٚتی میلٕنس تہٕ گژھِہ نا باش،

آشن، بہاری بابوٚ!"

بہاریہ دۄپس — "بیٚن باش آسہ تہٕ چھُ کُلیس نش باشس

لۄانٛژ۔ آزماوکینٛ نا اکہ پھِرِ!"

ونودنی — "گوڈٕ پیٚیہٕ نبار روزُن گو ایٚژ۔ بےشوکھ بانٛچ گژھہ

داتُن — کینہہ آچی کُرٕ تمس دَریس کرنس سٕتۍ یارٕ یادٕ"

آشایہ دِوٕس اڈٕنگیوٚ سیٚتی دِیو، بہاریہ کوٚد نہ اَتھ کُنٛس

غور۔ ونودنیہ اوس زُلم مٕنٛت نِہ بہاری اوس نہ آشایہ

مُتعلق طعنہ تُنٛہ برداشت کران۔ تس ژُھ نِہ آشایہ

تہٕند اوس تس بۄنٛت خیال تہٕ تس اوس کران جِد۔

بیمہ دۄپُس آشایہ — "یہ ڈرٕ چھو، بۄ تۄہی بۄ تمہ چھا دِمہ

ژِہ تیٚنہ لول کابُھمان۔ وۄتہ سی کینٛژھاہ۔"

آشایہ پھوٚنچی سکھ۔ مہیندرس ڈوٚد ماز۔ بہاری دوپُھلو،
اما جلپِہ دوٚنس اسان اسان، "میہ گیہ بیٹھن پیٹھ
باتھہ دِنی تہ مہیندرس ہیتی گوٚو نقد و نقد
دیوہ ہار ا"

دِلو دِرنیہ توٚر پوٚرہ پاٹھی فکرِ زِہ بہاری چھُ آمُت
ہینگن مینشر لُدِتھ۔ شونچھ زِہ باسلہ پرٚیم روزن۔
مہیندرس عمر تُرکھ—— نَنہِ وانہ (لکُھولِتھ) دِنہ ہیتی چھ
شاعری ہُنٛز لطافت رأوان۔ ہنا دوٚپُنس ترکراوِتھ——"بہاری
چانِس مہرباٹُھس بچا پیٹھوان اوِیہ لوٚر کرُن؟ یی اتھ
چھُس نتھ چھ قناعت کرِتھ۔"

بہاری——"تہ زن چھنہ گژھان کُن تہ کاربارس۔ اما نصیبس ہے
آسِہ، کارباریچ لُہر چھ اوٚیے پوان لاران۔"

دِلودِنی——"اتھ چھوٚنچی زَن چھکھ، اما کتہ تام پتھ چھے ژہ تہ اُہرلہ
پوٚن واجنہ" یہ وُنِتھ نہ دِژ تمہِ ہژُسان اسنا کرِتھ آشایہ
زیر۔ آشایہ دُز داوٕنج تہ گیہ وُنِتھ۔ بہاری پوٚوٹھ پچھ یہ
کھینہ کرِہ۔ دوٚہ تھنہ لجیو زِہ دلودِنیہ دوٚپُس——"پچھُمتہ دِلہ
مہ گژھ بہاری بابوٗ۔ اُچھ کرِتھ سوزنے پوٚری۔"

ڈِنوڈِنی دراے تہ مجلس گیہ برخاست۔ مہیندرس گوٚمُت
اُندری نار۔ تٔمۍ ند خشم دِچِتھ رُود نہ بہاریس پانس
تام۔ دوٚپنس ــــ "مہرِ ٹاٹھیا، پانس ہیے ڈیٗبہ ڈاس کرِن یرِتھ
ٹھاکہ ماسہٕ چھُے۔ پتہٕ وتھ پچھے حاکل رُوزِتھ۔ اما یلہ سہ
پہ سٕیٖز تہ شوٗز آشیٖنۍ زیٖرِ بیٖٹھ پُدرہ پُجرہ یرِتھ
پرِتھ پچھے بران، تس متہ انتہٕ کھیش۔ ذارہ پارہ بچھے
کران، اُمِس متہ کرِتہٕ ڈیٗبہ ڈاس۔"

وَنان وَنان گوٚو بہارِیس ہُٹِس گنڈ ہیوٚو۔

مہیندرن دوٚپُس خشم ثاٹھِتھ ـــــ "بہاری، میہ نا چھُم فکری رای
ژٕہ وَنان کیاہ چھکھ! پرژٕہ ترآوِتھ کرِنا صاف پاکٕی کتھ۔"

بہارِین دوٚنُس ــــ "صاحبٕ وَنے، دِنودِنی پچھے بڈھان زنہ کہ دتہٕ
کٕنۍ لمُن۔ تہ ژٕہ چھکھ بے شُرنک پآٹھۍ اُتھی وتہٕ
برتھہ برتھہ بپیرِ ترادان۔"

مہیندرن دوٚپُس گرزِتھ ــــ "غلط! ژٕہ ہیے شریف گرِچِن زنانن
یتھ گنۍ سختہ شکہ چھیوٚ نظرٕ دُچھکھ، تیٖلہٕ واتی نہ تربہ
زنانن منزٕ یُن۔"

اُتھی منزٕ آیہٕ دِنودِنی مِٹھایہ تھالاہ ہیتھ تہ اسودِنہٕ

ہیوچھ تھوون بہارس برونہہ کنہہ ۔ بہارین دوپنس ــ "یہ
کیاہ سنا؟ بوچھے چھم نہ"

دِلودنی فٹوٹھس ــ تہ بنیا ۔ اُسبس کنٹھا ترٲوتھ بیکہ گژھتہ ۔
بہارین دوپنس اسان اسان ــ "اما عرضی سانٛی گیہ سنا منظور؟
دٲی بیتہ گژھن!"

دِلودنیہ کورُس اشنا تہ دوپنس ــ "دریس تہ عرضی کیاہ
کرن ۔ تمیتہ دادا (دعوٰی) آسہِ ترِکیاہ ۔ نیچھنی! ماکہ چھ
یوان گژھتھ زنبہ ۔ کیاہ سہ مہیندر بالو؟

مہیندرس پیٹھ نہ کینہہ ۔

دِلودنی ــ "بہاری بالو، مندچھ کنہ چھہ نا کیوان کنہہ ناراض چھوہ؟
بینہ کانہہ دِموہ ناد؟"

بہاری ــ "تھوہ تھوہ، ستھاہ کیتوم!"

دِلودنی ــ تیوہ پریشیو نہ کانہہ ۔ مٹھایہ تہ پیٹھکو نہ اُسہ
تھوپ دتھ ۔ کانہہ کرٲ آشنایہ مہیندرس لِش بہاریس خلاف
ناراضگی ظاہر ۔ دیکہ ہاتھ کوڑ نہ مہیندرن اسنس پیٹھ ۔
تنہ منہ رود کن دِتھ ۔

صبحن دو دۄہ دوریو مہیندر بہارین گرہ ۔ دوپنس ــ "بہاری

کیاہ تہٕ آسۍ تن، وِنودِنی ماپھ سانہٕ گرٕچ۔ توٚے چھُس
چھن بمہٕ نہٕ کٲنٛہہ تِمن ناگوار گژھان۔

بہارِین دوٚپُس ــــ "اچھا؟ تیلہٕ گو سیٹھاہ ناکارٕ۔ تس ییلہٕ
ناگوار بچھ گژھن، آسس نہٕ برونٛہہ کُنہہ پِلان!

جہینٛدہ سپُن بےفکر۔ رٲی آسِس نہٕ زِہ یوٚت سٲہِن
باگٹھ کیاہ سپدِہ یہِ ناخوشگوار کامہِ بوٚزِہ۔ بہارِس
اوس کھوژان۔

ژھی دِدہ گوٚ بہاری جہینٛدرنِس زنانس اندر، دوٚپُنس۔
"وِنود بابی، معاف کرِیزِیم۔"

وِنودِنی ــ "کیاہ سَنا زِہ بہاری بالوٗ؟"

بہاری ــ "جہینٛدرس نِشی بوٗزم زِہ تُہٕ چھُوٚہ میون ملُن تِمن
ناگوار گژھان۔ توٚے آسُہ معافی مَنٛگِتھ رۄخصت ییٚنہٕ۔"

وِنودِنی ــ "تہٕ کیاہ سَنا بہاری بالوٗ؟ از چھُس ییتہِ پگاہ کتہ
تام! میانہٕ دادہ کیازِہ ژٕلوٚ؟ خبرٕے آسہِ ہیم بوٚت
فِتنہ دِتھ، پور کوٚت ییہہ ہا!"

یہِ دِنٛتھ تہٕ گوٚ وِنودِنیہ مُتھس کُنہِ تام رنگ، اوٚش
شروٗع آدِتھ دِلایہ یکدم۔

بہارِیں شوٚپنچ ہنا نخترٕ شک کرِتھ کوٚرُم دِلودِنیہ بیٹھ
سیٹھاہ ظُلم۔

شامن باگ آیہِ راج لکھمی ملوٗل پأٹھۍ مہیندرس نِش،
دوٚپنس — "مہیا، وِینی نوش چھ ییتہٕ نیرنس بیٹھ
دٕرکہٕ لأگِتھ۔"

مہیندرن پرٛژھس — "کیٚھے زہ مأجی، ییتہٕ کیٚھے تکلیف چھُس؟"
راج لکھمی — "تکلیف نا کیٚنہہ۔ دپان چھ میانہٕ مُردیا دمہ وأنسہ
ہنز وپدواہ ہیٚے ووٚہر گرہ نٕژکال روزنہٕ توٚکھ کرنس غابت۔"
مہیندرن دوٚپس پریشان سپدِتھ — "یہ چھُکھے ووٚہر گرہ باسان؟"
بہاری اوٚس پیٚتھ۔ مہیندرن کوٚرس شلیکہ ہش نظراہ۔
پشیمان بہاریس پھیوٚر — ماتھ اوٚس میانہٕ کِتھہ منز غأیب
ہُند ژاپھر۔ تمہ سٕتۍ ما آسہِ وِنودِنی ہندِس دِلس آزارہ
ووٚتمت۔

ووٚہروٚۍ باذ بیٹھی ونودِنیہ نژشتھ۔ ییمۍ دوٚپس — "اکسی
گیہ بیاکھ ووٚہر؟" ہمہ دوٚنس — "ییتی کالہ گیہ اکی ووٚہر
وتی!"

وِنودِنی وُٹھکھِ — "ییتی تمۍ توٚم اوہ ہمیشہ گنڈ کرِتھ؟"

جہیندرن دوپُس ـــ "تیوٗت ہیا سنا اسہِ جوٗت؟"

آشاہِ دوپنس ـــ "اوہ کیا زِہ ییتھ دِل سانی مُشتھ!"

تمہِ دوپ اندرِ یو نہ کینہہ۔ دِنودِنیہ دوپنکھ ـــ "نا زُدوہ،

دوہن جورہن خاطرٕ کیاہ چھ مای گنہ رادِنی۔"

یہ دُنتھ تہ ترا ودن جہیندرنس بُتھس بے چین نظراہ۔

دوٗیمہِ دوہ آس بہاری تہٕ دوپنس ـــ "دِنودبابی، گژھ

گژھ کیا زِہ چھُو لو گمُت؟ راہ کیاہ کھوتُم زِہ سزا دِتھِم؟"

دِنودِنیہ پھیر کاہ تہ دوپنس ـــ "تیوٗ کیاہ راہ کھاردوہ، راہ

چھُم پننِس تقدیرس۔"

بہاری۔ "توہی ہے اسہِ ترا وِتھ گژھِو، اسہِ یہِ پوٗرٕ زِہ اُسی

ییتھ اُس ناراضگی۔"

دِنودِنیہ کرٕ بہارِیس کُن عارہ برٕ نظراہ۔ دوپنس ـــ "توہی وُنی تو

میون یتہِ روزن چھا شایان!"

بہاری گو دوہن تہ ترن۔ کتھِ کُنی دنہ ہے، شایان چھُ، دوپنس۔

مگر ژھنس چھا منع، اما زِہ زُدر دوہ بہیہ روزنس چھُ نہ

ہرج تہِ کینہہ۔"

دِنودِنیہ دوپنس اُچھی نوم رادِتھ۔ "توٗہی چھودم سانی روزنس

۱۶

مجبور کران؛ چارٕ ما لگیم؟ اما ظُلم چھوُدم کران۔
ونان ونان آیس ٹارٕی برنہٕ تہ اَمِشس لجِس دوٕرای۔
بہارلیس وَنتھ یہ اوٚش ڈٕجیتھ دِلس ترٕ۔ وَنٛدینس۔
"گٕنٛشرِن دوہن ھیٚرِی کٕرتھ اَکی ہینٛزیوٚ گوٚنو گِردیو۔ توٚسے
تِمی نہ ترادان۔ وِنوٚد بائی، متہ کرتہٕ، ژٕ ہشہٕ لکمیہ کٔنٛی
نیٚرِ روٚخصت کرٕن؟"
آشا اَس گوٚنس اَکِس منٛز جِنٛدٕہ کَڈِتھ۔ پھیرِی پھیرِی اَمس
دوٚتہٕ لوٚنٛجِ سیتھ اوٚش دوٚتھرادان۔ امہ پتہ ہیٚچ نہ
وِنوٚدِنہٕ گرٕشِیچ کتھ زانہہ۔

۱۷

منٛزٕ چھہ اتھ بدمزٕ گیہِ دوٗر کرنہٕ باپتھ کوٚز مہینٛدرن صیم
زِہ بیوٚ وِنو آتھوارِہ کرٕد دم دم باغس منٛز کھیوٚنا چیوٚنا!
آشا گیہ سیٹھاہ خوش۔ اما وِنوٚدِنی سیٚنٛز نہ کنہٕ کنہٕ
رٲضی۔ مہینٛدر تہ آشا گیس ناراض زٕ از کل چھے یہ اپہ

بنِہ دوٗر دوٗر ہیتھان۔

سہ پہرن ییتھ بہاری آو، وِنودِنی ووٚتھس ــــ "بہاری بابوٗ، تہٕ بابوٗ چھِ آتھوارہ یژھان دم دم باغس ساگاہ کرٕنۍ۔ تہٕ بہ چھسکھ نہ یژھان گژھن۔ توٚہۍ چھِ یم از صُبحہ پیٹھے بُتھ لدِتھ بِہتھ۔"

بہاری ووٚتھس ــــ "اَتھ ہیوٚتہ تہٕ کیاہ چھُ؟ ژٕہ تہٕ گژھ ہکہ، ہِہندس سائسس یود بانگِش گژھہِ سہ متہ گژھتن بہ کمہ تہٕ بہ شُترس۔"

وِنودِنی ــــ "ٹھیکۍ نا بہاری بابو! توٚہۍ ہیٚے ٹیکھ، بہ تہٕ گژھ ہا۔"

بہاریس کُنہ وِنودِنیہ ہنز یہ طرفداری وُچھتھ گو دہنہ وِنی باژن ملالہ۔ بہاری سیتی ہنز کرہ تجویزہ گو تس ساگک شوقمندی منزہ ختم۔ تہٕ اوس یژھان بہاریس ییہہ تاوٕن ژٕہ وِنودِنیہ چھِ اَتھ سندیی گژھن ناگوار گژھان۔ اَمی باپتھ اوس سہ ژھرٕ ژھرٕ کران۔ اما وٚنی ژالیس فکرِ ژٕہ بہاریس ییہہ ہِہ منڈلی منز ونس ٹاکہ کرٕنۍ گژھیس محال۔

مہیندر ووٚتھس ــــ "جانٕہ گیوٚو، اما بہاری، ژٕہ یود گژھکہ، تہٕ

تلکہ کینژہ نہ تہ کینژہ فنڈی۔ یا تہ بہکہ تتہٕ محلکوٗرٕ
ہیتھ، نتہٕ کرکہ کانٛسہٕ گوٗرس ہیتی لاہٕ لای۔ بلاین
چھا ہینگ؟

مہیندرن ژھرِٹھ وُچھتھ لوگ بہاری اندی اندی اسنہٕ تہٕ
دوٚپنس —"اَتھ دوٚپکھ نا سمسارا! کُس ہینکہٕ ڈیٚنتھ کیتہٕ
کر باگ گیاہ سپدہٕ — دِنود بابی، گاش پھولہ ڈُکی گو
نیرُن۔ دوٚپُس دکھش پیٹھ۔"

آتھوارہٕ صبحن کرِتھ سامانہ تہ نوکرن ہندہٕ خاطرہٕ تھاڈکلاس
گاڈی (کوچ) تہ پننہٕ خاطرہٕ سیکنڈ کلاس بُک۔ بہاری
تہٕ بینو وکھتس پیٹھ داتتھ مستانہ پاٹھی اکھ بیک بکباہ
ہیتھ۔ مہیندرن پرژھُس —"یہ کیاہ چھہ سنگاٹھ اوٚتھ؟
نوکر گاڈہ منزٕ تے دِنی جایی چھ نہ؟"

بہاری دوٚپُس —"گابر مہ تہ مہیٚرٕ ٹاٹھیا۔ سوٗنگر سپدہٕ ٹھیک پلٹی!"
دِنودِنی تہ آشا بیچھ گاڈ بندر۔ مہیندر لوگ اورٕ یور کرنہٕ
زہ بہاری گژھتھ بیچھ تاگڈی زٕین۔ بہارین گونڈ بکس ٹیس ہیتی
تہ پانہ گوٚ کوچ بکس پیٹھ بہتھ۔

مہیندرن تردہ پرکہ۔ کینژہ اوسُس نہ سوٗنچاہ ریوان

ڏه ٻهاري ٻهه ٽاڻوي زين يا . ه !

ونودنيه راڳو ڏاڍو رنج، ڏڏنيس — "ٻهاري بابو، پيٺو گراي پيئو!"

ٻهارين ڏڏنيس — "گهوشيو مه. پيئون ته ڏيسرن ڇپ نه ساڻه ڇته."

گاڏي نيروڏڻي ڏڏنيس مهيندرن — "ڏڍوڙي ته ڏي ڀينهه کوڇکيس
ويٺو، ٻهاري سوز ڏ ٻوڙي."

آشاءِ توڙمس ڏاڍي لونڇه، ڏڏنيس — "نه توهي هينکيڻ گڏ ڇته."

ونودنيه ڏڏنيس — "توهي ما ڇيوه ٻاڳل. ٻڌ لگيو گراي. ٻهته هي
ڇيوه!"

مهيندرن وڏنس جوشس منتر پيته، "ميه لگيا گراي؟ هرگز نه."
ته پي ڏنتي سڀه نيرنس تيار.

ونوديني ڏڏنيس، "توهي هي اسوه ٻهاري ٻالڪس راه لدان، اما
تهوءِ پيئو ته ڇا ڪاٿه ٻنگهه ڪرن ڏول؟"

ٻته لڏته ڏڏنس مهيندرن، "اڇا ته تيله ڪرڏنا اکه ڪام! بياڪه
گاڏيا انن ٻڌ ڪرائيس پنڊ، ته مهينده ٻهه ايکو اندر."

آشاءِ ڏڏنيس، "تيله يه ٻ ته توهي سيتو."

ونوديني ڏڏنس، "ته ٻ ما ڏيه گاڏه پيٺو ڏهڻ."

ڪته گيه اتي جوش منتر ختم، اما ٻهاري ٻعد ٻڄ لڏته

اتھ وندہ۔

گاڈِی وانٛژ دمہٕ دم باغ۔ ڈکر گاڈی اٲس سیٹھاہ برونٛہہ
دراہٕژ، اما وٕنہٕ اٲس نہ بوڑِی کٔنہٕ۔ ہرودک صبح اوس ناز
تاپہٕ پیٹھ اوس شبنم وُڈِتھ ہیوٚ گومُت، اما گٕلی وٕتھراے
گاشٕلِس منٛز نیٚہ نیٚہ کران۔ باغہٕ چھہ دوسہٕ ہیتی ہیتی
اٲسی شیٖہٲلی گٔلی وٕہیتی، پوشن تھٕند اوس فرشاہ پیٚمُت
تہٕ خوشبوی اٲسی ژھوٚدا پارِی شِنگرہ ماران۔

کلکتہٕ کہ سیرہٕ گنڈِہ نشہ موکلتھ رُخ آشاتہٕ دِینٛج رُوسی کٹ
ہاش ژِنگرہ مارنہٕ۔ وِنوونی نیٚن ہیتی، پوشن کرٕن اباے
گٕلہ پیٹھ واآلن ہیٚپہ بمٕژونٛٹھی، تہٕ گٔلِس تل بہتھ بیٚٹھی
کمیٖنہٕ۔ دوخُتے ونٛسہ وٕٹھہ تلاوس تہٕ ییٚرکال کونہٕ کھ شرانا۔
دوشٕہری زیٚنوٚ تَل اتھ رِفنہٕ ہس حظ تہٕ گٔلی ژھاین، بنیٚو
ٹُکی گاہ تراوونس گاشرِیں، یہ کہٕری زلن تہٕ گلزارہٕ کین
پوشہ وُٹھرن بوٗزکہ نوود زوٗ زیٚتہٕ ہیوٚ۔

شران کرٕتھ آیہٕ تہٕ کیاہ چھہ وُچھان زہ ڈکر گاڈی چھہ وُنہٕ
تُرِ ژھوٚ۔ جیٚنیدرہٕ اوس بانڈس منٛز چوکہٕ اکِس پیٹھ ہیتھ
اکہٕ ولایتی کوٚچھ تھٕند اشتہار پران۔ تجس اوسُس

بدلے رنگ۔

وِنودِنہ پرژھس، "بہاری بابو کتہِ سنا چھُ؟

مہیندرن ووننس مۅ خصر ہیکھ اٹھُ، "خبر کیاہ چھُ!

وِنودِنی۔ "تہ تکو، نظر دِموس۔"

مہیندرہ۔ "تمیس کیہ چھیوہ ژلہ سہ ہیتھ کاتھہ؟ نظر ووتہ نفت تہ واتہ یکدم۔"

وِنودِنی۔ "خبر چھنہِ وادہ ما آسہِ مران تہ یہ مولُن لال گوژھم نہ راوُن۔ تکہِ دلاسا یموس دِتھ۔"

باغس اندر اوس پوکھرس اکس پیٹھ اکھ یارہ بُٹہ کلاہ اکھ تھوُ تل اوس بہاری بہیتھ۔ یِک بِکس اوسُن کنوُلت تہ ستوِدس پیٹھہ اوس ہیب گرگہ نادان۔ ساری واتہ دُنہِ کرُن سارِنی پرژھی پوزا۔ گرم چایہ پیالہ پھیرنکہ تہ مِٹھایہ رکابیہ تھوُنکہ یرتھہ کنہ۔ وِنودِنی لجس پھیرکہ پھیرکہ وننہ۔ "نصیب اوس چان نہ بہلدی بابہ ہس اڈن سامانہ ہیتر۔ نتہ گیہ بہ مارہ۔ چای نے میلہ بس تہ مہیندر بابو ہس کیاہ تال سنیہ چھے!

چای چنمہ آز مہیندہ بابو ہس ہوش ہیو۔ تو تہ دوپن

"بہارؠ بابوٗ چھُ کران پٔرنہٕ پیٹھو۔ أسؠ آسیہٕ ساسٕ۔

اما أمی وَبہٕ رود سود ستنگاٹھ۔ مرٕنے ردوٗ"

بہارین دوٗپُس۔ "اِدہ واپس کرتہٕ چایہٕ پیالہ پنُن۔ کمینہٕ چنہ

روستی کرتہٕ ثہٕ منز۔ أسی کردیٖ ٹھاکھ"!

ژیرٕ آد وکھ، اما نوکر چاکر وأتی نہ کینہہ۔ بہاری نہ

بکہ منزہ ہیتین رنگہ رنگہ کینہہ چیزٕ چیز نیرٕنی—

بتہٕ، دال، ترٛی ترکاری، تہ نزائیل پہمت مصالحہ

لیٖکٹین شیشن منز۔

دِنودِنیہ دوٗپس تعجبس گژھتھ:" بہاری بابوٗ، تہٕ دِژٕوہ أسی

تہٕ بتھ۔ توہہ گرہٕ گرہٕ واجنی پچھنہٕ، یہ کتہٕ پیمت

چھُوہ؟"

بہارین دوٗپُس، "پننہ چھمہ ہیوٗچھمُت پانسٕ۔ پنُن پانٕ ییوم نا

پانسٕ کرٕن؟"

بہارین ترووس اسناہ۔ أما دِنودِنیہ وُچھس سنجیدہٕ پانٹھو عادہٕ برٛونٹھ

چشمو۔ بہاری تہ دِنودنی لگی رنہٕ ییوٗس۔ نجل سیٹھو ہش

کریکھی آشا تہٕ مدتھ، اما بہارین دِژس نہ دتھ۔ ناگرہاد

مہندرن ہیوٗت نہ ہشری کانہہ۔ کلس ہیتی ڈوکھاہ دِتھ

بیوٚٹھ تہٕ زنگہِ بیٚنٛٹھ۔ زنگ لٔدِتھ تہٕ لوٚگ نٔژنِن بٔرٕ وُتھرِن

بیٚنٛٹھ تاپہٕ ژٔرن ہُند نٔژُن وُچھنہِ۔

بتہٕ پٔتہٕ دوت ہیٚو، وِنوٗدنہ دوٚپُس "ہیٚن بابوٗ، یِم گٔلۍ دُتھر

ہیکونہٕ کینٛہہ گنزرِتھ، وۄتھو تہٕ ییہٕ سُرٛاناہ کٔرِتھ۔"

سٔتھۍ تام پنٛنہ نوکر چاکر تہٕ داٚتھ سامانہ ہٕتھ۔ گاڈۍ آیہٕ

وٕنتہٕ پھٹہٕ مٕژ۔ دُپہر اوس دکہ آمُت۔

کھیٚونا چیٚونا کٔرِتھ سٔپُد تجویز اتھ کمرس تل تاس یٔنڈکہ

ہیٚنٛدرِن موٗن نکھ نہ کینٛہہ، تہٕ وُچھان وُچھان بیٚتیٚس

گٔلۍ شُہجارس نیندرٕ۔ آشا تاپہٕ کمبر ماتہٕ بَر دِتھ رٕژ

آرام کرنہِ۔ وِنوٗدنہ تمۍ حقہٕ لوٚنٛٹھ ڈیکہ پیٚٹھ تہٕ دوٚپُن

"ادہٕ کیاہ تہٕ بہٕ تہٕ اژہ کمرس اندرٕ۔"

بہارِن دوٚپُس۔ "کوٚنٛت سنا؟ بہٕ ہو خوش گیاہ کُرد۔ پنٛنہٕ گارِم

کِتھاہ بوز نگوٗو؟ وِزہ وِزہ آسُس اتھ دُپہرہ تاوس داوہ

بِگناہ گوٚ دُتھرِن سور سور کٔرِتھ گژھان۔ وِزہٕ وِزہٕ اوس

پوٚکھرہ بلہٕ کرِ جام گٔلہ کیوٚ پیٚتہٕ گٔژھرٕ تٕو مُنزِ کھکلہِ آلواہ تہٕ

گژھان۔ وِنوٗدنی لٔگُس لوکہ چارِکہ قصہ یاد۔ مٔژ ماجہ سٕندۍ

قصہٕ۔ بالہ ولیسہٕ ہٕندۍ قصہ۔ وٕنان وٕنان آیس ڈیکہ پیٚٹھ

دوتہٕ لوٚکٹ ڈیٖٹھ۔ وِلوٚوِنی بنٛدِس بُتھِس اوس یادٕ تنگ
حسن دمبے شولہ ماران، اما لوکچاپکو قصہ یاد پیٚتھ
سپدِس پہ حسن سیٹھاہے لطیف۔ وِلوٚوِنی ہنزن اچھن
منز شوقہ ٹہرٕ سنہوِنی نظر ڈیٖچھتھ اسی انام بہاریں
رنگہ رنگہ شک گژھان۔ سوی زوتہ وِنی کرہنہٕ نظر یلہٕ از
شانت تہ اوٚد ڈیٚچھی، بہاریں ہاسیہ سو بدلہٕ سٕنضاہ۔
اوٚ ڈیٚچھ نو آتھ تیزِس اندر اوس اکھ زرم تہٕ نوٚزکھ
دِل امرتہ لمذت۔ تشنگی ہنزو نارہ پھیہر سیتی اس
نہ زنانہ بے کرتھ ڈزِتھ پینٛپر۔ وِلوٚوِنی آس حیادار زنانو
ہنٛدی پاٹھو بڈو یژھ پژھ سان وِلہسی دِلس منز پنٛنِس
برتھاہس سوران، ہمدرد ماجہ ہنٛدی پاٹھو آس سٕتانِس
دالنہ منز جای کرِتھ۔ امہ صوٚرتہٕ ہنز تھاے تہٕ آس نہ
ڈیکھہ تام بہارِنس دوندس پینٛپر۔ از دنتہ گوٚ سیٹھاہ
پھدہ اکہ کونہ یکدم ڈیٖتھ تہٕ تمیٚ ڈیٚچھ انٛدرٕ مبارک
منظراہ اکھ۔ شوبحٕی۔" نیٖبرٕ تہٕ چھہ باسان تکھرٕ منظراہ
اما انٛدرٕ چھس اکھ شُرٕ شرٕ ننّاناہ گُمتن چُونن عشرتہ
لگزایہ منز مشغول پیٚش۔" زیوٚتھ دوہ شاہ ترابتھ لوگ بیٚنیہ
سوچنہ۔" دیی پھوٚت ہیکی دِلن واتتھ، بانس تہ چھنہ پنٛنی خبر آسان۔

نیبرمہ ترایہ گرایی چھ ژوکھ اندازہ لگاوان: بہاری تکدس
سوالس پیٹھ سوال کران، نہ نیندرِ تہٕ گُرنس کانہہ۔
دِلودیہ ترٕ اوس نہ یتہ کانہہ لوزان دولاہ میولمت یِس
یتھہ کُنی الفہ پیٹھ پیس تان کن دِتھ روزہ ہیس۔ خاص گرتھ
اوس نہ تمہ انتام کانہہ مردس برونہہ کنہ پیتھ کُنی پانژ لوس
لوشرووُمت۔ اُمس ہندہ لوزان وامس کنڈ دادہ پانژ دونہہ
باوِتھ اوس ازتس باسان، زِ ننتر وسراٹ ہندس تازہ رودس مش
اُمس پکرناونہ آمژ۔
شُلی دوہِ تِہ کُنی اوس ہیندرس نیندرہ ہرانج گومت۔
لہذا وونتھ تمہ گانٹ ژدہ ہرِ نیندرہ راہ گرِتھ پانژہ بکہ رہیو۔ ونہ تم
ونیو ووننہکہ وچایہ پاٹھو___ "گرِد یا دنہ گرہ گرژینس تیاری۔
دِلودیہ وونس___ "شامن ہیو تیہ گرڑھو، ہرچ کیاہ چھُو!
ہیندرِ ووقس___ "نہ، شامن پیٹھ داتھ بدمست گوہرہ"
سامان گنڈان گنڈان سپنکہ شام۔ تہ ذکر آیکھ دنہہ۔
زِ گاڈی تھنہ کنی! زِ گوہرہ اُمی اُتھ سٹیشنس کُنی زبردستی
ہیتھ ژلمتی۔
بیاکھ گاڈیا انکھ سپد لوکن حکم۔ دولیوست ہیندر لوگ

پھِتادنہ زِہ سالِم دوہ گو از برٛباد۔ یوٗت زِہ پننِ افسوس ہیوٗکُن نہ کٔڑِتھ۔

ژوٗنہ پچھک ژٕندر اوس کٔرِ لبچو اندر نیرِتھ کھلہ نبس منز ہیٚنز کھوٗتمت۔ خاموش تہ سُنسان باغ اوس ژھایِلہِ گاشرہ سیٚتی بدلے باسان۔ یِژرہ پرفوٗن مٔنز ساٗڑ بیٚنھ آس دنودِنی از بڑِ کیفاہ محسوس کران۔ از ٹیلرِ باغہ کِس اندِ گٹِس منز آشاہ سیٚتی تمِ ناگہ موٗت گوٗزرِ تسندِ بِس لولس ژوزنہ رژھہ تِہ بناوِٹ۔ آشاہ ژھچھ زِہ رنودِنی اُس اوٚش ہاران۔ بےچینی سے پرٛژھنس، "کِہی زِہ اُچھ کٔٹرِی' دوان کیٚہ زِہ چھکھ؟"

ونودِنیہ دوٚپنس۔۔ "کِہی نہٕ، پتھ ہیٚے۔ اُزی کہ دوہ ہیٚے آم سیٚٹھہ ہی آنند!"

آشاہ پرٛژھس۔ "تہِ کمہِ کِنہِ آی یوٗت آنند؟"

ونودِنی وٕنہٕس۔ "زنتہ ہیٚے بہ مران چھس، پرٕ لوٗک چھس دوان تہ یٕتہِ علہ ساری ارمان نیران پھِم!"

آشاہ راوِرہِ مِش۔ کینہہ تہ تورس نہ فِکرِ۔ مرینٛ کتھ بوٗزِتھ گوس دِل ملوٗل۔ دوٚپنس۔ "کوہ دامِ کی۔ یِژھ کتھ کیٚے آزہ زیوٗد بیٚٹھ انان؟"

گاڑِی میجِکھ۔ بہاری بُوٹھ بیٖیہ کوچ بکسس پێٹھ کھٲتھ۔
وِنودنی رُوز ژھوپہٕ دم کٔرِتھ نیبرٕ گٔژھ اُچھو پھیرِ پھیرِ وُچھان۔
ژُونہ گاشس منز شران کٔرِتھ آیِژ گٔلی تندل اَمس ژھایہِ دار
ہِش نَس برٛز نہٕ کنہِ دوہ دَو کران۔ آشایہِ اَمس گاڑِہ ہنٛدِس کوٚنجس
اَکِس اندرٕ نیندرٕ پێمژ۔ مہیندر اوس اند وند کٔتھ تام سنبوٚمت۔

## ١٨

سالِکہ دوہ پتہٕ رُوٗد مہیندرس اموب شرِ نہٕ وِنودنی
پھروہن بیٖیہ پانس کُن تہٕ موچھ منز اتھ ہن۔ اما دوٚیِی دوہ
کورُن راج لکھیہ انفلوٗئنزا۔ رُوگ اوسُس نہٕ بارہ ہیوٚ کینہہ
مگر بے چینی تہٕ کمزوری آسس سێٹھاہ۔ وِنودنی ٲجس راتھ
دوہ سیوا ٹہل کرنہٕ۔

مہیندرن دوٚپُس۔ "یتھہ کٔنی دوہ راتھ نِژ ژھٹنہٕ سیتنہٕ ہے
مارہ گژھک؟ ماجہِ ہنزِ سیوایہ خاطرٕ لاگِن بہ مہنیو!"
بہاری دوٚپھُس۔ "جیہِ نامٹھیا، غوطن مہٕ گژھ" کران ہے چھ

سیوا، کرنہ دِس۔ یِژھ ہِش خدمت ما وٲژس بیٚیہ کانٛہ ہندٕ دٕستی!"

جہیندرن ہیوٚت بیمارس نِش وِزٕ وِزٕ واتُن۔ کانٛہہ کار کرٕ وِنہٕ وِلودنیہ اوس نہ برداشت سپدان زٕ کُنہ کامہٕ اتھ لاگنہ ورائیی آسہ کانٛہہ زنانہ کامہٕ وِزٕ تہٕ پیٚتے روزان۔ بٕہوٚشہ وٕنس تہٕ دوٕیہ اکہٕ پھرہ۔ "مہ بابو، یِتھٕ پٲٹھ کیاہ کانٛہہ بیٚیہ تُہندٕ دٕستی۔ گژھو، کالجس کیازٕ گژھو ہرج؟"

جہیندر چُھ پیتہٕ پیٚتے آسان، یہ وُچھتھ اُس نہ وِلودِنی روٚمان کُنہٕ۔ مگر یوٚت چارٕ اُس نہ ہیکان نٕرتھ زٕ تٕہ اوٚس بیمار ماجہ نکھہ تہٕ تیتھے کُنہِ مای لاگتھ ہِہان زنتہ براٚر ماز گوٚدس زاد اُس۔ نکھتھ اٲسہس گژھان۔ وِلودنی بیٚلہٕ کانٛہہ کانٛہ مژٕ ہیٚتہ ہے تیٚلہٕ اُس سہ باقی ساریٖ کام مشراوان۔ یوٚت تام نہ سہ کھیلوہٕ ہیکہ چاوہٕ ہیکہ۔ بیمار سنز کرٕ ہے تہٕ گرکِہ بیٚیہ بیٚیہ ضروری کامہٕ اند واتناوہٕ ہے، توٚت تامتھ اوسس نہ کانٛہہ تہٕ پٲٹھ وُچھان۔ مطلب زٕ یمہٕ وِزٕ یہ شوبہٕ تمہٕ وِزٕ تہٕ نہ کرتھ بیٚیہ کینٛہہ کرُن اوسس نہ خوشی یوان۔

بہادی اوس منزی منزی کیشن ژٕہوین راج لکھیمہ نِش

داتانہِ خبر اَنر پرٛزھنہٕ۔ داتہ وُنی اُوس شہ ژینان یہ کینٛہہ
مٔرورتھ آسہ ہیکھ تہ پرٛنزس منٛز اوسکھ آینتھ دِوان۔ دِلودنی
اُس نہ آینتھ رٕزہ بہاری جھمُ میانہٕ کامہ بڈٕہ پیٹھ پرٛتھ سان وُچھان۔
نۄش اوسُس تسُند یُن پنُنہ فرض ادا ہیہ ہنٛد پیام (ز انعام)
باسان۔

ہیندرن کور پالش لعن طعن تہ دوہے کالج گژھنک
ہیٛوتُن پابند سپدُن۔ پیارٕی ہے گوس مزاج سیٹھاہ خوشک
تہ دوٗل، ہپارٕی کیاہ سنا انقلاب آس؟ ہتہ میلہٕ ہس نہ
دکتس پیٹھ، سایس گژھ ہس دکھتس پیٹھ غائب، موزہ ہٕچھٕرتی
گژھنس واَلی پٕلہٕ۔ پرٛژھن کتھن اوسُس نہ ونی بُرُنہکی پاکھُتی
موزہ لیوان۔ یتمہ دِزہ یہ گوژھ تمہ دِزہ شہ ہبان پاکھتی برۄنٹھ
کُن واتنک اوسُن پوٗرٕہ پوٗرٕہ لُطف گینژھن دوہن تلمتہ۔
یمن ہنٛزہ ڈیٛزھبہ کنی اوس نہ ونی آشایہ ہنٛزہ نالالتی پیٹھ جبر
کران، بلکہ اوسُس پہ ڈان۔ "جُنی"، کاژہے ہرہ وڈے میانہ
شرانہ برُنہہ آستی کوٹس بٹن لاگتھ تھوان۔ پتلون، گلوبند
تہ موزہ تہٕ آستمی پیٹھ تھوان۔ چانہٕ دستہ، آہ یہ اکہ
ہپرہ تہٕ۔ وکھتہٕ دزہ بٕلد دلو تہ بُن بیترہ ژھانڈانس بجم

پھنہ رٹتھ پلوان"۔

آشایہ اُس رب پلوان متھنہٕ۔ لوتہ پاٹھی اُسیس
دپان۔" ہیے وڈنمت اوسم بُہرس!"

مہیندر دپیہ ہس۔"اچھا! بُہرس اوستھم وڈنمت! پانہ
مالگہٕ ہی گرن! کانہہ کامہ ژینیہ ہے چاپہٕ دُستی زانہہ!"

آشایہٕ اوس یہ مرنہ کھوتہ سکھ گژھان۔ بڑنہہ
اوسُس نہ زانہہ تہٕ مہیندر بیتھ کنی ٹھکران۔ آشایہ اوس
نہ زہن پٹوان' دپہ ہیس زہ ژینیہ ہے دِیتھم نہ پیچھنہ۔
تس اوس پنتھ زہ حملہ تلہٕ چھس بوٚ نالگہ ہار تہ مٹرہ۔
توٚے چھم نہ کانہہ کام سیداں۔ مہیندر ییلہ زانہہ غفلتھ کنی دِلودنیہ
تعریف کران آشایہ لعن طعن کرہ ہے، سو بچارٕ اُس ژھوپہ
دَم گرتھ گٹی گٹی گژھان۔

بار بار اُس آشا بیمار ہشہٕ ہنہدس کٹھس اندی
اندی اوِرہ لیور کران۔ بار بار اُس سو کمرہ کس دروازس
پیٹھ شرمندہ ہش ٹوزتھ گژھان۔ سو اُس پانس کنہ لگہ ہار
پژھان بناونی۔ کام اُس پژھان باونی، اما تسنزہ کامہ بنہ
اوسُس نہ ضرورتھی کانسہٕ۔ تس اوس نہ باشہ زہ [illegible]

گرٛٹھ کامہِ اندر کھوٗر ترادِن۔ کتھہ کَنہِ گرٛٹھ دُنیاہس
اندر سبھای بناوٲنی۔ یِنہِ ناگہ ہٲرِیہ ہنٛد ہٲرِ ہیتھ اَمِس
سو ٹیٚبرِ ٹیٚبری پھیران۔ اَندری اَندری اَدسِس سو سر
گرٛٹھان۔ اما زانَنہ اَدسِس نہ پوان زِ کیاہ قصور اوسُس۔
باسان اَدسِس زِ سانگوٚڑ اَدسِس ڈیٚبہ ڈاس ہیوتمت
گرٛدھن۔ ذٲکرِ اَدسِس نہ تران زِ کٔتھہ اوس ڈیٚبہ ڈاس
گرٛٹھان، تہ کِتھہ اوس اَرِ آمت، کِتھہ لوٚرنہ پوان تہ
کوٚہ کنی ہیکہ ہے تہ بیٚہتھ نوٚد سرِ لِنہ ییتھ۔ صِرف اَمِس
پٔڑھان وٲڑھہ واٗلنہ ووٚہ اتہ بانہ وٚہٲ ژِ بلکل نالائق
چھُس، ناگہ ہار چھیس، سہ ہیوٚ گڈٕکے چھُنہ گانہہ۔

برونٛہہ اَمی آشا تہ ہیندہ کنہِ کتھاد باٹھاد کرتھہ نہ
کنہِ خاموش روزتھ عاشق (عیش) کران۔ اما دِلوٚدی الگہ
نہ آسنہ کنی چھہ نہ اَزکل آشا یِنِش نلوکھ بیتھ
ہیندہس لِتھی پھوران تہ دم پتھر ردزان تہ چھُس
ناجاۂزی باسان۔

سہ پیہرن اوس ہیندہ باغس منز چِل قدمی کران۔
اندرہ دراو بہرہ۔ اَتھس کینہ چِٹھہ ڈیچھتھ برٛونٛہہ ہیندن۔

— ئمی شوچھ؟"

"بھلدی بابو ہس؟

کیمو دِژی؟"

"بہو ٹھاکر آنہ" (ایمہ وِنو دیمہ)

"تلا ڈنھ" بیرنس چھٹو۔ متھ گوس زہ کھولتھ پرہ۔ ووہ یہ
زوو یہ لٹہ پھیری پھیری ڈچھتھ دِژن بہرس بر ڈنھ کن داٹ رتھ۔
کھولت بے تہ پرہ بے — "دیہ چھ نہ ہرگز ماتان ڈشکاب
جیتون۔ وِموس نا دالہِ آب؟ ووہ ہس تہ پرمیرس مُتلق آس
نہ وِنو وِنی زانہہ نہ ہیندرس پر ژھان۔ بہاری نِسی وینہ نُس
پینٹھ آس پکان۔

براندس منز کینہہ کالہ گشت کرتھ ژاو ہیندر اندر۔
ڈیھان کیاہ چھہ زہ لبہ تصویر چھہ ہلومت ہیو، رز چھس
تیار تھیینہ نُس۔ آشایہ کرن بےواری — ژیہ کیا
چھہ نہ بوزنے یوان کینہہ! یتھے کُنی بُرچھ نا برتھ کینہہ برباد
گژھان۔"

آشایہ اوس دم دم باغچہ کین پوشن ہرند گونداہ اکھ
ونوومت تہ تی اوس شیرتھ تھوومت سرتلہ ہیندیس

پھولدانس منز۔ مہیندرَن وُچھ شہ تہٕ ہوٚکھمُت، توٚتہٕ اوسُن نہٕ ترٲوِتھ ژھوٚن مُت۔ امہٕ بروٚنہہ اوس نہٕ مہیندرن اَتھ کُن دیانٕی دِیُت مُت۔ از تہٕ پییس اَتھ کُن نظر۔ دوٚپُن۔ "آشا نے یتھ ترٲوِتھ ژھنہٕ، یم پوش تہٕ ییٚن ینتیٚتھی چھکراونہٕ۔" یہٕ ڈیٚنتھ نہٕ دیُت تمی گوندہٕ سان سَہ گُلدستہٕ بیٚیر دأرِتھ بیس ہیرِہ دوٚتھ ٹھنٛی ٹھنٛی کران ڈٲلہٕ۔" اما یہٕ آشا کیازِہ چھم نہٕ منہٕ پٔژ سپدان؟ میانہٕ گوٚہ کیازِہ چھ نہٕ کانٛہہ کران۔ لوٚت کیاہ چھُس شکست تہٕ آلٕژھ وسہٕ زِہ میٚہ چھم نکہ تھ ہشَس گامِژ۔" یمنٛی غوطن گژھنتھ کٔر مہیندرَن آشایہٕ کُن نظراہ تہٕ وُچھُن زِہ تَس اوس بُتھس لیدرٕیر پھیوٚر مُت۔ پینگس اَس تھیٚھ کٔرِتھ، تھر آسِس ژامِر سأرِسی پانَس۔ بے قرأری سان درایہٕ سو کمرہ نیٚبر۔

مہیندر گو لوٚتہٕ پاٹھی تہٕ پھوٚاران اوٚنی تٔتِھ۔ کمرٕ کِس کوٚنجَس اَکِس منز اوسُس برن ٹیبل۔ کُرسیہٕ پیٹھ روٗد سُہ اَتھ ٹیبلس بروٚنہہ کنہٕ کٔلس نِرہ دِتھ یٔژکال سوٚنچانٕی۔

نوکرو نزوٚل سندیا ژونگ تہٕ، اما آشا آیہٕ نہٕ کیٚنہہ۔ مہیندر گو بےچین تہٕ پتھس پیٹھ لوٚگ اوٚرہ یوٚر کرنہٕ۔

راتھٕ ہنزِ نو تہٕ بجیہ ۔ مہیندرنِس بُنسان شونگن گنٛھِس
ہیوتُن اڈراتن ہُرٕ ہو سپدُن ۔ آشا آیہٕ نہٕ کینٛہہ ۔ مہیندرن
سوزنس نادس ۔ ترٛہہ ریٛمِژ آشا آیہٕ لوٚتہ لوٚتہٕ تہٕ گیہ
درواژس نِش رُوزِتھ ۔ مہیندر آس نِکھہ تہٕ ژُٹن نالہٕ متہٕ ۔
آشایہ اوس وٕنہٕ آمُت پھٹہٕ نس ۔ مہیندرنہٕ زیرہ سیتی
آس دبیومُت دود وٕنہٕ تلِتھ ۔ آشایہٕ لگی ہِکی ۔ ژٔری ہِسندی
بأ ٹھُولِج باکہ کرنہٕ ۔ مہیندرَن ژٕٹ جیرِہٕ تہٕ بوساہ دِیُتنس
بپتہٕ لجس خاموش تارک نبس کُن اُچھ دِرہ ۔

کالجین یٔلہٕ شونگنہٕ گیہ مہیندرَن دوٚپُس ۔ "ژٕنجے ، دِنی
ہے جِم میٚہ کالجہٕ روت ڈیوٹی بڈیٚرِ ۔ یتہٕ پٔتھ گژھن
ما چھہ سہل کتھا ۔ توٚہٕ کِنی ما پٔتیم کینٛہہ کالاہ کالجہٕ نِکھے
میٚنٛس منز روزُن ؟"

آشایہٕ کوٚر سونچاہ ۔ "اما ووٚنہٕ تہٕ ہیموس نا کرِدوٚ ؟ میٚہ
روٗشتھی چھا سَنا دُور روزنک سنز کران ؟ یِنہٕ نالأیِقی
کِنی زراہ یہ سأمی ژند دُور روزُن ؟ مرُن اوسم بہتر !"

اما مہیندرنِس گگھاوس تہٕ دِلہٕ ہارس منز باسیوس نہٕ
کرِدوٚ ہیو کینٛہہ ۔ تمی ژٕٹ ژرِ تام آشا نالہٕ متہٕ تہٕ اونٛگیو

سیٹھ مٕس شیرِ شیرِ کٔرٕنس وٲنکھ ییٚلہٕ ۔ برٛونٛہہ اوس جہیندر پیٚیمٕٹ گٔنی لول باگرہٕ دِنہٕ آشایہ مٕس مٔژ بادان ۔ تہٕ آشا تہٕ اٰسِس نہ ہٕٹاکھ گران ۔ از تہٕ ووٚنس نہ تٔمِرکینہہ تہ ژمہ ہرٔشس گٔژھتھ ژوز سامی ہِنزہٕ کوٚچھ مٔنزٕکہٕ

یکایک پیٚیو آشایہ ہِندِس ڈاکس ہیٹھ گرم اوشہٕ پھیوراہ۔ بٔتھس سیٹھ بُتھ لاگتھ ووٚنس جہیندرن سرٕ ہُجہ آوازٕ منز۔ "ہچھنے"۔

آشایہ دیُت نس نہ کانٛہہ جواباہ ، تہٕ ژمم اٹھو سیٹھ روٚٹن نالہٕ متہٕ ۔ جہیندرن کوٚرنس زارہ پارہ ۔ "غلطی گیٚیم، معاف کٔری نیٚم"۔

ینٛہٕ نیو ہمیوش ووٚتھ ژمم تہٕ نٔوٚنگ اٹھہ سیٹھ اٰسِس تھوٚپ دِوان ووٚنس آشایہ ۔ "حاشا، یژھ کتھ کریٚزیوٚ نہٕ دُبارٕ ۔ توٚہہِ گیاہ کوٚرِوہ ، راہ چھُم بانٛس ۔ ینٛہٕ داٰسی زانٛتھ دیتُم یہ سزا مناسب نہ اَنیوٗم تہٕ ۔ ینٛہٕ نیوٚ پرن تٔل رِدنٕچ لایق بناٰوی توم"۔

ییٚمہ دوہ جہیندرن میٚنس منز روزنک ارادہ کوٚر، تمہ دوہ صبحن نیٚندرہ ووٚتھ ڈٔکی دیُت تمی آشایہ دِلاسہ ـــ

ژچھنے، میانہ ناٹھٕ، بوہے تھوتھ جگرس منز سارنی بروٹھ
تتہٕ گژھ ہیکی ژٕ تہٕ اَلہٕ ڈلہٕ کرِتھ؟
وائلنج ڈر کرِتھ، جُدائی برداشت کرنہٕ خاطرٕ تیار سپدِتھ
کرِس اَخر آشاہ عرضہ رنژھا۔
"دوہ اَسیوم نا حرف ڈاپہ ہرہ لیکھان؟"
مہیندرن پرژھس۔" ژٕ تہٕ آسہ ہمہ جواب لیکھان؟"
آشاہ دوپس۔" تگہٕ ہیم ہے لیکھن!"
مہیندرن دوپس لولہٕ سان مَس شیران۔" اکھ شے، کمار
دِتہٕ نہٕ ژار پاٹھہٕ کھوتہٕ لیکھ زبر!"
آشا ڈژھس۔" تھود دنی، ٹھٹھ مہ کرِیوم!"
مہیندرنہٕ نیبرِ بروٹھ بیٹھس آشا پننہٕ مقدورہ موجب
پانے بلوٕ دلوٕ صونفس منز شیرنہٕ۔ مہیندرِتن موٕتین گرم
جورن تہٕ کرِتھ بکسس اندر واتادُن اوس نہ سہل ہیوٕ کینہہ۔
مگر مہیندرن تہٕ آشاہ برُی کتھ تام پاٹھٕ اکہٕ بدلہٕ دون
بکسن۔ توٕہ پتہٕ تہٕ بم نیبرِ رُونِتھ گیکھ تمن کرِنیکھ داریاہ
پھیٹہٕ۔ اَتھ منز تہٕ گیہٕ آشا پننہٕ نالائقی بیٹھ بار بار خجل
ہش۔ تُرتہٕ آس بُرنہمین دوہن ہند رھیٹو منزہ اَسنس،

مذاق کرنس، تہٕ باپتھ داُنی اکھ اکِس بولہٕسان راہ لدنس۔
برونٛہہ اکِس گژ تس مُشتھ زِ جہیندر ما ادسس روخصت
سپنہٕ دُو۔ سائیس آس پھِرۍ پھِرۍ دنتہٕ زِ گاڑی
چھوہ تیار۔ مگر جہیندرن زنتہٕ بوزِیہٕ۔ پولٕکس دوپنکھ
"گاڑی کھولیون"۔

دُپہر گوٚ سہ پھیر تہٕ دوت ہ سہ پھیرِ پتہٕ سپُن
شام تہٕ۔ جہیندرن کوٚر آشایہ باند باند زِ اِرہ نزدیک
تھوی زِ خیال تہ آشایہ تہٕ کوٚرس تاکید زِ چھےٚ انیم
لیکھان۔ امہٕ پتہٕ سپنہٕ داٚرنج ڈر کرتھ اکھ اکِس نشہٕ
الگ۔

راج لکھمی آس انہٕ دوپہ دوہی پہتھ روزمرہ۔ شامن
باگہ آس سو موٹ شالاہ ڈلِتھ دِنودنہٕ سپتی تاس
گندان۔ انہٕ ادسس پزر۔ جہیندر آد اندر تہٕ دِنودنہٕ
کنہٕ کرن نہ نظر تہٕ۔ ماجہ دوپن۔ "ماجی، کالجہ چھم روت
کام۔ پتہٕ روزتھ سیدیم مشکل۔ کالجس نکھے چھم ڈیرہ
کوٚرمت۔ انزی کہ بیٹھ روزہ ہتی۔"

اندرۍ اندرۍ روشتھ دوپُس راج لکھمیہ۔ "ادہ دربے

گوٗ، گرٛھتھ۔ پرنٛس ہے ہرج چھُو گرٛھان۔ نیتہٕ کیازہ روٗزکھ؟"

اگرچہ تس دود اوس بلیومُت، جھیندرنہٕ گرٛھُنک بۄزِتھ باسیوس توتہٕ پٔتھ پان سیٹھاہ بیمار تہٕ علیل۔ وۄلوٗدِنیہ دوٗپن۔ "تٔلۍ بہ شاند تھوٗتم سیٛود۔"

دنان وَنان تہ ترووٗن کلہٕ۔ وۄلوٗدِنیہ ڈولُس لٔرہ تہٕ لٔرہ سانٛدِہ پانَس اَتھہٕ۔

جھیندرن تھوٗوُس ڈٲکس پیٹھ اتھہٕ تہ لوٗگُس وُچھنہٕ نبض۔ اَکھس درسہ دِتھ دوٗپنس راج لکھمیہ۔ نبضہٕ مِزٕہ گیاہ با نیٛرِتھ؟ گرٛھ ژٕہ، بہ چھُس بیکار!"

یہ وَنِتھ تہٕ شوٗنج لِہ پھُرناہ دِتھ۔

جھیندرن لٲگِس کھورن اتھہٕ تہٕ وۄلوٗدنیہ کٔر عوزٕ کرتھ روٗستُم دراو کمرِ نیٛبر۔

١٩

ونودِنی گیہِ دۄن تہٕ ترێن ـــ "اما یم کم دِہ! تہٕ
چھُ یہ روٗگشن، نہ چھُ گرُود نہ بَیتہِ ۔ یادٕن چھُم پرٛشان
زِہ چون چھُم نہ پرٛوٚدِی ۔ ییہ تہٕ وُچھِ گرشن دۄہن کرِ
تتہِ ڈاڈ!"
اما جہیندر گژھتھ آد نہ ونودنیہ قرابے، داٗلنجہ لوٚگس
دۄ کھر پیٚو!
جہیندرس آس سۄ دۄہے رنگہ رنگہ گرِدیدہ کرِتھ نظر
ہیندی کاں دِوان دا ٹرِتھ۔ کیاہ تام لطفاہ اوسس یِوان
اُتھ منز۔ اما یہ سۄ کھ گوس جہیندرس سیتی۔ ونی آس
ونودِنی اکہِ پایہ بیاکھ پاس کران۔ گرِیک خمار اوسس
وۄتھمُت۔ جہیندرہ رٕس آشا اوسس باسان بےکیف۔
جہیندر اوس آشایہ لول بران، تہٕ ونودِنیہ ہنٛد لولہ بوٚجھ
دل اوسس بیقرار سپدان۔ لولہ دگہ بنیہ جوشہ اوسُن
فراگک احساس بیدار رودان۔ یمہ جہیندن تمہ ہنز زندگی

برباد اُس کرُمژ، یُمی سوٚ ہش نازنین ترأوِتھ آشاہش چارٕ کُوراہ بارسس اُس اُنی مژ، تٕس جہیندرس اُس سناہ سوٚ لول بران رٕکنہٕ دُشمن زانان۔ تٕس دِیہ ہے سنا سوٚ دل پننہِ رٕکنہٕ سزا؟ وِنوٚدنیہ اوس نہ پانس تہٕ کینٛہہ فِکری تران۔ جہیندرن اوسنس دوٚہندس نار دیُت مُت، شہ نار لوٚنگ یا حسدُک، کینٛہہ اُسِس نہ خبر۔ ہیٚب اسنا کرِتھ اُس سوٚ پانٕ پانٕسی سیتی ونان — میون ہیوٚ مہ گژھِن کانٛسہٕ مرُن چھیہٕ پرٛژھان رٕکنہٕ مارُن، زانہٕ نےٚ چھمُ نہ لِوانٛ۔ اوٚہ سوٚ دزنہٕ خاطرٕ اُسٕتن یا زالنہ خاطرٕ، وِنوٚدنیہ اوس جہیندرُن سکھ ضرورت۔ پننی زہرہٕ تیر کس سنا بٹیس چیلاوِ ہے سوٚ! شاشٕہِ سان ووٚنُن پانٕ پانس — گژھہ کوٚت؟ پھیرِتھ پیہ پانٕے، شہ چھُ میون!

شامن پٕلہِ آشایہ کرِس ڈُوٚن پھشاہ دیُت۔ جہیندرنی سارٕی چیز تھوٚون شیرِتھ۔ ٹُمی سنز چوٚکی، کاغذ، صندوق، ڈیسک، کتاب، تصویر ہیوٚ تمام چیز کرِن بار بار دوتہٕ لوٚنچہ سیتی صاف۔ گراہ اکھ چیز تُلان، گراہ اکھ چیز تھوان، گراہ دوہ تھراوان چہ امی بہانہٕ جہیندرُن فراق للہ ناداں م

وِنودنی تہٕ آسہ ملہ تہِ پأٹھی تہٕ بٹھس سیتی۔ آشا مند چھیہٕ مش
زہ وِنودنی ما گرٕشہیم سیرِس دأیِقف۔ گبیر پأٹھی پرٕتہٕ ھنس
وِنودنیہ ـــ

"پیہ کہے؟"

آشایہ دۆپنس اسان ہیو ـــ "کہین نے کیاہ؟"

وِنودنیہ ژٹ نالہ متہِ تہٕ دۆپنس ـــ "اُچھ کرٹی، ٹھاکر پو (مہیندر بابو) کہے زہ گو ییتہ کنی ژاٹھ؟"

وِنودنیہ ہندہ امہ سوالہ گابرِتھ ہیو دۆپنس آشایہ ـــ "تہِ کہے؟ خبر کہٕ بے پچھے زہ تم گیہ یہ ڈنتھ زہ کا لجہ چھم زیادہ پہان کام!"

وِنودنیہ ژٹ آشایہ ہونگنی تھزٕ خاموشی سان گرٕنس۔ مٕتھس ڈری پأٹھی نظراہ، تہٕ ژلیوٹھ وہشاہ ترٕدوٚن۔

آشایہ گُٹہ دأیلنچہ دوہٹھ۔ تس اوس بیٹھہ زہ بہ چھس چیأرہ تہٕ وِنودنی چھے گاٹیج۔ وِنودنی ہنز تراے گراے ڈیچھتھ باسیوس ژٕہ وابأری اَنہٕ گوٹ ہیو۔ وِنودنیہ ننہٕ دانہِ کانہہ سوال کرنک بیوس نہ تجربہ۔ وِنودنی بیٹھس نکھ تہٕ کومہ ژٹن پنہ نس دچھس سیتی جھپرہ۔ دیٚیہ ہندہِ امہ نالہ متہِ زوٚدہ نہ

آشایہ آب تاپ، اَشِس لِجِس دُود رای۔ برس تل اوسُس نابینا
بینچھ ڈناہ اکھ نارہ پیٹھ گیوان ۔۔ "چرن ترنی دے ما، تارِنی تارا۔
[ماجو تارا تارن واجنی، ژرنن منز ناوہ دہم نا تار]

بہاری آو ھیندرنہ شیٹھ تہ برس تل دامِتھ کیاہ چھُ
وُچھان نزہ آشا اَس ودان، تہ وِنودِنی اَسِس وِچھس
سیٹھی زٕٹتھ لتہ تہ لتہ اوش وہ ہراوان۔ وُچھان وُچھانی دراو
بہاری یوت گھرہ واپس۔ نکھ کُس خالی کمرس منز رود انہ گٹہ
بِہتھ۔ کلہ روٹُن اتھن دوان اندر تہِ لوگ شونچنہ ۔۔
"اما آشا کیازِ ودان؟ یوسہ زن فطرتن گانسِہ تہِ کُنہِ قسمچ
ناکارہ گی ہینگی نہ کرِتھ، تس کُس سنا ہینکہ ہے ووہ ناوِتھ۔ اما یم
کم دیہہ! تِمہ بیتہ تیسے وِنودِنی یوت وِلاسہ دِیس ودان!"
اندری اندری شونچنس نزہ وِنودِنیہ متعلق گاژاہ غلط فہمی گیم۔ سیوایہ
دِلاسہ، تہ بے غرض دیلیہ بانزِ کُنی چھ سو جُنتہ راتہ ہنز دیوی!

بہاری رُود ژیر کال اتہ گٹس بہتھی۔ نابینا سُند گیوُن
ختم گژھہ ڈنی دراو سہ (بہاری) نزدیرہ قدم ژراوان، ژاسہ
لڈکھاہ کران ھیندرنس کمرس کُن۔ برس تل اوس واتنے رہ
آشایہ ینیہ ننانہ گژھس کن نکھ۔

گرس اندر اژِہ وُنی وَوْنس وِنودنہِ —"بہاری بابوٗ
توٚہۍ کیاہ بڑِہہِ چھِوٚہ ؟"

بہاری —"کیاہ سنا زِہ ؟"

وِنودنی — "اِدہ کیا زِہ چھِوٚہ اُچھِ وٹہ زِچھِ نار رٖشہ ؟"

امیک جواب دِنہٕ رٚوستی پُرشعس بہارین —"وِنود بابیٔ، ہیندر
کوٚت سنا گوٚ ؟"

وِنودنہِ دوٚلیس سنجیدہ پاٹھۍ —"دیاں ہسپتالہ ما آسہس
کام تہ توٚسے کوٚرن کالجہ نکھے ڈیرہ۔ بہاری بابوٗ، اکہِ طرفہ
رُوزِہ توٚہۍ، یہ آلیس ڈُنی۔"

ہیہہ مُنگہ ہیُو بہاری اوس برس ٹک وِنودنیہ وَتھ رُوکِتھ
اِستادِہ۔ وَوٹھ ہش کٔڈن تہ یکدم تراوُن وِنودنہِ وَتھ۔ مَنس
وُچھس خیال زِہ شامن باگ بڑ گرس اندر وِنودنیہ سیتی دوٚپنس
ژوٚتر ژوٚتر —"وِنود بابیٔ آشایہ کھوٚی زیوٚ خیال۔ سو چھُے
سوٗد تہٕ سیتر، گاٹلسہ زانہہ نہٕ ڈک داتاوُن۔ پاکس ہے ڈکھ
داتیس، ڈِیتھ چھُ نہ ہیکان۔"

بہاریس آو نہٕ انہ گٹہ وِنودنیہ مِنڈ بُتھ بوٗز سِنۍ۔
تس ہیشرن سوٗخس انتقامہ ڈِزہ کل زدِتِھ — بہاری

ڈیچھتھ باسیوس از نزہ شہ اوس آشایہ سۄکھ پریشان۔
وِنۄ دِنی اُس نہ کانٛسہِ ہنزِ۔ زن تہ اُس سۄ آشایہ
ہنزِ راۓچھ راژدٕر باپتھ، آشایہ ہنزن وتن گنڈٕی ٹلرنہ
باپتھ، تہ آشایہ ہندۍ ساری سۄکھ جمع آنٕنہ باپتھ
زٕنمس آمژ۔ شری یُت (جناب) مہیندر **کمارن** اوس آشایہ
سیتۍ نیتھر کوٚرمُت، توٚے کنٛی اوس وِنۄ دنیہ ہندِ حقہ
لیکھِتھ نِہ سۄ گژھِ دنہٕ واندرس سیتۍ سیتۍ دوہ برٕنی۔
شری یُت بہاری بابوٗ اوس نہ آشایہ ہنزِن تارین منز اوٚش
شہتھ ہیکان، توٚے بۄزہ ہیٚے ونوِدنیہ بنٕنہ دوتر لونچہ سیتۍ
تشدُد اوٚش وۄتھراونس تیار روزان۔ متہ گوس نزِ اکہ پھرہ
مِلہٕ ناوہ اُمیسۍ مہیندرس، اُمِسۍ بہاریس بنٕنہ ژھایہ سیتۍ
مینژرِ اندرہ تہ فکرہ نار کھ نزہ آشایہ تہٕ وِنۄ دنیہ چھہ نہٕ
کانٛہہ پھر کھاہ (: فرقاہ)۔ کھٹیوٗ کرمۄ کنٛی ہیٚنج نہ ونۄ دِنی
بنٕنہ گاٹہٕ جارہ کانٛسہِ زُنی سندِس دِلس منز جای کرِتھ۔ توٚے
اوسُن دنی ساریسۍ ژٕنی کرہ وُن مُہیب رُوپ دورمُت۔

بڑہ میچھرہ سان وۄن ونۄ دنیہ بہاریس ــــ "بہاری بابوٗ
ژٕ چھِیہ دُزوسےٚ فکر۔ میانہِ اُچھ کرِتھ ہنزہ سۄکھ مہ دِیو بٕکس

کٔشٹ!"

## ٢٠

کیٚنژہ دۄہ پتہٕ ییٚیہِ مہیندرس بورڈنگس منٛز اَکھ چِٹھیاہ ییمِکۍ اَتھہِ تمۍ پرزہٕ ناوی ۔ دہ ہلہ گوس کھولنَس تھوتہٕ۔ وامٕلِنہٕ نکہٕ تھوٗن پاکٕٹس منٛز ژٕھچھِتھ۔ کالہٕ لیکھر بوزان بوزان، ہسپتالہٕ پھیران تھوران ادس بہاریس وِزِہ وِزِہ باسان زنتہٕ وانٛگنہٕ ہِنٛدِس اَلس منٛز اوسُس لولہٕ جانوارہ مس نیٚنٛدرہٕ۔ بیدار گژھِتھ دٕنی گریچِس کنِن منٛز اَمہِ شند مۄدُر بولبوٗشِس۔

شامن ہاگہ ییٚوٗٹ مہیندر کمرٕ اَندرٕ کنۍ بند کٕرِتھ یُمیہ گاشَس آرام کرُنہٕ اُکس پیٚٹھ۔ پھِرِ پھِراہ سیتی دُشِنیٚر بِتھو یِتِن کٔڈِتھ پاکِٹہٕ منٛزٕ۔ لِشِکال کھوٗجِنہِ نہٕ۔ فقط نوٗگ سرنامہٕ کیتِن اَچھرَن پھِرِ پھِرِ وُچھنہٕ۔ مہیندر اوس نہ اَنِتھ نِہ اَندرٕ آسہِ نہٕ اَتھہِ چِٹھہِ کانٛہہ خاص کتھاہ لیٚکھتھ

وۄنِد اَسِس نہٕ زِہ آشا کیاہ ہیٚکہِ ہے وارٕہ پأٹھۍ
وۄندٕہ بأوِتھ۔ فقط اوٚسُس چھٹہٕ ہنٛدیو ٹینٛڈی کھاو اچھرُو
تہٕ ہیٚچو پرٕکھو۔ تِلہٕ آشایہ ہٕنٛزٕ لولہٕ ڈبہِ لاکہٕ بُوزِتھ نیٚ۔ آشایہ
اوٚس بڈٕہ کوٗشش سان ہیٚلیو کٔلیو اچھرو تمۍ سنٛد ناو لیوکھمُت۔
سہٕ پرٕتھ باسیو مہیندرس زنتہٕ اکھ راگ اوٚس بوٗزان ـــــ
یوٗسہٕ دےٚ کنٛٹھہٕ چہٕ کانٛسہٕ شِلہٕ پدمانہٕ ہنٛدِس وۄنِدس منٛزٕ دراہٕ
خاموش راگ ہِشس اُس۔

وۄہن جوراہن ہنٛدی اُمی فراقٕ کوٗر مہیندرہ نہٕ وۄنِدس
منٛزٕ زیٚٹھ وٕصلک منٛزٕر ڈوٗر تہٕ سیٚنٛز برٕہ آشایہ ہنٛدٕہ لوٚہ
لولہٕ کرہِ پراگاشہٕ سیٚنٛزٕن برانہٕ سوٗ کچھ سُمرِتھ تیٚز۔ بیاکھ کتھ
زہٕ وۄہ پتھ وۄہ یوٗسہٕ لاپرواہی گرٕچھ کامہِ کوٚچھ منٛز
آشایہ ہنٛدی کنۍ سیدان اُس، تمہِ کنۍ اوٚس مہیندرہ دل بوٗرداشتہٕ
گوٚمُت۔ اَما، دۆن ییٚلہٕ مہیندرہ ڈوٗر اوس آمُت، تمۍ پنٛدِس
دِلس اندرٕ اُس نینش بود آشایہ ہنٛزٕ درد صوٗرتھاہ لولہٕ
راحتہٕ کیس گاشس منٛز سۄلہٕ مارنہٕ ییٚچ ہرٕ۔

مہیندرن کھوٚل لوتہٕ پأٹھۍ لفافہ، چِٹھی کڈن تہٕ اُچھن
لٔگِتھ دِتٕنس میٹھ۔ رُمہٕ ہرٕشش گو زِہ آشایہ یوٗسہٕ عطر

دوہ اکہ دِژہمژ آسن، سوی دۆلیس گمژ بنیہ تام لطیف شاہکی
پاٹھۍ چھٹہ منزہ تہ دِلس منز گژھنس جای۔

چھٹۍ کھۄلتھ لوگ مهینہ رہ پرنہ۔ اما یہ کیاہ؟ سطرہ
پژھہ ہیجہ کجہ چھ زبان چھےٚ نہ تژھی سیٚود سادہ یکنہہ۔ اچھر
تہ چھ ٹینڈۍ کھاو، اما مضمون چھےٚ نہ اکھ سیتی یکنہہ رلان۔
لیۄکھمت اوسنس۔

ماره متہ، یس مشراونہ خاطرہ ژہ ژۄلمت چھکھ، سو
گیتھ گنی یادی ژٹس یہ چھٹی؟ لوسہ تھر ژیٚہ برآٹھ میژہ منز
ترآدمژ چھتھن، سو کمہ مٹھ گژھہ بیٚہ استادہ دنی۔ سہ
کیازہ سپنہ نہ میژہ سیتی میٚژ!

مگر امہ سیتی کیاہ راوی ژیہہ، ٹاٹھ! یژ تہ ساتہ پہی برنزس
اکیس تہ پینہی ژتیس۔ منس کیاہ پھیری؟ او چون ہبہ زاکتھ
گژھن چھم دِلس کنڈۍ پاٹھۍ سینومت۔ دۄہہ دوہس راتھ راتس،
پرتھ کارس، پرتھ فکرہ، پیارۍ گرۍ تیارۍ چھم اکی خلش بان۔
ژیٚہ پیتھ گنی مشراوتمس، تِتھے کنی مشراونگ ہیچھناد تہ میٚہ
تہ کنہہ ترکیباہ!

ٹاٹھہ، ژہے لول بوزتھم، میٚہ کتیک کھوت؟ خوالیس

منز تہٕ اوسمہٕ داتھہٕ امہٕ خوش نصیبی ہنٛد گمان گومت۔ رٕکِتہٕ تام آئیس، زانہٕ ہیم کُس؟ ژٕ تہٕ سٕنیٕ سینٕس نظرہٕ ڈیچھ ہَم تہٕ یِیہک چھانٛس گرٕس منز تُفٕتھ ژٕ وُنہٕ توٚن کرادِ ہۄزہٕ ہا، ژیٚہٕ ما لدٕ ہے تہٕ راہ! دلبرٕ، میٚہ منز کیاہ آکٕ ژیٚہٕ بوزِہ دِ یوٚت لول بوٚرتھم! تہٕ لُنٛیہِ اڈیرہٕ زُوٚستی، نیٛر ترٕٹھ پٔنیم، تسٕ اتھٕ یاڈ کیاژٕ تراوٕنس، یکوٹے کیاژٕ کھنڈتم نہٕ پانٕس تہٕ جانٕس سوٗرا!

یِمن دۄہن جورٕ ہنٛز کوٚتاہ ژٕولم تہٕ کوٚتاہ سوٗرم، اما اکھ کتھاہ نٔرم تہٕ وِکرٕ کیٛنہہ۔ گری رُونٕتھ ہیٚکہٕ کھ نا سا تراوتھ؟ میانہِ دادٕ کیاہ اوسی گرٕسے تراوٕن؟

بہٕ کیٚاہ لٲرِتھ روٗزِہے؟ مِیٚٹے گرٕ کِس گٕنہٕ کوٚنجس منز یا برٕس تَل روٗزِتھ دِکھ بہٕ کیاہ نوۄرٕ ہیٚکہٕ ہے اۄچھن تَل یِتھ؟ تہٕ کرِتھ کیازِ ژٕولکھ پانٕنے، میٚہٕ کیٚاہ، میٚہ اٚس نا وٕتھی ژٕلِہ نس؟ یِمہٕ وٕنتہٕ آیس تمی دِتہٕ گرٕچھ ہا!

یِہ کرِتھ سٕنا چھِٹیاہ؟ مہیندرٕس وُچھ نہٕ تارٕ نہٕ اٚنِس نہٕ یِہ کمی سٕنٕز زبان آس۔ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ چھوکہٕ سیٚتی بےٚ ہوش انسانہٕ سٕندی پٲٹھی گوٚ مہیندر سو چھِٹھ ہٕتھ شدر

ہیُو رُدزِتھ۔ بیٚمہِ لاگنہٕ سٕہ ریل ہیُو نیرِتھ اوس گومُت، تِتھی
لاگنہٕ بیٚٹھ بتھِ دِکہٕ کھیٚتھ اوس وٕنۍ تِمُن تُند من تلک بیٚٹھ
گژھِتھ ملیہ بوٚنا ہیُو پیومُت۔

یِتہٕ کال سوٚنچاہ کٔرِتھ پٔرِ تِمۍ یہٕ چِٹھۍ دٕہیِ ترِیٚیہ پھیرِ
یوسہ کتھاہ کرتام سبٕٹھاہ دوٗر گمُت ہِش باسان اَس سوٗی
اَس از ٹاکار درینٹھۍ یِوان۔ تِمۍ سٕنٛزِ زِندگی ہٕنٛدِ نبرِکیٚس
اَکیٚس گوٚنجس منز لیٚس لیٚٹتارکھ ژھایا ہیُو باسان اوس، تِمہٕ کُے
لوٗٹ اوس اَز دٕزِ وِنۍ نارِ یہٕ کھاہ ہِش برونٛہہ کُنۍ باسان۔

چِٹھۍ اَس دِلوٗدِنۍ ہنٛزِ۔ سیٚزِ پٔزِ آشنا یِہ اَس پٔنٛنۍ زانِتھ
لیچھمٕژ۔ بروٗنٛہہ یِمن کتھن کُن تس زٕہ وِنۍ (ذِطعہ نی) اوس نہ
پیومُت تِمیٚ آسہ اَز دِلوٗدِنیہ ہٕنٛدِ وٕنہٕ چِٹھۍ لیکھان لیکھان
تِہٕنٛدِس مَنس منز وٕہ ژِھ مٕژ۔ نقلیچ گٔنتھ آسہ از
نیٚبرِ نیٚبرِ ڈٔرِتھ تسٕنٛدِس باطنس پتہٕ سیٚمٕژِہ ہِنٛشہ۔ جھینٛدرٕنہٕ
فراقِچ یوسہ نوٗ دگاہ تس وُزٕھمٕژ اَس، تتھ کرہیکہٕ یےٚ سوٗ
امہِ اندازِہ باوِتھ۔ سہ لٔج سوٚنچنہٕ ـــ "اما میأنۍ ویٚس کتھ کٔنۍ
ہیٚچ ؤاتِتھ میأنِس مَنس امہِ خوٗبیہ سان! کیاہ حبان
لیکھ ناوٕنس یِہ چِٹھۍ!" یِنہٕ جانۍ ویٚسہِ ہنٛز سینز سوٚ یِیٚہ تہٕ

گرڈیہ، تہٕ کیازِ تسنٛدیں دِلس لیٚو دوداہ اوس، تمیچ زبان اُس تمہِ سنٛزِ دِلس ژیشی - بیٚتر بےوسیلہٕ اُس سو!

مہیندر گو چوکہِ بیٚٹھ وۄتھتھ، ٲمِس آیس چارنہٕ - اموٚب یڑصان دنٛدِنیہ بیٚٹھ کرہ ہا گرود، اما مٔنزی آس دہ گٹِھ آشایہ بیٚٹھ ــــ "وۄچھتو یہِ چاریر آشایہ مٔنٛد- یمہٕ ہس بیٚٹھ کوتاہ ٹھم گو یہِ؟" شونچاہ کٔرتھ بیٚتوٚٹھ بیترٕ چوکہِ بیٚٹھ تہٕ پیٚشرن بیہہ پرِڈی سو چھٹو- پران پران گوٚ اندری پرشس ییو۔ زِنتہٕ اُسس سو چھٹو آشایہ ہنزِ، اما اَمیچ زبان اُسس نہٕ دِوان ہرگز یہِ کتھ مانٛنہٕ - شیٚطرہ ژوٚمبرٕ پرِہ کوٗژ کھوٚتس خمار ییوٚ، تہٕ شکن آور ییتھے کٔنہٕ ییتھ شرابس پوٚنس چھہٕ آوران- کٔھیٚتھ اُسِتھ تہٕ ظاہر، ممنوع اُسِتھ تہِ اَتھس منز، زیرہ بجوٗرت اُسِتھ تہٕ موٚودر، کنٔی دِکھتہٕ بیش کش اُسِتھ تہٕ دوٗرلوٗمت -

ییتھی ہیوی لوٗکِی احساس کوٗر سہٕ دِلوانہٕ - متہ گوٚس نِرِہ اتھس یا کھوٗریس کُنہٕ جایہ چھرِی ژھنتھ یا بیٚٹھ کانٛہہ حرکتھاہ کٔرِتھ دالہ پانس یہِ رٔنٛتہٕ تہٕ مٔن لاگن بیٚتہٕ کٔرِ کٔن . میزس بیٚٹھ موٚٹھ تھوٚتھ گو سہٕ چوکہِ بیٚٹھ وۄتھتھ تہٕ "دپھا(دفع) گرٕیوٚن، ژٲلتھ ژھینوٗن وۄنان یِنیَن چھٹو لیمپس نِش-

اما نزاۓچن نہ کیتھہ، بینہ اکہِ پھرِ ییمن بۄرِتھ۔ پگاہ صبحن ییو نۆکرن مینزِ تۆ کاغذن ہنٛد سۄر تہٕ ڈٲوِتھ۔ اما یہِ سۄر اوس نہ تسٕنزِ آشایہ ہنزٕ چٹھِ ہنٛد! چٹھِ ہندِس جوالس منز آسہ مہیندرن خبر کٲتیاہ کاغذ سیاہ کرِیمتۍ۔ یہ سۄد اوس تمنٛہِ ہنٛد!

## ۲۱

اَتھ اندر آیس بیاکھ چِٹھیاہ ——

"میانہِ چِٹھ ہنٛد وۄیتھ تہٕ نہ جوابہٕ۔ جان کوٚرتھ۔ پرِیچھ کتھ ما چھےٚ لیکھنہ لۄوان! چون جواب تہٕ میوٚنٛم مَنہ اندری۔ ٲکھتی ییلہِ پننِس دِوتاہس آلو چھُ دِوان، سُہ چھا سنا تۄرِ جوابہ دِوان؟ باسان چھُم زہ بیچارہ ہندِیٚن بیٚل یُیٚترن چھےٚ ژٔرن تِل جای ریچھ مِژ۔

اما ٲکھتی سینٛزِ پۄزایہ سیتۍ اگر بشٕو سنٛزِ تپسیایہ ناہھ ییہ، پننہ تیلہِ رۄشہِ ہم۔ وردان دِتم یا متہٕ دِنٛم، سینٛزِ

نظرٕ وُچھتم یا منتہ وُچھتم، دادِس داتتم یا منتہ داتتم، اکھ
ماہینکہٕ رُوزِتھ پوٗزایہ روٗسُت۔ اَوے مو کہہ چھے از تہٕ
یِم اَچھر ڈاے سوزان لیکھتھ۔ میانہٕ کنوی ٹھوکرٕ، یِنہٕ زٕ تہٕ
رٕژھ تہٕ الرڈلہ (نہ اثر) گژھی۔

مہیندر بیوٗٹھ بیہتھ چِٹھ ہنٛد جواب لیکھنہٕ۔ اما آشایہ
لیکھان لیکھان اَسیس دِلو دِنہٕ کُنہِ قلمس ترای گژھانہٕ۔
نٕزِہ کی ورتاوِتھ تہٕ توگس نہ کھنِتھ مٔنِتھ تھاوُن۔ نِصف
راتس تام کاتیاہ کاغذ سیاہ کٔرِتھ، پَتہٕ آخر چِٹھیاہ اکھ،
اما لفافس منز بند کٔرتھ آشایہ ہنٛد سرنامہ لیکھنہٕ وِزِہ
ژٕن لولیس کمی تام کنٛچھ ٹاس۔ زٕنتہٕ کوٗرِس کانٛسہِ لعن طعن
"جعلسازہ، یِمہ زٕنہٕ یژھہ بڑہٕ بڑہٕ تسُنٛد سیتہ یوٗت دغا؟"
مہیندرن تراوِہ چِٹھ ساسہ بٔنہٕ ژٔرہٕ کٔرِتھ، میزس پیٹھ کھونہٕ
ڈکھراوِتھ تہٕ تُھنِس اَتھہ نہ دِتھ لوٗگ پانہٕ سیٖ زٕتہٕ پنٛن
پان کھٹنہٕ۔

بیٚنٛتھے آسیس تریٚم چِٹھ

"لیس نہ اکِہ پھِرِہ تہٕ ڈٔرکر لوٗگ رٔنٛز، سہ کیاہ زانہٕ
لول برن۔ یِنٛن لول ہے بے عزتی تہ بے حرمتیہ نشہٕ زٕچھتھ

څوَن ہٕ، ژٕ نہٕ کٔنٛہہ کٔرنے پیش!

ژھَن من توگٕم نہٕ ٹھیک زانُن۔ تمے بیوٚم لوُت جرٕتھ۔
توَے بٔیِم چانہٕ نیرٕ پتہٕ ژٕ یوٚرَے چِٹھی لیکھنۍ۔ ژٕ دِیتٕھ
گوٗش تہٕ مےٚ بیوٚم وۄنُنہٕ باوُن۔ اما اگر ژیٖ برزناونس منز
دۄکھ لوٚگمُت، راہ کیاہ کھوٗتمُت؟ اکِہ لٹہِ ہے کرِکھ الفہٕ بیٚتھٕ یٔنِس
تام ساریٚنۍ کتھن پیٹھ غورٕ ہٕ پتہ دِژِکھ کیاہ سٔنا ژیٖ
تہٕ باسیوٚیہٕ تی یہٕ میٚ ہہ باسیوٚم!

اِدہ سہ اکِہ اوس یا لوٗز، یہٕ لیکھتھ گیس نٔتہ ما
بنہٕ وٕنی کیٚنٛہہ۔ یہٕ دِتھ گیس تہٕ ماپھِرٕ۔ لُوتی چھُم افسوس۔
تقصیر! پیٚتر خجالتھ تہٕ آسیا کانٛسہٕ زنانہٕ بٔنیمٕژ نٕناتھہ گٔلنی
مگر یہٕ ہٕ دِکھ مُشتھ ما گژھہٕ ہم! لیٚس لول برٕ سہ ہیکہٕ
لوٚلچ بےٚ قدری تہٕ برداشت کٔرِتھ۔ میانہٕ چِٹھی ہے ناگوار
چھےٚ گژھان، نہٕ سہی۔ جواب نٕے دِکھ تہٕ آسے ہٕ
لیکھان۔"

یہٕ چِٹھی پٔرِتھ رُود نہٕ مہیندرس آب تابہٕ۔ مَتھ گوس
زٕہ آشا بیہ ہمیشہٕ یمن چِٹھین ہُندی دادٕ گرِژھ گرِہ
داپیٚن۔ وِنودنیہٕ زون سنا زٕہ تس مُنشرادنہٕ خاطرٕ آسہ بہٕ

گرٕ ژٕلتھ! دِنودنہٕ ہنٛد یِہ برم پھٕٹراونہٕ خاطرٕے کوٚر
جیندرن گرٕ واپس گژھنک ارادٕہ۔
اَمِ وزٕہ یِیوٚ ملاتھ بہاری۔۔ تس وُچھتھ پیٚیس
دوٚگنہٕ خوشی۔ وُنِکہٕ تام اوس رنگہٕ رنگہٕ بد گمانیوکنہٕ بہاریہٕ
نکھتھ گژھان۔ دوستیہٕ اوشکہ آمت ناپھ۔ چھٹہٕ پیٚٹھ
اوس اَز سوٗرے کیٚنژھاہ دلامُت۔
جیندرن کوٚرُس بڈٕہ جوشہ سان ولہٕ ولہٕ۔ گرٕسیہ
بیٚٹھ گوٚ دوٚنوَتھ، بہاریس دِتِن مٹھہٕ مٹھہٕ۔ اَتھ ژٕٹھتھ
نیٚچُن تہٕ بیٚہنووُن پنٕنس گرٕسیہ بیٚٹھ۔
اما بہاریس اوس اَز بتھ ملوٗل ہیوٗ۔ جیندرس گوٚ خیال
زِ بیچارٕ آسہٕ ہے دِنودنہٕ نِش گومُت تہٕ تمہٕ آسیس
پھٹکار دیتمُت؟ پرٛژھُنس۔۔ "سون ماگیوکھ امہٕ پتہٕ؟"
سنجیدہ پاٹھ پیٚٹھمُت نِش بہارِن جواب۔۔ "تورٕے چھُس ناپکان!"
بہاری سٕنٛز ذہنی پریشانیہ ہنٛد تصوٗر کرِتھ سپُد جیندرس
تعجُب ہیوٗ۔ سوچُن۔۔ "بچارٕ چھُ زنانہٕ ہندٕہ لولہ نِشہٕ محروٗم
روٗدمُت!" یِی سونچان سونچان ڈوٗل جیندرن واسکٕہ کیس
تتھ چیٚندس اَتھ یتھ اندر چھٹہٕ آسَس سومبرِتھ۔ بہاریس

پرژھن — "سازی چھا وارے؟"

بہارین دوپس — "وارے تہ چھ، اما یہ ونتم ژٕ کوت اوس؟"

مہیندرن وڈنس — "از کل چھ عموماً رٕتلی پیوان کام۔ گرِ پیٹھ گژھ ہم کرٕ ژھ ین۔"

بہاری وڈنس — "برونہہ تے روت ڈیوٹی آسہ پیوان۔ میہ دٕ چھکھ نہ زانہہ تہٕ گرِ ترا وِتھ لیوان؟"

مہیندرن پرژھنس اسان اسان — "شک ما چھُی کینہہ گژھان؟"

بہارین دوپس — "نا، مخول نراو، یکھ ونی گرِ والیس۔"

مہیندر تہ اوس تیار گرِ گژھنس، اما بہارین تاکید بوزِتھ یو ژھن خیالہٕ بدلاوٕن۔ ہاوِتھ دیتُن زن تہ گرِ گژھنچ آسِس نہٕ خواہش۔ دوپنس — "بہاری، تہٕ کیتھ کنی بنِہ؟ وُری ما گڈھیم صایہ!"

بہارین دوپس — "وُچھ سہ یہ تماشیا، بہٕ زانتھ لوکچاو بالہٕ پیٹھے۔ میہ ہتہٕ دِتہ برم۔ بہٕ چھکھ کران بے انصافی۔"

مہیندر — "کس ستا چھس کران بے انصافی، جج صاب؟"

بہارین دوپس مُسکراتھ ہیو — "ژٕ ئی ہمیشہ پننہ دِلچ

بڈاٰئ اوسکھ کران، وٕنۍ کوٚت گوٚو سہ ڈِل مہہ ٹاٹھیاہ!

مہیندر ــ "وٕنۍ کیٚن چھُم سہ کالجکیٚن ہسپتالس منز!"

بہاری ــ "تموٚ سہ مہہ ٹاٹھیا۔ تہوٚ۔ ژٕہ چھُہم یتہٕ لٹنہ کران تہٕ ہُوتہٕ چھےٚ آشا کمرس اندر تہٕ کمرٕ نیٚبر وٕدی وٕدی وٕتسر ہیٚمژ۔"

آشاہ ہنٛزٕ وٕدرٕنج کتھ بوٗزِتھ آو مہیندرس دِلس زبردست لوٚکھ۔ مہیندرس اوس نشس منز مشتھو گومُت زٕ دُنیاہس منز ما چھُ بیٚیہ تہٕ کانٛسہٕ ہنٛدِ سۄ کھک تہٕ دۄکھ میٚہ پیٚٹھ دار مدارٕ۔ دۄٹھ ہش کڈِن۔ پرٛژھنس ــ "تہٕ آشا کیاہ زِ دوان؟"

بہارین دوٚپُس ژکھ ساں ــ "ژیٚ گیی نہ خبر تہ بہ زاناہ؟"

مہیندرن دوٚپُس ــ "چون مہیندر چھا سرونگ (سوٚی کیٚنہہ زانن وول)! اوٕ موکھ ہےٚ کرُود کرنی چھُو تیلہ کرتہٕ مہیندرسی ناون داٰلِس پیٚٹھ!"

امہ پتہٕ دوٚنَس بہارین سوٗری یہ کیٚنژھا تمی وُچھمُت اوس۔ وناں وناں پیٚس ژیٚتس وٕدوٕدنہ ہنٛدِس دٕچھس پیٚٹھ اوٚش ہارٕ ونہٕ آشاہ ہنٛز صوٗرتھ تہٕ ہٕٹس گوٚس

أشِ گنڈ۔

بہارِیَن پٮ۪ زبردست جذبأتیتھ وُچھتھ گوٚ مہیندَ حأرتن ہیوٚ۔ مہیندرس اوس بہتھ نہٕ بہاری چھُ دِلہٕ نٮ۪ت خوشک اِنساناہ۔ شوٗبچُھن لوٗگ ــ" اما یہٕ رُوگ کرِ پٮ۪ٹھ توٚہۍ! ییٚمہٕ دۄہہٕ اندرٕ ہرشہ آشاہ وُچھنہٕ گیوٚ، تمی دۄہہ پٮ۪ٹھ ماناہ؟ دہی بیچارہ گوٚت بدنصیب چھُ!" منٛز تہٕ دوٚپُن بہارِیس "بیچارہ" اما امہٕ ستی گوٚ نہٕ مہیندرس ییٚتھے ہیوٚ کینٛہہ، بلکہِ آس لطُفِ۔ سُہ اوس پوٗرہ باخبر زٕ اَتھ نہٕ آشایہِ ہندِس دِلس اللہ کُس چھُ کُنۍ زٕنان جاے کرِتھ۔ بیٚیِن لوٗکن ییٚمۍ خاہِش چھِ آسان تہٕ میلان پٮ۪ٹھ پٮ۪ٹھ سِی سہ کھ اوس تِتھ حأصِل۔ یہٕ شوٗبچھ آسی مہیندرس فخرٕ کرنہٕ لایق بنان۔

بہارِیس دوٚپُن ــ" اچھا تہٕ پکھ گژھو۔ دِہ تبدیل گاڑہ اَکِس آلوٚ!"

## ۲۲

مہیندرنہٕ گرٕ واپس یتھ سیتی گو آشاہ ہندہٕ ڈیک
سورُے شَک کیتھہ کالہٕ چہ وُنہٕ لہ ہنٛدِ پاٹھی برنزس منز
دوُر۔ بیٛنہٕ چھُٹھ ژیتس پیٛوہ وُنی اَسیس یِیشر منہٕ چھ لِیان
زِہ مہیندرس سیتی آسس نہ اَچھی سمان۔ مہیندرِ مِتیوس
ہیُو ــــ

وچھتھین اندرہ ییمٕہ کھاری تھم لگی؟

تہ چندہ منزہ انیتھ گنڈِتھ بھیرِ بھیرِ یرِہ مژہ ترنہٕ
چھنہٕ۔ آشاہ ونلس گابرتھ ہیُو ــ کھور ن چھنہ پیٛوان
یمہ چھیٛہ ژھنگو ژنگتھ۔

یہ وُنیتھ تہ لگییہ مہیندرنہٕ اَتھ منزہ یمہ چیٖز
تھپہ نفہ۔ اما مہیندران دِژس نہ اَتھ وتھ تہ بیٛمہ جندس
تھاوان دوٚیتس ــ نہ بہ اوسُس گومت کامہٕ موکہ مجبور
سپدِتھ ۔ نہ ژنہ ژورتس بدلہٕ معنہٕ مطلب!
آشاہ آیہٕ اَش گنڈِتھ۔ زارہ پارہ کورنس ــ اَزی کہ

دِیٛ توٚم معأفی، دُبارٕ کرٕہا نٕہ زانٛہہ۔

مہیندرن پرٛژھس — "زانٛہہ تہٕ نا؟"

آشاہٕ دوٚپُس — "زانٛہہ تہٕ نہٕ۔"

پتہٕ رٕنہٕ مہیندرن پانس کُن لمتھ تہٕ بوساہ ہیوٚتنس۔
آشاہٕ دوٚپُس — "چھٔٹھ دی توٚم ژٔٹھ پٔرھنہٕ ہا۔"

مہیندرن دوٚپُس — "نہٕ، ہم آسن!"

آشاہٕ گیہٕ رای نٔہ یم ماچھہ میانہٕ قصورک ثبوت زانتھ یمہ چھٹھ یٔژھان شیرتھ تھوٚوٕ۔ یمہ وِہی چھٹھیو رٔنی گو آشاہٕ وِنودنیہ بٔیٹھ تہٕ دِل کھٹہٕ ہیوٚ۔ برتھا سندٕ پنٕچ خوش خبر تہٕ بوزناوِن نہ سوٚ۔ بلکہ ہٕرن تمہٕ سندٕ طرفہ پتھ۔ وِنودنیہ تور سوٚنٛکہ فکرٕ تہٕ کامہ ہنٛدٕ بہانہٕ گرِتھ روٗزٕ سوٚ تہٕ دوٚر موٚدی۔

مہیندرن سوٚرنچ — "اما یہ گیاہ سناہ؟ بوٚ اوسس دیان نٕہ وِنودِنی آسیم دنی دِزھ دٕاٚلنہ پوٚان۔ مگر یتہٕ چھُس بدٕی زنگاہ دُچھان۔ تمن چھٹھین سُند گیاہ سناہ اوس معنہٕ مطلب؟"

گرٕ نیرتھ برونٛہہ اوس مہیندرن ارادٕ گوٗرمت زہٕ زنانہ نفسیاتس سنہٕ گِژھہ۔ سوچِمت اوسُن زِ وِنودِنی ہرگاہ

نکھہٕ ینٛچ کوٗشش نہٕ کرہِ، یہ ہیٚمَس دوٗر۔ اما از دوٚپُن ـــ
"نہ، یہ گوٚ نہ جان۔ در اصل چھُ سانین دِلن اَندرٕٹ
گوٚمُت۔ وِلوٚدنیہ سیٚتۍ بےٚ پھروٗک کتھا باتھا تہٕ خوش گیاہ
کرِتھ یہ اَندرٕٹ دوٗر کرنُک گوٚ جان۔"

آشاہ یِہ دوان مہیندرن ـــ "از کل چھُس ظاہرا ہیٚ چانہٕ
ولٕہ ہنٛد اَچھ کٕٹر بنیومُت۔ سو کیا چھنہٕ نظری گژھان؟"

آشایہ دوٚپُس دوٚدٲس پاٹھۍ ـــ "خبر کیاہ گوس!"

اَتھی اندر آیہ راج لکھمی دوان نہٕ دِینٛز نوٗش
چھہ نہ کُنہ رنگہ ینتہٕ روزٕن مانان۔

مہیندر روو ہیوٚ، سند اَرِتھ دوٚپنُس ـــ "کیٚہ زہٕ ماجی؟"

راج لکھمیہ دوٚپنُس ـــ "خبر کیاہ چھُم لگان ترہ۔ از چھ نہ
ہلکو مانان۔ ژٕہ چھےٚ نہ کانٛہہ ہُنر وۄتھ رٕچھنی تگان۔
بڈہ گرٕچ کوٗر چھ وۄپرٕ گرہ مایہ کٕنی ڈٕرِتھ۔ پٕنٕنۍ نٲنتھ نےٚ
تھوٚہ ہیٚ، یژھ پرٕتھ نےٚ برہ ہیٚس، سو کتھ روزِہ؟"

وِلوٚدنی اُس شوٗنگن کنٛہ وتھرنس پیٹھ بہتھ ژلوو دِوان
ترٛوپ۔ مہیندرن دیتُنس واتہٕ ووٚنۍ آلو ـــ "ہیٚے اَچھ کٕرٕٹی!"
وِنودنی پیٹھ مند چھتھ ہیش تہٕ دوٚپنُس ـــ "کُس مہیندر بابو!"

مہیندرَن دۄپُس — "سا لاب، مہیندر بابُو کرِ بیٹھ بنیوس!"
وِنودنیہ دۄپُنس بیٹیہ، ژاڈرِ ترۄپ دوان تُتھو کُن وِدے
گنڈِتھ — "تہ کیاہ یژھِم دِنن؟"

مہیندرن دوپُس — "یہ یِنہٕ وِیسہٕ چھکھ دِنان — اُچھِ کُرُٹرِ!"
وِنودنیہ دیتُس نہٕ بُرُنہم باپٹو اسان اسان جواب کینہہ، خاموش
باپٹو روز سو یِثِب دِوان۔

مہیندرن دۄپنس — "باسان چھُم ژِہ ژٕہ تہ میٚہ چھُ وَنی
سُو رِشتہ بیُن مُٹن۔"

ترۄپرِچ پینہٕ داو دِنہٕ سیتی ژکان دۄپُس وِنودنیہ — "بجر
کیاہ چھم تہٕ ژانُو توہی!"

یہ وُنِتھ تہ دباگرٕ تمہٕ دِلس منز آمتی ساری جواب۔ گمبیر
بَتھ کرِتھ پُرژھنس — "کالجہ کرِ ہسپتالہ اُدہ توہی؟
مہیندرن دۄپُس — "نتہٕ کُرت کالاہ رونژہ ہا موردن ژرٹ
کیٹھ کران!"

بیٹیہ پن ژکان دۄپنس وِنودنیہ — "باسان چھُ وَنی آسہِ
زِندن منٛد پیومُت نۄدرتھ (ضرورتھ)؟"

مہیندرن اوس دۄر ارادہ کۆرمُت زِہ از کیاہ کرِہ بہ وِنودنیہ

سیٹھی وڑھ دٲلنجہ خوش گیاہ کرِتھ ساریٚ اوزرد گی دوٗر۔ اما
وِنودنیہ ہنٛد اندازٕ سیٹھی پٔزکس نہٕ گیٛتھ۔ مہیندرن ڈیٖچھ
زِ وِنودِنی چھِ نہ انہٕ پہانٛکۍ پاٹھۍ ڈیکہ ہُرِتھ اسان تہٕ کتھا باتھاہ
کران۔ وِنودنیہ ڈوٗر ژلان ڈیٖچھتھ ہیوٚتُن مہیندرن دِل تیزی سان
تُس کرُن دٔزُن۔ مُنزیُم فاصلہ کنہٕ کنہٕ دوٗر کرنہٕ خاطرٕ سپُن سُہ
بےٚ قرار۔

وِنودنی ہیٚنزِ ٹینمہِ کتھِ ہنٛد جواب نہ دِتھ گو مہیندر تَس
نِش بیہتھ تہٕ پرٛژھنس۔ "یہ دِنتم ژٕ کیٛازِ چھکھ اَسہِ ترٛاوِتھ یژھان
ژلُن! کیٛتھہ قصوٗر چھُم کوٚرمُت؟"

وِنودِنی پرٛچھ الگ ہٹس، کلہ تلُن تھوٚڈ، تہٕ مہیندر نیٖن
اَچھن منٛز ہیٚنزِ وِنیچھ دیٖچھ زوتہٕ وِنہ اَچھ ترٛاوِتھ دِژنس۔
"ضروری کام چھ نا سارنیٖ آسان۔ تۄہیٖ کمیٖ سٕندِ قصوٗرٕ گیوٚو
گرٕ بار ترٛاوِتھ کالج؟ میٛہ تہٕ چھُم گرٛژھُن۔ میٛہ چھ نا ضروری
کاٚم کانٛہہ؟"

سیٹھاہ سوٗنچتھ تہٕ سمجیوٚ نہ مہیندرس امیک کانٛہہ تہٕ جوابہٕ
بنا صبر کرِتھ پرٛژھنس۔ "سۄ کوٚس سنا ضروری کام چھ یِمہ
چاپہٕ گژھنہ رۄس ہیٚکہٕ نہ اَندِ تِھی؟"

یکشوٚتی سان سۄترنہٕ بِنا تاران دوٚپُن وِنودنہٕ ــــ "کامٕ ضروری
چھم یا چھُم تہٕ ہیٚکہ نہٕ آسِتھ ۔ توٚہہِ کیا بیانہٕ دِمو؟"
دروازٕ نیبرٕ دُور اکِس ہیٚل گُلہٕ کِس تھرِس پیٚٹھ مُسّے
گنڈان اُوٚد مہیندر رودمُت ہیوٚ پانٹرِن ستیٚن منٕشن خامٕوش،
وِنودِنی تہٕ رُوز خاموش پاَٹھی سۄترن چلاوان۔ یِمہٕ ژھعوپہِ سۄنٕزٕ
نِہ سۄترنہٕ ہُنٛد سداہ تام اوس بوزنہٕ یِوان۔ سیٚٹھاہ کالٕ کھوٚج
مہیندرن زیٚو۔ تہٕ وِنودنہٕ کُٹ وٕھٹھ۔ اوٚنگہٕ ژالِس سۄترن۔
مہیندرن دوٚپُس ــــ "گنٛہ کیٛتہٕ تہٕ روز کھونا، زارٕ پارٕ کٔرِ تہٕ؟
اوٚنگجہ رٔٹھ کٔڈان ووٚنس وِنودنہٕ ــــ "زارٕ پارٕ کیاہ چھم؟
روزٕ تہٕ کیاہ نہٕ روزٕ تہٕ کیاہ؟ توٚہہِ کیا راوِیوٚ؟"
دنان دنان تہٕ گو وِنودنہٕ ہٕٹِس گنٛڈ۔ کلہٕ نوٚمرِتھ رٔنج
سِہ تٔتہٕ منہٕ شوٚنس گٔئی۔ باسان اوس زَن ناٗرٕ آسِس بٔرِتھ۔
تمہٕ وِکھتہٕ اوس دنٛدکہٕ ڈیٚک گوٚٹ گاش سندیا کالکِس
انٛگٔنٛٹِس منٛز لین ہیوٚ گٔرٛشھان۔
وِنودنہٕ ہیٚنٛد اتھٕ ہیٚکہٕ رٔٹِتھ دوٚپُس مہیندرن برمیتہٕ ہیٚٹہٕ۔
"اگر میٚہ راوان آسیم کیٛنٛہہ۔ تیٚلہِ روز کھہٕ ژٕہ یتی؟"
وِنودنی سۄنٛزٕ یکدم اتھٕ موٚکلاوِتھ الگ۔ مہیندرس زن تہٕ

گٔو ؤخار ڈسیتھ۔ پَنٕنۍ کتھ لجُس مہیب طنٕز ہش کٔنِ منٛز بار بار گمبٕز کرنہٕ۔ قصوٗر دار زیوٗہ لُوگ وندٕو سیتی ژٔرِپی ہیلنہٕ۔ اڈہ تہٕ پھورِس نہٕ کینٛہہ۔

کمرس اَتھ خاموشیہ منٛز ژایہِ آشا اِی وزہٕ۔ یُہُی کتھ ہندِس سِلسِلس منٛز۔ اسان اسان وٕونُس یکدم وِنوٗدنیہ ـــ "اڈہ بیٖلہٕ توٚہۍ یوٗت زدر چھیوٗدم کران، تۄہہِ ناراض گژھتھ ما ہیٚکہٕ نیٖرتھ۔ یوتام نہ توٚہۍ اجازت دِیوٗم، توتام گژھہ نہٕ؟"

آشا سپٕز پنٕنِس برتھا سنٛزِ اَتھ کامیابیہ پٮ۪ٹھ خوش تہٕ وِنوٗدنیہ دٕوپُن نالہٕمتہٕ رٹان ـــ "بس، یہی گو تیٖلہٕ سہی۔ کرِ دِیہ ترٮ۪یہ پھرِ وعدہ زِ یوٗت تام نہ توٚہۍ اجازت دِیوٗم توتام گژھہ نہ، توتام گژھہ نہ، توتام گژھہ نہ!"

وِنوٗدنیہ کوٗر تی تہٕ آشابہٕ دٕونُس ـــ "اڈہ بی اُچھِ کِنٛزٕری اگر معزز ادمی، یوٗت زاہہ پارہ کیازِ کرنوٗدتھ؟ اٰخر تہٕ پیٚیہ یی میانٮ۪ن یمن نِش ہار مانٕنۍ!"

وِنوٗدنیہ دٕوپُس اسان اسان ـــ "ٹھاکر جیو (= مہیندر بابوٗ) ہارمانٕہ میٚیہ کٔمہِ تۄہہ؟"

مہیندر اوس وُنہٕ تہٕ ہیہ منگہ ہیوٗ رُوزِتھ گومت۔ باسان

ادسس زہ تمۍ سند قصور چھ ساڑیسی گرس پھالیومت۔ برتھ طرفہ چھس لعن طعن آمژ تھ۔ آشایہ برونہہ کنہ کتھ کٔژ ہیکہ بیے برآنی یامژ دژہ داکنجہ آسِتھ تہ خوش گپاہ کرتھ؟ برنزس منزہ کیتھ کٔنی ہیکہ ہے سہ اُتھ دیکھ ژارس اسنس منز تبدیل کرتھ۔ پھشتھ میتو دندو دوپنس ــ " میٔنی ہورم آ! تہ یکدم دراد ینبر۔

کیشٔری کاکٔ آد مہیندر پھیرتھ کرس اندر تہ ونودنیہ منجن معافی۔

ونودنیہ دوپس ــ " ایٔپادی کُس گوو تھ زہ معاف کرے؟"

مہیندرن دوپس۔ " ژنہ پتہ زبردستی تموتکل چھو نہ حقیقہ اسہ کانٔہہ؟"

ونودنیہ دوپس اسان اسان ــ " میٔہ وچھنہ کانٔہہ تہ زبردستی کران! سینٹرہ پزکے دوُن ودم لولہ سان۔ اُتھ کُس ہیکہ نند دِتھ؟ ونی ہیے اُچھ کیٔژی زور زبردستی تہ لول گژھے کٔنی کتھاہ؟"

آشایہ دوپنس پورہ اتفاقہ سان ــ " ہرگز نہ"

ونودنیہ دوپس ــ " مہیندر بابوُ، توہہ چھوہ پژھان بہ گژھس

روزِنی، میانہ گرٛمنہ بھیریوٚ توٚہ؟۔ یہ چھس یہ زانان خوشہ قسمتی پٔنٕنۍ۔ وَنی أچھو کرتۍ، کأتیاہ ہے ہمدرد چھ دُنیاہس منز پتھ آسمان؟ سوٚ کس دوہ کس منز شریک سپنہٕ وٕنی ہے نصیبوٚ کوٚ میلن تٔمن دکرٕ کیاہ سنا نہ گژھو زِہ؟

آشا یہ ییلہِ پنُن بُرتھاہ خجل ہیوٚ وُچھ، فکرمند گژِھتھ دوٚپنُس وِنودنِہ۔ "کتھن منز کُس بی ہینکی زینتھ ژٔیہ۔ بُرتھہن میانٛن تِمأنی آن، تھوتے وَنی؟"

مہیندر گوٚ بیٚیہ کمرٕ منزٕ نیرتھ یکدم۔ اورہ اوس راج لکٔھمیہ سیتۍ کینٛہہ کالاہ کتھ باتھ کٔرِتھ بہاری مہیندر پٔتۍ نِش ییوان۔ برٛس ہیٚتھ وُچھتھ دوٚپنُس مہیندرن۔ "بہاری تاٹھیا، میٚنہ ہیوٚ تہٕ آسیا مکار کانٛہہ دُنیاہس منز؟"

لیکن تمہ دوٚن زِہ کتھ داژ کٔرِس اندر۔ نہ اندرٕ آیس تمی وکھتہ آواز۔ "بہاری بابوٚ؟"

بہارین دوٚپنس۔ "پتکے آس، وِنود بابی؟"

وِنودنہ دوٚپنُس۔ "بوزِتھ گژِھو نا؟"

اندر اژہ وُنۍ رِژ بہارین آشا یہ کُن نظر۔ چھُنٛڈ اندری پتہٕ ہن بٔرنیچ لگنہ آیس، تتھ اندر باسیس نہ رنج وہ غمیچ کانٛہہ نتہٕ

ڈھایاہ۔ آشا لجیہِ ڈَڈھتھ نیرِنہٕ۔ وِنودنیہ رُٹ زوپہ۔دوٚنِیس۔
"بہاری بایو، میانہ دلیہ سیتی چھا توہہ سہ نہ پرش نہ توہہ
وُچھ وُنی چھِ ژٕلنہٕ لگان؟"
سیٹھاہ خجل گژھتھ لوٚگ آشایہ دنودنیہ ہنزٕ تھر پیٹھ
دُدستہ ٹاس۔ بہارین کوٚرُس اشنا زِہ ــــ "مین چھُس نہ یہ
تیوٗت ہیوٗ کیٛنہہ سوٗندر بنوومُت، توٚہے کِنہ!"
وِنودنیہ دوٚپنُس ــ "چھکہٕ وُچھان کِٹرِی! کنہِ گُنی چھِ بہاری
بابوہس دولہ تگان کتھ دِنی داعِتھ۔ چانہٕ نظرِ دوٚش نہ دِتھ چھ
دیہ ہیکہٕ راہ کہاالان۔ لگُھنس یوٚس یتھس خوش باش دِرپس اگر
ژٕہ قدر کرکھ نہ تیٚلہٕ چھُ تقدیر کھوٚٹ!"
بہاری ــ "وِنودبابی، امہِ کِنہِ اگر ژیٚہ میٚہ پیٹھ عادہ پیٛسی تیٚلہٕ
کیاہ غم چھُم میہ؟"
وِنودنی ــ "سمندر اَسِتھ تہٕ چھا سعاتہٕ (ادبرہ، نیبانہ)
پیرِ روٚیس چاتک جانوارس ترٛیش ژٕلان؟"
وِنکِس ہیٚکہ ہیٚے آشایہ زٕٹھ؟ نوپہ سال مدسہ دِتھ
ژٕح سہ وِنودنیہ ہِنِدِیو اَتھو منزٕ۔ بہارین تہٕ ہیٚنزو وَدٕتِتھ
نیٚرِن۔ وِنودنیہ پِیہٕ ژھُس ــ "بہاری بابو، جہیٚندہ بابوٚہس کیاہ سنا

بۄ گومت۔ توٚہۍ ہیٚکونا ڈیٚنتھ؟

یہ بۄزِتھ گو بہاری روزِتھ ہیٚو۔ دوٚپنس۔" خبر کیاہ چھم۔ ظاہراہ نہ کیٚنہہ!"

وِنودنی۔" بہاری بابو، آثار چھم نہ بۄتی ہوی بۄزِتھ، پۄان کیٚنہہ؟"

بہاری گابریو ہیٚو۔ پۄرہ حال بۄزنہ باپتھ لوٚگ وُچھنہ وِنودنِس کُن بڑہٕ غورِ سان۔ وِنودنیہ دوٚپس نہ کیٚنہہ تہ لُج تراوٚپ دِنہٕ۔ کیٚنہہ کالاہ تاب کٔرِتھ پرٕژھس بہارین۔" مہیندر بابوٚہس مُتعلق چھیٚتھ کانہہ خاص کتھاہ ڈیچھِتھ بۄزمٕژ؟"

وِنودنیہ دوٚنس شیٚدی پاٹھی۔" خبر کیاہ چھم بہاری بابو۔ اما کیرن چھم نہ جان ہوی کیٚنہہ باسان۔ یِنہٕ ڈیلِسہٕ ہِنہٕ حادہ چھس پریشان۔"

ڈیٚنتھ تہ تیوٚد وِنودنیہ گرم گرم وہشاہ تہ ڈیٹھ شیٚرِتھ سِپنز نیرنہٕ خاطرہ اِستادہ۔

بہارین دوٚپس پریشانیہ سان۔" وِنود بابی، بیہہ تہ ذراہ۔"

وِنودنیہ تراوِ کُمرِ کِس ساری دارِہ بر بیٚلہٕ، لیمپس کھاہن سوٚ یِتھ تہ اکہِ پاسہ بیٚٹھ دوٚر بہاں ژلود بیٚچھونہٕ۔

دوٚپنس۔" بہاری بابو، بہ ما روزِس دوہے یِتی۔ میہ پتہ

تھوڑی زیوٗ میانہِ دیسہِ ہُنٛد خیال - یِنہٕ تکلیف دِتس! وَنان وَنان
نژتہٕ ہیوٚت وَدُن روکنہٕ خاطرہ پھیر دِلودنیہ بیٹھہِ طرفہ بتھ -

بہارین دِژ بُس یَدِہ جوشہٕ سان سٕے دِلود بابی، تُہنٛد بیٹھی
روزنی - ہیوٚن ما چھُو بیٹھہِ کانٛہہ - اَمِس سٟینُس یِنہ دیشہِ
ہُنٛد تھوٚ ہتہٕ ژہٕ یاسیٚ خیال - ترادِتہٕ ہیٚے گژھہٕ ہن، میٚہٕ چھُم نہٕ
اُمید شند بیٹھہٕ کانٛہہ پایہ باسان -

دِلودِنی سٕے "بہاری بابو، یلنیٚ زانہِ ونی چھوہ - بہٕ ما ہیچس دوہے
بیتھی دُوزِتھ لوکہ کیاہ ونن؟

بہاری سٕے "لوکہ یہٕ ونن تہٕ ونن، وُنی تن، تُہنٛد کیاہ چھُو کُن وین -
ژہٕ چھکھ دیوی - یُنے وسیلہ کورہِ ہیٚنگکھ ژٕ ہی دُنیہِ کیو گامیٚو
نشہِ بچاو گژتھ - دِلود بابی، میٚہ اُسکہ نہٕ ہمٕدہر یِرنہ [illegible] -
معافی گژھیم دِنی - میٚہٕ تہٕ ادس تنگ دل لوکن ہنٛدی یاٹھو تُہنٛد
ہیٹھ شک باسان - بلکہِ اکہِ پھیرِ گوم یِرم زِہ ژہٕ چکھنہ آشنایی
ہنٛد ڈیکہ بجہِ ہیکان برداشت گژتھ - زِن تہٕ . . . . یلای
ژھنس - تمہٕ کتھہ زٕتیہِ ہیٹھہ ہیون تہٕ چھُہ پاکپہِ - مثس منز
انگ تہٕ چھُہ اَنیای - اَمہٕ پتہٕ گییم تمہٕ دوہٕ چاٹہِ دِلہِ کہٕ شوندرہ
تہٕ بزرچ زان - تُہنٛد ہیٹھہ بجم میٚہٕ ونی سیٹھاہ یِرثہ پژھہ توٚمے

بیٚتوٚمُت نہٕ ژٕنۍ برٛونہہ کنہِ پنُن قصوٗر تسلیم کرنہٕ رٕوس روزِتھ۔

وِنودِنی گیہِ زٕمہ ہرٕشس۔ اگرچہ سہٕ بہارِیس ژھل اٚسِن کرٛان، توتہِ ہیوٚکُن نہٕ بہارینہٕ عقیدٕ منٛد بہ خلوٗص دٲلِیس کٔرِتھ۔ تٔمِ ہینٛدِس پنٕزِس تہٕ شوٗزرِس بیٚٹھ زوٗدُن نہٕ فٔرٛق کانہہ۔ یِتھ ہِیوٗ تبرکاہ اوٚسُس نہٕ کانٛسِہ نِش تہِ میوٗلمُتُے۔ برٛنٛزرِس اٚکِس بیٚوٚٹھس دِلس زہٕ پوٗزٕ پاٹھٕ چھیس بہ پاک تہٕ رِشلہِ پٲدٕمانی۔ آشاہ پیٚٹھ اٚس عادت، اٚتھس لٔجس ڈوٗلہِ۔ بہارِیس نِش یِم اٚش پھیٚرِ کٔھٹہٕ پنُن کرٛان نہٕ کانہہ کوٗشِش۔ سہٕ اٚش دار پاسِیس پانٕے شردایہ لایکھ (لالِیُک)۔ زنتہ گوس جود۔

وِنودنہِ اوٚش ہاران وُچھتھ گوٚ بہارِی پنٕنہِ اوٚش زٕٹِتھ مہینٛدرٕنہٕ پاٹھکہِ مرٛزٕ۔ موٚنہِ اوٚسُس نہٕ مہینٛدرُن بہ ونُن فِکری ترٛاوِن زہٕ " بہ چھس مٕکان، بہ چھس کینٛہہ بٲکہِ منز وُچھُن زہٕ مہینٛدرہ اوس نہٕ تتہِ کینٛہہ۔ کٔمی تام دوٗنِس زہٕ کٔرِت تام چھُ بیرٕنہٕ گومُت۔ برٛونہہ اوس نہٕ مہینٛدرہ زانہہ تہٕ کامہِ روٗست پھیرِتھ تھوٚروِ نیرانہٕ۔ بہارِی گوٚ پیٚیِ سوٗنٛچان پنٕنہِ گرٕ دٲلِیس۔

وِنودنہِ لِی آشا پنٕنہِس شوٗنگنہِ کٔٹھس اندر تہٕ نالہِ مَتہٕ رٔٹِتھ دوٗنِس اوٚش ہاران۔ " اٚمہِ کٔرمٕے، بہ کاتیاہ بدنصیب چھس، منٛزِس

چپس !

آشاىہ ژٹ چیرِ وچھس سیتھی تہ مایہ بُر ثوہ آوازہ دِوپنس ——

"کہے زِہ جگری، یہ کہے چھکُوژہ چتان !"

ہرہ بکہ آمتس مژری سندی پاٹھو ترود وِنودنہ آشاىہ پننس کوچھ اندر کلہ تہ دوپنس —" بہ یترہ تہ روزہ تتہ سیدہ گاڑہ بدلہ ہزی۔ میہ دِتے گزشتے دنی، بہ ہیے روزِہا پننس جنگلبی منزِ"

آشاىہ ژٹس مایہ سان ہیونگی تہ کلہ ہیتھ تکیتھ دوپنس ——

"یزہ کتھ متے کرتہ جگری، ژیہ روست نے یکے بہ دِریتھ"

پیار یلہ مہیندر سمجھیومی نہ، بہارین سوریچ —"کنہ بہانہ پنہ مہ دنی بیٹیہ دِنودنہ دِپن —" پگاہ چھُ مہیندرس میانہ سان ڈیڈی ضرور ییہ"

ونودنہ ہندس برس تل واتہ دنیہ دیت بہارین آلو —" ونود بابی !

آلو دِواتہ وچھن زہ لیمپہ گاشس منز چھ دہ نفرے وینہ اکھ اکس نالی نال تہ دہ شونی چھ تارین منز۔ اوتش ندتان۔ آشلیہ گو یکدم گمانہ زِہ ضرور آسہ بہارین از میانہ ویئیہ کیتھہ نہ تہ کیتھہ بدرد وونمت۔ تُتے چھ امہ از بیٹیہ گزہتھ کتھ رنج مژب۔ بہادی بابو چھ یہ ظلم کران۔ دِل چھکھ نہ صاف !

آشاگیہ ہنگہ تہ منگے پہارِیں بیزار تہ دِلایہٕ کرو تیٚبر۔ بہارِیں
ہٕریہ وِلودِنیہٕ بُتھ شُردا تہ عش عش کران گو بٕنۍ گرہ۔

تمہٕ پاتہٕ دٕوٚن مہیندرن آشایہٕ۔ "پچھے، پگاہ چھ مہ پیٚنہٕ
گاڈِہ کاشی گژھُن۔"

آشایہ دِوٚتھ تلواس، پرٚژھُنس۔ "کیا سنا پنہٕ؟"

مہیندرن دوٚپُس۔ "کاکنہٕ (دِ بیٚچھنہٕ) دوتِم داراہ کال وُچھنس۔"
بوزِتھ گیہ آشا پشیمان ہِش۔ تٔمی پزوہے گوڈنی یہ خیال
یُن۔ پنہٕ پیش سو کمی وو کس منز ہینہٕ یتھ گیاتس پیٚنۍ پانہٕ ماپہٕ
مُشتھ تہ مہیندرس رُوز سوچتھ سیٚٹھاہ پتہٕ پیٚ۔ یہ سوچتھ کوٚر
آشایہ پنٔنِس سنگین دِلس سیٚٹھاہ لعن طعن۔

مہیندرن دوٚپُس۔ "تمہٕ چھم پنہٕ دُمبرہ ہند سوٗکھ اشاتہ
لگہ روومت۔ تس اکہ پھِرہ وُچھنہ روست چھیم نہ قرار۔"

دنان دنان تہ گو مہیندرس ہٹس اشی گنڈ۔ مایہ بوٗزِتھ خاموش
اشر داد تہ پٔد کامنا ہیٚتھ لوٚگ سہ آشایہ ہندِس ڈیکس پیٚنۍ
ڈچھٕن اتھ ڈالنہٕ۔ امہ یکدم ہٕریتہٕ لوٚگ سیر توٚر نہ آشایہٕ
کیٚتھہ تہ فکرِہ۔ موختہ بٔلی ہوی اشی بٔھرِی ہیچِن دِنی۔ اُنزِ
شاٹھن یمہ لولہ گیتھ وِلودِنیہ تہ آسنس کرہ مژہ، تمہٕ تہ پٔنس وٕتِس

مہیندرنین تہٕ وِنودنیٚہ ہنزِن کتھن چھا سا کانہہ تعلقاہ ــ اوٚدکُنۍ بیوس نہ زٕہنٕی، اما زندگیہ منز باسے لیٚس ہُوٚی گراباہ۔ ڈیٚے نانہٕ پھرِس کٔنہٕ ہیٚتِھ!

دِلس بیوٚٹھس وحشتھ ہیوٗ نہ مہیندر روٗدُن نالہ متہٕ۔ مہیندرُن ژٕنیُو تسنز بےٚوجہ گراہٕٹھ۔ دوٚپنس ــ "چھنےٚ، نیک ماسہٕ ہُنٛد عشرِ داد ہے چھُو ژٕیٚر۔ بیہ کٔہے چھُی؟ چانہٕ بجایہ خاطرے ہےٚ تمہٕ سوٚری کیٚنہہ ترود۔ ژٕیٚر نےٚ ہیٚکی کھوٚرِس کوٚنٛڈ اَژِتھ؟"

وانٛگِنۍ ڈٔرکرِتھ ترود آشایہ پھرکھاہ ہیوٗ۔ برتھاہ سٕندی عشرِواد دوٚرَن زِرہ بکتر زِن۔ منہٕ کٔنۍ ہیٚژِن پنٕنہٕ ماسہٕ ہٕنٛدین ژٕنن ہنز پوٚیتر لژھ بار بار شیٚرِ تہٕ پنٕنہٕ منہہ کٔرِکَس زار۔ "ماجی، چون عشرِواد کرِ تہٕم برتھاہس ہر ہمیشہ راچھ!"

دوٚیمی دوہہ دراو مہیندر، وِنودنیٚہ دوٗرُن نہ کیٚنہہ۔ وِنودنیٚہ سوٗرِنجہ ــ "اکھ گوٚڈنِم ظُلم تہٕ بیٚیہ رٕود میٚنۍ روٚشتھ۔ یتھ ہیوٗ ساداہ وُچھم نہ ازتام کٔنہٕ! اما یتھ ہیوٗ سادتھ چھُو نہ جادہ کٔال دران؟"

## ۲۳

ہریرٛکھت انہ پوٗرنایہ ییٚلہٕ یٖژرکالہٕ دہہ اَکھ ژھینلہٕ لٔوان وُچھ لبہٕ کرہاہنےیس، اما سیٖتی کھوٗژ دِہ بنیہ ما آسہٕ آشایہ ہندہ موکھہ ماجہ سیٖتی ژوٗتھ فریادی آمُت ۔ لوکچار پانہ بیٚٹھے اوس تَس تکلیف تہٕ سنکٹر وزہ کانٛہہ نیشہٕ اِران لٔوان ۔ کانٛسہٕ ہےٚ رٛوٗژھ اوس لٔوان، انہ پوٗرنا آسس منہٕ ناوان، سنٛکھٹھ ہےٚ آسہٕ ہَس پیوٗمُت، ژالنٛکھ آسس وہ پیٚدیش کران ۔ اما نیتھرٕ پتہٕ یُس سنٛکٹک بوٗڈ وجہ ژھینہ دیس اوس تتھ دٔد کرن گیبہ کُٹ کتھاہ، تتھ متعلق تسلی دیُن تہٕ اوس نہٕ تس تامتھ ۔ ییٚلہٕ تمہٕ زون زہ اَتھ سلسلس منز کُنہہ قسمک دخل دیُن انہٕ معاملس کھرٕٛ، تمہٕ ہیوٗت لوٗب ۔ بیمار تٕہ ییٚلہٕ ترٛیشہٕ دادہ پان مارہ تہٕ واد کرنس ترٛیشہٕ بلکل منع، تیلہٕ چھ بیقرار ماجہ ہمسایہ گرہ ژلان ۔ تتھے کُنہ آمس انہ پوٗرنا تہٕ گرہ تتا دِتھ دراہمز ۔ سوچنہ لٔگ — "ترٛتس یٚنٛٹھ درم کرم کران اوسم سمارکھ تام مُشرومُت ۔ دٔنی گوژم نہٕ ژھینہ دراُن بنیہ

داڈی کانگر بوزناوِتھ چھوکس کرور تلنہ آمُت۔

اما مہیندر اوسُس نہ آشایہ موکھ ماجہ خلاف فریادی
کینہہ آمُت۔ بیٚیہ گوٚ انہٕ پوٗرنا یہ بدیٚ گمانہٕ۔ اما یُس مہیندر آشایہ
نماوِتھ کالج اوس نہ گژھان سُہ کیتھ گٔنی اوس از آشایہ
تراوِتھ یوٗت دوٗر گاشہ منز کانہہ آمُت خبر ہیٚنہ! آشایہ سیتی
ما سنا اسیس ناچاگی گامٕژ! کھوٚڑی کھوٚڑی پرژھُن مہیندرس۔
"دوٚپمے ہا مہیا، میانی دِری چھےٚ پوٗرنےٚ ونگھ۔ جُنہ چھا وارےٚ؟"

مہیندرن دوٚپُس۔ "وارےٚ ہےٚ چھ، کانی؟"

"از کل رِہو چھ کران مہیا! نثرلِ چھا تِتھےٚ گٔنی کران رِکنہ گرِہ
نہ چھوِہ ہیٚوتمٕت سوٗرُن؟"

مہیندرن دوٚپُس۔ "نثرل ہےٚ بلکُل ختم گامٕژ۔ فِتنگ موٗل
اوٚس نا سُہ 'چار پاٹھی' (: قاعدےٚ) سُہ کیا گوٚ غائب۔ وٕنی ہینکہ تہٕ
بیٚیہ نوٚن رنیر تھہِ۔ تِتہٕ ہےٚ آسہٕ یکھ، دِل پھولہِ ہی دُچھتھ نزہ
چُنیہ کیا چھ پرانین زنانن ہندی پرژھی پرنس، لیکھس بیزار۔"

"مہیا، بہاری رِہو چھ کران؟"

مہیندرن دوٚپُس۔ "ینہ کامہ رُوست پرتھ کینہہ! نایب
نہ گماشتہ چھس علاقس نظر گُذر تھوان۔ کوٚسہ نظر، تہٕ ہینکہ نہ

ڈیٚتھ - یتہ وَتھ چھُ تمِ سُند یوٗہے حال رُودمُت - تمِ سِنزٕ ہِنز
کامہِ چھُ وُچھان پرٛدٕژ تہٕ پانہٕ چھُ سُہ بیٚین ہِنز کام اَنزران -

اَنہ پوٗرنایہ پرٛژھنس - "نیٚتھر کرِ نا سُہ ، مہیا؟"

مہیندرن وۄنُس اَسناہ کٔرِتھ - "سُہ کیٚتھ ، سِرِ گراہ چھُ
نہٕ کینٛہہ تہٕ باسان!"

یہِ بوٗزِتھ ووٚتھ انہ پوٗرنایہ دِلس تیٚھُن - تسُنزٕ بادژہ
وُچھتھ اوس ناتس نیٚتھرس مالِ پیومُت - اما بیداد اوسُس پیٚومُت
اَتھ وَتھ اَس ہیس نہٕ ڈِژمُژ - بہارین اوسُس پتہٕ ووٚنمُت - "کاکی
پیٚنِے وِنی نیٚتھرس زور کرہ ہمٔ" سوہ دردناک کتھ پٔتیہ انہ پوٗرنایہ
ژیٚتس - فرمانبردار تہٕ عزیز نیچُو ہیُو بہاری اوس تمہِ تہٕ تمُی
حالتس منز گنٛو زوٚن ترووُمت ، تسُندِس پھُٹمُتس ناشاد
دِلس اوسُن نہٕ کینٛہہ تہٕ دلاساہ دیُت مُت - سیٹھاہ تشویشہٕ
تہٕ وحشتہ سان لٔج انہ پوٗرنا سوٗچنہٕ - "اما بہارِیس گژھا سنا
دُتہ تہٕ آشایہ پیٹھ ٹوٗر!"

مہیندرن بوزناو گرِس متعلق داراہ کتھ ، گراہ مخولس
منز تہٕ گراہ سنجیدٕ پاٹھو ، اما وِنودنیہ ہُند کوٚرُن نہٕ ذِکرٕی کانہہ -
کالج اوس یمن دوہن کھُلہ - کاشیہ زیادہ دوہ روزنس

اوس نہ مہیندرس وار۔ اما یُس راحت سُکھ بیمارہ پتہ ہوا
بدلیہ منز یوان چھُ تہ سۄ کھ اوس از مہیندرس کاٹیشہ منز
انہ پوٗرنایہ نِش یوان۔ توٗرے گو دۄہا دۄہا بران۔ دِلس تہ
دِیماغس درمیان یُس تفرقہ اوسمُت بیوٗمت سُہ تہ ہیوٗتُن
دوٗر گژھُن۔ واریاہن دۄہن درماتما کاکنہ ہنز شوٗد صوٗرتھ
ڈیشِتھ تہ تسنزہ مُفید کتھ بوزِتھ ہیوٗتُن مہیندرس دُنیاداری
ہُند فرض بایُن یوٗت سہل تہ سیوٗد باسُن زِ پننہ دِلُک
وحشتس بیٹھ آس پانی پانہ سِرِ اشُن۔ شوٗقچُن زِ دِتو دِنی ژھے
نہ گنی۔ یوٗت زِ تسنزہ صوٗرتھی آیس نہ مشِس۔ بیتہ دُنُن
ڈِرِ پاکھ پانی پانس زِ "میہ چھُم نہ سُہ شخصی گنہ نظرِ یوان
یُس آشایہ میانِس دِلس منز اورہ یور الہ ڈلہ ہیکہ کرِتھ؟"
مہیندرن دوٗپ انہ پوٗرنایہ۔ "کاکنی کاجس چھُم ہرج گژھان
دِم ونی رۄخصتھ۔ اگرچہ ژےٚ سمارہ نش لوٗب چھُی ہیوٗمت،
توٗتہ دِنِم مُنزی منزی یتھ ژےٚ ن ہنز لژھہ ملنُک اجازت۔"
گرہ واتِتھ بیٚلہ مہیندرن آشایہ ماسِہ ہُند لولہ تحفہ سیندرہ ڈبہ
ہنا تہ نگہ دار سفید کنہ مرتبان دیت، تس بُجھ اُشہن دارہ
ماسِہ ہُند دیدِر تہ تس بیٹھ پننہ ہشہ ہنز ژھکھ یتھی ژیتس

بیس، دائِتھ لوگُس وَہ کھرٕ۔ برتھہس دوٚپنُن — "اموِ بِ چھُم گژھان
زٕ پتھر یمہِ ہا ماسہ نِشہٕ معآفی تہٕ ژٕرنن ہنزٕ لژھ ہیٚتھ۔ تہٕ
ہیٚکیہ نا سدا بنتھ؟"

مہیندرہ ووت آشایہِ ہندِس دادِس تہ کیٚنژن دوہن تس ماسہ
نِش کاشی سوزنُس گوٚو رضامند تہٕ۔ اما بیٚنیہ کالج کامہ ہرج گژھنہ
سوٗکھ کوٚرن تس کاشی نرٕآوتھ ینِس، وُلہ ملی۔

آشایہ دوٚپُس — "میانِ زٕ ہا کاکنہ تے کیٚنژن دوہن تام کاشی
گژھنہٕ ونی چھ، تس سیتی گژھنَس کیاہ ہرج چھُم؟"

مہیندر گوٚو تہ ووننُ راج لکھمیہ — "ماجی، نوش ہے چھے یژھان
کاشی منز کاکہ نِش گژھُن!"

راج لکھمیہ دیتُس دُکوٗنجل جواب — "نوش چھ یژھان گژھُن
تہ گژھو تَن، گژھنہ نِتن پانس سیتی!"

راج لکھمیہ آو خوش زٕ مہیندرن کیاہ ہیوٗت بیٚنیہ کاکنہٕ
نِش یُن گژھُن۔ تہ نوشہِ ہندہ گژھنہ کُھرس زیادے ژکہ۔

مہیندرن دوٚپُس — "سے کالج چھُم، بہ ہیٚکن نہ نیتھ۔ زٕ چھ
کاکنہٕ سیتی ہے گژھ؟"

راج لکھمیہ دوٚپُس — "ادہ جان ہے گوٚو۔ تم گیہ بڈی

مہنوی۔ سانہ وتہ مانگی زانہہ۔ تِمن سیتی گژھن ہے گوٚ فِرِی سانہ باپتھ؟

راج لکھیہ ہنٛد برس پتھ ہزل بوزِتھ گوٚ مہیندس سکھ۔ جواب دِیتن نہ کینٛہہ۔ مَنس منز کوٚرُن آشایہ کاشی سوزنک ارادہ دوٗر۔

پتہ ییلہِ بہاری راج لکھیہ نش آو، راج لکھیہ دوٚپُس۔ "بوزِتھا بہاریا، ساٚنی نوش ہا چھ کاشی پرٛھان گژھن۔"

بہارین پرٛژھس۔ "کیٛہ چھکھ ونان مأجی؟ جہیہ کوٚتاہ گژھے بییہ کانٛسہ برج کرِتھ؟"

راج لکھیہ دوٚپُس۔ "نا، نا، جہیہ کیاز گژھہ بہ سوٚ کیہہ دتیالوٗسی کتھ! جہیہ روزہ یتی، تہ نوش گژھہ ژھٔس درِیس سیتی کاشیہ۔ ساٚری چھ نا ونی صاحب تہ میم بنیمتی!"

بہاری گاب رِیو اندری اندری۔ اُزیک صاحبی اندازہ بوزِتھ نہ۔ شوٗنچنہ لوٚگ۔ "اما دلیل کیاہ چھ؟ مہیندہ ییلہ کاشی گوٚ، آشا روز یتی۔ ونی ییلہ مہیندر پھیرِتھ آو آشا چھ پرٛھان نیرِ گژھن۔ دوٚن باژن کس ستا زدوکیر چھ دوٚکھمت؟ یتھ کنی کوٚت کال پکہِ آخر؟ دوست اُستھ تہ بیگہ نا بہ اتھ کینٛہہ تہ

علاجاہ کٔرِتھ۔ دوٚرہ دوٚرٕی روزاہ ژھان؟"

ماجہِ ہُندِ برتاوہ سیتی دوٚلیتھ اوس مہیندر شوٗنگِتھ کیٚنہہ گوٗمت بہتھ۔ وِنودِنی اٰسہِس نہٕ اَتھ دورانس سمکھیمژٕ تٔرٕے اُمس آشاکس پیٹھ اُلجِھ زِ مہیندرس بروٚنہہ کُنہِ رٔنی۔

امِ وِزِ آو بِہاری تہٕ مہیندرس لوٚگ پرژھنہِ "آشا بابی ہُند کأشی گژھُن چھا گوٗمت صحیح؟"

مہیندرن دوٚپُس "کیازِ نہٕ؟ ہرجی کیاہ چھُ؟"

بِہارین دوٚپُس "ہرج کُنہِ دوٚپ۔ اما یہِ خیال کیتھ پیوٚو؟"

مہیندرن دوٚپُس "ماسہِ ژھینُچ خاہش، دوٗر روزن والِس بندِہ سنزٕ بیٚہ۔ اِنسانی کِردارس منز چھُ ناپژھ کیتھ منزِ منزِ پیداہ۔"

بِہارین پرژھُس "تہٕ ژٕ گژھہٕ سہ سیتی؟"

سوال بوزان گوٚو مہیندرس گُمان "بِہاری چھُم پرنہٕ نِہ آمُت زِ ژٕ زِٹِس درِیس سیتی آشا سوٗزِنی گوٚو نہٕ جان۔" توٚرٕے دوٚنِس ژکھِ سان، ژھوٚڈی بأکھو ــــ "نہٕ"

بِہاری اوس مہیندرس واقف۔ تمی ژیوٚن زِ مہیندرس اُمس پیٹھ شر پژٕ۔ شہ اوس نانان زِ مہیندر ہیٚے گرنہٕ آو پیٹھ ایٚکیہ ہیس نہٕ کانہہ تہٕ پھرتھ۔ توٚرٕے تمی نہٕ مہیندرنہٕ گژھنچ کتھ۔

سوچان کوٗرن — "اگر آش کنہٕ غمہ کنی گژھن چھ پریشان تیٚلہٕ کیازہ گژھیس نہ وِنودنی تہٕ سپتی؟" تورے دوٗنۍ دند تُوکی توکی چھینڈرس۔

"گژھیس نا تیٚلہٕ ونود بابی تہٕ سپتی؟"

یوژھی اوسُس زہ مہیندرن کوٗرس گرز — "بہاریا، نٔنی پاٹھۍ ون یہ وہنس چھکھ۔ اوم نہ امتہٕ کیاہ چھکھ تھوٗن؟ تورِم نا فِکرہ ژٕ یہِ چھُکھ شک زِہ ونودنیہ سپتی چھُہ عشق۔ بکواس۔ میٚہ کیاہ تس سپتی؟ ژٕہ متہٕ گژھتہٕ پریشان میٚہ پتھ ونہٕ خاطرہ۔ ژٕہ کرتہ پانہٕ سِیٚدہٕ راۓ چھ۔ کھٕچرۓ آسہ ہی کرتام آسہ ہیتھم وہنہ لوٗمت۔ مُتس ییٚلہِ ونے صافی، زہ آشاہہ ییٚتھ چھُکھ لوٗز پیومت!"

مگر مٔتس اَنگس کانہٕ ہنُد گوٚب کھور ییٚتھ یتھ کٔنہٕ کانہہ چھوکرلد یٚاہہ پاٹھۍ دِکہٕ دِتھ تس دوٗر چھُہ دِوان دآرِتھ تتھے کٔنہ گو۔ بہاری گرسپہٕ بٕٹھ ہکہٕ وۄتھتھ تہٕ مہیندرس کُن دوٗرتھ کوٗرن سٔنٹھاہ دیٚرِ مشکلہ ساں پھوٗرس — "وٕے کرِ نۓ کھیما' بہ درلمیٚہ پالُس۔"

تہٕ دراو کمرہ منزہٕ نیٚبر۔

نکہٕ گژھتھ منزہ ہکہٕ نیرِتھ دِتیُس ونودنیہ آلو — "بہاری بابو! لسہٕ تھیہ دِوان وٕڈنُس بہارین اپنہٕ گوشش کران ہیو — "کیاہ سہ ونود بابی؟

ونودنہِ وَڈِنکس ــ "بہاری بابُو، اَچھ کرِتھ سپتی بُچھ مےٗ تہٕ گاشی گژھن ۔"

بہارین وَڈِنکس ــ "نہ نہ ونود بابی، تہٕ جِرِ نہ، تہٕ بنہِ نہ گنہٕ کُنہِ تہٕ ۔ گُل چھُ سےٗ گنڈان، پنہٕ میانہِ وَنہٕ کانہہ تہٕ کتھاہ کرکھ ۔ بہ گَس چھُس یتھہ گرگ زہ گتھہٕ دِمہ دخل ۔ دخل دِین میون گژھہِ نہ جان تہٕ ۔ تُہٕ چھکھ دِیوی، یہ جان باسی تتی کرُی زہ ۔ بہ دراس۔"

یہ ٗونِتھ کوٚرُن دِنودنہِ یٹھہ حلیمی سان نمسکار تہٕ دراو ۔ ونودنہ دوٗپنس ــ "بہ چھس نہ دِیوی کیٛنہہ، بہاری بابو، بوزکھ تیا کنُہ . . . چانہِ نیرنہ واتہِ نہ کانٛہہ تہٕ فٲیدہ ۔ ینٛہ یتھ راہ لیڈہ ہم!"

بہاری گو نیرِتھ ۔ مہیندر گو ششدر ہیو روزِتھ ۔ وِنود نی گیس ذلہٕ دِنی وزہ کل ہِش طعنہ دِتھ تہٕ تراپہِ نکھ گٔمُس ۔ تٔتہٕ مس آشا خجل ہِش زنتہٕ گُلی گُلی گژھان ۔ مہیندرنہٕ زیوٚہ بوزِتھ زہ بہاری اوسُس یژھان، اَسِ نہ کار ہیٚکان تٔلِتھ ۔ اما تسند یہ حال وُچھِتھ آو نہ دِنودنہِ آر ہیو کیٛنہہ ۔ تمہ دِزیہ آشا کار تٔلِتھ ونودنہِ کُن وُچھِہ ہے کھوژِن پیہ ہیس ۔ زنتہ ادس تس خوٗن گومُت سوار ۔ "غلط، دنودنہِ چھُ نا کانٛہہ تہٕ برژھان تہ یمِس چارہ تہٕ پیارہ یتھ ہما ساری مِتے منتی!"

مہیندرن اوس تمہِ دوہ جوشس پیتھ بہارلیس دڑیمٕت زِہ
مکّار چھُس - اما جوشہ ہٹتھ اوسُس پھیورمُت زِہ بہارلیس برونہہ
کنہِ کیازِہ گوٚڑم پننہِ کمزورِیہ نٹیٚر! باسیوس زنتہ سارِہے ہیرتس
نٹیٚر اوسُس گومُت - سُہ اوس نہ وِنودنیہ عاشق، اما بہارلیس
اوس بہتھ زِہ سُہ اوس تٔس لول بران - اَدٕہ موکھ اوس تٔس
غشم کھومُت - تمہِ دوہ پتہٕ یٹلہِ یٹلہِ تٔس بہاری سٔنگھان اوس
باسان اوسُس زِہ سُہ چھُم دونٛہ کیٚنہ سیرِن دونت ہیوان - سُہ
ما اَندریمُم کھوچہِ اوسُس از دوہ تلِتھ آمُت۔

اما وِنودِنی آیہ نکھہ کٔٹھ منزِ گابہٕ پترٕ ہش نیرتھ - یہ وُچھتھ
ودلیو مہیندرہ جاکٔے بہن - تٔس اوس نہ گمانہ تہٕ زِہ ونودِنی کیاہ
کرِہ بہارلیس نہ گرٕھنہ باپتھ زارہ پارہ - تہٕ سوہ کیا سپدیس آشایہ
سیتی کانٛہہ گرٕھنس رضامند - بہارلیس اوسُس نا وڈنمُت زِہ
وِنودِنی سیتی چھُم نہ کہنی، ونی پھیورس تمہِ گوڑھم نہ آسُن
لوُزمُت زِہ میٚہ چھُم نہ تمہ سٕنز مایی۔

۲۷

ھیندہ لوگ سونچنہٕ ۔" امائٹے دوٚپ زِہ وِنوٚدنہٕ چھُس نہٕ لول
بران، پوٚز آسِتھ تہٕ چھُنا یہِ پیٚوتھ۔ ماگہٕ زِہ تسنٛز چھُم نہٕ مای۔ توتہٕ
گوٚنا یہِ وَنِ پیٚوٚٹھ تہٕ تروٚش دِہ بُرچھُس نہٕ کا پھاہنہٕ۔ سہ کوٚسہٕ
سَتا زنانہٕ آسہٕ لیس نہٕ یہِ کتھ وِلس لگہٕ۔ خبر کر میلیٚم اَتھ کتھ
تردید کرنٕک موقع۔ پیٚہے کتھ ہے ڈٕلتھ مُلتھ ونہٕ یمہ ہس،
جان گیوٚنا۔ وِنوٚدنہٕ ہنٛدیس دِلس گرٛٹہٕ نہٕ یہِ کیٚل دِیُن روزنہٕ۔"

یہِ ڈٕنتھ تہٕ گمُن تکیہٕ منزٕہ تمہٕ ترٛنٛدے چھٹہٕ یمہٕ میٚتِس
اندر میٚچہٕ منزٕہ آسِس۔ بیٚنہٕ اکہٕ پھیرٕہ پرٛیٚن تہٕ سونچاہ کوٚرُن ــــ
اَتھ اندر چھُنہٕ شکہٕ کانٛہہ زِہ وِنوٚدنی چھم یژھان۔ اِدٕہ کیاہ ستا
زِہ گیہ راتھ بہارِیس پتہٕ دوان تہٕ دوران؟ ضرور آسیٚن میٚہ آنچھ
ہورنہٕ خاطرٕ پرٛژھ کتھ کرمٕژ۔ میٚہ ییٚلہٕ صافی وَنٛس میٚہ چھم نہٕ بکار۔
سہ تہٕ کیا دِہ کانٛہہ جیم؟ یتہٕ کُنٛی میاٚنی بےرُخی وُچھتھ بے سہ بہارِیس
کُن پیٚوٚ تہٕ تہٕ تعجُباہ چھُنہٕ کانٛہہ؟

مہیندر سینٛز یوٚت کمیوٗنس زٕ پأنۍ پانس پیٛٹھۍ آسس
تعجُب تہٕ بیٚیہٕ۔ ماتو زٕ دِنوٗدنہٕ بوزٕ تہٕ توتہٕ کیاہ گو ؟ گٔژھو تٔنۍ
میٛنہٕ نشہٕ پھیرتھ، ہرجی کیاہ گژھہٕ؟ داوٕہ طوٗفانہٕ دِزٕہ یتھٕ کٕنۍ طلاب
لوٚہ لنگرِس اُٹھتھ چھ تھوان یا پھٹہٕ وٗن شخصاہ أندۍ یکھوٗ کُیس کٔرِ
چیٖزَس تِھیٚہ چھُ لایان۔ تِتھےٚ کٕنۍ لوٗگ مہیندر تہٕ آشاہٕ چیٚرٕ
اُٹھتھ تھونہٕ۔

کالجنس آشاہٕ وچھس سیٖتۍ اُٹھتھ پرٛوٗھنس مہیندرن "چھنےٚ
ژٕ کأشہےٚ مای چھےٚ میانۍ۔ پوٚز وُنۍ زٕ۔"

آشاہٕ سوٗرٕنج — "اما یہٕ کیتھ سوالاہ؟ بہارس مُتعلق یہِ
شرمناک کتھ اٚس وَژھہن، تمی کٔرِ ما دٔتھ یہٕ یمن سمجھےٚ!" شرمٕ داؤ
گلان وَوٚنس — "ہےٚ ہےٚ، یہٕ کرِتھ کتھاہ چھوٚدم پرٛژھان؟ کھوٗرن
چھس تھپہ کران، صافی وُنی توٗم، میانِس لوٗس منز کوٚسہ کمی باسیوہ
توہہِ؟"

مُدرٕ تہٕ نوٗن کٔڈنہٕ باپتھ دِرژٕنس مہیندرن بیٚنہ زیٖر — "اوہ کیاہ
دِیوتہ کأشی گژھہٕ؟"

آشاہٕ دٔدپیٚس — "بہٕ چھس نہٕ کأشی پرٛژھانۍ گژھن۔ کٔنۍ تہٕ چھس
نہٕ پرٛژھان گژھن!"

مہیندر - "تمہ دوہ تہ اسکہ یرٕھان!"

آشایہ دوٚلیس بڈہ دردہ سان - "تمہ وہ ہے خبر چھیہ کیا ذہ
اسہس یرٕھان!"

مہیندر - "میہ ترأوتھ پیکہ ہا کہ ماسہ نش جانٕکے یہن سوٗ کھ
سان رُوزتھ؟"

آشایہ دوٚپس - "ہرگز نہ۔ سوٗ کھ باپتھ اسہس نہ یرٕھان گژھُن۔"

مہیندرن ووٚنس - "بوزہے دوٚنمے پچھنے، بیلیہ کانسہ باگنہ
یتھ روزہ یکھ جانٕکے یہن سوٗ کھس منز۔"

یہ بوزتھ ثُج وِنوِنی مہیندرنہ وچھہ تلہ دوٗر تہ شاندس
منز ڈیتھ کٹھتھ لُج برنزہ اکہ پتے باکہ کرنہ۔ مہیندرن کریس
دِلاسہ دِنہٕ باپتھ بینتہٕ وچھس سیتی رٹنچ سیٹھاہ کوٚشش،
اما آشایہ ترووو نہ شاند۔ یتہٕ درتایہ ہناہ آمہ اہ ماہ سپُد، مہیندر
سوٗ کھہ، فخرہ تہ خیالٕ سیٹھہ ہی بے قرار۔

یمہ کتھہ انتام اندنہ اندی دِلس منز وہ تھان آسہ، تمہ
نشہ وانہ بوزتھ اوس از سارنی تلواس ہیوٗ دوٚلمت۔ وِنوِنی لُج
سونچنہ - "موں نہ بہاری چھنہ آشایہ کانچھان، ادہ کیازہ کوزنہ
تمی کانہہ تہ واداہ یُلہ مہیندرن نشہ وانہ لوٗٹ کھارِیس۔ بہاری ہے

ایژ میژ تہٕ داو کرٕہس، ونودنہٕ دایہٕ ہے سنبھلتھ۔ جان کوٗرٕتس
ھیندرن، ٹوکھ دیتنس۔" پتہٕ بیوٗس خیال زہٕ۔ "بہاری چھ پوز
درماتما۔ دوہ یہ تریہ آشایہ بیٹھ بیٹھس نہ ٹور۔ خاطرٕ ٹوکھ کھیتھ
ہے دوٗد بید تہ زبری گو۔ فکراہ تٔرجم!"

اما بہاری ٹند شہ ماتنی پتھ ہیوٗک نہ ونودنہٕ مشتھ۔ دزہٕ دزہٕ
اوسُس شہ اچھن تلٕ روزان۔ ونودنہٕ اندر یوسہ سیوا کرٕہ و تہٕ
زنانہٕ ہنز صورتھ آسس، سہ اُسس تتھ عارہٕ بٔرتس پتھس یاد کرٕہ دتی
بیقرار سپدان۔ پتھ گئی ٹمہٕ بیرام شرس کوچھ للردان چھ پتھے گئی
آسس ونودنی تتھ درد صورٕتہٕ دوہ ندس منز لولہ متہ لای کران۔ تندس
پتھس بیتیہ سوی گلابی شوب دوچھنہٕ باپتھ سپزٕ سو بے تاب۔

دوہ تارہٕ پتھے گئی پریشان ہُوزتھ روٗدس نہ آخر تاب۔ بہارس
دلاسہ دنہٕ باپتھ لیچھن چٹھیاہ، لیوکھنس۔

"ٹھاکر بو (بہاری بائی) تمہ ڈیک شہ ہوکمت پتہ تھند
دوچھنہ پتہٕ چھم سیٹھاہ مشُ زہ توہی گرٕ چھ دوہ جل جل
بلنی۔ پتھ برونہہ اُسی دوہ ہتھی سپنی۔ کر دوچھ بیتیہ تھند
پتھس سی اسن؟ کر بوزہ تمے زندہ دلی ہنزہ کتھ؟ پنن
حال گژھیم مرزد اچھن ڈاین منز لیکھن۔
تہنز — ونود بائی"

ونودنہٕ سۄد چھُو دربانس اَتھ بہارِین گرٕ ۔

بہارلیس اوس نہ زانہہ گُمانہ تہٕ زِہ مہیندر کیا ونِہ — "بہاری
چھےٚ آشایہٕ کریشان" یہ کتھ لۄت ڈلٕہٕ پاٹھۍ۔ تہٕ کیازہ پانس تہٕ
اُنہِس نہ یہ کتھ زانہہ امہٕ ننرہ سان منٛس وُڈھمہٕ ۔ گوڈٕے گوڈہ
زنتہٕ بیٹھس نبرٕ ترٹھ۔ پتہٕ کھوٗتُس خشم تہٕ مہیندرٕنی گیس وٕدر ۔
واعلنچہٕ وۄتھس تچھُن — "یہِ گیہ بےٚ الفٲفی، بکواس تہٕ بےٚ بنیاد!"
اما کتھ یٹلہٕ ڈٲرھ سہٕ ماچھ بلکہٕ نہونہٕ لوان۔ تتھ اندر
یہِ کینٛزہ ہاہ پوٚرک بیول اوس تتھ ہیۆتُن وُچھان وُچھان تہٕ نیرٛن
تمہٕ دوہ یٹلہٕ سہٕ مہیندرس سیتی کوٗر وُچھنہٕ گیو، تہٕ تتہٕ دوٚہی
لوٗسی مِین باغکِس خوشبودار فضہس منٛز منٛد تچھ ہژرہ کورِہ ہند لوٗزک
تہٕ حسین روٗدی بنٛنی زانتھ لولہٕچیو نظرو وُچھیون، تمی حسین روٗدی
اوسس انہ بہِری بہِری ژیتس پیوان۔ زنتہٕ وچھس ییٚٹھ اوسہ
ہس گوٚب بارہ تھومُت۔ دلس اوسُس وہ کھر ہیوٗ لوٗگمُت
یہ نہ انہ نظرہٕ تل اوسُس، تی اوسُس لیٚشس ییٚٹھ ژیر
راتھ تام سوٗنچان تہ برس تل اورہ یورہ کران، دِلکِس
اُنس منٛز نیٚ پاٹھی ونہٕ لوان۔ یہ انہ تام ڈیٹھ اوسُس سہٕ آس
وہ نلتھ۔ یمیک نہ پانس نِش تہٕ ینیب نشاناہ اوسُس تی اوسُس

از مہیندرنہ کتھِ اکھ سپتی ناکارہ پأٹھی اندرٕ نیبرٕ ژھایہ گژھی کران۔
تمہِ وِزِ باسیوس پننی پان قصوٗر وار۔ شوٗبُن نہ وُنی
پنزیم نہ کروٗدی کرُن۔ اکِہ لٹہِ مہیندرس معأفی مُنگِتھ گژھیم وُنی
تس نِش یِنی گژھن تراوٕنی جان۔ تمہِ دوٚپ آسہ بہ نار و نار
سپدتھ، زنتہٕ مہیندرنی اوس قصوٗر تہ بہ اوس سَس فیصلہٕ
ازیمہِ بہ پننی یہِ غلطی مہیندرس برونٹہہ کنہِ قبوٗل کرِتھ!"
بہارین اَمس رأے زٕ آشا آسہِ کأشی گأمژٕ۔ دوٚپ اکِہ
آو شُرٕ شامن بأگی ساز کران کران مہیندرنس برس تل۔ راج لکھمی
ہنٛد دوٗر رِشتک مام سادھو چرن وُچھتھ پرٛژھنس "سادھو دا،
(سادہٕ کاکاہ) اتہِ چھا دأرے؟ کینٛہہ کالاہ ہیوٚکُس نہ یِتھ۔"
سادھو چرن وُنِس خبر اَتہٕ۔ بہارین پرٛژھُس "لوکھان
(نوش) کرِ گیےٚ یہِ کأشی؟
سادھو چرن دوٚپنس "سہ گیہِ نہ کینٛہہ، گژھن تہٕ چھُس نہ۔"
یہِ بوٗزِتھ سپدٕ شر و نار گنٛڈس اَتہٕ نہ باپتھ بے قرار۔ یمہٕ تہٕ اوس
سہ کھٹ کھٹ کران ہیرٕ کھسان تہٕ بے بُرکھ پأٹھی اندرٕ
اَژِتھ سأرِنی سیتی خوش گپاہ لوان کرِتھ۔ اما ا بتیتھ گنی
گژھن اوسُس اد ناجائز باسان تہٕ لوٚگمہ اوسُس وحشت

ہیوٗ دوٚتمت۔ وِس اوٚسُس سیٹھاہ زہ گرٕ کیس شرٕژ سندی پانٹھ کرٕ ہا راج لکھمیہ سیتی بیٚیہ کتھاہ باقاہ تہ ژٕینڈ ہ کڈہٕ دِنہٕ آشایہ سیتہٕ یمہ ہا اَسنا گندنا کرِتھ۔

سادھو جرنن دوٚلیس۔ "اِنہٕ گٹہٕ منز کیا ژھانڈہ روٗزِتھ۔ اندر اژھ!"

بہاری ژاد بیہٕ اندر اما کیٚنہہ قدم پکتھٕ دراو پوٚت کھوری والیس۔ سادھو جرنس دوٚپُن۔ "آس، ییٚتے کامہٕ پیٚنہٕ ژھاہ بیٚیم ژٕیتیس۔" تمی راژٕ دراو بہاری مغربس کُن۔

دربانس میوٗل نہ بہاری کیٚنہہ تہٕ، چِٹھی آو والیس ہیتھ۔ ہیندہ ادس تمہٕ دِژٕ یمہٕ تل باغلس اندر اوریور کران۔ دربانس پرژھن۔ "کمی سٕنزٕ وچھ؟" دربانن دوٚپُس سوٗی کیٚنہہ۔ تہ مہیندرن ہیٚژ نس چھٹھ۔

خیال آیوس زہ ونودنیہ اتھہٕ دِمہٕ تہ قصوروار ونودنیہ ہُنٛد شرمندہ بُتھ وُچھتھ ونس نہ کیٚنہہ۔ تس اوس بہتھ زہ اَتھ چِٹھہ اندر آسہ ونودنیہ ہُنز خجالتھ۔ ژٕیتس پیوس زہ برٚونہہ تہ آسہ ونودنیہ بہاریس پرٕنہی چِٹھیاہ اکھ لیچھمٕژ۔ دِلی گوٚدُس نہ تاب زہ وُچھہ ہا چِٹھہ اندر کیاہ چھُ لیکھتھ۔ بیٚنہ پان سمجھووُن زہ ونودنی چھِم میٚیے مٕژ۔ تسُنٛد خاطرٕ شُردا تہٕ میٚہ وُچھُن۔ لہٰذا پرٕیم چِٹھی کھولتھ وُچھنی۔ بہ دِمہٕ نہ

وِنودنیہ کُنہِ کنِی تہٕ کہٕ وتہٕ گژھنہٕ۔

مہیندرن کھوٚج چِٹھۍ تہٕ پٔرن۔ چِٹھۍ اٲس سیدین سادن لفظن منز سینرہٕ بنرہٕ لیکھنہٕ آمٕژ۔ پٔز ہمدٕدی تہٕ تشویش اٲس امہٕ کنِی ظاہر۔ بار بار پٔر مہیندرن یہ چِٹھۍ تہٕ سوچاہ کٔرن۔ پٔتہٕ کال سوچاہ کٔرِتھ تہٕ ژٔرس نہٕ وِنودنیہ ہنز تراے گرای فکرہٕ۔ فقط پھیورس زِ "بہ ژھس نہٕ کانٛہہ ڈٔرتھ کوٚرُم میہٕ وِنودنیہ توہین۔ توے کیاہ چھ سہٕ میہٕ نِشہِ من پھیرِتھ بییہ طرفہٕ لاگان۔ دِل برداشتہ سپدِتھ چھ وٕنی تمہٕ میانِہ براتھی ترآوِمٕژ۔"

امہٕ وسوسہٕ سپُد مہیندر سٮ۪ٹھاہ بے قرار۔ مگر ہیوٚ اٲس زِ یُس وِنودنی میہٕ پانسے بنِنہٕ بان نِشراوانہٕ آیہٕ سہٕ چھ میانہِ اکہِ برنزہٕ چہ حماقژ کنِی میانیو اتھو منزہٕ نیرِتھ ژلان۔ سوچاہ کوٚرُن۔ "وِنودنی اگر میہٕ منہٕ کنِی لول براں آسہٕ تسِنزہٕ خاطرہ گو تیلہٕ جانِہ کنہٕ اکس جاہہٕ تہٕ ہیکہٕ دٕرِژ کٔرِتھ۔ بہ ژھس پانس وٲتِتھ۔ تس سیتی ہیکہ نہٕ بہ زانہہ تہٕ ناشیایان وَرتاو کٔرِتھ۔ سہٕ ہیکہِ میہٕ نِوایہٕ لول بٔرِتھ۔ آشایہٕ ہیکہٕ بہ لول بٔرِتھ، لہٰذا چھم نہٕ میہٕ تس نِش کیٛنہہ تہٕ بیہٕ۔ اما اگر سہٕ بییہ کُنہِ طرفہٕ ڈٔلہِ گیہٕ، بربٲدی چھس تیار۔

مہیندرن کوٚر ارادہ زِ بنِنہٕ بان محفوظ تھوٚتھ واتہٕ میہٕ وِنودنی

بیٹھہ پانہٕ سی کُن پھیرِنۍ۔

اندر اژہٕ وُنی وُچھ مہیندرن زہٕ وِنودنی چھ دوٚنوٕے دِہ زنہٕ

کانٛہہ ہنزہ وٕترٕ وُچھان۔ وُچھ وُنی گوٚنڈنس دِلس حسک نار۔ دوٚپنس

"یتہٕ چھکھ بیٹھے استادہ۔ ملاقات گیتھ سینی؟ چھُکھ پھِے آمٕژ

واپس۔" یہ وُنتھ تہٕ پلہٕ ناو مہیندرن وِنودنہٕ چھکھ۔

وِنودنہٕ دوٚپُس ــ "کھولتھ؟"

مہیندر دراو جواب دِنہٕ روٚستُے۔ وِنودنہٕ گیہ رای بہارین اُس

چھُکھ کھولتھ پرٛہُن تہٕ جواب روٚستُے واپس سوزہن۔ ریتھ گنڈانس یُس

دربان ہیتھ اوس گومُت، تس دیتِن آلو۔ سُہ اوس کتھ تام کامہٕ

گومُت۔ ڈیڈہ بیٹھ اوس نہٕ کینْہہ۔ یتھ کُنی دزہٕ وِزِ شانگہٕ چھ سوٚپرٕ

تیٚلہٕ لِشیان چھُ، تتھے اوس بند کرس اندر ییتھ وِنودنہٕ اُچھ کنی زوننہٕ وُن

ہوش ٹینچہٕ وسان۔ چھِٹہٕ کریٚن تلمہٕ۔ تورتہٕ شُہلیس نہٕ وانہِ۔ ماچھ تُلر

یِیلہٕ وٚلان چھ تِمی بُتھ ییس تُسی چھ ٹوٚپھ لایان۔ کرودہ سینی

گنُسہٕ ہندی پاٹھی پُھچو کران سینز وِنودنی تہٕ بہاری لنس گرس

نار دِلس تیار۔ مٕژرن آسس میٚژر گژھان۔ اما گنہٕ کامہٕ منزہٕ تہٕ

ہیٚکہٕ ہے تا سں کُنہٕ کنی تہٕ کامیاب سپدِتھ؟ ادہٕ اگر لَس سوکھ

میوٚل نہٕ، سو تہٕ کیازہٕ دِیہ تمی سوکھ سان روزنہٕ یِمو تسندِس

سو گَس بڑے اَنی، یُتھ لَش نکامیاب دِیت نہ سپدن، یتھ سو ساری آسائِشو نِشہِ پھِشہ‌لد کَرِ؟ تمَن آنچھ ہورٹھی باسیتو وِنودِنیہ پنِنہِ ناکام زندگیہ ہُند مقصد تہ فرض۔

٢٥

نوِہ بھاگہِ اوس سونتہ واو ژٕنگرٕ مالان۔ واریاہ دوہی اُس شام پیٹھی آشا لشِس بیٹھ دِگواہ ڈیرتھ بِہتھ۔ اَکِس ماہنامس اَندر نیرِ وُن افسانہ اُس بڈٕہ دِلچسپیہ سان سنِدیا گاشِس پران۔ افسانک نایک (ہیرو) اوس تمہِ وِزِہ یُوجا چھٹِین منز ڈیرِ گرہ لِجان نِہ دتہِ پیٹِس ڈاکو۔ آشایہ راوُ وٲنِج۔ بڈہہ کُن پھِژرن نِہ پیاری اُس نایکا (ہیروین) ٹھیک تمی وِزِہ کوہ سوٗپن دُچھتھ بیدار گاشر۔ آشایہِ لَجِ اُشِس دورای۔ آشا اُس بنگالی افسانن خوب داد دِوان۔ یہ کینژھا پران اُس، پرِکَن لایق تہ آنچھی اُس پران۔ پران پران اُس وِنودِنیہ ناد دِتھ دنان ــــ ہیے اُچھ کٕرٕتی: نیاگٕنی دِپری ہے پچھے، یہ افسانہ

نے ہمکہ۔ ہران ہران جے آیم اُتھ گنڈ۔"

اما وِنودنی اُس زگ تہ پرٛوٗن زانہٕ وٕنی سو اُسپس
چیتس تہ کرہٕنی ژاران تہ آشایہ مُنہ جوش اوس ہُتی گژھان۔
اُتھ اکہ افسانہ اوس سونچمت زِ مہیندرس دیمہٕ پرٛوُن۔
نوے تقوٗن شیر تھ۔ مہیندر آو تہ آشا وُچھن مہیندرنس ہش۔
ہنٛز تشویش کھٹہٕنہٕ خاطرہ پرٛژھنس "کس ستا خوش نصیبس
چھ ونتہ وُچھان پشرِ بیٹھی؟"
آشایہ گیہ افسانہ کیٛن کردارن ہنٛز کتھ مشیتھ تہ پرٛژھنس
"کیاہ نہ پئیٹرِ چھا؟"
مہیندرن دژیس۔ "پرٛزرِ چھم' اوہ؟"
آشایہ پرٛژھنس۔ "اندر اُندرئ کیاہ چھوہ آسان فکرن
گامتی۔ دلیل کیا چھ؟"
آشایہ ہنٛدِ پاندانہ منٛزہ پانہٕ ہنا اکھ تُلتھ دوٚپنس مہیندرن۔
"سونچان چھس زِ ماسہ کوٗت کال ووتی وُچھنہٕ۔ کرٕ دوہے
یکدم واتتھ بیٛنہ ہس گاٹراہ خوش گژھ!"
آشا روٗزس خاموش وُچھان مُتھ بُتھ۔ یِتھہ توٗرس نہ
فکرٕ زِ از کیاہ بیتو مہیندرس بیٛنہ یہ ظون۔

مہیندرن پرٕژھنس ـــ "کیازِ دِل چھُو نہٕ کران گژھنس ؟
امہٕ سوالُک جواب اوس سیٹھہٕ کرُوٗٹھ۔ یاسہٕ دُبہٕ چھنیٚ
تہٕ آسِہس کل، اما مہیندرس تہٕ ما تراوِہ ہے گرہٕ !
دوٚیمیٚس ـــ "تیٚلہِ کالجہٕ چھُٹی آسیٚو، تیٚلہِ گژھو یکہٕ وٹے۔"
مہیندر ـــ "خبر چھُیٚین منز تہٕ ہیٚکا بہٕ گژھِتھ۔ اِمتحانکی
دوہ چھنا، تیاری چھم کرٕنۍ۔"
آشا ـــ "تساوِو تیٚلہِ، برونٛہہ پہان دُچھو۔"
مہیندر ـــ "تراوکھ کیازہ ؟ گژھنس ہے تیار آسکھ، گژھکھ
کیازِ نہٕ ؟"
آشا ـــ "نہٕ، میٚہ چھنہٕ گژھنچ مرضی۔"
مہیندر ـــ "کیازہ اُورِ اُدترے بے تاب آسکھ، وٚنی کیازِ گژھکھنہٕ؟"
آشایہِ سمیوٚ نہٕ کانٛہہ جواباہ۔ اُچھ لوٚن کُن کرِتھ رُوز خاموش۔
وِنودنیہٕ سیتی تھوٚتھ روٗس مُلاقاتھاہ کرنکہِ موقعہ خاطرٕ
پیٚد مہیندر سیٹھہٕ بے تاب۔ آشایہِ خاموش دُچھِتھ کھوٚتُس
خشم تہٕ پرٕژھنس ـــ "ژیٚہ ما چھےٚ شکہٕ بیماری لجِ مژ اندرِ اندری؟
تیٚلے ما چھہم اُچھن تل تھوِتھ راچھ یژھان کرٕنۍ؟"
آشایہِ ہنٛد فِطری میچھر، صبر تہٕ برداشت ہیوٚک نہٕ مہیندرن

ژٲژِتھی - سوچنہٕ لوگ سے اما یہ کیاہ ، ماسہٕ نش گژھہ ہے تہٕ یہٕ
گژھہ ہے تہٕ نہٕ - گراہ اوہ تہ گرا یہٕ - یہ کُس ساٲلاباہ ؟

مہیندرن یہٕ تزکبار ژُھبِتھ گوٚ آشایہ ہیٚبہٕ ہیوٚ - کانہہ
جواباہ سمیوس نہٕ - یِکنہہ توٚرُس نہ فِکرہ زہ مہیندر کیازہ ادُس
گرا قدمن میٹھی دِوان تہ گرا گالہِ کھاتس کران - یتھہِ کٕنی یوٚناہ
مہیندر تسندہ باتھ بُڑژ ہیوٚ پُر اسرار تہ کرُوٹھ سُپد ، یتُوناہ
سپُد تسُند گابریُمت دِل مہیندرس لیہ اندہ خاطرہ بےتاب -

مہیندرس ییٚتھ شک کٔرِتھ آسہ آشا تس نظری روزن یرژھان !
یہ اوس سٲنا زُبدہ مخوٚل کنہِ ظالم شک ! اتھ پزہیس سٲنا گوٚش
دیُن کنہِ قسم ہاوی ہاوی تردید کرُن ! یِکنہہ تہ آو نہ آشایہ
زانہٕ تس تَل -

ہیٚنہ نگہِ ہش تس ژُھبِتھ آو مہیندرس جیرہ ہیوٚ ، وڈِتھ
تہ دراو تیمبر - کوٚت سٲنا گیٚیے یہ اوہ امہ ماہنامہ کرِ افانکی
ہیرو ہیروئن - دوہٕ پتہٕ لوسنیک دوہٕ زہ جار گوٚ انہٕ گرِ شرنیتھ -
شامہ پتہٕ ہتُوتی سونتہٕ داو سرُدن ہیوٚ ، تہ آشا پٔتہ فرشس پیٹھ
تُتھی تھی پتھر

یُرکال راتھ گژھِتھ ژایہ شونگِ گٔژھس تہ کیا چھ وُچھان

زِ مہیندرٕ چھُ بےٚ پھیرِکھ پآٹھۍ ڈٲپھاہ ترٲوِتھ مژِ نیندرِ۔ آشایہِ
شۆونٛچ — "ظاہرا چھُم بیزار زِ ماسہِ ہنٛد چھُس نہٕ ہیٚشرٕ ہیٚیوان۔
راہ چھُم پانہٕ ہیٚ۔ یمَو کوٚر منا ہیٚہٕ۔ یہِ سۆونٛچھ تہٕ گیہِ آشا لوٚتہٕ
لوٚتہِ برنگس نشِ تہٕ مہیندرس ژٕنِ کھوٚر۔ مہیندرس تہِ رۆد نہٕ
آبتاب، ژلتھ لجیوس رٕٹنہٕ وچھس سیتی۔ اما آشایہِ ترٲوِس نہٕ
کھوٚر۔ دوٚپنس — "اپراد ہیٚ آسیم کوٚرمت، معاف گرٕژھیم کرٕنۍ۔"

مہیندرن دوٚپُس مایہ برٕتہِ ہٹہِ — "ژےٚ ییٚ چھےٚ کانٛہہ تہِ خطاہ
چھنہٕ، ہیٚ ہےٚ چھُس کمبخت زِ ہنگہِ تہٕ منگہِ چھُسےٚ ایزا دوان۔"

آشایہِ لَج اَشہِ دٲرای تہٕ مہیندرس اَدریٚہ کھوٚر۔ قرار
آس نہٕ تہٕ دہلوٚ اتھو ژلتھ ییٚن آشا پانس نکھہِ۔ وِدنس زٕھیٚن
گرٕتھ دوٚپنس آشایہِ — "ماسہِ ہنٛد گوٚژھم نا لول یُن، اما ژٕ ہہٕ
ترٲوِتھ تہِ ما گیس! خبر ژےٚ کیا زِ آیی ژٕکھ؟"

گلٲبی بتھی لبہِ لولٕ سان وتھراوان دوٚپُس مہیندرن —
"ژٕکھ کیا زِ ییٚم؟ ژٕ گژھکھ نہٕ میٚہ ترٲوِتھ تہٕ میٚہ پیا ژٕکھ
کھُن تہٕ چھُ نہٕ گرٕژھن!"

آشایہ دوٚپنس — "نہٕ، کانٛسہ گرٕژھہ ہا۔"

مہیندرٕ — "کیا سنا زِ ہ؟"

آشا — "یلہٕ ژٕ یہٕ ژٕ ر ژٕ دٕ لۍ نیرتھ زِ شکہٕ نۍ چھُس نہ بوٚ گژھان، مہ دٲیتم ضرور گژھن گاشیہ - اڈٕ کینژٕ نۍ دہ ہن کیازِ ہنہٕ - گژھہٕ تہٕ ضرور!"

مہیندر — "بابہٕ کوٗر میٲنہٕ تہٕ پرایا لشچت کرکھ ژٕ ہ؟"

آشا — "تہٕ کیا زانہٕ بوٚ اما میہ تہٕ کر غلطی ضرور - نتہٕ کیازِ دہ تھ ہن یم سمشٔے! یمہٕ کتھ نہ میہ خابٕ تہٕ آمٕژہ آسہ، تمے کیازِ گژھہ ہانم کنن؟"

مہیندر — "امیک وجہ چھُ زِ ژٕ یہٕ چھُ نہ گمانہٕ تہٕ یہ گوٗت کمینہٕ تہٕ ناکارٕ چھُس!"

آشا یہٕ دوٚپُس پریشانی سان — "بینہٕ سوٗ کتھ؟ متہٕ کرتہٕ کتھ اِمہٕ - او، گاشی گژھہ ہا بہ ضرور۔"

مہیندرن دوٚپنس اَسان اَسان — "اچھا تہٕ گژھ، چانہٕ غار حاضری منز ہے وتہٕ ڈوٚلہ سۍ پتہٕ کیا کرکھ؟"

آشا یہٕ دوٚپُس — "امیک متہٕ ہیتہٕ کانہہ غم۔"

مہیندر — "اما غم ہیوٚن چھُ جانہٕ: پننہٕ لاپرواہیہ کنہٕ ہے یم تھاہ بنن راوٕ ہن، دوش کس دِ زِ ہ؟"

آشا — "ژٕ یہٕ تہٕ دِ مٕے نہ دوش کینہہ - ژٕ ہ روزٕ تم دیوہ"

رٕوس ءٚ

مہیندر۔"پتہ مانہٕ کہہ تیلہٕ غلطی پیٚیِٕ"

آشا۔" ہتہ بیچرہ!"

مہیندر۔"اچھا تہٕ پگہہ پیٚیے دِرِیس سپتی کتھ مات کرٕہ۔"

یہ کُنِتھ دٕوٚلیُس مہیندرس۔" راتھ آیہٕ سیٹھاہ" تہ لرہ پھِرنا دِتھ شوٗنگ۔ اما کیٚنٛہہ کالاہ پتہٕ بھیوٗر بیٚنیہ آشایہٕ کنٛنٛو تہ دوٚپنس

۔"چھنے، کیٚنٛہہ نےٚ چھو گژھن۔ تھوٚی ءٚ گژھ۔"

آشایہٕ پرژھنس۔"کیازہ چھوٚدم رٕوکان۔ وٕنۍ نےٚ گژھہ دِلس

رٕوزیم گیٚنٛل۔ جادہ نےٚ نہ دوٚنی دوہن دیتوم گژھنہٕ۔"

"ادہ کیا" کُنِتھ دیت مہیندرن بیٚنیہ لرہ پھِرنا تہ شوٗنگ۔

گاشی گژھنہ کالہ وٕن آشایہٕ وِنوٗدنیہ نالہ متہٕ رٕژتھ۔"ہیٚیے

اچھو کرٕٹھی! میٚیہٕ پٮ۪ٹھ اتھ تھوٚتھ دِہیے داکھ؟"

وِنوٗدنیہ لایِنس بُتھس لوٚتہٕ پاٹھی چپاتھاہ تہ دوٚپنس۔"کیاسنا؟

کہے؟ چانٛی کوٚسے کتھ بوٗزِم نہ از تام!"

آشا۔"کیا چھم خبر، از کل کیا زیٚہ چھےٚ گاہڑ۔ میانٛس

برتھس برونہہ کنہٕ چھکھ نہ ییبرِ نیران۔"

وِنوٗدنی۔ زنتہٕ خبر چھےٚ نہ گیازٕ۔ تمہٕ دوہ یوٚسہ کتھ مہیند

باأوہن بہاری یاأوہس ڈٕنۍ، سو گوٚژھتھ نا ژیٚر ہینہٕ نیوٚ کنوٚ؟ ییٚلہٕ یژھ ہشہٕ کتھہ ووتھنہٕ ہیٚشرن، ژٕہی وَنتم میٚہ واتہہٕ ساپٕنی برونہہ کنہٕ اسۍ تہ بولَن!

آشا اُس نانان یِوہ کیاہ واتہٕ ہیٚیس کرَن۔ یمو کتھو کاژاہ مندچھ چھ حیادار زنانن یِوان امیک اوسن پانہ تہ آدی آدی تجرُبہ کوٚرمُت۔ تَوتہٕ دوٚپنَس "یژھ کتھ چھ خبر کاژاہ دہ تھانہٕ۔ یمن نے وِگزر گٔرٕزہٕ، ماہ کتہٕ رُوز۔ یمہ کتھ گژھَن نا وِنۍ مُشراونہٕ۔"

دِلودِنی "اوہ بی، تہ مشرآوتھ ژھنکھ۔"

آشا "میٚہ ہیٚ چھُ پگاہ کاشی گژھُن۔ وِنۍ تھوٚوِزِیم مِنتھ، یہند تھوٚوِزِیم پوٗرہ پوٗرہ خیال۔ ییٚنہٕ یمن کُنہٕ زٕنگ تکلیف واتیم۔ یِنہ وِنۍ دوٗر دوٗر ہیکھ۔"

دِلودنیہ گیہ ژھوپہٕ، آشایہ کٔرنس اتھس چیرہٕ تھپھ تہ دوٚپنَس "ہیٚ میون مرَن چھُے، ییٚشرن ہیٚتی کرٕنی میانہٕ باتھ۔"

دِلودنیہ دوٚپنَس "اوہ کیاہ!"

## ٢٦

اکرِ پاسہ چھُ ژٔنڈر لوسان تہٕ بێیہ پاسہ چھُ سـرِیہٕ کھسان۔ آشا تہٕ گیہٕ، اما مُونہٕ گیہٕ۔ نہ مہیندرس وِنودِنی نظری۔ مہیندر چھُ ئُٹھی دِوان ہیُو پھِران، مُنزی مُنزی چھُ گژھِ نہ تہٕ کنہٕ ہِتہٕ ماجہ ہِندِس کمرس منز پھیری پھیری اشان، امّا وِنودِنی چھس پھِرنی تھوان، اَتھِ چھس نہ یوانی۔

راج لکھمیہ اوس سکھ بیتھے ہیُو زہ مہیندرس اوس نہ ماجہ ہِنٛد رژھ تہٕ پرواہ، مگر زنانہٕ ہِندہٕ موکھ اوس یوت پریشان۔ توتہٕ وِکھس وٲلنہٕ تھِمی زہ مہیندر چھُم شُمس گومُت۔ وِنودنیہٕ دیتُن آلو——"تمہٕ انفلوئنزا پیتہٕ ہیے چھم شانش ہِش کھسان، ہیرہٕ سنٛے چھس نہ گُھیتِھی ہینکان۔ کوٗرِ ژٔنہٕ کیا بی بێیی دِنی پانٛے مہیندرہٕ نہ کھێنہ چینک دِیان تھوٗن۔ تمِس چھُم نا عادت زہ کانہہ نہ تہٕ کانہہ پھِش گژھیس بیتھی بیتی آسُن۔ وُچھان چھکھنا یِنہٕ نوٚش گیم، تنہ کُس حال چھُم اَمِس گومُت۔ نوٚش تہٕ وُچھتن زہ گژھنس کِتھہ آس دِوہ ندہ۔"

کاٚہ ہُنج کرِتھ لٲگ وِنودنی بسترس ژادر شیرنہِ ۔ راج لکھمیہ
دوٚپُس ـــ "ہے کوٗری عنوطن کہے گیکھ؟ اَتھ کہے چھُ یوت سوٗنچُن؟
لیٚس پیٚہ خوش ییہِ نہ تہٕ وُنی تَن، دہ پیٚہ کمسے چھکھ؟"

وِنودنہِ دوٚپُس ـــ "ماجی، مجبوٗر چھس!"

راج لکھمیہِ دوٚنس ـــ "اچھا تہ تھو، یتھہِ کٔنی ہیٚکہِ یتھہِ کنہٕ،
پانَے تھوٚمس بہٕ خیال۔" یہِ وُنِتھ تہٕ وژھاہِ مہیندرنِس کمرس پانَے
معا دِوَن چھس دِنہٕ۔ وِنودنہِ دوٚپنس دردٕ سان "زٕد پچھُ نہ اوٚرٕ
ژٕہ بیٚیہٕ تہٕ بہٕ گژھہٕ۔ معافی دِزیم کاکنی۔ یتھہٕ کٔنی دیہ ہم تیٚتھے کٔنی کرہٕ۔"

راج لکھمیہ اوس سہٕ باوا زِہ لوکہ کتھن اُس نہٕ سنان۔
ییٚنہٕ رأوِمژ اُس تنہٕ اُس نہ دُنیہ ہُس تہٕ سماجس نظرہِ تَلہٕ انان۔
مہیندرنی اوسُس لُب لُباب۔ وِنودنہِ ہُنزِ کتھن مہیندرس منٛتق
سماجچہِ غاٗبُژ ہنٛد بیٚیہ وُچھتھ پھوٚٹِس ہِشُن مٔژلو کچار پاتہ
پٲٹھ اوسُس مہیندر اُچھنہٕ تَل۔ تَس ہیوٚ نہٕ آسہٕ ہے سنا
نیک چلن کانہہ۔ تس لیُس کانٛژھا لوٚٹ کھارِہ تَس نیٚہِ نا سہٕ
موٗلہ گُڈِتھ زٕلوٗ؟ راج لکھمیہ اُس زِیراہ زِہ لیٚس سہٕ جان
زانہ ہے نَس ہے دُنیاہا اَکھ بدرد وِنہہے، سہٕ لَبِزِہ ہے نہٕ
کیتھہ۔

کالجہ یتھ یٔلہِ از مہیندرن بنٛیٚ کمرٕ وُچھ، آشرٕ ہِکۍ گوٗ-
برمُژتھ وُچھن زِ کمرس چھ ڈیٚپرکرِ مُشکلہ دارہ پوان - مچھرداںٕ چھ
گلابٕی رٔشمی جالارٕ گٔمتہِ - سفید مسنٛدک چھُ رٕدٕ بہ فرشاہ
ہیوٗ کرِتھ - مچھرداںٕ بٔیٹھ چھُ نہ برون ٹکیہ کینٛہہ - تمہ بدلہ چھُ
انگریزی وضعٕچ خوٗبصورت رنگین ژٕگوبجٕ مُتل تکیاہ اکھ
شوبان یتھ گلاب ہیوٗ پوش بٔڑۍ گاٹہ جارہ سان یِرمہ کٔڈِتھ
چھُ- یہ کیٚبب اوس وِنودنی بنٲمُت - اکہ دوٚہ پرژھونس آشنا یہ
ــــ"یہ کٔمی کیُت چھکھ اٚچھن تیٖل کڈان؟" وِنودنہ دِژونس امان
اسان جواب ــــ" ژیٚ نیا یہ ہنزِ پرزگہ بایتھ ہے چھس بناوان -
موتہ علاوہ گٔمتہ چھُم لوٚٹھ"! لبہ اوس مہیندرن تصویراہ گٔمتہ-
مہیندرن وُچھ زِ امرکیس فریمس چھ ژٕدن کوٗبجن رنگدار نیٖتکی
گنڈ سیٹھہ ہِچ خوٗبصورت باسان - تتھ لوٚنہ کنِہ اٚسی تارن دوٚن
منٛز گلدانن منٛز پوشنہ گنڈی جوراہ، زنتہ کاتُھہ گٔمتی اوس اکھ
تصویرس پوٗزا کرِتھ دراہمُت - کمرس اوس انہارکۍ بدلیومُت - پلنگ
تہ اوس بنٛنہ جایہ ڈالنہ آمُت - کمرس اٚسی آمتی زِ حِصہ کرنہ -
منٛز رز گنڈِتھ اوس تتھ بٔیٹھ برداہ اکھ تراونہ آمُت، اکہ حِصہ
اوس شونگن جایہ بایتھ تہ بیاکھ پرنہ، لیکھنہ بایتھ- کمرس منٛز

اُس شیشہ المارِیاہ اَکھ، تتھ منز اَسی آشاہ پننِہ شوقکی چیز تہ تماشہ سجاونہ آمتی۔ بێیہ اوسُس آمُت دہزل شال تراونہ تہ اَندرِیم کانہہ چیز اوس نہ بوزنَے یِوان۔ کمرس منز یِمہ کانہہ بروَن نِشانہ اوس سہ اوس نوہ اَتھہِ کرِ نوہ گاٹہ جارہ سیتی غایب گومُت۔

مہیندرہ اوس تھوومُت۔ مچھر دانہِ منزہ تکیہ کڈِتھ تروون سفید مندس بێیہِ ڈاپہاہ۔ تکیس بێیہ کلہ تراو ڈٔنی آیس کیاہ زبر خوشبوٗیاہ۔ تکیہِ اندرکِس پھمبس منز اوس ناگ کیسر پوشین ہند وٗبور عطرِ سیتی ملہِ ونہ آمُت۔

مہیندرہ نیوٗ اَچھو ژلیوٚن تہ دلن زوٗن زِ تکیس بێیہ یِمہ سِندہِ کُجبُک کمال نشان اوس تمہِ سِنزِ نہیہ کھوتہ اَدجن اوٚلجن ہنز خوشبوی اُسہس یِہ یِوان۔

اَتھی منز آیس نوکرانی ردہ پہ رِکبہ اَکِس منز پھل تہ مٹھای تہ شیشہِ گلاسس اندر یخ تراوِتھ اناسہ شربت ہێتھ۔ پرتھ کُنہ اوس بدِ اندازہ۔ سوادہ کنِ، خوشبویہ کنِ تہ شکلہِ کنِ اوس پرتھ چیزاہ نوی تراپہ۔ مہیندرس گوٚو امہِ کنِ نوٚدی کافاہ۔

مہیندرہ بێلہِ ناشتہ کرِتھ موکلیو، وُدوِتی آیہ ردہ پہ بستہرس

پانٛدانس منٛز خوشبودار پان تہٕ اکھ میٚژٕ ہیٚتھ لوٚتہٕ لوٚتہٕ اَننہٕ۔ اَسان
اَسان وۄنٕنس — "کینٛژن دوہن ہیٚچھس نہٕ بٔہ کھینٛنہٕ دِنہٕ لہٰذا چھےٚ
معٲفی گژھیٚم دِنۍ۔ میٲنۍ دزِی چھیٚوہ دلیٖلہٕ میانہٕ بےٚ دوٚنوٕہٕ ہیٚک
یُوتاہ ہیکان چھس تیُوتاہ چھس کران۔ گرس چھمُ بیٚنوان سارِی
واتن گۄنۍ زِنہٕ۔"

یہِ ووٚنِتھ تہٕ تھوٚوُن پانٛدان مہیندرس برٛونٛہہ کنہٕ۔ اُنٛزی کٔتِن پانن
منٛز تہٕ اَمس اَنٛز کیوڑٕ چھےٚ دارٕ لیوان۔

مہیندرن وۄنیُس — "مُنزی مُنزی یمہٕ خٲمیہٕ گژھن روزٕنۍ!"

وِنودنیہِ وۄنٕنس — "کیا سَنا زٕ، بہٕ تہٕ لگژٕ ہا!"

مہیندرن دِیتُس جواب — "کٔمی روزنٕس پیٚٹھہ چھےٚ نا ہیکان پتہٕ
داداہ سان بمعہ سوٗد سورُی کینٛہہ چِکاوِتھ!"

"اَچھا تہٕ سیٹھ صاب۔ کوٚتاہ چھُ گژھن سوٗد؟"

مہیندرن وۄنیُس — "بٔہ کھینٛنہٕ دِزٕ اَسِکھ نہٕ خاطرٕ۔ وونۍ خاطرِی
دِتھ تہٕ ما وسی سوٗد لکھہٕ۔ تقاضاہ روزٕ یی —"

وِنودنیہ وۄنیُس — "حساب چھُم باسان سیٹھاہ ڈراٹھہ۔ اکہٕ بھرٕ
دلہٕ ییتھ چھُم نہٕ ممکن پاپی لبنہٕ لیوان!"

مہیندرن وۄنٕنس — "حسابس یہِ آسہٕ تہٕ میٚنہٕ ما کوٚرو ووٚنِکھ تام

وصول کینہہ؟

وِنودنیہ دوٗپنس — "وصول کرُن لایق گوٚژھہ میہ نش آسُن تہ کینہہ! اما تو تہ بِہتھس گیر کرِہ؟"

یہِ ڈٲنتھ دِیُت تمہ اسنس سنجیدہ گیہ منٛد پھیرِتھ تہ دہ شاہ ترٛووُن نیٖٹھ زیوٗٹھ۔

مہیندرن تہ پرُژھنس سنجیدہ گیہ سانٛہِ ہیوٗ — "گو تیلہِ چھُ ژہ یہ جیل خانکۍ باسان؟"

ای وزہ آو لوکھ لیمپ ہیتھ تہ بالیس پیٹھ گوٚ تھوٗتھ۔

وِنودنیہ گٔیہ اَچھن تکھ تہ اتھہ دِوان ہیوٗ وونُن مہیندرس بوٚن کنُن نظرہ کٔرِتھ — "کتھن اندرہ کُس سنا ہیکی ژہ زیٖنتھ؟ دم دِنی اجازتھ، کام چھم۔"

مہیندرن گٔرِنس یکدم اتھس تھپھ تہ دوٗپنس — "ونی تیلہِ ژہ قاۍدۍ موٚتھ، کوٚت سنا گژھکھ؟"

وِنودنیہ دوٗپنس — "ہے ہے، ترٛاوِم! بیس ژلنس دتھی چھُ نہ تس کیہ چھُ تھپھی تھوٗنی؟" تہ وِنودنی درایہ اتھس زورہ سان دٕرِہہ دِتھ۔

مہیندر روٗد تِتھے کٔنۍ تتھی معطر بسترس پیٹھ لر ترٛاوِتھ۔ رگن

ژالیس رتس گرکھ - شام اوس خلوکھ- سونتہ داو اوس پچھہ راوِدِمن-
باسان اوُس زِہ دِنودنی کرِ وُنی بان پیشس- مہیندرُن من متیو
مدِہ ہوٗتاہ ہیو! لیمپ کورُن یکدم ژھیتہ، دروازہ کورُن بند
تہ گُنڈِہ دیتُنس- شوٗنگن وکھ اوس نہ توتہٕ یوٗتھ تچھردانِہ اندر
ڈاپہاہ دِتھ-

بسترِہ تہٕ اوس نہ پرانِہ اندازہ کینہہ- کیر ژادرِ ٹلی آسی ژدرِ بانترِہ
توسہ وتھرادنہ آمتِ، یمہ سیتی بسترِہ سیٹھہ نرم اوس گومُت- اَتھ تہٕ
آسہ خوشبویہ ہنزِہ دارِہ یوان- نکری اوس نہ تران زِ یہ آسہ
اگرچ کِنہ خیچ- مہیندرن دِتہ ڈلہ گتھ- گنبہ تہٕ آس نہ کانہہ پرون
نشانا اتھ زِہ دِلس پیہ ہیس قرار ہیو-

راتھ ہنزِہ نو (نبجے) ہشہ آسہن زِہ دروازس دینُس کُنی ٹام
دکھ- بند وُچھتھ دیتُنس وِنودنہ آلو– "مہیندر بابو، دروازہ مُژرِتو
بتہ بچھوہ؟"

مہیندر گوٗ تھوٗد وُتھتھ- ہانکلہ لاجن اتھ، اما کھوچن نہ کینہہ
پیرتھ آو منددس بیٹھ لر ترادتھ- دودچس — "نہ، نہ، مبہ چھُم نہ
کیٖہوٗن لبہ پچھے بچھم نہ؟"

گاپرتھ بُرژھنس وِنودنہ ینبرکہ— "کیازِہ پژری چھوہ؟ یوٗتھ دموہ

اُنتھ ؟ ببہِ ما گژھیو کیتھہ؟"

مہیندرن دوپنس ــ "کینہہ تہٕ گژھیم نہٕ۔"

وِنودنیہِ دوٚپنس ــ "میون مرُن چھُوہ' دای ہے کرِد۔ پژرِ

ہے چھُوہ تہٕ مُژرِ توٚ برِ۔"

مہیندرن دیُتس ڈاڈہ جواب ــ "چھُم نہٕ کھوژُن' ہرگز نہٕ

گژھہ پانس۔"

یہِ وُنتھ تہٕ گو مہیندر ببہِ مُچھر دانہٕ منزِ شونگنہٕ تہٕ

بے قرار دِلکِس انہٕ گٹِس اندر لوٚگ مُشراوِ مژہ آشایہِ سوٚرہ نہٕ۔

ییلہِ نہٕ کُنہِ تہٕ نیندرِ آیس، دوٚتھ تہٕ لیمپاہ زالتھ لوٚگ آشایہِ

چِٹھ لیکھنہِ۔ لیوٚکھنس ــ

"آشا، میہِ چھے تژاد جاپہ کال گُژ زوٚن۔ ژہ ہے چھکھم زُو

تہٕ جان۔ ژہ نے نکھ آسہہم دل ہے چھُم راوان ہیو تہٕ

واسنا چھم لولہ گنڈ ژٹِتھ خبر کور۔ کُنُ لُگ لُ لِوان۔ زانان چھُس

ژہ وتہٕ گژھہِ بکُن وُچھتھ، اما وتہٕ ہاوکھ گاش کتہٕ چھُم؟ چاتیق

پژھہ بِرژن اُچھن ہند لولہ گاشی چھُم سُہ دِنہٕ ہاوک۔ جلد یژم۔

ژِ ہیٚکہہم رُت ہیوٚت، دِرم نہٕ زندگی رژھہ کھاژتھ۔ تیٚر کرتم

بچہ راوتم' تہٕ دِلس برتم مای بنیچ۔ ژنہٕ سیتی ہے رژہ تہٕ دغا

کرٕ بارٕ پاپھ کھسٕنم - ژٕ بہٕ کھیٚنس اَکِس تہٕ مُشراوٕنہٕ کرٕ تمہٕ
گنہٕ کارٕ نِشہٕ بچہٕ رادہم نا؟"

یِتھہٕ گٔیہٕ لیچھ مہیندرَن ژیٚر راتھ تام کاڑاہ کیتھ آشایہ
برونہہ کنہٕ وزٕھ داۓلگہٕ پانس دیکھ کار گرِتھ۔ تِکہ کیٚن گرِ جس
گیہٕ ترٕبہ ٹھنی - امہٕ وکھتہٕ اوس نہٕ کلکتہٕ ہیٚن کشادٕ سڑکن
پیٹھ گاڈین ہُند گُر گُر گڑھان - نزدیکھ اُس تھیٹرس منز
کوٚس تام زنانہٕ بہاگ گیوان، اما سوٚ تہٕ اُس وٗنی نیندرِ ہِنزٕ
خامشی منز لیٖن گامٕژ - آشایہٕ ہندِس خیالس تہٕ چیٚٹھ منز دِیچ
گراہٹ ژھٹ نہ کٔنہہ اوس مہیندرس قرار ہیٚو آمٕت - شونگان
شونگانی ییٚس نیندرٕ۔

صُبحن ییٚلہ اَچھ مُژراوِن، سرِ بہ اوس کھوٚتمُت - دارِ کِنی
اوس تاپھ آمٕت کمرس اندر - مہیندرٕ وۄتھ جل جل تہٕ بیوٗٹھ
پسترِ پیٚٹھ - راتس ہِنزٕ بےقراری اَسِس ہےمژ ہٕش -
وتھرنہٕ پیٚٹھ وۄتھتھ ڈیکھن زہ راتیچ چھو اُسن دواژ تِک
تھاوٕمژ ــــ پالس بیٚٹھ - بیٚیہ کوٚرنس پرنہٕ تہٕ شوٗنچن-
"یہٕ کیاہ سنا کوٚرُم؟ ناولہٕ قصہٕ ہیٚو! شُکر چھُ زٕ
سوٗزم نہٕ - آشا ہےیہ پرہس تہٕ کیا دِنہٕ ہیٚے؟ تنیف

جاپڑہ ترٛیٚتھس نہ فِکری؟
راتھ ہِنٛزہ کتھِ رژِہ کُس ہنگامہ تُل۔ یہِ شوٗبیٚتھ گوٚ
اُندری اُندری جھِکِل پیٚو۔ تتھ چھٹِ گرٛیٚن تلمیہِ تہ آشایہ
لیچھن سیٚد سادہ لفظو چھٹِ پیٚشرھا — "ونی کوٚت کال
لاگکھ؟ چاچاجی نئے جِکل یِن، لیکھن گژھِتم، بہ اَنتھ پانئے.
ژیٚیہ رۆدس چھُم نہ بیٚتہٕ قرارے لوان؟

## ۲۷

ہیٚندرنو گژھنہ پتہٕ کینژی دۄہی پتہٕ آشا کاشیہ
واتھ انہ پوٚرنابہ گیٚہ داریاہ شکھ۔ آشایہ لُج سو رنگہٕ
رنگہٕ سوال پرژھنہٕ — "دۄپہمے ہے چھیٚنے، ژٕ تس اُچھ کرٛزہ
ینٛتھ تارِیچھ (تعریف) کران چھکھ، یُژی پاٹھو جُھ نئے تس پیٚش
کانہہ گاٹٕجی باسان دُنیہس اندر؟"
"اَمہ ہہ دۄنمہ گاسی! عقلہ ہشی ہے چھس شکل تہٕ

تہٕ کام کار تہٕ !

"ولیس چھے تہٕ گرٕ ژوتہٕ باسنہٕ گوٚنہٕ ساوِ۔ گرکین باقی باڑن تہٕ چھے باسان تیٚز ژھو؟"

"دیٚدٕ ہیٚے چھ تسنٛزِ سے دٕ پہ کران۔ اَچھ کٔڈٕر ییٚتھی گرٕ گرٕ ھٹنگ ناو چھ ہیوٚان، تس ہیٚے چھ تلواس دوٚھان اُمہِ سنٛز ہش سیٚماکیٚنٛ سنا کرلیٚس؟ نوٚکر چاکر ہیٚے بیٚملو آسن، یہٕ ہیٚے چھیس ماجہ ہیٚنہٕ ہنٛز ہش خدمتھ کران۔"

"تہٕ ہیٚندرنہٕ راہہ کرٕھ چھ؟"

"تمۍ سنٛز چھے خبرٕ آسہِ۔ تس چھا ییٚنِس کانٛہ خاص اُکس علاوٕ آنٹہٕ کھان کانہہ؟ میانہ ولیٚہ چھ ساری لول بران، اما تمۍ آیہٕ نہ اُمس سیٚتۍ ڈیٚکھتام برابر راہ کٔرِتھ؟"

"کیاد سنا رٕزہ؟"

"میٚہ ہیٚے کرِپہ سیٚٹھاہ کوٚشش ییمن پانہٕ وٕنی لیہ انٛزرنیچ، اما اُمس سیٚتۍ چھ نہ کھلِ پانٛنی کتھ باتھاہ کٔرتھ تہٕ کران۔ خبر ہیٚے چھے سہ باو تھنٛد۔ گوکھ چھکھ دیان۔ ژھون کھ چھس، اما سہ نے چھ نہ کنہ ڈٔسی۔ تمہ نے چھنہٕ اُمس دوھن خدائہ بیٚیہ کانٛہہ سیٚتۍ تہٕ سے کرٕنی

یوٚتام نہٕ دِل تمبہٕ لیگہٕ۔"

یہِ بُتھم کتھ زیوٗرہٕ نیرِنَس بٔیٹھ آیہِ آشایہِ مندچھ ہِش گگرایہٕ بُتھو لبِن کھوٗتس دوشُن۔ اتہٕ پوٗرنا گیہِ اَندرِ اَندرِی سینٹھاہ خوش تہٕ اسان دوپُنس۔ "میٚہ تہٕ دوٚپ، تمہٕ دوہ نیلہٕ ہینہٕ آد، دِتودنہٕ مُنڈنے ہیوٚتھ ناوتہٕ۔"

آشایہِ دوٚپُس پتھٕ ہرہ سان۔ "یتھے چھکھنا عائب! تیٚمیٚ نہٕ یژھن تس چھ نہٕ نظرِ تلی انان۔ زن نہٕ زاناپِی چھس۔"

اتہٕ پوٗرنایہِ دوٚپُس مایہِ تھوٚت اسنا کٔرِتھ شانت پاٹھۍ۔ "تہٕ لیٚس یژھان چھ لسُو چھ تھلِہ تھلِہ وچھان تہٕ وندس منز، جاے شیران۔ یتھے چھے؟"

آشایہِ کُپوٗرنہٕ جلاباہ کیٚنھہ، اَچھ لبِن کُن کٔرِتھ کٔرُن اسنہٕ ہسا!"

اتہٕ پوٗرنایہِ پرٛژھنس۔ "دوٚپمے ہے چھُنے، بہاری چھے دارے، نیتھر چھس نے کرُنی!"

بُرنِس منزِ گو آشایہِ روٗد سنجیدہ۔ جاباہ سمیوس نہٕ کیٚنھہ۔

آشایہِ خاموش وُچھتھ آو انہ پوٗرنایہ ہیمہ ہیوٗ۔ دوٚپنس —
" پوٗرزی وَن تےَ چھےٚ، وارہ پأٹھۍ چھےٚ ؟"

انہ پوٗرنایہ ادس نہ مُشرا مُراہ کیٚنہہ۔ بہاریسِ اُس سنٛتان
ویندان۔ بیٚہ لوک سہ رنہ اُس تیٚر تھَس آمُت، اما تیٚتہ تہِ ادسَس
ارمان زِہ بہاریٚنِ لوٚش انہ پُرہنۍ اُس گرمتھ ترأوِتھ آمُت۔
باقۍ اُسیس ساریٚنۍ ارمان دراہتۍ۔ بہاری یَیلہِ یَیلہِ ژیٚس اوسُس
بیٚوان، دوہ کھُر ہیوٗ اوسُس وأنِنہ لگان۔

آشایہ دوٚپُس —" مأجی بہاری یاوُہن مُتےَ پرژھتم کینٛہہ۔"
انہ پوٗرنایہ پرژھنَس حأرانیہ سان۔" تہٕ ہیٚکیٚ نہٕ ؟"
آشا وُژھس —" تہٕ نےَ بیٚکےٚ وُنہٕ تھی !" تہٕ درایہِ کمرٕ
منزٕ نیٚبر۔

انہ پوٗرنا گیہِ غوٗطن —" اما بہاری ہیٚ کھنڈ ادس پیٚٹھ
کالس منز یوٗت گوہ بدلیتھ زِہ از تُسند ناو بوٗزِتھ
چھِ جُنہ تھوٗد دوٚتھِتھ نیران۔ کرمہ لیکھا ! یا تہٕ آسہِ بہاریسے۔
چُنٛس سیٚتی کتھ لوان تہٕ ہیٚندرن نیس سہ اچھ موٗرتھ۔"
واریاہ دوٚہ آیہ از انہ پوٗرنایہ اُشہِ ٹأری۔ سو بجن۔
" اما بہاری ہیٚ سہ پاتہٕ اوسس۔ کینٛہہ اَتھ ہیٚ کوٗرمُت تہٕ

آسین، سیٹھاہ لاچار سیدِتھی آسیٚن کوٗرمت۔"

بِہاری نِہ مصیبتُک خیال کرِتھ گیہِ انہ پوٗرنا سیٹھہٕ غمگیں۔ سُہ یا وکھتہٕ آس انہ پوٗرنا لیٚشِس ییٚلہ ہیتھ زیُٛہ کران زِہ گاگڈیا اکھ گیہ برس تل گنڈنِتھ۔ سامِن کوٗر برس کھٹس۔ انہ پوٗرنایہِ ڈوٗن گا بڑتھ ہیوٗ آشایہ۔ "بچھنے ازہیۓ اوسُم زامُم تہ بادزِہ ییٚن الربادہ بیٹھ۔ ظاہرٕ آسن تِمے آمتِہ۔ لالٹین ہیتھ وسکہ نۓ بوٗن تہ برمژِہ نکھ؛ زیُٛہ ہیۓ چھس کران۔"

لالٹین ہیتھ گیہ آشا تہ برُمژراوِتھ کیا چھِہ وچھان زِہ بِہاری اوس دوہ ڈِفی۔ بِہارین پرژھنس۔ "بابی، یہ کیا، بوزدم ہیۓ دِہ، ژِہ چھُہ نہ کاشِہ یتھ؟"

آشایہ وِشرِیوٗ لالٹین اتھہ منزہ۔ زاں تہ پریتھ وُچھتھ تریٔمبہ رینیٔہ بُگنی دوٚہ گیہ ماسہ لِش تہ زارہ پارہ کوٗرنس۔ "ماجی کھور چھے رٹان، دیٚپٕنس وُنی گرٕژہ ہیۓ واپس۔"

انہ پوٗرنا گیہ آسنہ بیٹھ ہکہ دُرتھ تہ پرژھکس۔ "کیہ چھنے کسی؟"

آشایہ دوٚپُس۔ "بِہاری باجوہس، لوٗر تہ آیہِ نا!" یہ ڈ رتھ

تہ ژلایہ کوٗٹھرِ اندر تہ دروازس دِژن بالکل۔

بہاری اوس لوٗہ سوٗدری کیشھہ بوزان۔ پوٗت کھوری پھیوٗر واپس - انہ پوٗرنایہ دِژ زیپہ کوٗٹھ تہ مال دارِتھ۔ بون وٲتِتھ وُچھُن زِ بہاری چھُ برس ینبر کنہ بترس پیٹھ بہتھ۔ زن تہ سامریتھ اوس ہس گژِتھ نیوٗمت۔

انہ پوٗرنایہ اوس نہ لالٹینہ سیتی کیشھہ۔ گاڈہ ہندی لالٹینہ گاش اوس بہاریس پیٹھ پیوان۔ تتہٕ کنی ہیوٗکُن نہ وُچھتھ تہ تیندِس مُتھس کس حال گومت۔ بہاریس آو چکر ہیوٗ۔ انہ پوٗرنا ہیچن نہ وُچھتھی۔

انہ پوٗرنایہ دوٗپُس ــــ "بہاریا!

بے افسوس، شہ مایہ پوٗرت زمہ آو کوٗت نا اوس گومت ؟ اتھ آوازِ ہے عدالتی کریچھہ ہیوٗ اوس باسان۔ وژہ ملہ ہند گرز ہیوٗ! انہ پوٗرنا مأجی، بہاری بے اوسُ انہ انہ گٹس اندر آمت یمہ تل آسرہ منگنہ، بےٹاری ہنز پہ تروار کمس چکہ لایان ؟

بہاریس زن تہ شیرِ پیٹھ گمدٕتس تام بجلی گیہ دُوریتھ۔ ہیزرہ سان دوٗپنس ــ "کا کنی ؟ لبن ہے، لبن بچے، یہ نے کیشھہ

ونہٕ ہم، بہٕ ہے دراس!"

یہِ وُنِتھ ترٛ کوٚرنس بہارِین دوٚیی ڈیکہٕ نوٚمراوِتھ پرنام۔ کھوٚرن اتھِہ لاگنگ پیوس نہٕ جرٛتھ۔ کانٛہہ مأج ییتھ کٔنۍ شرِس گنگایہِ بادان چھہٕ، تتھے کٔنۍ کوٗر از انہٕ پوٗرنایہٕ راژ ہندِس انہِ گٹس منز بہارِیس روٗخصتھ۔ اکہِ پھِرہ ترٛ دِیُتنس نہٕ پوٚت آو۔ بہارِیس ہیٚتھ گیہ گاڑی وُچھان وُچھانۍ غایب۔

تمی راژ پیٚیھ آشایہٕ مہیندرس چِٹھۍ — "از شامن پیٚیو بہاری بابُہ اچانک یور واتِتھ۔ جاجا جیس چھُہ نہٕ ونی کلکتہٕ نِنگ کانٛہہ سِر گراہ۔ پانے ییٚتم جَل پھِی ترٛ نِتم!"

## ۲۸

راژ بندہٕ وُنیندرِ سیتۍ اوس مہیندرس زوٗ ڈیوڈُ پیوٚ، ترٛ دِل ترٛ اوسُس ژھینیومُت پیوٚ۔ پھاگُگ دوہ اَسی ترٛ وُشنیر اوس پھیوٗرمُت۔ مہیندر اوس صُبحے دوٚرِتھ

بہان کۆنس أکِس منز کِتاباہ ہیتھ میزس برٛونہہ کنہِ۔ اما
اَتہٕ رُود وتھرِنس پٮ۪ٹھ پڑیان ٹکیاہ دِتھ۔ دوہ آو یوٗر، مگر
شہ ووتھ نہٕ شرانس تہٕ۔ سڑکہِ پٮ۪ٹھ لگی پھیرہٕ وٲلی پھیری کرنہٕ۔
دفترٕچہٕ ہینزہٕ گاڑِہٕ دراہ گرٕ گرٕ کران۔ ہمسایہٕ گرٕچہٕ منز
اوس نوٚو مکاناہ اکھ بنان، مزوٗر کورِ لچہ پٮ۪شس ٹاساہ
ٹاساہ دِوان وِنہٕ وِنہٕ۔ گرم ہواہ رِنگہِ سیتھ زن تہٕ مہیندر
بیٚمِس تہٕ آو ییو۔ سوٗنتکہِ دوہ چھا آسان ذہنی پریشانیہٕ
خاطرٕ۔ یمن دوہن چھُ دل کران زِ سارے کام کوٗٹ ترٲوِتھ
دِزہٕ بے پروٲہ پاٹھۍ ڈُلہٕ گوٚناہ!

أتھ اندر آیہٕ وِنودنی تہٕ دوپنس --- "مہیندر بابوٗ، اَز کیا
دلیل چھہ؟ شران چھُوہ نا کرُن؟ بتہٕ گو تیار، تہٕ تۄہہ چھوہ
وُنہٕ شوٗنگتھی۔ وۄندی چھوہ! کلس چھُوہ دود؟ تہٕ یِیی وَنان
وَنان تھوٗدنس وِنودنہٕ ڈیکس پٮ۪ٹھ اتھہٕ۔

أچھ ڈٲلتھ دوپنس مہیندرن گوبہِ ہٹہٕ -- "زٕ چھُس اَز
اُڈری نہٕ یوٗسی، شران کرٕنہٕ گژھیم۔"

وِنودنیہٕ دوپُس --- 'اوہ' منہٕ گرِ تو شران، بتہٕ تہٕ کھیو؟"
یہ وٲنتھ تہٕ نیوٗن کھینہٕ کمرس منز تہٕ سیٹھاہ نسارہٕ بارہٕ

کرِتھ کھیوڈن بتہٕ۔

بتہٕ کھیتھ آو مہیندر بیٹھ پنہٕ نِس کمرس تہٕ فرشس
پیٹھٕ ترووُن ڈایتھ۔ وِنودنی بیٹھس شاندس پیٹھ کلس موٹھ
دِتھ۔ اُچھ ڈٹھتھ دوپنس مہیندرن ـــ "وِنودِنی، ژٕ کھیوٚکھ نہٕ ووٚنہ
کینہہ۔ گژھہ وُنی تہٕ کینہہ پھولاہ؟"

وِنودِنی درایہٕ نہٕ کُنہ تہٕ۔ دُہرہ کہٕ گرم داوہ سیتی گو کمرک
پردہ ڈکھی ڈکھی تہٕ دیوارہ تل کہٕ نارجیل کلیک سِر سِر گومتہٕ گنن۔
مہیندرس گو داپنیہ زورہ زورہ دب دب تہٕ دوڑہ ہندی
ٹکی ٹکہٕ مس وال اُگس وِنودِنی ہندین گنین شہن پیٹھ تال
دی دی نژنہٕ۔ وِنودنیہ تہٕ پھور نہٕ کانہہ کتھاہ۔ مہیندرہ
اوس سوچان ـــ "بے گنڈ سماپرہ کِس اُنتھ ڈستِس سوٗدرس منز
چھس ییرہ گومت۔ زِندگیہ منز ناو کتہٕ نہٕ لگیم لوٗٹھ؟
اِدہ تہٕ بیٹھس کانہ کیاہ اتھ سیتی۔ آسیس تیٚے تہٕ گژھن ووٚن با۔"

شاندس پیٹھ پہتھ مہیندرنس کلس موٹھ موٹھ دِوان
نمیو وِنودنیہ ڈیکہ تہٕ شہارہ زُلفن ہندی تھتھرایہ ہٹی پتہٕ کی
گگس مہیندرہ تین بتو لبن۔ مہیندرس گیہ اِمہٕ ملایم چھوپہ
سیتی ساری پاسس دِنن۔ شہس گوس سینس منز گند ہیو

زن نہ ینٛبر نیرٕنٛس وتھ اٰسِس پِوان۔ "نہ کالج چھُم گژھُن، بہ دراس۔" یِہی وَنان تہٕ دراو۔

وِنودنیہ دوٚپنس۔ "گابرِو کیازِ۔ بہ دِموٚوہ پلو اَنِتھ۔"

وِنودنیہ دِتِس پلو اَنِتھ، تہٕ مہیندرہ دراو لاگِتھ یکدم۔ اما تتہٕ تہٕ آس نہ قرار۔ سیٹھاہ کوٗشش کٔرِتھ تہٕ یٔلہِ پرٕنٛس ییکھنَس کُنہٕ دِل لوٚگُس نہ دوٚہی بجہ آو گرٕ پھیرِتھ۔

کمرس اَژہ وٚنی کیاہ چھُ وُچھان زِ وِنودِنی چھےٚ شانزٕ گندٕس پیٚٹھ وچھ دِتھ ڈایھاہ ترٛاوِتھ کتاباہ پران۔ زُلفہٕ ہٕنٛدی لاٗدی اٰسس شانَن پیٚٹھ پریشان۔ ظاہراہ اوسُن تہٕ مہیندرَنٛہ ینگ سپدِہٕ یُن ممکن۔ رأیہ بأٹھی پیتھ گوس مہیندرہ بیتہٕ کنہٕ استادہ تتھےٚ کنہٕ پران پران تروو وِنودنیہ زیٚٹھ زیوٚٹھ دمہ شاہ۔

مہیندرن دوٚپُس۔ "دوٚپیٚےٚ ہسا، اکھ سا، فرضی لوٗکن پیٚٹھ پزِیا بنٛنہٕ ہمدردی خرچاوِتھ تٔہنٛزٕ کیا سہ چھیوہ پران؟"

وِنودِنی گابریِہ ہنش، ہتھ گیہ تہٕ کتاب کٔرن دوتہٕ لوٗچھ تٔلی تٔلی غائب۔ مہیندرہ لجوس تمہ پتہٕ۔ یتھ کال لمہ لمہ بتہ ہیوٚرہ وِنودنیہ تہٕ مہیندرُن نیرٕنٛس کتاب گٔڈتہ۔ وُچھن زِ بِش بٔرکھ (ؤ بنکم چنٛدرہ چیٹرجی سٕنٛز ناول)۔ وِنودنیہ کھوت پھرکھ تہٕ کٔرُشتھ

رُوز رُبتھ ہور کنُ کرِتھ۔

مہیندرس ادس دِلس ڈیہ ڈیہ گژھان۔ زودرے کوٗزِن
اَسناہ تہ دوٚپنس — "افسوس، دو کھٕے لوٗگمُ۔ میٚہ دوٚپ کانہہ
چیز آسہ کھٔنن لایق۔ میٚیژ لمہ لمہ پتہ کیاہ دراو۔ بِش بُرکھ!"
وِنودنیہ دوٚپنس — "دِ کیاہ سٕنا ژوڈم کھٔنن لایق؟"
مہیندر وۄنتھس — "یِی زانتہ ہرگاہ بہادیٚخ چھیاہ کانہہ یِیرہ!"
برژرِس اُکس زنتہ وِنودنیہ ڈزہ بکہ درایہ اُچھن۔ یِتس کالس
اوسُس کانہہ دِلو گرہ کس گوٗنس اُکس منز گیتھ، تہ وِنی گوس
دُبارہ تس سوٗر۔ بکہ ڈزتھ پیوٚہ وِنی نارہ برٕنہہ ہش گیہ وِنودِنی
یکطرف اِستادہ۔ اتھہ رٹتھ ووٚنس مہیندرن — "معافی گژھیم دِنی
مذاق کوٚرمُ، غلطی گیم!"

وِنودنیہ دِتنس درپہ تہ موکلاوان دوٚپنس — "مذاق؟
کمِس سٕتا؟ تس سیٚتی یارانس لایک ہے آسہ بکھ، یہ مذاق
تہ کرِہ ہا برداش۔ اما ژھ چھکھ لوٚت، کم ظرف۔ یارانگ نے
توفیق چھُی، مذاق واتی نہ کرُن۔"

وِنودِنی درایہ یہ ونتھ۔ مہیندرن دِژنس کھوٚرن دوان تتھ۔
امی وِزہ پیٚیہ لیہ بٹھ گمی سنز تام ژھای۔ مہیندرن تمہ وِزِ

وِلودِنہٕ جَل جَل کھورِتھٕ دٕہ ڑھ گٔڈِتھ دِژِن پتھ کُن نظر۔ بہاری اوس اِستادٕہ۔

دٕہٕ وِنۍ بیٚٹھ دٔر نظارٕ کٔرِتھ وۄنکھ بہارِین سنجیدہ گِتھ سان۔ "سیٹھاہ بےٚ موقعہ آس، اما ژیر تام روزہٕ نہٕ۔ اکھ کتھ آسےٚ وننہٕ۔ گاشی اوس گومت۔ خبر آسہِم نہٕ ژٕہ بابی کیا چھ ژٕ۔ ہنگہ تہٕ منگہ گوس تس نِش قصور وار۔ تس آم نہٕ معافی منگنس دار، توے آسےٚ ژیٚتہٕ منگنہٕ۔ عرض چھم ہرگاہ ہےٚ میانِس منس زانٔی ازانٔی کِنہٕ قسمہٕ کرِ پاپھ ژھای تہٕ آسہٕ زانہہ پیمُز، تس (ڈ بابیہ) گوژھنہٕ کِنہٕ قِسمُک دٕکھ واتُن۔"

بہارِیس برونہہ کِنہٕ ہنگہ تہٕ منگہٕ ہیٚنہٕ کمزوریہ نیٚبر ووچھتھ کھوٚت ٹہیندرِس سیٹھاہ خشم۔ نرمدِلی ہُند اوس نہٕ ویلےٚ۔ ہزلہٕ سان اسان ووٚننس۔ "اٹھ دۄپکھنا پھرِہ ژورِس دار کونڈا! ہیٚنُن قصور کانٔہہ یا نہٕ مانُن دۄپ میٚہ زانہہ؟ معافی منگِتھ ساد بنہٕ نےٚ آکھ تہٕ کیازِہ؟"

بہاری گو کینہہ کالاہ کاٹھ پوٚتُل ہیُو روزِتھ۔ پتہٕ میٚتھ کینہہ ونہٕ بجیو، ولودنیہ ووٚنس۔ "بہاری بابو، جواب دِژِس نہ کینہہ۔ کینہہ تہٕ دُنی زیٚس نہ۔ یہٕ کینہہ اُمی ہیٚنہٕ ژلوہ کوٚڈ،

تِمہ سیٹھہ کوٚرِن پنٕنۍ بُتھس تمۍ، زِ نہٕ تام ووت نہ شُر تمِن کُنہہ۔"

وِنوٗدِنی ہیٚنزٕ گٔژھ داژٕ تیا سنا بِہاری نِس کٕٹس، کیٚہ نہ،
کُس ہیٚیکہ وُنِتھ؟ نیندرٕ ہاوٕنس خمارس اندر پکہ وِنی سَنٛدی بٲگُر
اوس شُنہ درواژٕ نشہ پھیرِتھ ہیرٕ کُن دراموت۔

وِنوٗدنی گیس پتہٕ تہ دوٚپنس — "بِہاری بابوٗ، میٚہ سیٹھہ دٕ ژھے
نا کتھہ کرنۍ؟ بےوارٕی ہے چھےٚ کرنۍ تہ میٚہ کرُ۔"

بِہارین تیٚلہِ کانْہہ جواباہ دِنہٕ روٚستُے بروٚنْہہ گُنٛز قدم تُرُو،
وِنوٗدِنی گیس ہُتھ تہ دُچھنہ اتھ رٹِنس اتھ زِ۔ بِہاری گوس
نفرتُک سان دکہٕ دِتھ۔ تُس باسیوٚک نہ زِ دکہٕ سیٹھا کیا آیہ
سو تِژھہ ڈکراونہ۔

اما وِنوٗدنیہ ہیٚنزِ پتنگ سٕدرٕ بُزِتھ آو مہیندر دوران،
وُچھان کیاہ چھہ زِ کھوٗرین کھونہ ولس اوسُس رتھ جاری۔

مہیندرَن دوٚپُس — "زخم چھُم باسان بارٕ۔" یہ وُنِتھ تہ نیٚنِن
دوتہٕ پننہ تزاہ زٕٹتھ تہ لوٚگُس پٹھ گنڈنہ۔

وِنوٗدنیہ ہٹوٚدُس جل جل اتھ تہ دوپنس — "نہ، کیٚنْہہ چھُو
نہ ضروٗرتھ، بکِن رتھ۔"

مہیندرن دوپُس — "پٹ گنڈِتھ لاگس بہ وُنی دوا تہ پٹھ

روزنیس نہ دود۔ جل پییس انگ۔"

وِنودِنی ژِج دُور تہ دوپُنس ــ "انگ گژھیس نہ یُنہٕ۔ زخم گژھیم روزُن یُتھُے۔"

مہیندرَن دوپُس ــ "میانہِ غلطیہِ کنہِ بیوی ژہ انہ اکس دہ برس تھیہٕ خجل تہ بدنام سپدُن۔ خبر ہیکیہ ہمہ معاف کٔرِتھ؟"

وِنودِنی وُژھس ــ "معافی کیاہ چھم منگنی۔ جان ہے کوٚرتھ۔ میہ کمی شند چھم بیہٕ؟ بہ چھس نہ کانسہِ کھوژان۔ یم میہ دکھ دِتھ چھ گژھان تِمے چھا میانی داتہٕ؟ تہ یم میہ کھورن تھپیہٕ گٔری گٔری تھوٚن چھ یژھان تم چھہ نا کٔنہی؟"

مہیندرس آیہٕ نہ پژھ۔ رُوڈُ نہ کُنہ۔ اَلہ وِنہِ آوازہ ووٚنُس "تہ وِنودِنی، تیلہِ کرکھ میون لول قبول ژہ؟"

وِنودِنی ــ "شیرہ میانہِ بیٹھ۔ یوٚت لول چھم وانسہِ میول مُت زانہہ ژہ دوٚل دِمُس۔"

مہیندرَن کٔرِس اتھن دمان تھپھ تہ ووٚنُس ــ "یکہ تیلہِ کرِس اندر۔ از وانہ نوٚوے سیٹھہِ کشٹ تہ ژہ تہٕ آیہٕ ہم از دِل ژادِتھ۔ یوٚت تام نہ یہٕ کشٹ تہ دہکھ اسہِ ہمہ ہیکو، توٚتام ما بیہٕ اسہِ کینتھہ چھتھ یا شوٚکتھ تہٕ قرار۔"

دِنودنیہ ووٚنُس ــ" اَز نہٕ اَز دِم رۄخصت ۔ کانْہہ دۄکھ ہے آسہِ مےٚ داننہٕ ووٚمت، معاف گژھیم کرُن۔"

مہیندرَن دوٚپُس ــ" ژٕہ تہٕ کرتم معاف، نہ تہ پییم نہ راتھ رانس نیندرٕی۔"

دِنودنی وُژھس ــ" تہ کوٚرمے معاف!"

بےٚ تاب مہیندرہ سپُد دنودنیہ نِشہِ معٲفی ہٮ۪نہٕ نہ لوگکھ زٕلہٕ وُن ٹھوُتھاہ لبنہٕ خاطرٕ بےٚ صبر۔ اما دِنودنیہ ہنٛدِس بُتھس کُن وُچھتھ ہیوس نہ عرض کرنُک جُرأتھ۔ رُوزِتھ ہیوٚ گو۔ دِنودنی ووٚتھ، ییرٕ مہیندرہ کھوٚت پھٹہٕ میتوٚ کو ٹھیو لٔشس پیٹھ اورٕ یور کرنہٕ۔ بہارس برۄنٛہہ کنہِ لیُس نیٚنٛدرٕ اوسُس از گومُت، تمِک رُوُدُس نہ دٕنی کانْہہ غم، بلکہ سپُد خوش زِ ژھوتھُم ژوٚلُس۔ ژورِ ژھپہ پژھ کامہِ کران چھےٚ پانس نہٕ نفرت ہِش گژھان، اما بٔلِہ کانسہِ خبر چھ گژھان تیلہِ چھ سو نفرت تہٕ سیٹھاہ حدس نام دُور گژھان۔ یِہے باعٲث اُس گامُت مہیندرس۔

مہیندرَن سوٗنچ ــ" وٕنی چھس نہ لوٚ یژھان پانٛنی پانس اپزی مینزٕ کری نیک چلن ظاہر کرُن۔ وٕنی چھ میون درِم لول۔ تی چھُس بہ یژھان تہ اپزٕ ہیو نہٕ کیا چھُ۔"

پنہ نہِ لوٚگک رُودُس یوٗت دغدغہ زِ پانٛس ناکارہ زانِتھ تہٕ
باسیوس فخرٕ ہیوٗ۔ سنٛدیا کالہٕ کِیس تارکھ بس تل پھٲلیے مُتس عالمس
بچہ نظرٕ وُچھتھ کوٚرٕن سوٗنچاہ زِ گوٚتاہ تہٕ ناکارٕ دُنِتھ لوٗکھ' بہٕ
تہٕ چھس لول دیوانہٕ' عاشق!

دِلس اندر رُچھتھ تھاوِ مٕژہ وتودینہٕ سیٹھی کوٚر ہیندرن ڈرٛس
سمارس، سارسے آکاشس تہٕ تمام فرضن وُرٕن۔ بہارین زن تر انہ
لسنزٕ زندگیہٕ ہنٛز سبد دواتھ دُبہ پھیرتھ چھٹہ راوٕمژ آمٕس، وتودینہٕ
ہنزو سیاہ چشمو تہٕ سیاہ زُلفو زن تہٕ وُچھان وُچھان برٛتھمہِ تام
سفیدیہٕ تہٕ ییکھ مُتِس ہٹھ کرِتھ بُزِ پھیرتھ سارسے یکسان ادس
کوٚر مُتھ ۔

(۲۹)

دۄیِم دۄہ صُبحن نیندرِ دۄتھ وُنی باسیوٚ مہیندرنس دِلس اکھ قسمُک لطیف کاُفاہ ہیوٚ۔ یربانکی سونہ ہاٚری پراگاش زنتہ تسنزن ساریٖنی خاہشن تہٕ ارمانن ترٛ سونہ رنگ اوس دِیت مُت۔ بتہ راتھ کاُرٛا شوٗبہٕ وُنی آس، آکاش گوٗناہ نندہٕ بوٗن اوس تہٕ داوہ گرایہِ آسمس منس پوشہٕ وِگوٗد ہیوٚ تِکلتھ لِوان۔

صُبحٕ صبحنی لوٗگُس فیقراہ اکھ سارنگیاہ ہیٚتھ برس تٔل گیوٚنہٕ۔ دربان لٔجوٗس ہٹاونہٕ، مہیندرن کوٚر دربانس ٹھاکھ تہٕ فیقرس دِژن روٗپیاہ۔ نوکرٛ لٔجیوٚ لیمپ تِکلتھ نیٚنہٕ، بانبرتھ پیوٚس اتھ منزہ تہٕ ژین سپدُس۔ خوفہ کِنی ژالیس تھرتہ لوٗگ مہیندرس کُن وُچھنہٕ۔ مہیندرن دوٚپُس نہٕ کیٚنہہ تہٕ شیشہٕ ژین ڈٔوتھ نِنک دِیُتُس خوشی سان محکم۔ زن نہٕ از تس کُنہٕ قسمہ ترٛ نوقصانی باسان اوس۔

پیٚتِس کالس اوس لول پردہٕ بُتھی ژھوہ ماران۔ ازآو

برۄنہہ تہٕ۔ پردٕ نیوٗن تُلِتھ۔ ڈرُس دُیتہٕ ہس گوٚ پردٕ وۄتھِتھ۔
مُبترِ ناٹزٕ ہنز کمہایہِ گی خبر کوٚت اُس از گاشٕر؟ گُلی گُٹی، پوش ووشُ،
یُشی تہٕ جاناوار، وتہٕ ہنز بہرٕ، شہرُک شور، برتھ کِنہہ اوٚسُس
از حسین باساں۔ یہ عالمگیر نوٚیر کتہٕ سنا اوٚسُس از تام رُوزِتھ؟
مہیندرس باسیوٚ زِ از پیٚیس نہ دِنودِنی بیٚیٹِن دہہَن ہندر
پاٹھٕ پیش، اُنزِج کتھ باتھ آسہٕ شاعری اندر گنڈنس لایکھ تہٕ
جذبات آسن موسیقی اندر بھرنس لایکھ۔ اُنکیس دہہَس اوس تس
سوکھ سوو بناوِتھ اُلف لیلایہِ ہُند عجیب و غریب دہہ اکھ بناوُن
یِژھان۔ دُنیہہ تہٕ سماجہٕ نِشہ یکدم ہیوٚن۔ آسہٕ تہٕ تس پتوٚر، اما
آسہٕ سو بنا ہیوٚ! دُنیہٕ ہُک کانہہ عم آینیاہ، کانہہ ذمہ ولٕریاہ تہٕ
کانہہ اصلیتھا آسہٕ نہ اَتھ اندر۔ صُبحہ پیٚیٹھے اوٚسُس از من
تمبہٕ لیوٚمُت، بےٚ تاب تہٕ دہلہ سنس آمُت۔ کمرٕ نیرِتھ رُود
ییٚژ کال چمنس اندر اورٕ یور کران۔ کالج تہٕ ہیوٚک نہ اَز گژھِتھ
تہٕ کیاہ زِ کُنہ نیتھِ پترٕ تہٕ چھُنہ آسان لیکھتھ زہ مُلاقاتُک پگن
کرسنا سمہٕ!
گرٕ کارس لجہٕ مژٕ دِنودنیہ ہنز آواز اُس گراہ پچھکر منزہ پوان،
گراہ بانہ گژھِ۔ اما از اوس مہیندرس یہ ناگوارٕ گژھان۔ از اُس نا

تمہٕ وِنودنہٕ سمسارہ لشہٕ ہٹاوِتھ دوہدس منز جاے شیرِمژ!

وکھ اوسُس نہ برداشت سپدان ۔ شران تہٕ کورکن، بتہٕ نہٕ کھیون ۔
گرچ ساری کام تہٕ گیہٕ ختم ۔ دوپہر سپُن، گرس ہمیُو شور ۔ تَوتہٕ گیس
نہ وِنودنی نظری ۔ دوکھہ تہ سوکھہٕ، بےتابی تہ وومیدواری ہینٛدین
جذباتن منزہ تارہ ہینٛزنس دِلکِس ربابس وزنہٕ ۔

کالک تھپہٕ نیومُت دیش برٛکھ اوس وتھرنس پیٹھ پیومُت ۔
تتھ کُن وُچھوُنی ییہٕ مہیندرَس سو لملم ژٕتیس تہ تھُر کونڈ وَوتھس ۔
وِنودِنی لیس لیکھہٕ وچھِس تِل تھوِتھ شونگتھ اوس سہ دیت مہیندرَن
شانہ تہ لوگ دیش پرکھس، ورق گردانی کرنہٕ ۔ ورقن پھیر دِوان دِوان
لوگس پرنس من ۔ پران پران گیس پانژھ بجتھ اما ہوشا رودُس نہ کینہہ ۔

اَتھو اندر آیس وِنودنی تھالس اکِس منز پھل تہٕ مِٹھائی ہیتھ
تہ بیٹھس رکابہ منز ژوٹ مُت خوشبودار خربوزاہ اکھ کھنڈ تراوِتھ ۔

مہیندرَس بروٹھہ کنہٕ تھاوان وونُنس ـــــ "کیاہ چھوہ کران
مہیندربابو ۔ توہہِ کیاہ دلیل چھوہ؟ پانژھ تہٕ بجیہٕ ۔ وُنہ چھوہ شونگتھ
اتھ بتھ تہٕ چھوہ لوہ نہ، نہ بدلاوِتھ وہ پلو ۔

مہیندرَس گو ہیتھے ہیُو ۔ اما یہ تہٕ اُسہ پرژھنس لایکھ کتھاہ؟
وِنودنہٕ اُسس نا سنا خبر تس کیاہ دلیل اُس ۔ اَزیک دوہ تہٕ اوس

ستا بیٚین دہن ہیوٚمُت ؟ کھوٚژ زِہ سُۍن گرٲٹھس نہ میٚنٛز گژھی

توٗے اوٚن تس نہ کیٚنٛہہ روبر۔

مہیندر بیوٚٹھ کھینہٕ۔ وِنودِنی لجِ تایس ترٲوِتھ مہیندرنی

پلوٗ تہٕ گرِتھ صوٚنٛدقس تہٕ الماریہ اندر شیرِتھ تھاونہٕ۔

مہیندرَن دوٚپُس ــ" صبر کرِہنا، بہٕ ترٕ کرے مدتھ۔"

وِنودنیہ دوٚپُس اسان اسان۔" گٔژھی چھسے گنڈان۔ بیتیہ بہٕ

خوش یِیہِ ترٕ کرِ زِہ، مدتھ کرِیزِیم ہہ کینٛہہ۔"

مہیندرَن چھوٚل جل جل اَتھہ مُتھاہ تہٕ دوٚپُس ــ" جانے گوٗ،

ژٕ کیاہ بوٗزتھ اوہ بِلکُل ییکسے ! کرکھ نا کاماہ آزماوِہ ہم از؟

بہٕ ونٛتھ ہہ لوٚگ بلوٗن تہٕ کرِنچ ناکام کوٗشِش کرنہٕ ۔

وِنودنیہ نیٚیَس پلوٗ تھپہ۔ دوٚپُس ــ" تھوٚو، تھوٚو۔ مُنٛھک ادُم

تسلی ہیٚ، نِچھے مِتہ زیٹھرٲوِ توم کامم۔"

مہیندرن دوٚپُس ــ" اچھا تہٕ ژٕہ کر کامم، بہٕ گژھہ وُچھان ترٕ مہمان۔"

مہیندر بیوٚٹھ تمی الماریہ بروٚنٛہہ کنہٕ وِنودنیہ نش پتھرس پیٹھ۔ دِنن

دِنکہ ہیتہ کنہٕ وِنودنی بلوٗن تہٕ کرِ کرِتھ مہیندرس پیٹھ کنی تمی تمی الماریہ

اندر شیرِتھ تھونہٕ۔

اُزیک مُلاقات گوٚ ییتھے کنی شوٗزوٗ۔ صُبحہ پیٹھ یم عجیب عجیب

قیاس اُسو، مہیندرَن کرِ ہتی۔ تِمَن منٛد آس نہ کانٛہہ نِشاناہ درِینٛٹھ۔
یُتھ ہیٚو ملاقاتاہ یِمہ نہ شاعری اندر گنٛدنس لایکھ یا موسیقی اندر
برنس لایکھ یا ناولکِس مواد کیٛت لگہ ہار؟ اما تو تہِ گوٚو نہ مہیندر
اوزرٕہ ہیٚو کینٛہہ، بلکہِ آسِس بشاشتی۔ فکری اوسُس نہ تمان
زِہ دِلک ارمان رٹِتھ کرِہ ہے پوٗرٕہ، کتھ باتھ کرِتھ گژھِس آسنہٕ۔
کم کم جذبات کرِہ ہے ظاہر۔ عامیانہ گی کتھ تھوِہ ہے دوٗر۔ پلوٚن
دِتھ تہ کرِنہٕ کرِ بہانہ اسنا گنٛدناہ کرِتھ زِنہٕ تہٕ تمی ناممکُن
قیاسَن منٛد بوٗر لوٚڑٕ ژہ رود ہیٚو۔

امِ وِزِہ آیہ راج لکھمی کمرس اندر۔ مہیندرس دوٚپُن —
"نوش ہے پلو چھ شیرِتھ تھوان، ژٕہ رٕہو چھکھ اَتہٕ بہتھ کران؟"
وِنودِنی وُژھس — "وُچھی کانی! نکھٕ ہے چھیٚم کامہِ ہرج کران۔"
مہیندرن دوٚپنس — "واہ، مدتھ چھسے نا کران!"
راج لکھمی وُژھس — "اوٚ، تہٕ ادُسم نصیبے، مدتھ کرِہ بکھ۔
نوشی، مہیندرس چھیٚ بینہِ وٕتھ یہوی عادت روُدمُت۔ ماجہ منٛد تہ
بچینہٕ منٛد خانہ موٗل مہیندر زانہٕ ہہ بینہِ انہٕ کانٛہہ کاماہ کوٚرمُت۔
یہ وُنتھ تہ وُچھ ماجہ مایہ سان بینہِ نس نابکار لڑکس کُن۔
راج لکھمی اُمس یژھان زِہ وِنودِنی گژھ اُمس ماجہ گوٚبرس آرامہ

سان تھاوٕنی ۔ بنجوٚو سٔنزٕ سیوایہِ ہنر کٲم وِنودنیہ بُشہ راوٕتھ اُمس راج لکھمیہ فراغتھا آمژ ۔ امہِ علاوہ اُمس ژُم بشیجہ زٕہ مہیندر تہِ کیاہ چھُ دِنی وِنودنیہ قدر زانان تہ اُتھ روزن باپتھ دور زار کران۔

مہیندرس بوزناوٕ وُمن راج لکھمیہ نوشی اَز دیتھ ژٕیہ مہیندرنین گرم بلوَن تاپھ پگہ گڈۍ زٕنیس ژمالَن ٹوپہ سیتی ناوٕ اچھر۔ یورہ اُنتھ مادیت مے کانہہ سوکھ، دوہ راتھ چھسے کٲم کرناوی کرناوی تکلیفی دِوان۔"

وِنودنیہ دوٚپنس —"کاکنی، اگر یہی ووٚنتھ، میٚہ باسیم زٕہ وہرٕ چھُہ ہم زانان۔"

راج لکھمیہ ووٚنس ٹاٹھ نیاوٕ سان —"نای بیے، ژٕیہ ہش کوہسے میلیم بیاکھ؟"

وِنودِنی موکلیٚنی بلوَن تاہ گٔژھتھ تہ راج لکھمیہ دوٚپنس —"وُنِ ہے چھُم رنہ نے۔ وٕپکھے تہ دانش پئیوہ، کنہٕ بیٚنیہ کاتھہ کٲم چھے؟"

وِنودنیہ دوٚپنس —"نای کاکنی، وونے چھم نہ کانٛہہ کاتھہ۔ بکوان ہے بناوٕو۔"

مہیندرَن دوٚپنس ـــ "ڈیڈی، وُنی اوسُے پیران زِ تکلیف چھُس
دِوان" تہٕ وُنی نیٖتھَن بیٛنِس رِپتھہٕ وان!"

راج لکھمیہ لوٚم وِنودنیہ ہیوٚنگنہ تہٕ ٹاٹھنیارِ سان دوٚپنس ـــ
"ساکھیاتھ لکھمی چھیم، اَمِس چھُم کامہ کوٚجبہ منٛزِ ٹِوان آنند"

مہیندرَن دوٚپنس ـــ "اِز شامَس چھہٕ نہٕ کانٛہہ کامہ، دِیوم
کتاباہ لوز ناوس پرِتھ"

وِنودنیہ دوٚپنس ـــ "کاکنی، گوڈٕ جان؟ پٔزۍ تہٕ ہے یِزِ لوزِ
بہٕ تہٕ یمہ"

راج لکھمیہ سوٚنچ زِ مہیندر چھُ اَزکل کنٛہہ زٕنٛن روٗدمُت۔ اسِہ
یِزِ اَمِس دِلاسہ دِیُن۔ دوٚپنس ـــ "اِدہ کیاہ۔ پکوان بناوِتھ یِمے
بہٕ تہٕ ژھیٛنی سیتی بوزنہٕ۔ رِکھو مہر ٹاٹھیاہ، لوز ناوکھا؟"

وِنودنیہ گیہِ مہیندرس کُن دولہ نظراہ۔ مہیندرن دوٚپنس ـــ "اِدہ
تی زِ تی!" اما جوش اوسُس ہمیومُت، وِنودنی تہٕ دراہ راج لکھمیہ
سیتی۔

مہیندرس گُڈ ژکھ، سوٚچُن ـــ "بہٕ تہٕ گژھہ از شامن ساٗرس
تہٕ ژیریہ داپس" تہٕ تمی دِزِ لوگ پلو لاگِتھ سکھ کرِنہٕ۔ اما
نیٛبر نیرنس آس نہٕ ووہ نِزِ۔ لیشہ ہیکِ ہنٛتھ روٗد ژیرتام ادرِ پیور

کرِتھ۔ مُنزٕ مُنزٕ وِژھن ہیرٕ کُن نظرٕ، تہٕ پوٚتس بیوٗٹھ کمرس اندرٕ کُرسِیہ پیٹھ۔ نار گوٚنڈنس اندری تہٕ دوٚپُن —"از لاگہٕ بہٕ بگوانس اتھ تہٕ۔ تہٕ ماجہ تارہٕ فِکرِ زہٕ یتھ کٔنہٕ ژیرتام چاشہٕ جوش دِنہٕ سیتی چھُ نہٕ اتھ سہٕ ادٕی روزان۔"

بتہٕ کھینہ وِزہٕ گیہ از ونودِنی راج لکھمیہ سیتی ہیتھ۔ ہیرن کھسان اَس تس شانس کھسان، تمی اَس کُنہٕ کٔنی کھسان ہیوٚر۔ از موہنس نہٕ وِنودنیہٕ کینٛہہ۔ مہیندرن کھیوٚ بتہ تژکہٕ رأوتھی ہیو۔

وِنودنیہٕ دوٚپنس —"مہیندر بابُو، از کیاہ چھوہ نہٕ توٚہی کھیوٚانٛی کینٛہہ!"

راج لکھمیہ پرٛژھنس —"کہو ٹاٹھیا پرٛژہٕ چھیا؟"

ونودنیہٕ دوٚپنس —"کمہٕ مخٔنتٕر چھم بنوومُت بگوان۔ کھیوٚن بیٚیی ضرور۔ ظٲہرا چھُنہٕ بنیومُت جان! اَدہٕ تہٕ ترٛاوِلوُن تیلہٕ۔ مجبور کیازِ گژھو؟ ترٛاوِی تون۔"

مہیندرن دوٚپنس —"یہٕ کٔس گٔژھ کاراہ! بگوانٛی چھم روژان سارِوٕی مَنزٕ۔ بنیومُت تہٕ چھُ جان۔ ژٕ ٹھاکھ کرٕہم تہٕ بہٕ مانیاہ!"

مہیندرن کھیوٚ بتہ ٹاس کڑان، پھیٚش دِتھ۔ رٔژھ تہٕ ترٛاوِن نہٕ۔

کھینہٕ پتہٕ بیٹھو ترٛیشہِ ڈے مہیندرٕ، راج لکھمی تہٕ ونودنی کمرس منز، اما مہیندرَن ہیوٚت نہٕ کِتاب بوزناونک ہیشرِ۔

راج لکھمیہ دوٚپنس — "مہیندرا، ژیٚر دیوتھ کِتاب بوزناوُن۔ بوزناوتا، کوٚسہ ساہ بوز نادکھ؟"

مہیندرَن دوٚپنس — "مگر تتھ منزٕ نٕے پچھےٚ نہٕ رام کرشن یا دلیوی دیتاہن ہنٛز کتھی کانہہ۔ ژیٚہ مالگی من تتھ منز!"

من لگیٚس نا؟ من لگاونک ہےٚ مجراج لکھمیہِ پوٗرہ پوٗرہ ارادہ کوٚرمُت۔ مہیندرٕ ہےٚ ترکی زبانٕ ہنٛز کانٛہہ کِتاباہ تہٕ پروٗمُت توتہٕ لگہِ ہےٚ تس من۔ بچارہ مہیندر اوٚسُس گنٛڈ زنٛاہ روٗدمُت۔ نوٚش اٚسِس گاٚمژ کاٚشِہ۔ مہیندرَس یہِ روژِہ ہےٚ، ماجہِ روژِہ ہےٚ نا سنا؟ روژِہیس نٕے تہٕ کاٚم کیٚتھ سنا پاٚٹھی پکہِ ہےٚ؟

ونودنیہِ دوٚپنس — "کرکھ نا کاٚماہ مہیندربابو! کاکنہِ ہندِس کمرَس منز چھُ بگاٚڈ شانتہِ شتک' (ذبر ترِ ہرِ سُند)۔ سی کیاژہِ بوزنادکھ نہٕ از، کاکنہِ تہٕ ییہِ رَس تہٕ سندیا کال تہٕ کھیہِ رتھ!"

مہیندرن وُچھ آرہ بُرژَد اٚچھو ونودنیہِ کُن تہٕ اٚتھی اندر۔ آیہِ نوکراٚنی راج لکھمیہ ستٕھ بیٚتھ زِہ کاٚیتھ ٹھوکراٚنی اٚسِس کمرس منز براران۔

مہیندرَن دۆپنس اکِ شیٹھہ ۔ "مٲجی یِیہ تُرہ تس سمکھتہ۔"

وِنودنیہ دۆپنس ۔ "تہ کیا چھس ؟ کاکنی اژہ بیٹھہ تہ بہ گوژھس نش۔"

اما راج لکھمیہ آو نہ تاب کایتھ لوکراژ سمکھنہ روس ۔ دۆپنس ۔

"توشی کیازہ چھو ہم خواہ مخواہ تنگ کران ؟"

وِنودنیہ پرژھنس حیرانی سان ۔ "میہ کہی تنگ کرُکھ کاکنی ؟

میانہ یور ییہ سیتی ہے تکلیف ووتھی تہ بہ درایس۔" اوزِ رِہ بُتھ

گیہ وِنودنی نیرنہ خاطرہ استادہ۔

مہیندرن روٹنس اتھ تہ دۆپنس ۔ "یتھے گٔی کیاہ چھو ہم تنگ

کران تہ ژالان ؟"

وِنودنی وُژھنس ۔ "خبر اسہ نہ زہ یوت تیز چھم۔ مگر ژیہ تہ

چھُیہ نہ دِل کم سکہ ہیو کینہہ۔ برداش چھُیہ سیٹھاہ وچھتھ تلہ کیاہ باسی ؟"

یہ ونتھ تہ نیون وِنودنیہ شہد اتھ نوور لٔمتھ تہ لقوون پنہ نس

ڈبہ رای کرہ وِنس وچھس بیٹھ۔

وِنودنیہ ژوٗل نیرتھ "وی" تہ اتھ ژاوتھ دۆپنس مہیندرن ۔"

"کیازہ لوٗگیہ ؟"

مہیندرن وُچھ زہ تمہ دوہ یتھ اتھس لوگمت اوسس، تتھی اوسس

رتھ وسان دارہ ۔ مہیندرن دۆپنس ۔ "ہے ہے، مُشتھی اوسم گومت۔"

بازِ غلطی گٲم - دلہ دواہ لاگِو !"

وِنودنیٚ دۅپنَس ـــ "کینٛہہ چھُنہٕ، دواہ چھُم نہٕ لاگُن کینٛہہ !"

مہیندرَن پرٕژھنَس ـــ "کیازِ نہٕ ؟"

ونودنیٚ دۅپنَس ـــ "کیازِ نہٕ کیاہ ! ڈاکٹری چھم نہٕ کینٛہہ کرٕنۍ یُتھ چھُ تسُند گژھہ رٕوزُن یِہ چھیٖ کھ !"

مہیندرَ گوٚ غوطَن ـــ "کینٛہہ چھُم نہٕ فکرِی تران۔ زنانن منٛز یِمہٕ وِیرِی!"

وِنودنیٚ دۅپنَس ـــ "کانٛہہ چھم"۔ تہٕ دٲری پٲٹھو دراےٚ پانَس۔

بُرزاہ اَکھ بٔہتھ گوٚ مہیندرَ اِستادٕ زِہ وِنودِنی انِن پھیرِتھ -

اما ہیرہ لِنٛشہ دٲرتھو آوٗ پھیرِتھ تہٕ لوگ کمرَس اندریُر اور یور کرٕنۍ۔

وِنودنی آسِہس پانَس کُن لمان، اما نکھہ تہٕ آسِہس نہٕ بیٚنیہ دِوان۔ مہیندرَس اوس دغدغہ زِہ زِینتھ ہیٚکیم نہٕ کانٛہہ۔ دُنی کیٚنہِ اوسُس یِہ دغدغہ وۅتھمُت - اما گمانہٕ اوسُس زِہ کوشِش کرٕہ سیتۍ کیاہ ہیٚکَن وٕہرِ تہٕ اکَس منٛز اَرنِتھ۔ اَز تہٕ مٲرنی ہارٕ اما ہار ہیٚوک نہٕ مانہٕ نٲوِتھ۔ بینٛزِس دِلس مُتعلق اوسُس تھوٚدٕ زِدم - کانٛسہٕ تہٕ اوس نہٕ پانَس ہیٚوو مانہٕنَس تیار، اما اَز آسُن یکھُرہ پوٚیہ، مہٕ اوسُس وۅتھمُت - یُوسہ بٔرزی راو راوِشہ آسِہن تمہ بدلہٕ کیاہ۔ اوسُس لاربومُت ؟ سنہٕ دردٕ اوس تل یِتھ کُنہٕ کانٛہہ فقراہ

شامن باگ منگتہ ییہ تہ اتھ ژھوڑی واپس گژھتھ وتہ بیٹھ
اِستادہ روزِہ، سوی یِش باشاہ اُس گاٹِز مہیندرس تہٕ۔

پھاگنس تہ ژیتھرس اوسکھ بہارس علاقہ بیٹھ داریاہ ڈُسنجہ)
ماچھ واتان۔ پژتھ ڈریہ اوس راج لکھمیہ ہند تہ واتان تہ یِمس
تہٕ اوس نکھ بہارین سوزمتی۔

وِنودِنی گیہ پانے راج لکھمیہ نِش تہ دوپنس۔"کاکنی، بہاری
بالویٚن چھُ ماچھ سوزمت۔"

راج لکھمیہ دوپنس بانہ گِژھ تھو۔ وِنودِنی آیہ تھوِتھ تہ بیٹھ
راج لکھمیہ نِشی۔ دوپنس ـــ"بہاری بابو چھُ نہ کینہ کتھ منز تہ مشراوان
پننی ماج ماچھس، ژیتی چھُی ماج زانان۔"

راج لکھمیہ ہندی کنی اوس بہاری مہیندرنی ژھایاہ ییو۔ ـ
مہیندرس برونہہ کنہ اُس نہ سو تس متعلق زیادہ ییو کینھہ سوچان
زن تہ سہ لاگِژ روس، پھِتِہ ژُر روس تہ میتنگہ دگہ روس تھُنوکھ
کوتاہ اوسُس۔ اما از ییلہ وِنودنیہ راج لکھمیہ تس ماجہ تیمہ سِنز
ماج دوپ، راج لکھمیہ لوگ وانجہ دوہ کُھر ہیو۔ خیال آس، پوتے
چھُ، بہاریس ماچھ پننی ماج، ییتی چھُ نا ماج ویندان!

الِنہ ڈلنہ وِزہ اُسنس بہارین بے لاگ پانُھ ژھو ہیہ دوہ یہ

کرِتھ شروایہِ سان سیوا کرٕمٕژ۔ تمہِ تہٕ اُمس سۄ سیوا بےٚ شوٗنگی
پانٕٹھۍ قبول کرٕمٕژ۔ شکر گزاری ہنٛد احساس اوٚسس نہٕ زانٛہہ وۄتھمت۔

اما بہارلیس تہٕ ہیٚتشر آیاہ کانٛسہِ خبر؟ اتھ پورنا ییٚلہ گرِہ اُمس سۄ
اُمیس یلالہِ کرانۍ۔ راج لکھمیہ اوس توتہٕ باسان زہٕ سۄ چھ بہارلیس
موچہِ منز اَنِنہٕ خاطرٕ یہم سوانگ کران۔

وۄشا ترووٗن تہٕ دوٚپن ــ "یُزی پانٕٹھۍ چھُم بہاری گوٚبرس برابری!
سُوۍ چھُ زہٕ بہاری چھُم پننِس نیچوِس سٕندہِ کھوتہ سیوا کران۔ زانٛہہ
تہٕ ما کرٕمس رفاقتھاہ، توتہٕ رُود سہ تمی ڈنٛجہ۔" یہِ شوٗنچتھ تہٕ
ترووٗن بیٚنہِ زیٚٹھہِ زیوٗٹھ وۄشس، وزِتھ دامٕلنجہ۔"

وِنودنیہِ دوٚپنَس ــ "بہاری یا بوٗہس ہے چھُ چانہٕ اتھک
رۄژمت سیٹھاہ خوش یوان۔"

لکھمیہ آیہِ نہٕ یژھ، دوٚپنس فخرٕ سان ــ "بیٚنیہ کانٛسہِ ہنٛز (دۄدہٕ)
کرِنےٚ چھس روزاہانۍ۔"

وِنان وِنان آس خیالاہ زہٕ بہارلیس واتی داراہ دۄہ پتہٕ ہِی۔
وِنودنیہِ پرژھن ــ "دوٚپہے ہے! ازکل کیاہ چھنہٕ بہاری وُچھانہٕ؟"

وِنودنیہِ دوٚپنس ــ تی ہے چھس بہٕ تہٕ دیان، کانٛہہ! نیتھرٕ پتہٕ
ہےٚ مشرا دِی وہیندرٕ بابُوہَن چانی ساری سند بانٛدو۔ بہارلیس آسہِ نا

پچھے ہیوٗ ؟ ییہ کوٗت سنا؟"

کتھ گیہ راج لکھمیہ دِلس سُئیتھ۔ بہارِیس ییتی گیس ہمدردی ہُران۔ وِنودنیہ لجّ ونُنہِ ۔ "بہاری ہے رُود لو کجار پانہٕ پیٹھے مہیندرس رُت کاژھان۔ اُمی ینِدہِ باپتھ ہے چھُن کم سنتیہ تُجہ مژہ۔"

وِنودنی وُڑ ھس۔ " پگاہ ہے چھ آتھوار۔ بہاری بالوٗہس ہے سال کرکھ، خوش ہے گژھہِ!"

راج لکھمیہ ژِمیہ پہ کتھ۔ دوٗپنس ۔ "آہنی، بہ ہے دِمے مہیندرس آلو۔ سوٗ لیکھیس سالہٕ خط۔"

وِنودنیہ دوٗپنس ۔ " نا کانی، ژہ لیکھہ سی پانے۔"

راج لکھمیہ کوٗرُس اشتا۔" تھُندی بالوٗ ہے لیکھُن تگہٕ ہیم، تیلہٕ کیاہ اوس؟"

وِنودنیہ دوٗپنس ۔ " اِدہ بہ لیکھے چانہٕ طرفہ۔"

وِنودنیہ لیچھ راج لکھمیہ ہِندہِ طرفہ چِٹھ تہ سوٗزِن بہارِیس کُس نام اُتھ۔ آتھوارہٕ ہُنْد دوہ چھُ مہیندرس سیٹھہٕ ہُر موٗل آسان۔ بڑوارہٕ راژِ پیٹھے چھُ اتھ پرارن۔ پگہٕ ہچ سکر چھُ کران۔ آخرس تام چھس آنِتھ روزان۔ اگرچہ از تام روزُس دوہے شِشرٕ۔ توتہٕ اوس

آتھ وارہ ہنٛد چھوٚلہ ڈوٗن گاش سیٹھاہ خوش ییوان - اما اَز
کیاہ دِلیلا اُس یہ ؟ ماجہ ادٕسس سنا وٕنہِتھ ورٕن کانہہ کینہہ خاص
گوڈاینہ ہنٛد ادس یہ سنٛتھر ؟ اَز اُس نہ سو ڈیکہ پاٹھو بہانہ -
وِلودینہ بیتھی بیتھہ اُس کارس لگمژ -
اُتھی اندر گیہ ڈہ بجتھ - وِلودنی سمجھ کھیس نہ کینہہ بہانہ تہٕ -
مہیندرہ لوٚگ کِتاب پرنچ کوشش کرنہٕ - اما اتھ تہٕ لوٚگس نہ من -
اخبارس اکِس لوٚگ ورق پھرنہ - تہ اکہ اشتہارہ ژٕلاہ پرنس
لاگِن منٹ پندہ مرہ - آخر آس چیرہ پیٹھ - بوٚن ڈیستھ کیاہ
چھ دوچان زِہ ماج آسس دالانس (اندرٕ) پیٹھ رنگہ رنگہ نیامژ
ناوان دمہ چوٚلس پیٹھ تہ وِلودنی اُس ہوٚل گنڈِتھ چیر پلہ ناوان
تہ سو مبراوان -
مہیندرن پرژھنکھ -" اَز کیاہ سنا دِلیل چھ ؟ یہ دُم دام
کمیک سنا ؟"
راج لکھمیہ ڈوٚپنس -" نا نوشہ ڈونہ سنٛئے نا ؟ بہارِیس ہے
سال چھ اَز کوژمت ؟"
بہاریس سال ! ہیرہ بوٚنہ گنڈِ نیس نا ریٚہہ پدنس ! ڈوٚپنس -
"اگر ماجی مبہ چھے نہ فرصتھ روزنس ؟"

راج لکھمیہ پرژھس — "کیہو زہ کانٛم چھا کرُن؟ کوتو چھُ گژھُن؟"

مہیندرن دوپنس — "دوستس اکس نش ہے چھم ضروری کام۔"

راج لکھمیہ ووٗنس — "اڈہ کیٚتھو گژھ۔ وٚنی کیاہ لگہ؟"

مہیندرن دوپنس — "سال ہے چھم تتی!"

دلودنیہ کرِس ہچ نظراہ تہ ووٚنُن — "سال ہے چھس تہ دی

توس گژھنہ۔ بہاری بابوٗ کیٚن کُنی ژُنی؟"

اما راج لکھمیہ کیتھہ سنا پیٚیہ ہے قرار یوٚت تامتھ نہ سو مہیندرس

پلنہ اتھہ بناوِ مژھہ ھیافرش کھیاوِہ ہے۔ یوٚت یوٚت سو مہیندرس وِرِہ در

کرِنہ رٔچ، مہیندر آد یتوٚت یتوٚت گرنہ۔ دوپنس۔ "ضروری ہے چھمُ

گژھُن۔ آہنی، بہارِیس سال کرنہ بروٚنہہ پرژھ زہ ہیٚم!"

ناراض سپدِتھ لوٚگ مہیندر پیٚتھے کُنی آپنچ ہورنہ۔ راج لکھمیہ

ہندریو دِل۔ متھ گوٚس زہ سارِیٚسی دِمہِ دب۔

دِلودنیہ دوپنس — "کاکنی، ژہ مرتے گابر نہ۔ مہیندر بابوٗ ہے

چھُ پیٚتھے زبٲنی جمع خرچی کران۔ اَز نے ہیٚکن نہ یم سالس کُن

تہ گژھِتھ۔"

راج لکھمیہ دوٚنس کلس زیرِ دِتھ — "کورِی، ژہ نے زانہ

ہن مہیندر میون۔ ..تیم لٔہری گژھیس، تہ کرنہ دوٚس سنے چھُنہ روزان۔"

مگر پۆتس سپد ثابت زِ وِنودنی تہٕ اُمس نہ راج لکھمیہ ہندِ
کھوتہٕ مہیندرنِس مزاجس کینہہ تہٕ کم دأ اِتھ۔ مہیندرس تۆر فِکرِ زِ
وِنودنیِ کیاہ اوس ماجہِ امیک ظون دیت مُت۔ یہ سوچتھ آو تس
انزوٗن۔ گرِ نیٖبر ژلہٕ نک مزٕ گوس کم۔ شہ وُچھ ہے نا زِ بہاری
کیاہ کرِ ہے تہٕ وِنودِنی کیاہ! وُچھتھ تہٕ دُزی تِنی، وُچھ ہے ضرور۔

بہاری آو انز یژ کالی مہیندرٕنں سالس انگ آشناواہ ہیوٗ۔
اتہٕ اوس تمی گرِ کس شرِ سندی پاٹھی بےوایہ لہ کرِ چار بۆرمُت۔ یہے
کتھ سوچان گو بہاری زنانہ ڈیڑِ تَل رۄزتھ ہیوٗ۔ اُشی ٹاری آیس،
اوٗش ژٹتھ نہ وُٹھ کملأوِتھ ژاو اُخر اندر۔ تمی وُزِ شران گرِتھ
آمژ راج لکھمیہ پیٚو برن۔ بہاری بیٚلہِ دوہ اوس لوان سکان۔
ییتھ کٔنی اوس نہ راج لکھمیہ پرن ییٚنہ ہیٚوان۔ انہ زن تہٕ یژ کالی
پردلیہ بیٚٹھ آمُت اوس۔ راج لکھمیہ ڈولنس کلس اتھاہ تہٕ
اُشیرواداہ دیت نس۔

راج لکھمیہ اُمس انز اُمی سِنز زیادٕ ہمدردی، تہٕ کوٗرنس خاطرِ
دوٗر۔ دوٗپنس ــ بہاری، ژہ کہو وُچھ کھُ نہ ییتِن دوہن؟ دپان
اُسہس دوہے انز نہ نہ انز یکھ۔"

بہاری دوٗپھس ــ ماجی، دوہے یمِ ہا تہٕ یاد ما روزِ ہے۔

عمرٕ لوٹھ کیتہ چھُ ؟

راج لکھمیہ ووٚنُس دند چیر ہتھ ۔ "کتہ تام اوسُس سال
مزدوری ۔ توٚے پیوس گژھن۔"

یہ بوزِتھ گو بہاریس سکھ ہتھے ہیوٚ ۔ لوکچارکیس مای محبتس
گوٚژھ سنا یہوٚی انجام نیرُن ؟ وۄشاہ ترووُن زُلیوٹھ تہ
اد زردہ گی کھڑ ٹیچ کوشش کران پرژھنس ۔۔ "ماجی کمی پرارتھ
چھوہ اتھ میٚہ کتی تیار کریمتی ۔ بو تہ بہ لوژہ ہا۔" یم یم چیز روزان
آسیس، تمن ہنڈ پرژھنس اکہ اکہ ۔ راج لکھمی یہ گیرژھاہ
بناوِہ ہے بہاری اوس تتھ زِرہ کھوتہ زیادہ تاریپھ (تعریف) کران
تہ ماجہ ہندہ مای محبتک آنند تلان ۔ از تہ سپنز راج لکھمیہ
سینٹھاہ خوش زہ بہاریس آیہ تسندی بناوی متی چیز پسند ۔ تہ
اسان اسان کوڈن ستائش برابر پرژھس بتہ خاطر۔

امی وزہ آو مہیندر تہ لوگس پرژھنہ کمہ تام چانٹہ ۔" کھو
بہاریاہ واتیے مچھکھا ؟

راج لکھمیہ گُڈ وۄدُھ ۔۔ "مہیندرا، زہ گوکھ نا سالس کینہہ ؟"

مہیندر گو خجل ہیوٚ، مگر وۄر کرِتھ دوٚپنُس ۔۔ "ہیتو کُس نے
گژھتھ ۔ چٹھی لیچھ مکھ زہ مزدوری کام بنیم۔"

أتھ اندر آیہ وِنودِنی سُران کرِتھ۔ بہاریَن وۄنُس نہ کینْہہ تہٕ۔ مہیندرنی تہٕ وِنودنیہِ ہنٛز لیوسہ لیلا کمرس اندر تمہٕ دیوہ ۆچھ ہٕز آسِن، سہ آسِس اُچھن تلِ۔

وِنودِنی گیہ بہاریس نِش تہٕ بڈہ طائیم آوازہ منٛز پرٛژھنس۔

"بہاری بابو، زنتہ پرزنادانی چھودم نہ۔"

بہاری وۄنُس ــ "پرتھ کانْہہ ما ہیوک پرٛزنہٕ نا وۄتھ؟"

وِنودنیہِ دۄپُس ــ "کیا رٕہ ہنہ، لوٗزہ شورٕ ہے ہنا کام پیہ ہینیہٕ۔"

مہیندر تہٕ بہاری بیٹھٕ دونٔوے زۆٹ کھینہٕ۔ راج لکشمی بیٹھ برۄنْہہ کنہِ تہٕ وِنودنی لگیہ خاطر کرنہٕ۔ مہیندرس اوس نہ کھینس کُن دِل۔ باسان اوسُس زہ بہاریس چھ لوان زۄر خاطر کرنہٕ۔ بہاری نِس تھالس آس نا زیادہ کُرٕ، تہٕ جان ہش گاڈ کیازہ آیہ گٔژھ؟ امہِ شکایژ ہند رُت ہیوٗ جواباہ اوس وِنودنیہ نِش زہ مہیندر گو گرٕکیک باژ تہٕ بہاری گو لوٗژھ۔

جان ہش گاڈاہ اکھ ہینٛزایہ وِنودنیہ تراونی بہاری نِس تھالس بہاریَن دۄپُس ــ "نہ، نہ، مہیندر بابوٗہس تراو، امِس چھے ناگھ۔"

مہیندرن وۄنُس دِزہ بُزہ سان ــ "میہ گژھ نہ۔"

وِنودنِیہ کوٗرِس نہ زور کیٚنٛہہ تہ گاڈ ترٲوُن بِہاری نِس تھٲلِس۔

بوٗزِن کرِتھ درایہ دٔہ نہ قٕے دوست ییٚنٕرٕ کِنۍ۔ وِنودِنی لجِس

وننہٕ ــ "بِہاری بابوٗ، ییٚنہٕ ڈٔنی نیرِ، تانی بہٕہو ہیٚرِہ۔"

بِہارین پرٕژھس ــ "ژیٚیہٕ چھِہ نا کھیوٚن ییٚنٛہہ؟"

وِنودِنیہ دوٚپُس ــ "کاہ چھم نا!"

بِہاری نِس گژھس آیہ لبنہٕ طنزٕ کہ اسرٕنچ ژھانٛپھاہ ہٕشِس۔

مطلب زہ پیارٕ گوٚس پیہ درہم تہ وٕژتھ، کاہ دِیرِ ڈی، تہ ہمپاڈی۔۔۔

امہٕ اسرٕنچ ژھانٛپہ ژوٗز نہ وِنودِنیہ نِش کٔمٕرتھ ییٚنٛہہ۔ اما پیٚتھٕ گٔیہ

نمہٕ اَنٛہک چھوکھ ژولمت اوس۔ اسرٕنچہ کرٕتلہٕ ہٕنٛد چھوکھ تہ

کوٗرِن تِتھٕے گٔیہ برداشت۔ زارٕ پارٕ کوٚرُن ــ "مِیانی دِرٕے چھہ

ہیٚرہ نٕے بہٕہو تامتھہ۔"

مہیندرس وۄتھ ترٕٛ۔ دوٚپُنس ــ "کیاہ بنیوو تۄہہ۔ رٕژھہ تہ

چھوہ نہ عقل۔ کامہ آسی تن یا متہ آسی تن، خوش یی تن یا متہ

یی تن، بہناوُن چھہُ ضرورٕ۔ نِچے کیاہ چھ ژٕ ٹٕٹہ؟"

بِہارین دیتُس نہ کانٛہہ جواباہ۔ مہیندرس دوٚپُن ــ "مہرٕ ٹاٹھیا،

کٔتھ آسم دٕنٕزٕ۔" تہ مہیندرس ہیتھ دراو ییٚنٕرٕ۔ وِنودِنی ژوز نبرکِس

شٹیس مٔدٕے گنٛڈِتھ اِستادٕہ۔

نیبر نیرتھ دوپُس بہارین ــ "مہ ٹاٹھیا، دپان ہا چھُس سانِس ماجِ مجتس گوژھ یتھی لانج یُن؟"

مہیندرس اُس واٲنج دزان تہ وزہ۔ دوپنس ــ "یہ زانہٕ کُنی کتھ زہ میانہٕ گرہستہ منز گژھِ نہ نیبریُم کانہہ تہ اژُن۔ بہ چھُس بینُن 'انتہ پُر' (زنانہٕ) انتہ پرِتھ یژھان تھوُن۔"

بہارس پھُور نہ جواباہ کانہہ، تہ دراو پانس۔

مہیندرس اوسُن جلاو ہیوتمُت۔ قسم کوٚرُن وزِ کیاہ کرِہ نہ وِنودِنیہ ہیتھ کتھ زانہہ۔ اما کینژہ کالی ہیوتُن بیٹھہ تس پیٹھ تہ بڑ وِنہ دُچھُن۔

٣٠

آشا پرژھ دوہ اکہ انہ پوُرنایہ ــ "ماسی، موسا جی چھُیے ژنیتس پیوان زانہہ!"

انہ پوُرنایہ دوپنس ــ "کاہ وٲریشہ پانہ گیَس وِیدواہ۔ سانی سنز جم پیٹھے ژھانڈھا ہش!"

آشایہ پُرژھس — "اِدہ کُس چھُہَن سوزان، ماسی؟"
انہ پوُرنا وُنُژہس — "سُہ بگوان ہیُے لیس اندر ساری چھُم
شرُوٗ ہمت۔"

آشایہ پرژھس — "امہِ ہیتی چھُیہے سوکھ میلان؟"
انہ پوُرنایہ ڈوٗلِس مایہِ ہُنٛد اتھاہ کلس تہ دوٗپنس — "ژےٚ
کیٚہ تری سوٗ میانہِ منٛز کتھ فِکرِ؟ تہٕ زانیم پان ینُن، تَتہ سُہ
دےیِس سوران چھُ سن۔"

آشایہ سوٗنچاہ کرِتھ: "اما لیُس بہ دوہ راتھ سوٗران چھُسن،
سُہ نہٕ چھا سنا میانِس منَس وآتتھ؟ چِھٹھ زانہ تہٕ لیکھنہٕ تہٕ
توتہٕ کیاہ گوٗ، تِموٗ کیا ذہ تہ اِعم چِھٹھی لیکھنہٕ؟"

پیارِی میچ نہ آشایہِ مہیندرنی چِھٹھ۔ وَدہ شا تردُن تہٕ سوٗچن۔
"ودِس ہیُے نِکھ آسہٕ ہیم میانہ منٛز کتھ لیکھ ناوِہ ہیم چھُم اندر۔"

آشایہ اوس نہ چِھٹھ لیکھنس اتھے سمان۔ زر اوٗسُس زہ سامی
ما مازیم نہٕ ٹینڈی کھاو اچھرن۔ کُنہِ بأطُر ہیُے ششتِرُوٗ جگر کرِتھ
لیکھنہ بِہہ ہیُے تہٕ، یُوتاسوٗ گرِتھ ژُٹِھ لیکھنیچ کوٗشش کرِہ ہیُے
تیوٗتُی گرِتھ ہأنس اچھر بِکھ۔ یوٗتاسہ خیالن واش کرأن یِژہ
ہیُے تیوٗتاہ ینِہ ہیس دِماغس کھرُ۔ "شری جرنےسُش" (آداب)

لیکھنہ پتہ دستخط کرنہ سپتی ہے سو پننس مہیندرس انتریامی
دِوتا سندی پاٹھی بِنہٕ من باوِتھ ہیکہ ہے، چِٹھی گژھہ ہیٚنس سپھل۔
افسوس زِہ دِیِن ہے یوت لول دِژونس، سہ بادنہ خاطرٕ دِزمہٕ ہے
نس زبان تہٕ ترٛژہی۔

مندرس اندر سندیا کالچ آرتی کرنہ پتہ آیہ آشا گرٕ پھیرِتھ
تہ لٕج انہ پوٗرنایہ کھورن دِنہِ موٗٹھ۔ یٚژ کال ژھوپہ کٔرِتھ پرژھنس۔
"ماجی، ویان اسکونا سائیس داتہٕ دِوتا زانِتھ سیوا کرٕنی۔ یوہے تٕژی
ہرکھ آسہ، یوسہ نہ زانِہ سامی سنٛزرٕ سیوا کیاہ گیہ، سو کیا کرِ؟"

انہ پوٗرنایہ روز سس کینٛہہ کالاہ مٔدٕس گنٛڈِتھ وُچھنہ۔ رفاقژ
ہند وہشا ترٛاوِتھ دوٗپنس ــ "گوٗری بہ تیتھے ناداٚنی چھس۔ توتہٕ
چھس نا دٕے سو ران!"

آشا وٚژھس ــ "آہنی، سہ چھُ مٕنس واتِتھ۔ سائیس ہے
ہرکھ ترِپہ ہنزرٕ سیوا پیرِ نہ خوش تیٚلہِ؟"

انہ پوٗرنایہ دوٗپنس ــ "پرتھ کانٛہہ ہیکہ نہ پرتھ کانٛسہ خوش کٔرِتھ
کوٗری۔ خانہ دارینہ ہے شرٛدایہ سان سامی سنٛزرٕ سیوا کٔرِتھ گرہستھ
چلاوِہ، سامی مٕتہ دی تنس مجرا' دٕے دِیِس مجرا'۔

آشایہ دوٗپنس نہ کینٛہہ تہٕ سیٚٹھاہ کرے ین کوششِ زِہ

ماسہ ہندس ونٕنس کرٕہ ہا یزٕھ، اما کینہہ تہٕ بیوٗٹس نہٕ زٕہ ساہ تی
نےٚ مازٕہ تہٕ دےٚ کیا دِیہ مجرا۔ کارٕ نوٗمرِتھ لجٕ بیٚنیہ انہٕ پوٗرنا پہ
کھوٗرن دِتہٕ موٗٹھ۔

انہٕ پوٗرناپہ گرٕس اتٕس تھیٚتھ تہٕ اٚنِن بیٚنیہ برٕد نہہ کٔرٕن۔ ڈیٚکس
دیتٕنس میوٗٹھاہ تہٕ گلہ صاف کران دوٚپنس ــ "پچھنے، یس دٕیس
سیتہٕ اصلی ہیوٗن دیٚن چھہٕ، ملر تلہٕ سمبند چھہٕ، تمہٕ کیاہ چھہٕ میانٕہ
پرتھ کٲم، سیوا، پوٗزا تہٕ نیکی قبوٗل کران۔ مرٕ ہنٕہ بہٕن ہے یہ گیان
آسہ ہیٚم ژٕزٕہ مت، تہنزی کٲم ژاآنتھ ہے مینہ سمسار آسہ ہے اٚنزرود مُتند
کمہ سند مجال اوس مینہ وات نادٕہ ہے ایذا؟"

آشا رٕنز یژکال واتھ تام بسترس پیٹھ خبر کیاہ کیاہ سوچنہ
فِکرہ توٗرٕس نہٕ کینہہ۔ اما شوٗزٕہ پزٕہ ماسہ بیٚٹھ اٚسٕس سیٹھاہ
یژھ پرٕژھ۔ فِکرٕ نہٕ ترٕتھ تہٕ ہیٚشرن تسنٕز کتھ شیرٕ۔ ماسہ
لیٚس دٕیس دِلس منز جاے شبیرٕ ژٕ اٚس تس لجٕ سہ بسترس پیٹھ
وُتھِتھ، نہٕ ہتھ، لر ترٲوِتھ بیٚنیہ تہٕ بیٚنیہ پرنام کرنہٕ۔ دوٚپنس سینہ بیہ
چھس، ژاآنتھ ہا سکتھ؟ فقط نہ انہٕ ساہمی ہنٕز۔ اوٚدہ کہنہ ہے
کینہہ ابراد گوٗژم معاف گژھیم کرن۔ ساہمی نےٚ میانٕہ پوٗزا قبوٗل
کرن، یہ گژھہٕ مازٕہ۔ ماسہ ہنٕز ہش چھس نہٕ شوٗزٕ پزٕ زٕہ جانی

آسرٕ کٔڈِتھ دٔہا دٔہا۔" یِی وَنان وَنان کوٚر آشاہِ بسترس

بیٛٹھی بار بار۔ ڈیٖشِں پرنام۔

آشاہِ ہٕندِس چاچِس آو کلکتہ واپس گژھنُک وَکھ۔ رخصت

سپدنہٕ بروٚنٹھ رُٹ شامن بأگ اَنہٕ پوٗرناہِ آشا نالہٕ مَتہٕ تہٕ دوٚپنَس۔

"چھِنے، کوٗری میأنی، سماپٕہ کٕرِ دٔکھ تہٕ غمہٕ نِشہٕ ژٕٹِہ رٔچھنُک طاقت

ما چھُم۔ میأنی چھےٚ کُنی نصیحت زِ کوٗت تیٖیے دٔکھ واتی، پننہٕ

پژھ پرٛژھ تٔرادکھ، یُتھ زن درم روزی دوٚر!"

آشاہِ مُچِس کھوٗرن ہنٛز گرد تہٕ دوپنَس —"آشرواد

دِمی ماسی، تتھا ستو!"

۳۱

آشاہ آژ واپس۔ وِنودِنی رٕدٕٹھس —"کیٛہہ کٔرٕژ، چِٹھِ

پرچےٚ لیکھی زِہےٚ، یوٗت کال ہےٚ ینٛبٔر رُدٕزکھ؟"

آشاہِ دوٚپُس —"آہنی ژٕہ لیکھی زِ ہیم!"

دِنودِنی —"بہٕ کیاہ زِہ لیکھہےٚ گو ڈٔلیہ، ژےٚ واتہِ ہی لیکھُن۔"

آشاین اَرٹ نالہ تہ پنُن قصوٗر کوٚرُن قبوٗل۔ دوٚپنس ـ زن چھ نہ خبر، لیکھنُن چھُنہٕ تھگان! اَدہ تہ ژٕ بہٕ ہیشہ گاٹجہٕ چھکھ لیکھنس آیم سیٹھاہ شرم۔" وُچھان وُچھانی گیہ دوہہ تہ ڈٔنی ہُنز روشن شکلیں ختم۔ وژہ واٚلنجہ کوٚرکھ اَکھ اَکِس نالہ موٚت۔

وِنودِنیہ دوٚپُس۔ "دوہہ راتھ نکھ رُوزِتھ چھُکھ سامی پنُن خراب کوٚرمُت۔ کانژھاہ نئے پرتھ ساتہٕ نکھ نکھ روزٕنیس، واریاہ چھُس نہ لیوان۔"

آشا۔ "تمی اوسے نا ژٕ بہٕ پیٹھہ یار تروُومُت۔ کیتہٕ کٔنی گژھہ پیتہٕ روزُن، تہ زانکھ ژٕ میانہٕ کھوتہٕ زیٚر۔"

وِنودِنی۔ "دہلیہ اوسہٕ ہن کالج سوزان تہ بےفکر آسہس سیدان، اما شامن باگہ اوس نہ کیٛنہہ مانان۔ گراہ خوش گیہ کرنی گراہ کتاب پٕرتھ لوٗزناوٕنی۔"

آشا۔ "جانہٕ ہے گوٚ۔ ژٕ ہ اٚسکھنا لوٗکن گیر کران، ژٕ ہ سیزکھ بانہ تہ گیرٕ۔"

وِنودِنی۔ "چھنے ہے رُوزِکھ، چھُن سامی کیاہ چھُہ تیوٗت تمبہٕ لیوٗمُت زنتہ جود چھُس کوٚرمُت۔"

آشاین کوٚرُس اَسنا۔ "جانٔی یہ جادوگری ہے میٚہ تہ رژھا

نگہِ ہے، پَنُن پان زانُن ہے ناخوش نصیب۔"

وِنود نیہِ دۄپُس ـــ " تہٕ کہے، کَنہ چھکھ یژھان وۅلبہٕ ڈاس

کرُن؟ گرِ کینہہ کرہ تےٚ راٹھ۔ بیٚنیہِ کیٛنسہِ تسبہ ژھِنہِ پنہ منٛے کرنہٕ

کوشِش۔ کیاہ تام ہے جِنم باسان؟"

آشایہِ دیت وِنودنیہِ اُسہہ تھوٚپ ـــ " یہٕ کہی بک

بک لوٚگتھ!"

کاشی بیٹھ واپس یتھ بیلِہ آشایہِ مہیندہ ڈیچھ تمہٕ دۄپنس ـــ

" ماسہِ نِش چھُوٚ راحتھ گمُت۔ ماز چھُ لوٚدمُت۔"

آشا مند چھیٚنیہِ ہِش۔ سوٚچُن ـــ " دِیٹھنی تہٕ گژھس ہِ !

کاژاہ چارٕ چھس۔ کانہہ کتھاہ تہٕ چھِم نہٕ سپدان۔ پریشانیہِ منز

تہٕ رودُم یان ویٹھانی۔"

لوٚتہِ پاٹھی پرژھنس ـــ " تُہی روز آوہ واپے؟"

مہیندرن دۄپُس بےٚ رُخی سان ـــ " واپے، اَو ناکارہ نہٕ کینہہ!"

آشایہِ ترٲوُس یتھس نظراہ۔ باسیوس زہٕ شُس ہیوٚکہٕ چھُ۔

یتھس اوسُس لیڈرٕ ہیوٚ۔ اُچھ آسس زِیُن ہِش ژاہرژہ۔ ونہٕ

کوٚس تام بوچھم اَسِس اَندری اَندری کوٗرتھ یوان۔ واتلِہ وۅنُس

تُھس۔ سوٚچنہِ لوٚگ ـــ " وہی میانہ روٚس چھُم ساٗمی سیٹھاہ شُس

گومت۔ بہ کیازِ گییَس کھٲشی؟ ساٖمی آسیم گیومت تہٕ بہ
آسا وَنیتھان۔ یِہ شوٗبِتھ تہٕ آلیَس پنٕنِس صحتَس پیٹھ شرم۔
کیٚنژھہ کالاہ خوٗلمن گژھتھ ہیچ مہیندرَن اَکھ بَجہٕ کتھاہ۔

"کاکنہٕ اَسہِ وارٕے؟"

کاکنہٕ ہنز شیٚنچھ خبر بوٗزِتھ بیٚنیہ کانٛہہ کتھاہ بوٗزنٕی گیہ
مہیندرَس ناگوار۔ بجلہِ فٲے ہیو اوس گومت۔ اخبارہ ژٲماہ
اَسِس بروٗنہہ کنہٕ، تِمن تہٕ لوٗگ پرنہٕ بیٚیہ دِلی سان۔ آشا
لَجِ کارٕ نوٗمرِتھ سونٛچنہٕ۔ "بیٚنترِ دوٚہی سپد ہیتَس، تہٕ ڈیٖکہٕ مُژِتھ
گرہم نہ کتھ۔ سٕنیترِ نظرِ وُچھہم تہٕ پنٕہ دلیل کیا سَنا چھہ؟
چھِٹہٕ لیٚچھہم نہٕ، اَدٕے چھا ستا بیٚشر ناراضگی؟ نہ تہٕ ماکھرٕکھ
ژِکھ نہٕ ماسہٕ ہِندِ ونہٕ رٕوزِس بہ ییٚژکال کٲشیہ منزٕ۔
توٚے چھا یوٗت خشم! پنٕن قصوٗرٕے موٗنن مہیندرہٕ آمہٕ
انقلابک موٗلہ سبب تہٕ پنٕنِس اَتھ قصورَس ہیٚوتن سٕنن۔

مہیندر گو کالِج تہٕ پھیرِتھ تہٕ آو۔ شامن آیَس راج لکھمی
پائے پھل تہٕ مِٹھایہ ہیٚتھ۔ آشا تہٕ رٕوزِس برس ٹکل اِستادہ
چیٚنڈِ گٕنڈِتھ۔ بیٚنیہ اوس نہ کانٛہہ۔

راج لکھمی گابرینہٕ ہش۔ "کہو ٹاٹھیا، رٕژرٕیہ چھیا؟

مہیندرن دوٚپس ترٛہ شرٕ ساں ـ "پرٛژر کیٛہ دوٚ آسیم ہٕنٛز مآجی؟

راج لکشمی ـ "اَدہ کیانٛو چھکھ نہ کیوانٛژِ پٮ۪ٹھہ؟"

مہیندرن دوٚپس دزان دزان ـ "کیوان چھس نہ تہ اَدہ کیاہ

چھس کران؟"

دیٖتہٕ کول اوس ـ شامن باگہٕ وَنگ مہیندر پانٛژ گرٛناہ لاگتھ

پَتہٕ پیٚٹھ اَدہ غور کران. دُس ادٕس لیٚوٕ بہتھ زہ ازٕ گژھِس

نہ کتاب لوٚزٕنس منٛز کیٚنٛہہ تہٕ ہرج. آنٛدمٕٹھ اوٚس قریب قریب

موکلوومُت ـ باب تہٕ کہٕ آسِس باقی. وِنہٕ وِنہٕ بےٚ کاژاہ تہٕ بےٚ غار

آسہِ بم زہ ترٛیہ باب گژھِس منٛزٕ لوٚزٕناوِتھ. اما شام سیٖدٕ راتھ

تہٕ آیہِ کتاب لوٚزٕناوِنک وَکھ تہٕ گو. مہیندرٕ کس دود ارمانٕ. مایوٗس

گژھتھ پیوس دتھرس پیٚٹھ ڈاپھ تراوِنٕ.

حیادار آشا آیہِ پانٕ شیٖرِتھ تہٕ پیٖرِتھ لوٗتہٕ لوٗتہٕ کمرس اندر. ژوٗچ

زہ مہیندر چھُ شونگمُت. برونٛہہ پکس پیوس نہ جُرئتھ. نیشرکال مثیل سیدِ

دزہ چھہ پیٚتھ منٛدچھ لازمی. سو کیٚتھ پٔٹھ گژھِ بے ازٕ تتھ پیٚنٛژٕنس پیٚتھرس

پیٚٹھ سالہٕ رونقی! نیشرکالاہ رُود برس تلہٕ اِستادہ. اما مہیندرٕنٛز بیدار

گژھنٕچ آس نہ کانٛہہ صورتھاہ لبنہٕ. لوتہٕ لوتہٕ تُلن قدماہ اکھ

بردیبہ کن. گٔنِس گوٗژھس دٔکنہ شروٗژ گژھن. شرمہٕ سیتہٕ گژھِ گکتہ.

دِلس دوٚیُو اَتھوٚ چیرِ تھمہ کٔرِتھ ڈاڈٕ آخر مچھر دانہِ نِش۔ ڈٔچھی زہ
مہیندرس چھ نیندٕ۔ باسیوس زِ سازسنگار چھُم اَمن رِکٕنگالہ ترادان۔
مَتہ گوس زِ گرٕتھ تہ ڈاپھاہ ترادِہ بٔنِس کُنہِ جایہِ۔

مگر تمام حالہ تھوٚوُن آخر پلنگس پٔنٛژھ قدم۔ توتہٕ گوٚ تمہ الہِ الہِ تہ
مہیندرٕ سے بٔزی پاٹھٕ مَست نیندرِ تہِ آسہِ پہِ سے بیدار گرٕمیہ سے نا؟
اما اَز اَسِس نہ اُچھی مژٕرِنہ لیوان۔ نیندِ آسِس نہ کُنہہ بیدار
اوس۔ اکِہ پاسہِ اوس بُتھ پھیرتھ، آشا تھوٚ تھِس لوٚتہٕ پاٹھٕ ژھرٕ بُتھر
کِنہِ۔ مہیندرس سے تور کُن بُتھ اوس نہ۔ توتہٕ اوس تُس ژاٚنتھ زہ
آشا کیاہ چھ لوتہٕ لوتہٕ اوش ہاران۔ تسٕنزِ سسکیہِ لُچھ آشاہِ
ہندِس دِلس لٔٹہ کہ سوٗر کرٕنہٕ۔ مہیندرس تہ اوس نہ فِکرِ تران زہ
کیتھہ پاٹھٕ کرِہ آشاہِ سیتر لولہٕ ہُنٛز کتھا باتھا۔ اُذری اُندری لوٚگ پانہٕ
پانس لعن طعن کرنہٕ۔ اما امِہ سیتی آس نہ پیٚیت، اتھاہ وتھہ
آسِس نہ کیٚنہہ۔ سوچاہ کوٚرُن۔ "میچھُو تہ چِلم نہ نیندرِ ہمہ سوانگہ
کینہہ۔ بُتھر لگے تہ گرٕچھی۔ اُچھ رِکتہ کُر نٹرِہ تمہ وزِہ؟ کتھ پُتھ سیٚنمُ؟"
اَمہ کُرِنس آشایی مُشکل حل۔ مُیچھے پگرٕ سے گیہ سُہ بُش کھلی زبہ
سازسنگار ہیتھ ڈٕ تمتھ۔ مہیندرس ہیوٚک نہ وِ ۂچھی ہا دِتھ۔

## ۳۴

آشا لُج سوچنہٕ ۔ "یہ کیاہ سنا گوم؟ کیاہ سنا خطا کورُم؟"
ییتہٕ اہل پھینٹ اَمِس تور ما پیٚیہ ہیس نظر۔ امیک اوسُس نہ گمانہ
تہٕ زہ مہیندر کیا اوس دِلوٚدنہٕ ییتھ پان مارن۔ ونیٚ کینہ یِمن رنگن
اُس سو بےٚخبر۔ نیتھرٕ پتہٕ ییتھ تمہٕ مہیندر وُچھمُت اوس تتھ
ڈُلیتھ کُنہٕ قسمک خیال تہٕ اوسُس نا ممکن۔

مہیندر گو اَز شلی پہان کالج۔ برونٹھ ییلہٕ مہیندر کالج نیرہے
آشا اَمِس دارِ پیٹھ روزان تہٕ مہیندر تہٕ اوسُس گاڑِ منٛزٕ نظراہ
کراہن۔ تمی عادتہ گیہ اَز آشا گاڑِ منٛد صداہ بُوزتھ دارِ پیٹھ رُوزتھ
مہیندرس تہٕ ڈِژہ عادتہٕ موجب ہیوٚر کُن نظر۔ وُچھن زہ آشا چھ دوٚدرِ
شران تہٕ چھُن نہ وُنہ کورمُت۔ پلو چھس مالہ، مس چھس پریشان، تُتھ
چھس زرزلومت۔ وُچھتھ تہٕ گو مہیندرن یکدم لون کُن نظر تہ لوگ
کتاب پرنہٕ۔ ژھان اُچھن منٛد شہ خاموش مُلاقات خبر کوتُت گوکھ اَز؟
شہ دژِ دالنجہٕ موڑرُ اُسن اوس نہ اَز بُودی گنہٕ۔

گاڑی دراے۔ آشا بیہہ تنٛرتی پتھرس پیٹھ بسمار باسیوس ڈُدون۔

کلکتہ ہس منز اوس شہ ترٛیہ ہٕنٛد دکھ۔ ساڑھ ڈہ آسہ بجے مژٕ،
آفِس گژھن والین ہٕنٛزٕ گاڑٕ آسہٕ بوٚڈٕس پتھ دوران۔ ژھینیٛ اوسکھ
نہٕ گژھان۔ ٹرامہِ پتھ اُس ٹرام نیران۔ اَتھ ترٛیہ ترٛیہ نمبٕرے اوس
غمٕو ہتٕوبہ رووُمت دِلاہ اَکھ بلٕگٕل بےہنگم باسان۔

آشایہ آو یکدم خیالاہ —" تُوٚزٕرمے فکرِ! بہاری بابوٗ اوس
ناکاٗشی گومُت، تی بوٗزِتھ آسن بہٕ ووٚیلیٖنتی۔ اَمہ علاوہ تہٕ کیا
سنا ٹیٛد ہین دوٚہن یتھ پٹھ یمین ژٕکھ کھسہِ ہے۔ تہٕ کرِتھ
کیاہ چھُ اَتھ اندر میون تقصیر؟"

سوٗنچان سوٗنچان زن تہٕ گیہ برٛونٛہہ اَکِس دِپلیِ ڈبہ راہی سٕنٛد۔
پھیرٕٹٕ پھیرٕٹ رووٕمُت، جھینٛدرس متہ آسۍ تِتھ ژھکٕ گومُت زہ بہاری
بابوٗہن کاٗشی گژھُن اوس میانی موکھہ۔ ہے ہے یتھ پیوٚو نٕک
گژھُن! وٕہہ خجل تہٕ خار گیہ۔

جھینٛدرن تہٕ اوس شہ ززریومُت روٚزی وُچھُمُت تہٕ دٕدٕہ
دوہس روودمُس شہ اُچھنہٕ تَل۔ کالج ٹیٛلہٕ بٕنین ٹکن پیٚتھ
لیکچر اوس بوٗزان، تمہ رِنٛزہ تہٕ اوسُس دِلس پٹھ تسٕنٛز تصویر
بیٛٹھِہ تہٕ بٹھِنہ دوٚتلان — دارِ پٹھ ژھٔنٛڈِتھ گامژٕ آشایہ سٕنٛد
سگ روٚزی، پریشان مس، مالہ بَلٕوٗ، تہٕ گابرِمژٕ نظرو

کالہِ ییٚرِتھ لوٗگ مہیندر تلاوٕ ہُٹس پیٹھ اڈرٕ یور کرنہٕ.
شام تہٕ سبحٕ تہٕ تٔمس آیہ نہ کینٛہہ تہٕ اُتھ وتھ زٕ آشایہِ
ہیتھ گیاہ ستا سلگ پرٕ کرنہٕ ۔ ہمدردانہٕ ژھل کٔرِ ژھلہٕ ژس
بے دردی! مٲجو دِیتن دِلس ہیٚنزِ دِلاساہ زٕ آشایہِ منٛداوس
وٕنہ تہٕ یتھوٕت محبت یوٗت نہٕ بیٹیہ کانٛسہِ تہٕ زنانہٕ منٛد
ہیکہٕ ہے ہیٛر سپدِتھ۔ سُہ محبت برآمدِتھ گیاہ ستا زٕ روزٕ
ہے نہ آشا خوش تہٕ خوشحال !

دلودنیہ تہٕ آشایہِ دوشوٕنی جای کرٕ وُن لوکٹ دِلاہ
اوس مہیندرس۔ ولودنیہ ہیتھر اوسُس شوٗد لولہٕ تعلق بیمہِ ہیتو
زِن باژن دوٕن ہندس نیتھرٕ تعلقس کانہہ تہٕ نہ اپہ ہیکہ ہے
نہ ہِتھ۔

یتھ پاٹھو پانس پیٚنٛزِس سمجاوِتھ دُن تہٕ ژو مہیندرن پینٛرو
دلہٕ پیٚٹھہ اکھ لوٗڈ بارہ تُلِتھ۔

ولودنی تہٕ آشا۔ دوشونٔوی مہ پارو ہیتر شوبہٕ ؤن تارکھاہ
ہیوٗ کھارہ ناسہ نیٚنٛ پان رٲتھ! یہ سونٛچان سونٛچان اوس دِ
سہ ڈیٹرِ اِنی گنہ۔ اد راتھ گیٛت گیا گژھہ بہ ہِل ہِل پیٚنٛزو آشایہِ
منشہ، لول برس، مُید کتھاہ باتھاہ کرس، اسنا، خوش گیاہ کرِتھ

کاسس سوٗرۍ غوصہ تہٕ غم۔ اَمی خیالہٕ بیوٗر مہیندر گرہ کنۍ
جل جل گاڑِہ کھٔتِتھ۔

بیتہٕ کینہہ دِزہ آسیس نہٕ آشا کینہہ۔ مہیندرن شوٗنج زہ
شونگنہٕ تہٕ پیہ مزوٗر۔ گژھیتھ تہٕ ترووٗن دتھرنس بیٹھ ڈاپھاہ۔
اما تیتھ کیٚنہہ کس عالمس منز گوٚو سُنا خیالن آگوٗرس دِل؟ آشایہ
ہیتھ لیس لولہٕ گنڈنا سپدان اوسُس، تمی سُتا؟ تہٕ برییس
برونہہ کنہٕ ہیتھ گوٚو زوٗدرگاش درازِ چھُ نہٕ، تیتھےٚ گوٚو گوٚتس پردن
لول مشربہ ہیۓ۔ اکِہ شوخ نارنیتہٕ اوس اکس سٔنیزہ بنزہ بالہٕ
ہانزِہ حیادار صوٗرژ کھوٗر کورمُت۔

'دبشہٕ برکھ' ناولہ باپتھ لیوٗسہ لمہٕ لم وِنودنیہ ہیتھ تمہٕ
دتہٕ ہپنزمژ اوس، سوٚ پٔتیہ مہیندرس ژیٚنِس۔ شامہٕ پتہٕ
اوس وِنودنی بھیپال گنڈلا' (ناوِل) لوز ناوان۔ راتھ اوس لِوان ژِریٚ
گرکہٕ اُمی ساری شونگان۔ کمرہ کس خاموش کنہ رس اندر اوس
وِنودنیہ ہنز پرجوش آواز نرآدِلان تہٕ نٔنبہ لگان۔ یکدم اوس
سوٚ زن تہٕ جسہٕ پھیران تہٕ کتاب ڈٔٹھ تھوٚوٗ گژھان دٔتِتھ۔
مہیندر اوسُس دِیان — "بوٚن تام ہیتھ داتہٕ ناوِتھ؟"
یمہٕ سارِنۍ کتھ ژیٚنِس پیٚنہ ہیتھ گو مہیندرُس دمہ رش پیوٚ۔

راتھ آیہ ژیر۔ مہیندرس گژھیہ کل زِ آشا آسیم پکان۔ اما آشا
آسیس نہ کینژھہ۔ مہیندرن سوچ۔ " بہ تہٕ چھس فرحی پانس تیار
آشا ہے خاہ مخاہ نوشتھ بہہ تہ پیہ نہٕ، بہ کیاہ کرٕ تتھ؟
یہ سوچتھ نہ لوگ سہ بوُرہ پاٹھو وِنودیہ ہندِ پکر دیانس۔

راتھ ہنز اکھ بجیہ تہ مہیندرس ژود نہ کینژھہ آب تاب
مچھرداٹی کھولتھ دراو نیبر، لشس پیٹھ کھوت تہ ریتہ کالک زوہ
گاشس آسس سیٹھاہ خوش۔ کلکتہ تک خاموش فضا زن تہ
نیندرِ ہندس سمندرس منز غوطہ غوطہ ادس کران۔ واو زنتہ
اوس بے شمار لیوٗ بیٹھو امہ بڈہ شہرِ چہ نیندرہ گنڈراوِتھ
خراماں خراماں لیوان۔

مہیندرن ہیوٗک نہ یتین دتھ سنٕز شر ژالتھ۔ یہ آشا
کاشیہ پیٹھ آمژ اُس تمہ اُس نہ وِنودنی وُچھمژ تیتھ۔ زوُنہ
گاشہ سیتی مُژراونہ آمژ خاموش راتھ لج مہیندرس مُژراوتھ
وِنودنی کُن ژیر ژیر دِنہٕ۔ مہیندر وڈتھ لوان۔ وِنودنی پتھ
کمرس اندر شونگان تہ روزان اُس تتھ وُچھن براہ وڈوکھ۔
اندر اُژتھ وُچھن زِ دتھرن چھ گرتھ، اما شونگتھ چھ نہ
کانہہ۔ یِنگ صداہ لوٗزِتھ پرژھس وِنودیہ وُچھنس کُن ڈب بیٹھو۔

—"کُس چھُہ؟"

مہیندرن دوپُس کمہِ تام حالہ —"وِنودِنی، بہٕ چھُس!" تہٕ یکدم
ووت ڈیٚکہِ پیٹھ۔

رِیتہٕ کالہٕ پتہٕ رات اُس تہٕ راج لگمی اُس وگواہ تناوِتھ وِنودِنی
نِش شونگِتھ۔ —پرژھُنس —"مہیا، یُوت ژیرِ کونٛ تُہ آکھ راتھ کیٚت
یور؟"

وِنودِنیہِ ترادہکس پنٛنِیو گیتو بُو تِکی نارہٕ وُزہملہ تہٕ مہیندر
ژوٗل یکدم کُوٗل سپدِتھ۔

(۳۳)

دوٚیمہِ دۄہہٕ اوس صُبحہ پیٹھے نٔب چھاوِتھ۔ کینژن دۄہن اوس
غضبک داوگ رُودمُت۔ تہٕ اَز اوس کالہٕ اوٚبرن شہجار ہیوٚر
پھیوٚرمُت۔ اَز تہٕ دراو مہیندر سُلی پہن کالج۔ کُڈ ہتی پکو اُسن
مسندس پیٹھ دارِتھ دِتی متی۔ آشا اُس دۄہس دِوان گنز راوِتھ۔
مہیندر اوس بذاتی سیٚود تہٕ دُلتردو۔ توٚے اوسُن آشایہِ

باند باند کرٛمت زہ دوٚلیس وٕدِتھ برونٛہہ اَمسۍ زِہ چندن داره دٕچھاں
کوٹھ چندس ترود تمہ اتھہ تہ اوبرہ درالیس پچھٹیاه -

اَمہ چیٹھہ کونہ سنا بچھیہ آشا تمی وزہ گژھس ئہتھ ؟

پانٕژی منٹن منز گژھہ بے موکلتھ - اما دنی چھس زہر ہنہ
ہنہ تیلان تہ زُد چھس نہ نیرانی -

چھٹھ نیرِ دنی تراوِس آشایہ نظراه - دُچھن زہ دنودنیہ
ہنز چھ - بُتھس پیوٚرس مُٹ چھ - چھٹھ ہیتھ گیہ بنس کرس
تہ دامِنچہ کُنہ تھویتھ لج پرنہ - لیکھتھ اوسُس ـــ

" راتہ کرٕ توٚتہ تہ گوکہ نا تربھ - از سوٗزتم بیٚنہ ژوٗدرِ باٹو
چھٹھ نوکرانہ انتھ - ہے ہے سوکیا سنا آسیم دنان ! بٕہ
دِلس لائق تہ تھوہم نا دُنیہ ہس منزٕ !

اَمہ ژہ یزھان کیاه چھُہم میٚہ نِش ؟ محبت ؟ یہ یچھُ ڈنڈ
کیازِ چھے ژاپش ؟ زینہ یٕتھ از تام ہے دوہے ژِہ محبتھ
محبتہ میوٗل مُت چھُم - تودِ یچھُ نا ہووس ژلان ؟

میٚہ ما چھ کانہہ وتھاه تہ دُنیہ ہس اندر محبتہ کریچ
یا پرلوٚرچ - توٚے چھس گندان گندان امیک حول گالان - ژیٚہ
بیلہ دیلہ اوسُکھ ژہ تہ اوسُکھ اتھہ منز شریک سیدان

۱۶ ما شہ ویلہ سورتو۔ وذی ہجۂ ژیٔہ گری مجتیک آئو۔ ادریور
کیانزہ چھکھ ژورہ نظرہ دِوان؟ لڑھ ڈِان تہ گرس اندر کرہ
قرار۔ میٔہ ما ہجۂ گرہ۔ کئی زذٰی گینزہ تہ ژیٔہ دِکے نہ
آئو۔

لیکمان ہجۂ ہم نزہ لول برتم۔ گینڈرہ وزنہ گو بہ پوزٕ
اما وذی چھم نہ میٔہ اَتھ پیٹرچھی لوان۔ وکھتاہ ادس یتلہِ
ژہ زانان ادسکھ نزہ آشایہ ادسکھ یژھان تہ لول بران
سہ تہ ادس اپز۔ وذی چھکھ ژہ زانان نزہ میون
ہجۂ تاشوق۔ بہ تہ ہجۂ ابزی۔ ژہ چھکھ یژھان فقط
پنہ گی پان ا

لولہ ترٕیشہِ چھنم ژنی گرچھ ساری پانس۔ تہ سو ترٕیش
ژلہ رادریخ سبیل چھ نہ ترٕیٔہ تام۔ بیٹر ہن چھم میٔہ پوژرہ پاٹھی
فکرہ ترٕ چھ۔ توے چھسے باند باند گران نزہ میٔہ مٹہ کرتم
گیرہ پچھے مٹہ روزتم۔ بے حیا لاگتھ مٹہ کرتم خجل تہ خوار۔
گینڈنگ ہادس تہ چھم وذی سوزمت۔ وذی پکھے نہ بہ گنزتہ
آلوئس جواب دِتھ۔ چھٹہ منز چھ تم لیوکھمت نزہ بے عار
چھس۔ شاید، اما میٔہ ہجۂ عار تہ لوان، توے چھسٔھ انزہ

تراوان۔ یتھ چِھٹہِ بے جواب دِیُت تمَ ، تیٖلہِ چھُم لبنہٕ پیوان
زِہ ژلنہٕ رُدُس چھُم نہٕ یِیتھ کانْہہ ترٕ موکلن پایاہ؟

چِھٹو پرہ وُکی زن ژُنج آشایہِ کھورَو تلہِ میٖٹر نیرِتھ۔
سائری سہارٕہ آسے لیٖس۔ اُتھ کھورٕ گاٹس ژوزِتھ۔
اَچھن گوس انِرٕ گوٹ۔ اَندریُم شٕہہ گوس اندر یِنبرٕم ینبر
گوڈٕہ دِژاَن تیٖچھ لبہٕ، یِتہِ المارٕہ، بوٚتس تخت بوٚشس
تہٕ پوٚتس گیہ بہتھ فرشس پیٹھ۔ برٛنٛزِ کنٛڈی ٹیلہِ ژینس
ہیو چھیوٕرِس، ہیٚشراَن بنیہ چِھٹو پرٕنی، اما فکرِ ئو ترِس
نہ کینٛہہ۔ فقط ژوٚدِس اکہِ کرہنٛجِ اچھر اَچھن یمہٕ ژھہ کنہِ
نَژان۔ یہِ کیاہ سنا؟ یہ کوسہ سنا بلایاہ؟ ڈٲبہ ڈاس کیاہ
سنا زِہ گوس؟ کَس سَنا ونہِ؟ کیاہ سنا کرِہ؟ کینٛہہ
ترٕ آس نہٕ لبنہٕ۔ آبہ یِنبرِ یتھ کُنی گاڈ چھ ژھرٕ ژھرٕ
کران، تیتھے کُنی اوٚسُس دِل راوان۔ پھِلہٕ وُن انسان یتھ کُنی
پانہٕ بیٹھو زِہ دٲری ڈٲری چھُہ دِوان تہٕ نبس کُن لمان چھُہ،
تیتھے کُنی اٲس آشا ترٕ منہٕ ہِنِس اندر کانْہہ نہٕ یِتہِ کانْہہ سہارٕہ
لبنہٕ یا یتھ جلکھان، اما اتھہٕ آس نہ کینٛہہ۔ آخرس ژوٚلس
وژھِ دٲلِنجِہ نیرِتھ ــــــ "ماس دیدی!"۔

یہ لول آوٗ نیرتھ، لٔجِس اَشِس دار۔ ژٕ تام وُدی وُدی
پانس کٔس تام حالی گرتھ پتہٕ ژٕ سوٗنچنہٕ ــ "یتھ چیٹھہٕ کیاہ
چھم کرُن!" برونہہ ہے پتہٕ لگیم، خمبل زد گژھیم۔ یہ
سوٗنچتھ گوس کیاہ تام۔ دوٗہُن نہٕ بیٚیہ تھوٚن یہ چیٹھ اتھ
کوٹھ جندس کٔجہ بیٚٹھ۔ دوٚپُس دِمن نہ کوٹھ کیتھہٕ!
یہ سوٗنچتھ تہٕ گیہ سوہ کھلہٕ چیٹھ اتھس کیتھ بیٚتھ سوٗنگن
کٔھس۔ دوٚب اوس پلوٗ چھیٚنہ شاند دِتھ سوٗنگمت۔ آشا اس
چیٹھ بیٚیہ کوٹھ جندس تھاوِنی دِہ نٔہ کنہ گوس آکوٗ ــ "اچھ کرِکری!"
آشایہ دیت کوٹھ چیٹھ سان پلنگس پیٚٹھ دارِتھ تہٕ پانہٕ
بیٚٹھس پیٚٹھ۔ وِنودنی آیس اندرٕ تہٕ دوٚپُس ــ "دوٚبی سندہٕ
ہے چھ پلوٗ ادل بدل گژھان۔ یمن نِشان چھُ نہ تِمن ہے
اَنے بہ نِشان دِتھ۔"
آشایہ وُژھ نہ ونودنیہ کُن اَچھ۔ پھیرِٹ پھیرِٹ اوسُس نہٕ
اَچھو کنی گوٗژھس نہ دِلس نیٚبر گژھن۔ توٚئے لٔج دارِ کُن
ہتھ گرتھ بنس مٔدے گنڈنہٕ۔ اَچھن دیتُن چیر نہٕ اوٚش گوٗژھم
نہ نیرتھ یِن۔
وِنودنیہ ترٲو آشایہ کُن ششدرٕ ہش نظراہ۔ سوٗنچُن

زِہ" او تہٕ راتک حال ہے چھُس معلوم سپدمت ۔ اما میٲنۍ پیٹھ
کیازِہ سوسُدی گرود ؟ زن تہٕ میوٗنۍ اپراد چھُ ! ؟
وِنود نِنہٕ سمیہ نہٕ مُبتھٕ کتھ کرنس ۔ کیٛتھہ بکُو چھاہُ نتھ درایہ
جلدۍ نِنبرٕ

از تام اوس آشایہ وِنودنِنہ بیتٕرنم تہٕ ماز گوٕ ۔ اُمی
لحاظہٕ ہیٛوکُس نہٕ یہ دوہ کہ تہٕ لِچُرتھ ۔ نِنہٕ ویٛسہ منٛدیٖس
تصورا کُس اوس، دیبوان شہ گرہ ہا بیٹہ اکہٕ پھِرہ
دِچھُو یُرتھ ہرُ ۔

چھٹو کھوٗتھ کچھیہ پرنی زِہ مہیندر بیوس واٹِتھ ۔ کیاہ
تام اوسُس ٹیٹس بیومت زِہ لیکچر ترٲوِتھ اوس کالجہ گرہ
آمت ۔

آشایہ تھاو سہ چھٹو دوتہٕ لونچہ منٛز کھٹِتھ ۔ مہیندر تہٕ
گو آشایہ وُچھتھ رُوزِتھ بیوٗ، اَچِھ لوگ کمرس اور یور نظرہ
دِنہٕ ۔ آشایہ تور فکرِ زِہ شہ اوس ڈٕنی دِوان ۔ اما چھٹو
لہ تہٕ یاٹو مہیندرنس کوٹہ چندس منٛز تھاوِتھ یِرہ ٹک بیوس
نہٕ ظٲہر ۔

مہیندر لوگ ماٗلہ بلہ وٲن اکہٕ اکہٕ بھیر دِنہٕ ۔ اُمی ینٛز یہ

پریشانی ووچھتھ رُدُد نہ آشایہ پانَس تام۔ کوٹھ تہ چھٹھ دورِکے
دِتہٕ نس دأیِتھ فرشَس بیٚٹھ تہ ووچھُن اتھ پلنگَس تھپھ کٔرِتھ
دیتھ اَمِس پنُنِس تھوپ۔ مہیندرن نیوٗ چھٹھ تُلِتھ وُزِ ملہٕ
ہٕنزہ تیزی سان تہ کٔمہٕ تام حالہٕ کٔرِن آشایہ نظراہ۔ امہٕ پتہٕ
گوٚو مہیندرن ترِاتر ہیرِ وسہٕ تُمک صدا کنَن۔ تمی وزِہ دوٗرِ پیٚس
دوٚپ آشایہ ـــ "تُہیہ ہنہٕ گوم۔ دوٗر چھُم نا گرٕدھُن؟"

## ۳۴

از صبحٕ دیُت نہ راج لکھمہٕ وِنودنیہ کینٛہہ آو۔ وۄہی
پامٕٹی شایہ سہ (وِنودنی) بچکس اما راج لکھمہ تَمہِ نہ
نظر تہ تَسی کٔر۔ حالانکہ وِنودنیہ پرٛژھنس تہ ـــ "کاکنی،
دلاے چھکھئے؟ گوڈٕ نی دِکتھ گٔٹی آسکہ دارہ۔ راتھ ہیٚے مہیندر
بابوہن گوڈ تہ تیتھی کاراہ۔ پھلہٕ وآر سیٚو گو ہکہٕ نیرِتھ۔
ینہ رِچھ آیم نہ پتہٕ"
راج لکھمی رُنہ بیتھ چاگرتھ۔ نہ دوٚنَس اَلہٕ نہ بلہٕ۔

دِنودنیہ دۆپُس بنیہ۔ "اَجہ کٲژ سیتہٕ چھُنہٕ ژھوٚرٕ؟ تۄہیہ دیُتوٚ آسہِ بہ میہ نِش نالِش کرنہِ یا عٲلس لاران آمت۔ راتس تہِ کوٚرُکھ نہ صبر۔ کاکنی، ژٕ مانِتھ یا متھ مانِتھ نیچوِس چانِس اَسہِ تِم ساس گوٚن، صبر چھُ نہ اَمِس رژھ تہِ۔ تۄہیہ چھِہ تہ اَمِس میہ سیتہٕ تہِ برابری لِوان۔"

راج لکھمیہ دۆپُس وۄلِتھ۔ "کہیہ چھکھ گوٚو کھیتوان! میہ نہٕ چھُہ نہ اَز کانہہ کتھاہ تہِ خوش لوان۔"

دِنودنیہ دۆپُس۔ "کاکنی، میہ تہِ ہیٚ چھُم نہ کینژھ سوژان۔ ژٕ بیٚہ ماگرژھی بیٹھِہ رٹیو۔ اَمی موکھہ آسہ یسے ویکھتام اپزٕ میٹر ڈُنی وُنی پوٚترہ یِتھ عالٕہ پردٕہ کران۔ اما وُنی روز نہ کانہہ باتھاہ تہِ پردٕہ کرنہٕ۔"

راج لکھمیہ دۆپُس۔ "پنٕنِس پوٚترٕ سندی چھیتھٕ تہ کرنہ چھیٚس بہ نہٕ برابٲژھ زانان۔ اما ژٕ آسکھ رژھ سانِتھ، بہ اَسمہ نہ خبر۔"

دِنودنیہ گیوٚ متھ کیاہ تام دِنہٕ ہیس، اما درٕیر گرِتھ دۆپُس۔ "کاکنی پوٚنہ چھُہ، کانہہ ہیکہِ نہ گٲٹس زانِتھ۔ پنٕنہٕ مشس گٲتیاہ چھُ واتِتھ؟ ژٕ یہ تہ گرہ یتھ ناواریاہ پھرہ نوٚخہ بیزار سیدِتھ

کوٗشِش زِہ نیٚتیجہٕ گوٗڑٕے میٚہ راٗنہٕ سٕہ کُنہٕ بیٚرِن۔ مٕتہٕ ــــ
کر پانَس سیٖتیٖن سوٗرٕچ؟

راج تُلکھیہ ہیوٗت تارٕ تژاپُن۔ گرزٕ گرِتھ وونُن تس ــــ
"تھوٚوِ شَکس کوٗنٹی، نیٚتیجس مُتعلق کُنکے ماجہ پٔتھ تہٕمت
لاگان؟ یہ زیوٗ ہیٚتیی نے وُستھ تہٕ!"

وِنودنہٕ گوٗ نہ الٕہ ڈٕلہٕ تہٕ۔ دوٗپُن ــــ "کاکنی، اَسہِ
زنانہٕ چھہٕ نا بڑاتی راٗنٹرسے۔ میٚہ منٛز کیاہ بوٗد اوسس،
پانس توٗرم نہ کیٚنٛہہ نکرہِ۔ اما تہٕ تیٚہ ہیوٗت نہٕ اُچھنہٕ۔ بیٚیہ
کُنہٕ تژیٚہ منٛز کیاہ بوٗد اوسس، پانسی تو زُنہٕ کیٚنٛہہ نکرہِ۔
اما مہ ہیوٗ زاٗنِتھ۔ بوٗد تہٕ اوس، نتہٕ ماہیٚنکرہِ ہے یہ
وائرداتھ سپدِتھ۔ میٚہ نہٕ چھُ کینٛہہ ہاہ بے زاٗنی بابتھ
تہٕ کینٛہہ ہاہ۔ زاٗنِتھ زال دٔہرو دمُت۔ سون چھُ بڑاتی
درمہٕ یہ ــــ اَسہ چھہٕ راٗنٹرِ، بوٗد گرٕنہٕ!"

راج تُلکھیہ اوس نٕشم بابہٕ، کتھ تہٕ پُچھِہس نہ۔ بُنٛہہ
گوڑٕ منٛزٕ نیٚبرٕ وِنودنی روٗز کینٛہہ کالاہ اُتی تُرِک پاٹھریاتہٕ
اُچھِن آسس تیٚمبرٕ نیٚران۔

صُبحُچ کاٗم کرِتھ دِتھ راج تُلکھیہ میٚنٛدرس نٔرِ۔

تِس تور فِکرِ زِ راتھ منزی کتھ آسہ پرٛژھ گارٕ۔ تِتھی وِزِ اوسس وِنودِنی شُد جواب میوٗلمُت تہٕ مَن اوسس راوان ہیوٗ۔ یتھہٕ کنۍ آیہ ٹلر اکہ طرفہ ٹکر کھیتھ بنا پھرتھ بیٚتہٕ زودرہ سان تورتھ کُن بٔنِیہ پھیران چھ، تتھےٚ کنۍ اوس مہیندرُن دِل تہٕ تاس کھیتھ بیٚنِیہ تہٕ زودرہ سان وِنودِنی کُن دوان دوران۔ اَمی وِکھتہٕ ماجہ ہیتۍ سوال جواب کرٕنۍ باسیوس مُشکل۔ مہیندرہ اوس زانتھ زِ ہرگاہ ماجہ وِنودِنیہ بیشِ بلےٚ وکھ گژھ پیٚنِ کتھ تہٕ چھُ شہ وُچھِس نہ سونٛ دِوگُن کیٚنہہ تہٕ نواٹت گرتھ باوتیس ڈِنگ سورُکۍ راتہٕ نیٚنہٕ ولٕنۍ تہٕ گرِس منز دِوتھ تھیلہ دَم۔ لہٰذا باسیوس زِ ژٕ کُنۍ پریٚنم گرہ ڈنٛر نیرتھ پیٚنِ سادہٕ پُنٛز کتھ سنۍ۔ نوکرِس دوٚپُن سہٕ ماجہ دروٚپ، کالہٕ چھُم ضروٗری کام، تورے کیاہ دراس۔ تورہ یتھ سمکس۔

یتھہٕ کنۍ نا کانہہ ٹوکاہ پرنہ نشہ بچنہٕ خاطرٕ دُرس منزہ ژلان چھُ، تتھےٚ کنۍ دراو مہیندرہ تہٕ یکدم پکوٚ لاگتھ گرہ کھینچ روٚدسُے۔ وِنودِنیہ منز لیوس ہاٹت ناک ژھِٹھ شہ صُبح پیٚنِتھ بیٚنِیہ تہٕ بیٚنِیہ پران اوس، روٗدمُت تہٕ چینٛدس ٹھونٛتھ اورہ یور اوس گران، سِنہ نُدرِس گٹھتیس کوٹھہٕ منز!

کینہہ کالاہ وڑھہ گۆو جرٕہ تہ پتہ کوٗتنٛ دوٗر۔ امہٕ اوٚبر
گۆو تیتھے گٔژھ۔ وِنودنیہ اوس دل از سیٹھاہ ملوٗل۔ زن تیٚم
ریٛتہہ آسنس گنڈِہش۔ یٚلہِ دِل اوسُس پریشان آسان
کامہِ کوٚچھ آس تتہٕ منہِ لگان، بیکار آس تہ بہان۔ اتہ
تہٕ آس سو گرِک پلوٗ سوٚمبراوِتھ تمِی نِشانہ لگاوان۔ آشایہ
نِش گژھِتھ یٚلہِ تسُند سہ زرکجارہ وُچھنی، دِل گوس جیادٕے
ملوٗل۔ وُنیہ ہٕس اندرے قصوٗروار سپدنہٕ چھہٕ۔ قصوٗرِیچ وِشیٚہ
یاژ کیاہ زِہ تُلہِ زِہ، قصوٗرُک لذت تہٕ کیاہ تُلہِ زِہ نہ ؟
وِنودنی لٕج یِی سوچنہٕ۔

گۆو لوٗگ ملہار گیوٚنہٕ۔ وِنودنی آس پننِس کمرِس اندر
دریٚچس بیٚٹھ بیہتھ۔ برونہہ کنہِ اوسُس پلوٗ امبار۔ نوکرانی
آسُس پلواہ پلہٕ ناوان تہ وِنودنی آسِس ہیلہِ بیتھ
نِشانہ نِشانہ تراوان۔

جِھیندرہ آو یکہ کمرِس اندر آلوہ دِوٗستی۔ کینہہ دِ (نوکرانہ)
وُچھ تہ پلوٗ ترٛاوِتھ ژٕج کلس پیٹھ ووٗتی مثیران۔

وِنودنیہ دِیُت اتھک پلوٗ دٲوِتھ تہ دُرِہ مَل ہش گیہ
وُوتھہ۔ دُوپُس ۔' نیرِ یمہٕ کمرٕ منزِہ نیر!'

مہیندرن دۄپنس۔ "کیاہ ستا زہ، مےٚ کیاہ کوٚر؟"

وِنودنی۔ "کیاہ کوٚرتھ؟ بزدِل، نامرد! ژےٚ ہیٚکہٕ کھوٚ کیاہ کٔرِتھ؟
نہ زانکھ لول برٕن، نہ چھوٚ فرض پالنکوٚ باشش۔ اَدٕ کیازِ چھِہم
سارِہٕ نش برونٹھہ کنہِ شُجل تہٕ خوار کران؟"

مہیندر۔ "دپان چھکھ، بہٕ چھُسے نہ لول برٕان؟"

وِنودنی۔ "اوٚ، تی چھُسے دپان۔ ژوٚرِ ژیپہٕ، کھوٚٹ کھوٚٹ
گراہ پیارٕ، گراہ پیٚارٕ، یہٕ ژوٚرِ وطیرٕ چھوٚن ڈیٚشِتھ چھِے
مےٚ چانی دِی گامِژ۔ مےٚ چھوٚ نہ وٕنی یہٕ خوشی پِوان۔نیرِ پانس۔"

مہیندر گوٚو برٕنژس اَکِس ششدر ہیوٚ رٕوزِتھ، دۄپنس۔
"ژےٚ چھےٚ ہمہٕ نفرت کران، وِنودنی!"

وِنودنی۔ "اوٚ، نفرت!"

مہیندر۔ "دُنہٕ چھوٚ آدن۔ بےٚ دُژلوٚت ترٲوِتھ سارٕسے
لتھ دِمہ تہٕ نیرہ، ژےٚ ہیٚمہٕ سیتی؟" یہٕ وَنان رٕچھیہٕ مہیندرن
وِنودنی نالِہ متہٕ، وِنودنیہِ دۄپس۔ "ترٲوم، لگان چھُم!"

مہیندر۔ "اَدٕ لگی تُنے! ون، یکھ مےٚ سیتی؟"

وِنودنی۔ "نہ ہیکے نہ، زانٹھ تہٕ ییکے نہ سیتی!"

مہیندر۔ "تہٕ کیازِ یکھ نہ؟ ژیٚری واتہٕ نوٚدٕس پیٹھ حقہٕ ہس

تہ وٕنۍ ہیکہ کٕہ تراوِتھ میٚہ؟ ژےٚ چھےٚ بکن میٚہ سیتی!

یہ ؤنِتھ تہ رچھیہِ مہیندرن چیرہ پاٹھۍ نالہِ متہِ۔ دوٚپنس۔ "چانۍ نفرت تہٕ ہیکہِ نہ اَز میٚہ دکہِ دِتھ۔ بہ تہٕ ہمتھ اَز پانس سیتھ۔ یتھ کنۍ رتھ کنۍ چھٕ ژےٚ میٚہ لول برہ ننۍ!"

وِنودنیہِ موکلود زورہ پننۍ پان۔

مہیندرن دوٚپنس — "ژہ واپاری چھُ تھم نار دِیتہِ متہِ۔ وٕنۍ نہ ہیکہ یہِ ژھیٚپرہ راوِتھ، نہ ہیکہ ژلِتھ!"

ونان ونان گیہِ مہیندرنۍ آواز تیز۔ دوٚپنس — "وِنودنی، تیلہِ کیازِہ کریوتھ میٚتھ گنڈن! گنڈن، ؤنِتھ ما ہیکہ موکلِتھ وٕنۍ۔ وٕنۍ چھُ اَسہِ دونوٕنۍ یکہ وٹہِ مرُن۔"

اَتھ اندر آیہِ راج لکھمی اندر تہٕ دوٚپنس — "کہو چھکھ کران، مہیندرا!"

مہیندرن پھر پننۍ پھلوار نظر وِنودنی بیٚٹھ ماجہِ کنۍ۔ پتہ دوٚپُن بیٚنیہِ وِنودنیہِ — "بہ نیرے سارہِ سیٚ لتھ دِتھ۔ وُن یکھ میٚہ سیتی!"

وِنودنیہِ کر ودلیٚرِ راج لکھمیہ کُن نظراہ تہ پتہ دوٚپُن مہیندرس اکتس تھپھ کرِتھ بےٚ وایہِ پاٹھۍ ییمےٚ!

مہیندرَن دوٚپُس۔ " اچھا تہٕ از کر صبر، بہٕ دراس، پگاہ
آسہٕ نہٕ کانٛہہ تہٕ میون ژیٚہ سوا؟"

مہیندر دراو یہ ؤنِتھ

اَمِی وزِہ آو دوٚب ونودنِس نِش تہٕ دوٚپنَس۔ " ژیر
ہیٚہ گوم، کوٚت کالاہ پرارہ؟ ازہے فرصت چھوہ تہٕ پگاہ
یمیہ بیٚیہِ"

کھیمہٕ (نوکرانہٕ) وۄننس دِتھ۔ " سائیس ہیٚہ چھُ دپان دانہٕ
چھُ موکلیومُت"

ونودنی اَس ہفتس کیٚت دانہٕ سوزان تُولِتھ تہٕ دارِ بیٚٹھ
رُوزِتھ اَس پانہٕ وُچھان زِہ گُری چھا کھیوان کِنہٕ نہٕ۔

گوپال (نوکر) آس تہٕ وۄننس۔ " حبُّو (بیرہ) مہارا ادس از
دادا ملشیے (سادھوچرن) سِ سیتی ژھُدان۔ دپان ادسس میٚنٛز
تیلہٕ ٹینگ حساب چُکاوِتھ گژھہ سہٕ نوکری تراوِتھ"

سمارک ویدہ ہار چھُ تِتھے پاٹھی پکان!

(٣٥)

بہاری اوس وٕنی میڈیکل کالجس پران۔ امہ امتحان دِنہٕ
وزِی ترووٕن پرٕن۔ اَتھ پیٹھہ ہےٚ کانٛہہ تعجب کرِتھ، بہاری
دپہِ ہس۔ "ڈاکٹرٕ ینتھ دٕچھہ بیٚین ہنٛز صحت، وٕنی ینٛ پنٕنی
پنٕنی تہِ صحت دٕچھٕنی!"

دراصل اوس نہ بہاریس اکہِ کاراہ۔ پرتھ وِزہ اوس
کیٚنٛہہ نتہٕ کیٚنٛہہ کرانٛہ روزان۔ امہ شُہرٕژ ہنٛد اوسُس نہ
ہوس، پانٛژمِک اوسُس نہ طمع تہٕ روزگارُک اَسِس نہ رژھہ
تہٕ فِکر۔ (کالجہٕ) ڈِگری برابر اَسِس نہٕ ہشس، تہٕ اتھ کامہ
منٛز پیٚیٚش مہارت پیٚدٕ کرنٕچ اوس تیٚتہِ حاصل کرِتھ اوس سُہ
میڈیکل کالجس داخل سپدمُت۔ مہیندر اوس اکھ وٕہرِ پَتہٕ
ژٕتی سپدمُت۔ کالجٕکین ژٕکن منٛز اُس مہیندر تہٕ بہاری پننٛز
یارٕژ مشہور۔ تمہِ آسہِ یمن 'سیامکہ ڈکرباٹی'، وٕنتھ مخول تہٕ
کرانٛ۔ اُتھمہ دُرِیہ تیلہ مہیندر فیل گو، دوشوَے اُسہِ اکہ ییٚچھ
جماژ۔ اما اُتھ اندر کیازہ گٔژ یمن دوٛن، یہ راز ہیوٚک نہ

کانٛسہِ تہٕ اُڑکن زانتھ ۔ بہارِیس یتہٕ مہیندرس (۳) سمکھ گنک خدشہ
باسہٕ ہیٚے، تور اوس نہٕ گژھان ہرگز۔ گژھہٕ ہہٕ نیٚے جاپہ کال روزٕ
سپدہٕ نہٕ نیٚتہٕ۔ تہٕ کیازِ سہ اوس سونچان ــ ملاقات سپدنٕس
پتہٕ مایم مہیندر پرانٛی یارٕ ہیٚتھ، نہ دِپہ کرن لٹنہ۔
پرٛزِمبٕرو پٛتھ لڑکن تام اوس سارنٕی ہیٚتھ زہٕ بہارِی
سپدہٕ شوبہ سان پاس نہٕ اِنعام تہٕ پرادہٕ۔ اما تِمو تروٛدعین
وکتس پتہٕ پرِن۔ امتحانٕن دیٚتِن نہٕ کینٛہہ۔
تِہ سنیزہ لرِہ پتہٕ کٔنز اوس راجیندر چکرورتی اکھ غریب برہمنا
رزان۔ سہ اوس چھاپ خانٕس منز کمپوزیٹر رٔیتھ، آسس میلان
رؤپیہ باہ، نہٕ گذارہٕ اوسُس سپدان۔
بہارین دوٚپُس ــ "اَڈ کر تراوُن میٚٹے نٕشہِ، بہٕ پرنادن بانٛیہٕ"
پہٕنٛس آیہٕ نہٕ پرٛتھ۔ اَمہٕ اُتھ وٕنتہٕ وسنت کوٚرُن بہارِیس حوالہ۔
بہارین مُیٚٹرس بیٚنی طریقہٕ تعلیم دِنٛی۔ ماسِس دوٚپُس ــ "باہ دُہر
سپدہٕ برونٛہہ پرنادن نہٕ کتاب کینٛہہ۔ زبانٛی ہیٚچھناوُن"
بہارِی لوگ اُمی پہٕ وسنتس ہیٚتھ گنٛدان، گراہ قلعکِس
میدانٕس منز، گراہ علی پورکِس چارداٹِی گاہس منز، از شوٗپورکِس
ٹٕڈیس باغس منز نہ پگاہ عجائب گرٕ۔ ہویٚن جاینٛ پھیرِتھ پھیرِ دِتھ

برنہٕ۔ دوہس اوسُس بہاری زبانی پٔچھناوان انگریزی بولُن تہٕ کیٚنہہ
کیٚنہہ مُنزٕ اوسُس پرون تاریخ تہٕ فکرہ تاران۔ شٕرِس کور کنٛ
سنا چھ ذِہن تہٕ ترای گرای، اَتھ کیٚنہہ شُنیتھ تہٕ تُوری کنٛ
تَس اتھہٕ دِتھ دِتھ تٔمی سٕند ذہن پھاپھلاوٕنی اُس بہارین
کام۔ برنٛزِس تہٕ اوسُس نہٕ قرار پیوان۔

تہٕ اَمہٕ دوہ اوس نہٕ بہارِیس شامن باگہٕ نیٚبر گژھنس
وار۔ ڈیپھرس اوس کینژِس کالس دوٚر گورمنٹ، اما سہٕ بیہان
اوسُس بیٚنہٕ لوگمت روزُن۔ بہاری اوس گرِکِس بیٚٹھس اَکِس
کمرس منز لیمپاہ زٲلِتھ وسنتس سیٖتۍ نوٚوہ قسمٕچ کیل کھیلان۔

بہاری ۔ "دُن سہٕ وسنتاہ، یتھ کمرس گٔژ کرہ چھہ؟
اما پوز گنزرِن چھُو نہٕ کیٚنہہ؟"

وسنت ۔ "دہ!"

بہاری ۔ "ہوٚرتھ، اردائے چھ نا!"

بہاری دٲتھ ہکہٕ تہٕ دٲر وُژھ ترٲوِتھ پرژھنس ۔ "دُن سہٕ
یتھ دارِ گٔژ بچہٕ چھہ؟ تہٕ دٲرٕ گرِن یکدم بند۔

وسنتن دۄپُس ۔ "شیٚتۍ"

"شاباش، زیٚوٕنتھ!"

اَدٕ سہٕ تہٕ یہٕ ییٚنہ کوٚت زٕلوٚٹھ چھُہ، یتھ کِتابہٕ کیاہ

آسہٕ وَنُن؟" یتھی ہوِیہٕ سوال پرژِھو پرژِھو اوسس بہاری

وسنتس ہیپھناوان۔ اَتھی اندرٕ آس نوکر تہٕ دوٚپُنس ــ "بابوٗجی،

زنانہ اکھ چھےٚ، کتھ اوس وَنُن اُڈی زٕہ ونودنی ثُلیہِ اندر۔

بہاری گو حیرٲنس۔ پرُژھُنس "بھابھی" یہ کیاہ دلیل چھہ؟"

ونودنیہ دوٚپُس ــ "تیٚتھ کیا گریٚچ چھہ نا کانٛہہ تہٕ زنانہ؟"

بہاری ــ "گریٚچ تہٕ چھنہ تہٕ بیرٕچ تہٕ نہٕ کانٛہہ۔"

ونودنی ــ "اچھا تہٕ تیٚلہِ نہٕ میہ پیٚٹھ نہٕ گانٛہہ گژھ؟"

بہاری ــ "تور کتھہ کُنہ ہیکتھ بہ زنتھ؟"

ونودنی ــ "بہ نوکرانی دیتھ! بہ کرےٚ تتہِ ساری کام کوٹھ؟"

بہاری ــ "کانہہ گژھیم ناراض۔ تمہ چھُنم نہٕ زانہہ تہٕ نوکرانی

تھوونک وٚدمت، اچھا تہٕ یہ دن تم یہ کیاہ زیر چھےٚ گامژ؟

گژھو وسنتا، شونگو دٔی۔"

وسنت گو۔ ونودنی دوٚژھس ــ "ینٛبرم حال بوٗزتھ کیاہ

تری اُندیم دارٕ داتھ فکرِ؟"

بہاری ــ "موخم زٕہ توٚرم نہٕ فکرِ یا غلط زونم، تو تہٕ کیاہ گو؟"

ونودنی ــ "اَدٕ کیاہ، غلطی زانتہٕ ـ بہ بوزناوتھ ــ ینٛیدرم

پتہ لوگُت!"

بہاری — "یہ چھُ نہ کانٛہہ خاص خبراہ۔ نہ چھُ ترٛیہ زِہ دُباره بوزنہٕ یِنہٕ۔"

ونودنی — "بہ تہٕ چھُس بیٛنہٕ تہٕ بیٛنہٕ بوزنہٕ یژھان۔ توٚہۍ آیہٕسے شرنہٕ۔"

بہاری — "یژھان نے چھکھ تہٕ یہٕ فِتنہٕ کٔمۍ دٔژہ نوٗد؟ مہیندر ییٚمہٕ دتہٕ پکان اوس تمہٕ پیٚٹھ کٔمۍ سنا ڈول؟"

ونودنی — "میٚہ ڈول۔ کھٹہٕ نہٕ کیاه چھُم ژینہٕ نِش؟ ییٚلہٕ چھُس یابہٕ، اکہٕ پھِرِ سٕنٛتہٕ میانٛس دِلس۔ پننہٕ نہٕ دِلہٕ چہ ریٚہہ سیٖتی دیٖتھم مہیندرس گرس نار۔ اکہٕ پھِرِ بلسے لوٚم زِہ مہیندرُن چھُم محبت، اما شہ اوسُم برم!"

بہاری — "خبرے چھُم۔ لیٚس محبت کرہٕ شہ چھا یِتھٕ کٕنۍ نار دِتھ گرٕ ژھان زِہ؟"

ونودنی — "بہاری بابُو، یِمہٕ گیٖرہ چانہٕ شاستر چہ کیتھ۔ دُنیکِس تہٕ چھُم نہٕ یِمی سنٛزِ رٕنٛز بوٗد۔"

بہاری بابُوٚ تیٚمن یہٕ شاستر اوٚک طرف کرِتھ تزادِہم تہ انتریامی (سرِن دانٛقِف) دیٚہ سِہندی پاٹھو دِلس نظراہ۔ ییٚنہٕ

سوٗزِ چھوٚت تہٕ کرُن چھےٚ ژٕ ہیٚ باوُن یِرِتھان!"

بہاری۔ "مگر یہ چھُس نا شاسترِ یوٚت کھوٗلتھ بہان؟
دِلس دِلکی اندازٕ وُچھنگ بار تراوو نا انترِیامی بیٖٹھ۔
اَسی نےٚ شاستر کھوٗلتھ تمِ کیٚن وننس مُطابق یکو، یتہٕ ما
کھیمو دوکھ؟"

دِلودنی ۔۔۔ "لوز سہ بہاری بالہٕ، جیا تلُکھ چھےٚ ونان،
ژٕ ہیکہ کھ میٚہ امہٕ نشہٕ ژُورکتھ۔ مہیندر چھُم یِرِتھان
ضرور، اما اوٚن چھُ، یِرِژٕ نادان چھُم نہٕ۔ اکِہ پھِرِ باسے یوم
ژٕ ژٕ ہیٚ ہیٚچ تھس پرِژٕ ناوِتھ۔ اکِہ پھِرہ کرےٚ یتھ میٚہ بیٖٹھ
شرداتہٕ۔ لوٗز وُنی زبم، ییٖنہٕ کھٹرُخ گوٗشش کرکھ!"

بہاری ۔۔۔ "لوٗزِ ڈیٚکی۔ شردا اُسم تمِ دوٚہ ضرور ژٕ ہیٚ
بیٖٹھ۔"

دِلودنی ۔۔۔ قصور کوٚرتھ نہٕ کانہہ بہاری بالہٕ۔ اما شرداہےٚ
ہاوےٚ یتھ، تتھ تھ کیاژٕ گیوکھ ژُرِتھ؟ اژ چھےٚ بہ
لرٕ تراوِتھ آہتر ژٕ ہیٚ نشس تہٕ ننہٕ دانہٕ چھےٚ پرژھان، ژٕ ہیٚ
کیاژٕ سوزِتھم نہٕ؟ نصیبےٚ اوسم یتھ۔ ژٕ تہٕ بوڈلوکھ آشایہٕ
ہندی لوس مشنر۔۔۔ نہٕ، نہٕ، ژکھ مہٕ یٖیہ نےٚ۔ یتھ

بیٛنہٕ۔ کھٕسٹِتھ تھوٚیے نہٕ کانٛہہ کتھاہ۔ ژٕہ کیاہ اوسکھ آشایہٕ
پژھان، یٮ۪لہِ امیک ژٕریٛہ ژھوٚنِے اوسُکھ نہٕ، تیٛلہِ تہٕ چھےم
خبر۔ اما راوان چھس زٕہ آشایہٕ منٛز کیاہ چھُوہ تُوہہٕ
لبنہٕ پیوان۔ جان یا ناکارٕ، چھُ کیاہ لتس منٛز؟ ڈین چھا
سُنا مردس اُچھ رٕژہِ دژہ مژہ؟ ڈِلک گاش چھُنس نا سُنا
دیٛت مُتُے؟ باسان چھُم تُوہہٕ چھُوہ سارِی چارٕکر تہٕ دِلہٕ اُزٕ!
بہاری گوٚ وُوٚقتھ، دوٚپنس — "اذ یہ بوزناوہ ہم، سوٗرے
بوٗزے، اما زیٖوہ پیٛٹھ ہیٛنِز لایکھ کتھ ہیٛنہٕ زیٖوہِ کڈکھا۔ یِیِ چھم
وٕیٛنتھ!"

وِنوٗدنی — "بہاری بابوٗ، زانان چھس زٕہ کیتھ چھُو ژٕریٛہ
چھُوکھ پیوان۔ اما یِمہٕ سٕنز شرداآیم براوٕمژ، تہٕ
یِمُو سُند محبت براوِتھ ذہنم کھیہ ہیمم رتھ، یس ہٕنژہ
دادِ سان راتھ کیٛت بےٛ وایہٕ پاٹھی آمژ چھس، سہٕ دود کوٗت
سنا گژھِ آسُن، اتھ کتھِ ہیٖے سنکھ، دِل رٕوزی ڈٲجہٕ۔
پوٗزی وَنے، آشایہِ ہیٖے لولہِ چشمو وُچھہکھ نہٕ، بہ ماکرہ یا
تمیٛ ڈٲپہ ڈاس!"

بہارلیس پھر زردی بُھتس۔ پرٕژھنس — "آشایہ کیاہ سیٛد؟

ژٕنِہٕ کیاہ کوٗرتھس ؟

دِلوٗدِنی — "مہیندر چھُے گرٕ بار ترٲوِتھ پگاہ مینہٕ سیتۍ
ڈولنس تیار !"

بہاری دوٚپُس گرزِتھ — "تۍ پنٕنہٕ زانہہ ! ہرگِز نہٕ !"

دِلوٗدِنی — "ہرگِز نا ؟ اد کمِس ستا بیکر مہیندرس نٕروٚکھ ؟"

بہاری — "ژٕ بیکر مہ !"

دِلوٗدِنی رُوز پرٛزرس اکِس خاموش۔ پتہٕ وُژھ بہاریس
اُچھن سیتۍ مدٕرے گنٛڈِتھ — "بہٕ کیازِ رودُکھ ؟ کمہِ سنٛزِ
بانٛتھ ؟ چانہِ آشایہِ ہنٛزِ بانٛتھ ؟ میہ چھُ نا پنُن سوکھ دوٚکھ
کینہہ ؟ چانی آشا روزِنا بچا ، تہٕ مہیندرن گرٕ روزِ نا خوش
تہٕ خوشحال ، امی خاطرٕ دِما بہٕ پننہٕ نِس سوکھس بلۍ لتہٕ ؟
ییشر نیک کتہٕ مجس بہٕ ! لوکٹ تہٕ ٹھیٹھ ہیوٚ دھرم شاستر کتہٕ
چھُم مے لیچھِمُت ! بُجر کینہہ ترادٕ ، تمہ علاوہ کیاہ میلیم میٛژ ؟

بہاریس ترکر لوٚ ٹھیٹھ ! دوٚپُنس — "ژٕ وَنیتھ ییژھٕ کتھ
صاف صاف ، لو تہٕ ونہٕ ہا اکھ کتھ — از ییس دأرِداتھ ژٕنِہٕ
گرٕ نوٚن تہٕ مُنی کنٔس ییم کتھ پٕرٕ کران چھکھ ، تمن سٕنٛدِ بارٕ
چھِس چھُم ژٕنِہٕ پرٕ مرٕشدُ کتابُ منٛزٕ ژُورٕ نیوٚمُت ۔ رُدہ یمہ منٛزٕ

باہ آنہٕ چھ اکھ ناٹک تہٕ ناول۔"

وِنودنی — "ناٹک؟ ناول؟"

بہاری — "اد، ناٹک تہٕ ناول۔ تم تہٕ نہٕ تھوٚہ پانٕہ پرٕی
کیٚنہہ۔ تٔمۍ چھُ گمان یِہ ما چُھم پژھ۔ تہٕ نہٕ کیٚنہہ۔ یہ چھُ سوٚری
سیٚتہٕ چھاپک گنبژ؛ ہرگاہ اَتھ شیٖنہٕ سادہ، انزٲنی تہٕ
چاۍ گُہاہ تہٕ آسہٕ ہیٚکھ، دُنیہ ہش اندر روزِتھ ہیٚکھ نہٕ لوٚلہٕ نشہٕ
محروم کیٚنہہ۔ اما ناٹکچ ہیروین چھ سٹیجس پیٚٹھ شوٗبان،
گرٕ ما پیٚٹھ سہٕ وٕچھتھ!"

وِنودنی دوٚپ سوٗرۍ بچھ کھ۔ ماتر پنہٕ آمژٕ گنٕسہ ہندی
پانٕٹھ ژوز ژٔمیتھ ہش۔ تٔمۍ پاگر ووٚنی بہارلیس شانت پانٕچ
نرمی سان تٔس کنۍ اُچھ تٔگنہٕ رٔزستۍ — "اژِ کیاہ واتم
میٚہ کرٔن؟"

بہاری — "کیٚنہہ غیر معمولی کار ہمتہٕ پرٔژھتہٕ کرٔن۔ عام
زنانن ہنز بوزٕہ شوٗر یہ دنی قی کرتہٕ۔ گزشتہٕ روزنہٕ پنہنی گاہہ؟"

وِنودنی — "کیتھہٕ کٔنۍ گژھہٕ؟"

بہاری — "زنانہ گاڈہ منز بیٚہہ ناوتھ یمتھ بو گامہ کِس
سٹیشنس پیٚٹھ تراوتھ۔

وِنودِنی ــ" تہ از راتس شونگا لو ییتھ؟

بہاری ــ" نہ، لوٗت چھم نہ پانس پیٹھ وِشواس۔"

یہ بوٗزتھ ییٚنس ونودنی برٲن، دوشوٕے کھوٚر دچھیس سیتھ جیرِ ژٕتھ کرِ گرِ نش نزارہ ــ "بہاری بابوٗ" ییترہ ہنہِ کمزوٗرِیہ دِتہ روزنے۔ دِوتا ہیوٗ متہ بنتہ یکدم سکھ تہ شروٗژ۔ ناکارس لول برتھ بنتہ رژہ ہنا ناکارہ ہیوٗ تہِ۔"

یہ ووٚنتھ تہ لجٕ ونودنی بہارِینٛ کھورن میٹھو دِنہِ۔ ونودنی ہندہِ امہِ عجیب وطیرہ سیتھ گوٚو بہاری ششدر ہیوٗ روزتھ۔ تنہ منہ زن آس ساری گنڈ مُژراونہٕ۔ یہ ژینتھ ترٲوِس ونودنیہِ کوم تہ دوٚپنس ــ" میانہِ لبِ لبابہ! زانان چھس نِہ ییٚژکال ہیکھ نہ میون سپدِتھ۔ اما، از برتم ژہس اکس لول۔ پتہ گژھہٕ ہا لو تتھ دٲران جنگلس منز۔ کٲفرینیہ اوسم نہ ادہ کیٛنہہ تہِ حاجتھ۔ دِتم ادہ کینژھا ییتھ بہ مرنس تام دِلس منز زیچھ کوٚد ہا!"

یہ وناہم وچھ ونودنیہ اچھ تہ وۄزجہ گچھ لبہ تہ وۄٹھ ہمرن بہارِیس کن۔ ژہس اکس گیہ دوشوٕے روزتھ ہوی تہ کرہ رُود بِلکل خاموش۔ پتہ ترو بہارِین زیچھ زیوٚٹھ دوشاہ تہ رِنودِنی۔ ہنزرِد زیوٚ منز پان مہ کلاوِتھ گو تہ بیوٚٹھ ییٚس پوٚکرِ پیٹھ۔ ژاکھر کران

کوٚرُن دۄپِس ـ "راتھ کیٚت چھےٚ اکھ مُسافر گاڑی گژھہٕ وِزٕ"

وِنودنیہ دۄپُس ژٕھرِتھ ہیوٚ، لوتہٕ لوتہٕ کھۄ کھرِ پاٹھۍ ـ

"تٔتھ منٛز گژھہٕ؟!"

اَمِ وِزِہ آو نندور تہٕ نیٛنتھ لوٚن وسنت تہٕ لگ بہاری ہٕنز

چوکرِ نِشِ اِستادہ رُوزِتھ وِنودنیہ دٔری پاٹھۍ وُچھنہٕ۔

بہارین پرٛژھنس ـ "شو نگنہٕ گوکھ نا؟"

وسنت رُود ژھۄپہٕ دوٚپ کٔرِتھ تتھےٚ کٔنۍ وۄدنۍ۔

وِنودنیہ دٔرِس اَتھ رٔزٕ۔ گوڑہ گیوٚ وسنت دوٚن تہٕ

ترٛێ اَما پتہٕ آو وِنودنیہ نِشِ۔ تٔمۍ وُچھ نالہٕ منٛز تہٕ اُچھِن

لِجِس اوٚش دٔرای۔

(۳۶)

ناممکن چھُ ممکن بَنان تہٕ یہ نہ برداشت ہیٚکِہ سپدِتھ

تی چھُ برداشت لوان کرنہٕ۔ یہ تہٕ سِنۍ آسہٕ ہےٚ تٔمۍ دوٚپ،

ما ہیٚکہٕ ہےٚ مہیندر راتھ گٔژِتھ۔ شامن گیوٚ سُہ وِنودنی سیٛتۍ

ڈرٛنک واپہ (وعدہ) کٔرِتھ۔ راتس رُود بورڈنگس منٛزۍ دوستن

اکِس نِش، گرٕہ آو نہ کینْہہ۔ تمی راتھ لیچھن ونودنِہ چِٹھِیاہ زہ

نیار رُوزی زہ - تأکید چھُو۔

سہ چِٹھ واتھ دوٚیمہِ دوہ مہیندرَن گرٕہ - آشایہ اُس نہ

دوہ تھٕنس کھیں نہ چھُوٚرتھ، سہ اُس بیمار کھٹہِ پیٹھ۔ نوکر

آس چِٹھ پٔیتھ۔ دِلس دودھس تلواس۔ رنگہ رنگہٕ ڈٕتھس خیال

جان تہٕ تہٕ ناکارٕہ تہٕ۔ کلہ ٹکٕن، اتھہ دورٕن تہٕ چِٹھ تُلِن -

وُچھن زہ مہیندرنی چھہ ونودنیہ ہندہ ناوٕہ۔ کلہ آس یکدم ٹیکس

سیتی وُکراوِتھ۔ کینْہہ تہٕ نہ ڈٕنتھ دِژن سہ چِٹھ نوکرس واپس۔

نوکرن پرٛژھس۔ "کُس جہارا دِیہ؟"

آشا۔ "کینْہہ چھم نہ خبر؟"

راتھ ہنزہ آسہ ہَن اٹھ زہ مہیندر آو داوٕہ ٹُھفاناہ ہیوٚ

ونودنیہ ہندس کمرس اندر۔ وُچھن زہ اندگٕٹ چھہ۔ گندک ڈبیاہ

کڈِتھ زاجِن تِمیاہ تہٕ وُچھن گرس منز سشنیاہ ہیوٚ۔ ونودنی نہ

گُنہ۔ تمی سُند ساماناہ تہٕ نہ کُنہ۔ ڈیچھنہ کِنہ وُچھو بانٛدس، تتہٕ

تہٕ نہ کانْہہ۔ آلو دِیتن۔ "ونودنی!" اما جواباہ اُس نہ کینہہ۔!

جوشس یتھ دوٚیِن پانٛژن پانٛسہِ۔ "کوتاہ چور چھس، کوتاہ

فاتر چھس! تمی دکتِہ پیٹھ ہیٚتم ناسہ پانس سیتی نِنہ۔ ماجہ آسہٕ نَس

بَرَد دۄنمُت۔ تِمِس آسہٕ جیرٕ آمُت۔"

یہِ خیال دِتھ ڈُنٛگ گوس دِلس سٔتۍ۔ چھینٛدرِتھ گٔے تِمی وزہِ ماجہِ ہندِس کمرس منٛز۔ تتہِ تہٕ اوس نہٕ کانٛہہ کینٛہہ۔ مگر دۄیمہِ طرف اوس یہٕ وۄتھ تہٕ یوٚزنہٕ آس زہٕ راج لکھمی چھ دۄہرِس پٮ۪ٹھ بیٚٹھمٕژ۔ دۄلتھ وۄتھس۔ تاجی دِوانہٕ دۄنِہ بیٚہِ دِگینہٕ راج لکھمی — "مہِ نا بَبا دۄنمُس کینٛہہ!"

تِمی خشمہٕ پرٛژھنس مہیندرن — "اِدہ کوٚت گیوس؟"

راج لکھمی — "خبر کیاہ چھُم؟"

مہیندرن دۄپُس پرٛتھ سینہٕ — "چھےٚ نا خبر؟ اچھا تہٕ یہِ درایے تِمہٕ سیتِس تلاشس۔ کادنہٕ آمہٕ منزہٕ تہٕ اَن گٔیہِ؟"

یہِ ڈٮ۪نتھ تہٕ دراو مہیندر۔ راج لکھمی دورِس پتہٕ آکٕ دِوان۔ "مہیندرا، دۄپمے ہا مہیندرا، کتہٕ یوٚزد؟"

مہیندرن نیبر گٔژھتھ رَوِتھ۔ پرٛژھنس اَکِس منٛز آد بھیٖرتھ تہٕ دربانس پرٛژھن — "رَژھ بھوراٹی کوتُو چھہٕ گامژ؟"

دربانن دۄپُس — "اسہِ مہارا دۄنٛتھ نہٕ کینٛہہ۔ اسہِ چھنہٕ خبر۔"

مہیندرن پرٛژھنس گرز کٔرتھ — "چھےٚ نا خبر؟"

دربان دنتھس — "تہٕ چھارا، کہنی ہنہٕ!"

مہیندرس گیہٕ راہٕ زہٕ ماچہٕ چھہٕ ہیُن تہٕ ٹھاکہ تھوٚومُت گرتھ.

دوٚپنس — "اِدہٕ زیر ہے گوٚ!"

کلکتہ ہس منز آسہٕ تمہٕ وکھتہ پھیرِ واٚلی بنہٕ بنہٕ سودا

ہیتھ گاٚسہ کیٚس گاشس منز ادرہٕ یور کران۔ بیرہٕ بیرہٕ آسہ

سڑکہٕ بیٹھ سیٹھاہ۔ مہیندر تہٕ سیٹھیو اتھی برہٕ منز تہٕ وچھان

وچھانی گو غاٚب۔

(٣٧)

پھاریس آس تہٕ انزگٹہٕ راٚتشن کنی زوٚن بنہنیچ ہاٚل۔ زانہہ

تہٕ اوس تہٕ سہ باٚزیاس سیتی یانس سام ہیوان۔ لیکھنس

پرنس سیتی اوس مشغول روزان تہٕ وکھتہٕ وزہٕ اوس پننہٕ تہٕ

بنیین ہنزہ کامہٕ تہٕ دوان۔ امہٕ پتہٕ لیٚس وکھتاہ بچہ ہیٚس،

تمہٕ وزہٕ اوس پننین بندن باندون تہٕ دوستن سعہ ران۔

پننہٕ کھوتہٕ اندی اکھی کین لوکنہٕ گنزرتھ اوسس آنند یوان۔

اما، اگر دوہی اَکھ حادثن زنتہٕ ییوٚ لۄکو نشہٕ ژٔٹھ ۔ پریمہ کِس
گرٕ ژٔلِس منز ییو تٔمِس باپتھٕ تٕلِس بیٹھ گنزہِ ژٕنس
اِستادہٕ روزُن ۔ تۄہٕ پیٹھے اوسُس گنزرُس کھوژُن پیوان ۔
وٕنی اوس زودرہٕ پانس بیٹھ گام ہیتھ پننِس مشّ گنزرُن لاگیتھ
پرٛژھان تمۄن !

اما اَز ہیوک نہ سہٕ پننِس منس گنزرتھ لیہ انِتھ ۔ ساتھ اوس
سٕہ وٕنوونیہ آمت گام ژرادتھ ۔ تتہٕ بیٹھ چاہے سہ کامہ لگہے
یا گانٕہ سیتی روزہٕ ہے ۔ داد یلہ دِل اوسُس پننِس گنزرِس
گنڈٕ لٕگی لٕگی نیران ۔

از اوسُس مشُس ژرامت ۔ راتھ ہنزہ کُو آسہ ہن بجے اَژہ ۔
بہاری ہٕنز گرہ کٕس برونٹھ کنہ کِس لیٹس اوس ربیتہٕ گاگل شامہ تیز
وادٕ شہجار یا گرادان ۔ زٕدُن آمِس کھسنہٕ نَے تہ انہٕ گٹہٕ ہی
منز اوس بہاری گرسیہ اکس بیٹھ بہتھ ۔

از بیرہ نوٚدُن نہ وسنت کیٛنہہ ۔ شامہ سُلی دۄیُن از تمِس
گژھ شونگ ۔ اَز زنتہٕ تمہ سٕند دِل اوس ماچہ مُشراوی تَس
شرمہ سٕندی باگھ دِلاسہ خاطرٕ ، آمرٕ خاطرہ انہٕ گٹس منز
کس تام ڈُنی دِوان ۔ اَز ژھیُن دیہ رگ نہ داغ سوتھ

ژینتھ آمت۔ یمہ خیال تراوِتھ ارادہ اوس کورمت، تسی
کن اوسُس از دِل روان تہ دوران۔ ونی اوسُس نہ اتھ
رٹھ رٹھ کرنک ساروتھ رُودمت۔

مہینہ رِس سیتی بالہ پانہ بنیومُت دوستی تہ تمہ پتہ ساری
وارِ داتھ لگ سترہ ہُنہ۔ تیس زیٹھ زیٹھ قصاہ زل تل، بال تہ
دریاون منٛز راستا ہیہ رنگی نقشاہ ہیوٗ منس اندر وُٹھنہ اوسُس
آمت، مُہ تھووُن پانس برونٹھہ کنہ وہراوِتھ۔ تتھ اندر لوگ
قُدرتی زہ تمی ہِنٛدۍ اکٹھ دُنیہ مس اندر پننہ زندگیہ ہنز گالتھ
رستھ امس گرمژ، مگر کتھ سنا تہ کمہ سنا داردات امس
اُستہ پیژمژ۔ گمہ ڈھہ نیتھ کُس سنا نیبرم آیوٗ اتھ اندر؟
یہ سوچتھ تُس زیوتن تیٚ سینہ دلہٕ کس اتھ گٹس اندر آشایہ ہُند
حیادار حسین بُتھ سنگرالہِ ہنٛد برانکاش ہیوٗ زوتن۔ تہ پتی
ییو تنس کنی نیژھر مبارک شیکہ شبد گرژھن کنی۔ یہ
شمب گرہ (نہ آش) گو اکاد آکاشہ کس کوچس اکس منٛز
دون دوستن منٛز آگ ڈرتھ۔ تہ دوہہ ونی ہیٚژن دلہ کین
شیشن رم پیٚنی۔ خبر کتہِ نام اتھ ترآوٕ تمی یہندین دِلن
منٛز سہ دگ یوس نہ زانہ پتھ ہیٚژ لاگتھ چھ نہ دوہس

ہیٚنہٕ لایکھ۔

اما توتہٕ رٕوز سُہ دگ لولہٕ ہتہٕ لطیف احساسہٕ چھوٚ ژٕژٕو سیٚتہٕ شولہٕ ماران تہٕ کمالس کُن لمان۔

اَمہٕ پتہٕ یُس شٕنشیر گرٕدہٕ نوٚن دراو تمیٚ کوٚر دوستن ہندِس یارانس، باژَن دوٚن ہندِس مایِ مُجتس، گرہٕ کِس سوکھس تہٕ راحتس پوٚرہٕ پاٹھی ڈیٚکہٕ ڈاسس۔ بہارِن کرِ یہٕ کوشِشہٕ زِ یہٕ گرٕدہٕ ژھٕنہِ ہن دگہٕ دِی دِی ینہٕ دِلہٕ منٛزٕ گٔڈِتھ دیکھ کاپہٕ سان۔ اما یہٕ کُس دیکھ شاراہ! بہارِیٚن دگہٕ رٕود سیٹھاہ ہے نوزکھ۔ زنتہٕ ولوٚدنہٕ لوٚگ رٔیی ہنہٕ۔ سُہ نازل پرٕزٕ، رٕوت گیٚو پھچرس انہٕ گٹس تہٕ ٹُرٕ وہارہ کرافی بہارِس برٛونٛہہ کنہٕ دٔری پاٹھی برقرار۔ ریٚتہٕ کالہٕ راژن گرابہٕ مارہٕ دٔن دکھی واد رٕود تمیٚ سُند دوشاہ ہیو نیران پھیران۔ تمیٚ یہٕ ہنز سُہ زالامکھی جوٚتی ہیٚرن وارہٕ وارہٕ ژھیوٚتی تہٕ دِلہٕ چہٕ ترلِشہٕ ووٚزمٕژ نظر سیٚنزِ اشہٕ سیٚتی ترتہٕ ووٚچھان آیہٕ حذباتن ہندِ رسہٕ برنہٕ۔ ژٕہس اکِس عشقہٕ ہیٚنہِ سُہ صوٗرتھ بہارِس نِش پتھر تہٕ کھورہٕ تسٕندِ لاگن رٕچھرٕ پاٹھی دچھس سیٚتی۔ تمہٕ پتہٕ درایہٕ سُہ ویل ہِش نِگی تہٕ بہارِہس آیہٕ ولنہٕ۔ نوان تہٕ پھولان کوٚر تمہٕ پوشہٕ گوٚنٛد ہیوٚ خوشبودار

تہٕ پھولِدٕن روخ بہارِیس برٛونٛہہ کنہِ بوسہ خاطرٕ پیش۔ بہاری لجیو
أچھ ڈٲٹھ اَتھ روخس پیٚنہِ دِلہ نشہِ کڈِتھ ژھیٚنہِ ۔ اما
کنہِ تہٕ دوٗتھس نہٕ اَتھے اتھ ٹاس دِنہٕ یا ژٕنٛڈ لاینہ
باپتھ، وٲٹن پیٚٹھ گوٚس اکھ اڈٕلیوٚک تھانتھرلوٚمت بوسہ رُوزِتھ
ہیوٚ! بہارِیس وُتھی سارِی سہ پاٚلِس کنڈ کر!

بہاری ہیٚوٚک نہٕ پتھیس ہوچھو کرٕ وٕنِس گٹہٕ زٕڈلیس
دُرتھِ۔ بیٚنہِ گنہِ کنٛ من ۔ خاطرہ دوریو جل جلٕ گاشہِ دار
بُڈِس کمرس اندر۔

کوٚتجِس منٛز اوس ریشمس وٲلِتھ تصویراہ اکھ سہ پایس
پیٚٹھ تھوٚونٕ آمٕت ۔ بہاریو مٕژرٕود تہٕ لوگس لیمپس برونٛہہ کنہِ
بِہِتھ تھلہِ تھلہِ وُچھنہِ ۔ تصویر اوس آشاہٕ منٛز تہٕ تہہندرُن۔
تلہِ کنہِ اوسُس مہیندرُن پیٚنہِ اَتھ مہیندر تہٕ آشاہٕ آشا لیوٚکمت۔
لوٚہ لوٚہ نیٚتھرک سہ حسین دوہ اوس تصویرس اندر تازہ تیاہ
باسان۔

کرسپہ أکِس اوس بِہِتھ مہیندر۔ تمس اُسس لوٚہ
نیتھرچ لباشتھ۔ نکھے أسِس اِستادٕ آشا۔ تصویرٕ نلن داکی
اوسنس نہٕ چُنٛڈ کڈنہٕ دیُت مٕت، اما حیا اوسُس تمس پیٚٹھ

شولہ ماران -... اُتھی تصویرس وُچھی وُچھی دِیتو بہارین زہ
وِنودِنی ژھانن دِلہٕ منٛزٕ دکہٕ دِتھ کڈِتھ - اما وِنودِنی ہنٛدی لولہ
ہُنٛز تہ لوٗزکھ اتھ رٔددِس کھوٗرن چیرٕ پھٕھ کرِتھی - بوٚس
خاطرٕ بےتاب روٗح تمی سٕند زنتہ اوسُس دپان -" میٚہ
چھُم چوٚن لول، دِرُس دِمِہرٕہس منٛز چھمکہ ژٕی وڈٕرمت!"

بہارین دوٚپنس ہنٛزکہ منٛس منٛز -" ایشاژا!...

پتہٕ کنہ اوس بہاری تصویرہ اَتھس کیتھ ہیتھ تنہٕ منہٕ
اُتھی سیتی مگن زہ صدا بوٗزِتھ کڈن وۄٚٹھ ہش - اَچھ کُھنن
تہ مہیندر وُچھن لیوان - بہاری گوٚ یکدم تھوٚد وۄٚتھِتھ، تصویر
ولیٚہ رلیوس اَتھ منٛزٕ اما اورکُن پیوٚس نہ نظر۔

واتہ وُنی پرژھنس مہیندرن -" وِنودِنی کتہ چھ؟"

بہارین دوٚپنس اَتھس تھپھ کران -" بہکھ نا، واریاہ کیتھ
آسم دنہ نہٕ؟

مہیندرہ دوٚپھس -" تیژ چھم نہ فرصتھ، ونودِنی کتہ چھ؟"

بہارین دوٚلیس -" چانہ سوالک جواب چھُ نہ یوت موخصر
ہیوٚ کیتھہ - قرارٔے کرکھ تہ دِمے۔"

مہیندرن پرژھنس -" دِہ بدیش کرہ ہمہ؟ لہ کیاژے پوٚزمت چھم!"

پہاری — "نہ، دہ پدلیش گرئے نہ کینہہ۔ ایمیک نہ چھم اڈکاد
نہ باش!"

مہیندر — "لعن طعن کرہ ہمہ؟ پاگھنڈی چھس، کینہہ چھس،
دوکھ باز چھس، یہ وہہم تہ چھس۔ اما یہ ونتم، خبر، چھے
ونودنی کتہ چھ!"

پہاری — "خبر چھیسم!"

مہیندر — "ونہ ہم تیا کنہ؟"

پہاری — "نہ"

مہیندر — "ونہ ئی ویتیی! درغلاوتھ چھتھنہ تھاوہش کھتھ
بیتھہ! سو چھ میانی والپس گژنم!" یہ نزاہ خاموش روزتھ وڈ ہنس
پہارین ڈری پاٹھی — "چانی چھ نہ کینہہ۔ درغلاوتھ تہ اُنم نہ، پانے
آیہ میہ نش!"

مہیندر — "اُپزا!"

یہ ونتھ درواد مہیندر نیبر تہ بیٹھہ کمرکس دروازس پیٹھ
ژدد دکہ دی دی زورہ زورہ آلو دنہ — "ونودنی، ونودنی!"

اندرہ آس ودنک صدا تہ ونہ لوگ — "ونودنی، کورژن
کتہ چھ! بوچھس مہیندر۔ موکلاوتھ ہمتھ۔ کانہہ اپکی نہ بند ٹھوتھ"

یی وَنان ہَنہ دیتِن زورٕ دکاہ تہٕ بٕرٕ گوٚ نیلہ۔ مہیندر ژاد
ہکہ اندر۔ وُچھن اتہٕ اَنہٕ گٕٹہٕ۔ ژھانٛبھ ہِش گیُس زِہ کُستام چھُ
ژٕہرِتھ شانٛدٕ گنڈِس سیتی لاگِتھ گومت۔

بہاری ژاو جَل جَل کمرس اندر تہٕ وسنت تُلِن کہٕ چھ۔
دِلاساہ دِیت ٲنس۔ کیشہ چھُ نہٕ پرواہ، کھوژ مہٕ!

اتہٕ نیرِتھ لوٚگ مہیندر وِنودنیہ بُہارٕ بیارٕ دُنی دِنہٕ۔ یلہٕ
نہٕ گٔیہ تہٕ وِنودنی ہنگہ ہیٹ لوٚبن، پھیرتھ آو تُنتھ جایہ۔ وسنت
اوس خوفہ سیتی گٔیتِن ژامت۔ بہاری اوس لیمپ ژالِتھ
بیٹھ سائوتھ، تھُر پھشا پھشا دِتھ نیندرِ یادِ پیخ کوشش کران۔

مہیندرن پرژھس بیٹھہ۔ "وِنودنی کتہ چھیتھ تھاوٕمژ!"

بہاری دوٚپھُس۔۔ "بائی لالہ، وولیوکھ کتھ! یہ شُر تہٕ
کھوژ نوٚوتھ ہنگہ تہٕ منگہ۔ اَمِس ہے ہاتھ بیوٚٹھ۔ دیان چھِسے
وِنودِنی سیتی کیاہ چھے ژٕبہٕ کانٛہہ!"

مہیندرن دوٚپس دند لوٚان کوان۔۔ "سادہ، مہاتما! درِک
یہٕ سوانگ! میانہٕ آشنہٕ ہنٛد تصویر ہیتھ کُس سنا پوٚترِ
منتر اوسکھ دِیان؟ پاپی، دغا باز!"

یی وَنان تہٕ دیتِن سُہ تصویر دارِتھ ٹاس کرِتھ پتھر۔

بێنٛتھ کھوتُس کھہ ربانہ سان۔ شیشس کوٗزنس ژٕرین۔ تصویر
نیوٗنس گنٛڈِتھ تہ تلمہ کرِتھ دیتُن بہارِس دارِتھ مُچھتِس۔

مہیندرن یہِ مژر وُچھتھ آدٕ بہارِس کھوژُن تہ تہ ودُن تہ۔
گُرودہ، ژرکہِ تہ افسوسہ کنہِ گوس ہٹِس گنڈ، دروازس کُن
سُوٗدن مہیندرس اوٚنگجہ ہیتھ تہ دوپنس — "نیر!"

مہیندر دراو واوہ طوفانکی پاٹھی!

(۳۸)

بیاَرِی یٔلہِ وِنوٗدنیہ خالی زنانہ ڈُلبس منٛز ہیتھ کھوٚو
مُنزرِی گُلی گنہِ رَن اندر آباد گام وُچھی، تمُس بیٚنہِ ژٕرٕنس
گاپچ زندگی۔ خیال آس زہ بیٚنہِ گُلی سَتھچارن منٛز کیاہ
روزہ بہ وُنی بنہہ تصوٗرٕکس آلِس اندر بینہِ ٹاچھ کتہ بہ
ہیتھ تہ شہری زندگیہِ ہِندی ساری کھرِی، ازروٗنی تہ
غم غوصہ تُراوِتھ۔

ریتیہ کالہٕکِس فصلہ رُستِس أنِکھ تہ وسیع میدانس

اندر سرِیہ لوسنک نظارہ وُچھتھ لُگ سہ سوچنہِ ــ "بس، دنی
گوژھم نہ بیٹھہ کینْہہ!"

گاڈی اوس دوران تیز۔ کنہ کنہ اوس امبہ باغو منزہ
یوہ ونی تہ چھوہ راوہ ونی خوشبوی دِلس تسکین بخشان۔
دنی مشینم سوری کینْہہ ۔ بئے پھروکھ شونگر سہ کہچ نیندرہ!
گامچ شینبر تہ سادہ زنانہ ہندی پاٹھو لگہ گامہ کہنی کانم کارس
ستوگمشہ سان تہ آرام سان برہ زندگیہ ہندی دوہ۔

وُدی گمتس دِلس پتھے گئی شہجارچ آش بُرتھ لکھوٹ
وِنودنیہ گٹیاپہ اندر قدم۔ اما، افسوس، شہ کتہ شہجارٔ سوکھ
تہ راحت؟ بیمارٔ وُچھ زہ تیارٔ دُدونی دُدون، نادارٔ پی
نادارٔی۔ یہ کینژھاہ ژہوا پارٔ اوس شہ تہ چھ دنی خستہ
گومت۔ گرس اوس ییژکال گلف روُدمت۔ وِنودنی ژاپہ
اندر تہ گندہ ہوس منز وڈھس دم۔ گرہ ہئے کانْہہ کانْہہ
چیزاہ آسہ نہیس شہ تہ اوسُس دنی بکنیو کھومت، گگرو ترکمت
تہ لرشہ گومت۔

شام اوس سپدمت ییلہ وِنودنی گرہ واتہ۔ گرہ اوس
انہ گوٹ تہ وحشت ہیو۔ شانگس ترأوون نیلہ رژھا تہ۔

امہِ کِس گنٹِس گاشس باسیس گرچ نادانی سیٹھاہ سکھ۔
دِلن کھوس تراس۔ یہ ہیکہ نہ ییتہ برنٛہس تہِ رٹوزِتھ۔
اُلیں آسس پرانہِ کتابہ تہٕ رسالہ جوراہ گردِ کھمژہ۔ تمن آس
نہ ووہندے اتھ لاگنس۔ نیبرٕ اوس امہ باغس اندر ہیو
دَم تُلمت۔ ہوارٕنگ تہِ اُس نہ یوان۔

وِنودنیہ نِش اُس برونٛہہ تسنزِ ہشرِ ہنز ییمنیاہ اکھ
رومال۔ سہ اُس گرس گمُت۔ دِتھ دراہٕ ژ زانہِ ترِ سند کورِہ پانس
نِش۔ وِنودنی کیاہ کرِہے گرِہ گنی ژٕنی۔ واٹھ ہمایُن ہند
گرہ۔ وِنودنیہ وُچھتھ گیہ ہما یہ بایہ آشرہ پیہ۔ اکہ ووٛن
لوتہِ پاٹھٕ ییس کمس منز۔" ہیُہ سہ آب ہے، وِنودنی ہے
چھکھ پریشان! بلو دلو وُچھی کیاہ چھس، ژٕن ہے چھ میم!
یاہندانی خبر کیاہ۔ اشارہ کرِی کرِی لجہ تمہ بیٹیہ اکھ اُکس
بُتھِ بُتھی وُچھنہٕ۔ یہ گنٛژاہ لوکہ زلیٖہ لوژمت ادکہ، تتھ
زنتہٕ آیکہ برابری۔

وِنودنیہ باسیو زنتہٕ سہ گامہ نشہِ سیٹھاہ دور اُس دانٛزمژ
انہ اُس نہ تس پننہِ پہ گاسں منز پننہِ نیہ گرس منز جاے
رُدزٕمژ۔ برنٛزس اوسُس نہ قرار۔

ڈاکخانٕکِس مُنٛشہِ ہرکارَس اَس وِنودنی لو کچارہٕ پیٹھے زانان

دٔڑیہ دیہہٕ اَس تلاوُس پیٹھ شرانٛس گامٕ ژنہٕ ہرکارہ وُچھن

ڈلکہ ٹیلاہ پھیکرِ پیٹھی تراوِتھ نیران ۔ آب تابہٕ ژُددس نہ ۔ انگریہ

تہ وُوتی ژُرتھی تراوِتھ مدرِیس پتہٕ تہٕ دوٚپنس ۔" کلوٗ کاکہٕ،

چھُکھ ما چھمہٕ کانہہ؟"

مُدَان وَونس ژھوڈی پاکھُرِ ۔" نہٕ!"

وِنودنی وُٹھس تمبلیٚہِ ہش ۔" ژلہ سہ وُچھ آسہٕ ما!"

یہ وُنِتھ تہٕ نیرُس گامہٕ چہ اَتھٕ دِہ چٹھہ اَتھ منزہ تہٕ

بُجلکھ پھیرِکہِ پھیرِکہِ وُچھنہٕ ۔ اما دراِس نہ کانٛہہ ۔ کُنٛہ تام ہش

گیہ ۔ گاٹُس پیٹھ داٹُرژ تہ وُلیہ اکرِ پرزہنس ٹانہ ژُڈی

ژٔڈی ۔" ہیرٕ کیچھ نہٕ بیکھ چھٹہ دادہٕ گیرٕ!"

بیٚنِیہ اکہِ ژھوکہ لُدیرہ دوٚپُس ۔" ہے سہٕ گرشٕہ نصیب

تہٕ آشن زِہ چھٹی داتہٕ ۔ اَسہٕ تے مرد، دٔژی تہٕ بائی پردیس

چھِ کامہٕ کران ، ہرکارٕ چھا نہ اَنہٕ تہٕ اَسہٕ دِی گُرشھاں !

کتھِ کتھِ مُنزی ہیوٚتُن چھتے پاٹھٕ طنز دِیہ تلٕن تہ ٹانہٕ

تراوُلٕن ۔ وِنودنیہ اوس بہارِیس، تاکید کوٚرمُت زہ دہہ تے

تہ ہفتہ ہفتہ اُزیم ڈاک اَمِہٕ لیکھانی ۔ بہارنٛہ چھٹی نیکٛ

اِمکان اوس کہِ پہان، اما وِنودنہٕ ترٲوِنٕ آپنٕھ۔ باسیوس
زِ ہتہٕ کلکتہٕ تراوِ مژہٕ وُری یُوک اَسیس گٲمتِ۔

گٔژھتِن تہٕ میٹرِن ہنزٕ مہربٲنیہ سٟتہٕ وِنودنہٕ معلوم
زِ گامَس منز اَسیس گرِ گرِ بہارِلِس ہیتی لاگان۔ بچارہ
پیٚترِ تہٕ دِیُت ہُس نہٕ سوکھ۔

وِنودنِ لجِ گامہٕ کیوٚنِشہٕ لوٚب روزنہٕ تہٕ گامہٕ وٲلۍ وِتلےپہ
جاں کرے۔ بڑہٕ کنِہ ہے یکہٕ ہیکھ، رنجہٕ نظرٕ وُچھ ہٲنس، ٹشتہٕ کر
ہٲنس، تہٕ اِیذا دِتھ تلہٕ ہٲنس مرج۔

لوکٕٹِس اَکِس گامَس منز پیٚترِ ژھٕن پھرٕن گرِ باشُرہ
دِ آسن، لُوکَنِشہٕ لوٚب ہیوٚن چھُہ اَکِس (عبث)۔ چھُہ کرلہ
دِل ہیتھ بے اَنہٕ گرِ گوٚنجس اَکِس بہہ ہے تہٕ کیتھ کُنہِ! برُتھ
کٲنِہ ہِنز نظر اَسیس اَتھ چھوکس بیٹھ بیٹھان۔

وٕڈیمہ دوہہٕ چِٹھی واتہٕ تک ویلہٕ سورے وُنی بیٹھ وِنودنِ
بَرٕ دِتھ چِٹھی لیکھنہٕ ــــ

"بہاری بابو! پنہٕ گھر ژِوِ! لولہٕ خط لیکھنہٕ بیٹھس نہٕ کیتھہٕ۔
توٚہی چھوٚوِ منصف۔ برنام چھِس وہ کران۔ پاپن سنہ دِتےِ وِدم
کنڈرہٕ ڈانڈ۔ تہٕنزہٕ زیٚوہٕ نیرہٕ وُنی کوٚرم سہٕ منظور۔ اما افسوس

چھم یوتُ زہ توہِ ما وُچھوہ ڈنڈ کوُت کڈِتھ چھہ۔
وُچھ ہو ہے، دیا پیہ ہے وہ میہ پٹھ۔ اما بدنصیب چھس، سہ دیا تہ ماریتھم۔ توہِ سورِی سورِی، مےٚ کِنی تھُہندین زرن تل مسر تراوِتھ کرِہ بہ یہ سورُی دکھ برداشت اما، یہ وُنی توم جیل خانہ کِس قیدیَس چھُہ نا کھیُن میلانہ؟
قوتی تہ مزہ دار نہ سہی، شہ سنداڑن سمب تہ نا؟
تُہنز دُمرِی چِھٹی آیم یتھ جلاوطنی اندر کھیُن چیُن۔ سہ تہ نے میلیتم، یتہ جلاوطنی منٛز ڈنڈ چھُم نوِہ ڈنڈہ کھوتہ ڈاڈِہ۔ متہ کرِتم بیشر آزمائش، میانہِ سےٚ مارِہ!
یتھ پاپی منٛس اوسُم نہ کم ہیو زعوکھ۔ مسرِیش منٛز اوسُم نہ یوان زہ گانٛسہ برونٛہہ کنہِ کیاہ پتیم مسر کرُن خم۔ ونی تہ مایم آن۔ ونی دی توم زندے روزنہ۔ یتھ واران جہانس منٛز زِندہ روزنہِ خاطرہ گورژھم سہارہ تہِ آسُن۔ سہ تہ میلیتم، کانٛہہ تہ ہیکہِ ہیتم نہ تیلہِ توہِ نشہِ ژٹتھ۔ یہوی دد باپتھ کرِدوہ یہ پتھ خط ختم۔ دوہ دوہ پوٚ کتھو بہنٹس، چھُم آمُت، تمِہ نہ لوز ناوُک چھم نا برن گوڈیت۔

—— تُہنز
دُوہ بابی

وِنودنہٕ ترٲو چِٹھ لیٹر بکس۔ ہمسایہٕ باپہٕ لُجِس تراوٕ تمٕلہٕ گرٕھہٕ تہٕ دندن تل اوٚنگجہ دِنہٕ۔ پانٕہ واٚنِ لچہ بوسس لوٚٹھراونہٕ زِہ ـــ " بہ دِتھہٕ چھ چِٹھہِ لیکھان۔ چِٹھی رسالس چھ گلس پیٹھ سوار روزان۔ ژھایہ گِژھ چھس کران۔ دوٚن دوٚہن گلکتہ ژوٚزِتھ چھن شرم گژِتھ گیمُت۔ "

دوٚیمہِ دوٚہہٕ تہٕ آیس نہٕ چِٹھیاہ کیٚنہہ۔ ہیٚر بنگہٕ ہِش پیٹھ دوٚہہ دوٚہس۔ واٚلنجہ ہٕندس گٹہ ژٕلِس لوٚگُس دوہکھ دروازہٕ گوٚرُن بنٛد، تہ اورہٕ یور نیرُن تہٕ تراوُن۔

وِنو دنیہ نِش اوس نہٕ بہاریُن کانٛہہ نشاناہ ترٛاو نہٕ اوسُس تصویرا، نہ چِٹھہ پرچاہ۔ اتھ رِشتیس منٛز لجِ سوٚ گنٛزِ قسمکہ سہاراہ گارنہٕ۔ بہاریُن کانٛہہ نشاناہ سوٚرِتھ اتھ بے سوٚ ہیتھ مِژن اُچھن اٚشہ پھیوراہ۔ اما دأوگِس منٛز پیتھ کِنہٕ دُہرچھِ ژنان تِتھے کٕنہٕ ہیوٚتنس دِلس نار ہیوٚ۔ اٚشہ پھیورہ تہٕ سمیوس نہٕ۔

وِنودنہٕ اوس لوٚزمُت زہٕ لیٚس منٛزکنہٕ سوٚرِ زیٚن سُہ داتہٕ ضرور۔ ییٚنہٕ روٚزت روزِہ نہٕ تراتھہٕ۔ توٚتے لجِ سوٚ اٚچھِ دُچھتھ تہٕ گگرِ نزہٕ گنٛڈِتھ بہارِیس سوٚرنہٕ ـــ " زندگی

چھم شِنی شِنہٕ باسان، دِل چھم شِنی تہٕ ژھۄوپاڈری شِنی شِنہٕ۔ اَتھی شِنیس منٛز یتم اکہٕ لٹہٕ۔ مینٛز بِنیی! بہٕ تہٕ ما چھِٹِتھ!"

تِنہٕ منہٕ پتہٕ سۄسان سۄران آو اُبزی پاٹھۍ وِنودنیہٕ طاقت ہیو۔ باسیوس زہٕ لۄکٹ پہٕ آلو گژھہِ نہٕ زانہہ بیکار۔

بہاری نِس دیانس منٛزی پیٹھہٕ سندیا سمیس تہٕ اتگہ رۄس گرہٕ بِتِیہٕ تہٕ گٹہٕ بزی گوس، کُمی تام دِتُس دروازس دکہٕ۔ وِنودنی گیہٕ وُتھتھ تہٕ بےپھرُک پاٹھۍ دروازہٕ مُژران وۄنُن ۔" آدۄسہ!" منس اوسُس بہتھ زہٕ امہٕ دکھتہٕ ہیکہٕ ہیس نہٕ بیتِیہٕ کانہہ زۄناہ تہٕ اوٚرہٕ یتھ۔

مہیندرن دیتُس جوشہٕ سان جواب ۔۔ "آس ہسہ!"

وِنودنیہٕ کرِس نفرت تہٕ لعنت سۄزنس ۔" نیٚر نیٚر، جل نیٚر بیترٕ!"

مہیندر گو ششدر ہیو رۄزِتھ۔

اکِ وِزِہ آلیس کۄس نام اَڈوڈ ہمسایہ بایاد دروازس ٹل تہٕ لجالیس دنہٕ ۔۔ "دۄپ کمہٕ ہسے وِنودنی، پگاہ ہسے ہنہٕ ہنٛزہٕ دۄکانی..." اما دروازس پیٹھ مہیندر وُچھتھ نژوس

نیرِتھ ۔ ماجے " تہ مُچِھنڑِہ کڈان کڈان گیہ زرہ ہِندی پاٹھو نیرِتھ ۔

(۳۹)

گامہِ گامس ووتھ شور ۔ ئِیڑِہ گگ درگاہہ ہِندِس مندرس منز پانہِ واتِنہِ بداد دِنہِ ۔ " نہ سہ ، ہیہ ماہینکو اکہ نیرِتھ ! کلکتہ ہی کروہن تہ کرہ ہن ۔ ییتہِ ماہنہِ تہ ۔ چھِٹہِ ہینٹھ چِھٹہ لیکھِتھ اوٗن مہیندر لمہِ لمہِ گام ۔ ہیہ گو وینکھزار ! "

وِنودنیہ اوس انہ پوٗرہ آش زہ بہارینہِ چِھٹہِ واتیم ۔ اما واتِس نہ کینہہ ۔ سوچنہِ لج ۔ " ادہ تہ مینہ ہینٹھ کُس حق چھُم بہارِس ۔ تمِس چھ آش ہیہ اتھرے رینہ ۔ مینہ کیاہ سنا زہ مانیچھِ تُہ مُند ! مینہ کیاہ تُس سیتہِ : دُحرفی چِھٹہ تہ پرنہیم نا ادہ ؟ ییتھ چھیہ بہ گاہتھ ذلیل تہ خوار ! "

وِنودنیہ لج دِلس نغرتھ ژکھ ۔ سوچنہ ۔ " بنیہ کانہہ ہِندی کنہِ ہیے آسیہ ہیے مینہ کیاہ ادسم ۔ اما آشاہ ہِندی کنہِ

جِمُ نہٕ بہاری مازان۔ بہ مَا ہیٚنکہٕ پہٕ ژُرِتھ۔ پانٕے ہیٚے کوٚدِمُ
پانَس کھش۔ بہارِیس کیازِ بریوم لول؟ ییٚمُ پان کیازِ
لیشرومَس؟

دِلودِنی اُمس کالِھ مِژ ہٕش گرہٕ بہنتھ۔ تمی وِزہِ آیس
ہشرِ ہمنز بڈہ کاکنی کورہٕ خبر ییٚنتھ دالیس تہٕ داتہ ڈُکی
ٹھکریلیس ـــ "حرامزآزی، ہمی لدِنی" یہ کہے تھیس لوزان؟"

دِلودنیہ دڈ بنس ـــ " یہ کینژہاہ لوزان چھکھ، لوٚنژی چھکھ
لوژان۔"

بجہ دڈ بنس ـــ " اِدہٕ کیازِ آیکھ گام دندنہٕ؟"

دِلودنیہ اوس دِلس تلاتُم وڈ تھمت۔ زوٚرہٕ کوٚرُن
دریٚر تہٕ ژھوپہ دم گرِتھ دُوز۔ بجہ ڈڈلیس ـــ "صافی وٕنے
بیترٕ نہٕ بی ہیٚنکھ ڈٔنی دُوزِتھ۔ بہٕ آسہ نم گیہ پانس
تہٕ بہ ترادہس یم یم دوکھ دُچھنہٕ۔ تُہٕ ہاوٕنی لایکھ نے
ٹھوتھس۔ نیرِی گُرِچی پانس۔"

دِلودنی وُژھس۔ " تہٕ درالیس۔"

اُمی وِزہِ آو مہیندر پاگلا ہیو۔ شُران کرتے، کھبنے چھنے
کلہ تہٕ چھلہ نے۔ راتہٕ ہندہ مُنیندرہ سیتی آسس اُچھ

نارِ ژانگی ہشہ گاشرٕ۔ اُس اوسُس ہیو کھان۔ گوڈٕ
گوڈٕ اوسُس شوٗنچمُت زِ گاش پھولہِ وُنی گژھ بێیہ
تہٕ وِنودنی یِمن کٕڈِتھ پانَس ہیتِہ۔ اما وِنودنی مُنٛدٕ بُتھ
وُچھتھ اوسُس مرٕنٕ کھوتہٕ سکھ گومُت۔ تہٕ رنگہٕ رنگہٕ
اوسُن شوٗرِنٛج کوٗرمُت۔ تویہٕ یُتھُے گاش پھۄل تہٕ ریلہٕ میٚچ
وُکھ آو نزدیکھ مہیندرَس آو نہٕ تاب۔ پرِتھ کانٛہہ اَندرٕ رٹ
ترٲوِتھ دراو ویٹنگ روٗمہٕ منٛزٕ، تہٕ بێیہ وٲتِتھ وِنودنیہٕ
نِش۔

کانٛہہ تۄکھ اَسِس اَچھ پھیرِ پھیرِ وُچھان۔ اما
مہیندرَس آسہٕ تمہٕ میٚژٕ پوتلہِ باسان۔ کانٛسہٕ کُن تہٕ تیٚچ نہٕ
تُمہٕ نظر۔ سیٚودِے بێیہ وٲتِتھ وِنودنیہٕ نِش۔ واتہٕ وُنی دوٚپنس۔
"وِنودنی۔ بہٕ چھُس نہٕ بُزدِل زِ ژٕ ترٲوتھ بدنامیہٕ منٛز
کُنٛی زُنی۔ بہ تمِتھ ژٕ ییتھ تہٕ تیتھ پانہٕ سی ستی۔ چانٛی
دِیٚرِ چھُ سَے ہاوان زِ یتھ کُنی ژٕ یِژھکھ تیتھے کُنی سیدٕ
دیاہَے کرٕ ہم تہٕ زندٕ روزٕ نہٕ تہٕ گژھ چانہٕ دٔنہٕ نِشہٕ دوٗر۔
میٚیہ چھُ دُنیاہس منٛز داریاہَن ستی دغا کوٗرمُت۔ از پیٚیہٕ
ژٕ میٚیہ ہیتی دغا کرکھ! وُنی کُتِھ چھ اَسہ قیامتہٕ کِس

بُتھِس پێٹھ دٲرتھ ہیتی۔ ژھلک تہٕ کٕٹھک چھُنہٕ وکھتھ کانٛہہ۔

وِنوٚدنؠ وُڈھمِس بڑہ شانت پٲٹھؠ ــ "گاڈؠ چھیٚ نا یا پانسِی

سیٖتی ہیٚتھ؟"

مہیندرن دوٚپُس ــ "اَدٕ، چھم!"

اَمی وِزِ دراو وِنوٚدنؠ ہُنز بُڈ نیٚبر، تہٕ لۆگ مہیندرس

وَننہٕ ــ "مہیندر، ژٕ چھُکھ ہیٚم تہٕ برزٕ نادان، اما چانٛی مٲج

راجِ لکھی چھےٚ میانی گاہِچ۔ تۆہہ کٕنؠ ولتےٚ بہٕ ماس۔ یہ وتھ

ژےٚ گرِ زنانہٕ چھےٚ، مٲج چھےٚ، پاگل سِنٛدی پٲٹھؠ کیازِ چھکھ

ہٹرٕ ہٹرٕ پھیران۔ ژٕ دن زنیٖن منز باگ نےٚ بُتھ ہاوُن لایکھ

روزکھ!"

مہیندر یتھ جنوٗنس منز اوس نتھ لۆگ دکر۔ زنان چھیس،

مٲج چھیس، ژٕ دن زنیٖن ہُنٛد سماج چھُس، بیٚنیہ ہیٚوتن

ہمیٚن کتھن سنٛز ہیٚو۔ تَس اوُس نہٕ گمانےٚ زہ دُورہ کِس

یتھ گامس منز نہٕ ییٚنس یمہٕ کتھ ہیٚچھاونہٕ۔ جواباہ پھُرُس

نہٕ کینٛہہ۔

بچہ وُونس بیٚنیہ ــ "گژھنےٚ چھُ تہٕ گژھ۔ ژیر مہٕ کرِ میانس

برس پێٹھ مہٕ روز برٛنٛزس تہٕ۔"

یہ ڈیٖنٹھ تہٕ کوٚر بچہٕ أندری کنہٕ دروازہ بند۔ وِنودنی بیٹھ شران کرنے، کھینے چینے آلرِنی پلوکن منٛز، ژھرِوِکہٕ اتھو گاڑِہ بیٹھ۔ مہیندرہٕ ییلہٕ کھسنہٕ لوٚگ تہٕ وِنودنیہٕ دوٚپُس۔ "تہٕ سٹیشن چھُ نہٕ دوٗر کینٛہہ۔ ژٕہ یِیہ تہٕ وچھہٕ کھلی۔"

مہیندرَن دوٚپُس۔ "ییلہٕ ہینکہٕ نا گاڑِکی لوکھ وُچھتھ؟"

وِنودنی وُژھس۔ "وُنہٕ تہٕ چھیہ ژٕ ییٚہ لوکرِتہٕ باقی کینٛہہ!"

یہ ڈیٖنٹھ تہٕ کوٚر تمہٕ گاڑِہ ہُنٛد دروازہ بند تہٕ گاڑِ وٲلِس دوٚپُن۔ "بکھ باسٹیشن۔"

گاڑِ وٲلِ دوٚپ مہیندرس۔ "باجہٕ توٚہی ییونا؟"

مہیندر لوٚگ اور یور وُچھنہٕ۔ گامہٕ مُنٛزِ پکہٕ نک اوٚسُس نہٕ خبرتھ۔ گاڈی دراییہ تہٕ سہٕ تہٕ دراو وتہٕ ڈلِتھ کُھو مُنٛزی سٹیشن کُن۔

گامہٕ چھ نوٚشہٕ، کورہٕ آسہ چھُلتھ چھکتھ موٚکلیمٕژہ۔ بُچھے اُژہ آسہ نوشہٕ تہٕ انگوچہ ییٚچہ ہیٚزٕ تلاوس بیٚٹھ شران کرتھ نیران۔ چھوٚہس اُمی امیہ چھُلیہ ہینٛز خوشبوی تہٕ وتہٕ اوس عُمو شہجار۔

(۴۰)

مہیندر ژٲلِم کۄنٛت تامتھ، اَمی عُمرِ ترٛوو راج لَکھمیہ کِھیٚنۍ
چیٚنۍ تہٕ نیٚندِرِ آرام۔ سادھو چرن لوٗگُس تیٚمِس تھیپہٕ ژھلاوَن
تہٕ مہیندر بیوٗ وِنودنی ہیٚتھ کلکتہ واپس وٲتِتھ۔ پٹل ڈانگرٕ ہس
منٛز ہیوٚتُن مکاناہ کرٲیس تہٕ وِنودنیہ سٟتۍ ترٛاوِتھ ووت گرٕ چھِن۔

ماجہ پٕہندِس گٔٹِس وُچھِن اَنہِ گوٚٹ۔ لالٹینہٕ گاش تہٕ اوس
ٹھرٕ تھووِمُت۔ راج لَکھمی آس وِرام ہِش بیٚٹھِتھ وتھرِس پیٹھ
تہٕ آشا اٲسِس بُتھِ بیہِتھ کھورن پھشاہ دِوان۔

مہیندر وانہٕ وۄڈی گیہ آشا تھوٚد وۄتھِتھ تہٕ گٔنٛڈِ منزٕ دراییہ
نیٚبر۔ مہیندرَن ووٚن ماجہ بے پروک پاٹھۍ۔ "ماجی ییٚتہٕ چھےٚ چھم
پیمُژ، لیکھِتھ لیوٚانِ۔ کالِج نِکھے چھم وڈیراہ کورمُت، تٔمۍ ہے آسہٕ
روزان۔

راج لَکھمیہ کوٚرنَس اَوٚنگجہ سٟتۍ اِشارٕ زِ پتھر بیہ تا۔
مہیندر ہیوٚتھ گابرتھ پیٚو چارپایہ ڈَنٛجہ بیٹھ۔ راج لَکھمیہ

دۆپُس ـ "جھیا، ییتہ خوش پیہ یی نتہٕ روزتاہ، نوشہ میانہٕ متا
آستہ ہُندی کڈان۔"

مہیندرس گیہ ژھوپ۔ راج لکھمیہ دۆپُس ـ "بدنصیب آسہس
دیکھ تام ہیچم نہ پرنہ ناوتھ یہ شُلہ بدناوی نوش بنیو۔ (ونان
ونان گوس پھٹس گنڈ۔) اما ژیتھ خبر آسی، ییت کیاژہ گوزھس
بیداد؟

راج لکھمیہ رُود نہ آب تاب، اُچھن لجس اوشہ ددرای۔ مہیندر
ہے اتہ دِتھس نیرہٕ ہے دلیوہ بیچرہ ہے، اما کونہ ووتھس نہ۔ ماجہ
ہندس وتھرنس پیٹھ گو انہ گٹس شرتیھ ہیو۔

کینژہ کالی دۆپُس راج لکھمیہ ـ "از نہ روزکھ ییتی؟"

مہیندرن دۆپُس ـ "نہ"

راج لکھمیہ پرژھس ـ "کر نیرکھ؟"

مہیندرن دۆپُس ـ "دُنی"

راج لکھمیہ آو جیرہ۔ وُژھ تہ بیٹھ۔ دۆپُنس ـ "آمنوٗ نوشہ
سیتی کرکھ ناکتھ باتھ تہ؟"

مہیندرس پیوو نہ کینہہ۔ راج لکھمیہ دۆپُس ـ "ژیہ کیاہ
چھے خبر نوشہ کیتھہ پاٹھی دراو ہم زہ تریہ دوہ۔ بے شرماہ

چانی یہِ بیدردی وُچھتھ ہا چھُم دالنجہٕ ژَس گژھان؟
یہِ وُنتھ ترٕ بہیِہ رلج لگمی ژھینیِ مژ لنداہ ہش وتھرُنس
بیٹھ۔ مہیندرس آو ژلنس وار۔ لوتہٕ پاٹھۍ گوو ہیرِہ تہٕ پھیوٗد بینہٕ نِس
کمرس کُن۔ آشایہ سیتیٖ مُلاقاتھ کرنُس اوسُس نہٕ ماِنی۔
مہیندرٕ ییتھۍ ہیرِ کھسِتھ لیٚشس پیٹھ وَٹ تیٚتھۍ وُچھُن
زہٕ آشا چھِ ٹیٚبلس پیٹھ ڈابہاہ دِتھ۔ گوڈٕ گیوٗس نہٕ
صبر ہیوٚر۔ مہیندر ٹیٚلرِ بکر لیٚشس پیٹھ آو آشا گیہ وُتھتھ۔
امہِ وِزِہ ہے مہیندر دِچھنے، کرِتھ آوٗ دِیہ مُس، اسہِ ہنیہ ہے
سوٗرے قصوٗر پانہٕ سے پیٹھ تہٕ کھوٗرن اتھ لاگِتھ ہیہ ہیٚس اوٚرے
معافی۔ اما مہیندرس سمبوٗر نہٕ یہِ لول آوٗ، تس باسیوٗ یہِ آوٗ
از ژھوٗر تہٕ ژھوٗنہٕ۔

آشایہِ اوس بدٕ کے حالاہ۔ تھوٗد وُتھتھ ژلہٕ رٕنح چھنہٕ کتھ،
شیہہ ہینس تہٕ آیس منز چھ۔ مہیندرن اوٚنس نہٕ رچھنے کینہہ۔
لوتہٕ لوتہٕ لوگ لیٚشس پیٹھ ادرِہ یور کرنہٕ۔ گرٕ بہچھ اوس پیٚٹھکس
گوٚجس اکِس اوس گملس اکِس منز رجنی گنداہ ہنہ کلاہ
لوٚگمت، ییمہ چھیٚن دوٚن لیٚنچن پوٚش ہیوٚراہ اَسی پھوٚلرِ متی۔ پیشہ کِس
آنہٕ گٹس اَسی نبرکیو ستہٕ رٕنشو تہٕ تایہ کو خبر کاژہ ہن خاموش

ماژن مہیندرنہٕ تہٕ آشایہ ہندہ خاموش لوٗکھو خبر کاٚتیاہ تماشہٕ
ڈیچھ مِتۍ۔ اَز تہٕ آسہ ہیم دہ ؤرۍ وٕنۍ کُن مُدٕے گنڈتھ۔

مہیندر لوٗگ سوچنہٕ ــ منزمیتی یمن یِکِژَن دہن ؤرۍ
ناچاکی ییتھی انزگیٚس مشر۔ دٲرتھ دِتھ ہرگاہ بُہ پرٲنی یاگھو بیٚنہ
ڈگوٕ شکرہِ اکھلہٕ لِٹس تراوہ تہٕ آشایہ نکھہ لوتہٕ یاگھو بیٚتھیہٕ
نہٕ دوہ تھِ نیاپی نہ روزہٕ کٲنی۔ پرٲنی سوٗی یِژھ ؤرۍ ژہ، سُے
مای محبتھ تہٕ آنند ییہ بیٚنہ پھِرتھ۔

اما افسوٗس زِ ڈگوٕ شکر سٕمب میچ نہٕ مہیندرس جاپہ
پینٕشرہ تہٕ از اُتھ لِٹس پیٹھ، پانۍ اَسن نا پنٕنیوٕ اَکھو
راوہ رٲدمژ۔

ییتین دہن اوسُس وِنودنہ سیتۍ آزاد تعلقاہ۔ تیتھو
ہیوٚ سندناہ اوسُس نہ کانْہہ زِ موکلن پلیئے اوسُس تہٕ۔
اما ونی آسِس وِنودنی پننیوٕ اتھو سماجہ لِنشہٕ ژٹتھ اٲنی مژ۔
ونی ما آسِس سہ گنزِ والسِس واتناونَس باتھ۔ مہیندرکر
اوسنا ونی تمہِ سٕند کُن تہ کیوٗل ڈوکھ! ادہ سہ یِژھ ؤن
یا ہتہ یِژھ تن، وِنودنہ سٕنہ بارچھس ڈٲنی پانَس پیٹھ
ضروری ہیوٗن۔

یہِ سوٗنچان گوٚس دالنہٕ ژٕس۔ ژیوٗٹھ ووشاہ ترٲوِتھ
کرٕن آشایہِ کنۍ نظراہ بیٚیہ اکہِ پھیرِ۔ تس آو اوٗشہٕ گنڈ تہٕ
دِل اوس سکھ آمت۔ بےٚ سوٗر اوس بہتھ۔ راتھ ہیٚنز انہٕ گٹہٕ
اوسُس ماجہِ ہنٛزِ ووتہٕ لوٗنہٕ ہندی پاٹھۍ پردہ کٔرِتھ۔

اوٚرہٕ یور کران گوٚ مہیندر کیاہ تام ونُنہٕ خاطرٕ آشایہِ
نِش ژوٗنِتھ ہیوٚ۔ یہِ وُچھتھ آو آشایہِ ہندِ جسمک سورُے
رتھ کٔنۍ منٛز سِمتھ شوٗن کرنہِ۔ اچھ کرِنٕن بنٛد۔
مہیندرٕس توٚر نہٕ فِکرِ زِ کیاہ ستا آسیٚ ونُنہٕ۔ ونٕنٕس تہٕ
اوسُس کوٚس ستہٕ کتھ؟ اما ونُنہٕ روٗس تہٕ ما پھیرِ ہے واپس۔
پرٕژھنس۔ "گُنزہٕ ترٛونگ کتہٕ چھُ!"

گُنزہٕ ترٛونگ اوس وتھرِ کِس گدیلس تل کنہٕ۔ آشا وٲژھ تہٕ
ژایہِ کمرس منٛز۔ مہیندر تہٕ گوٚس پتہٕ پتے۔ گدیلہِ تلہٕ گُنزہٕ ترٛونگ
کڈِتھ تھوو آشایہِ مہیندرٕس بروٚنٛہہ کنہٕ۔ مہیندرن مُل تہٕ ہیٚرِٹھن
اکہِ اکہِ کرِتھ المارِ ہندِس گچھس لاگنہٕ۔ آشایہِ روٗد نہٕ
پانس تام۔ دوٚپنس۔ "امہِ المارِ ہنٛزہٕ گُنزہٕ کتہٕ آسہٕ
مینہِ نِش؟"

کٔس نِش آسہٕ گُنزٕ، یہِ پھیُرٕ نہٕ آشایہِ کیٚنٛہہ۔ اما مہیندرس

توٚژ فِکرٕ ۔ آشایہ دراےٚ یکدم کمرٕ منزٕ نیبر ژٕ مہیندرٕسس
برونٛہہ کنہِ گژھم نہٕ باکھ تٕرکنٕنۍ پیٛرِتھ ۔ پَتہٕ کُس اَنٕہِ گٕٹس منٛز
لُٔج سو دیوارس کَن جٕتھ گٔرِتھ وٕدٕن رۄکنہِ تہٕ تہٕ تٕرٕ پاٹھۍ
اوشس ترٛاوٕنہِ ۔

اما اوشس ترٕ کوٚت تام ترٛاوٕہ ہے ۔ اچانک پیوس ژینٛس
زِہ مہیندرٕسس کیاہ آو بتہٕ کھیکھ وٕکھ ۔ پٔکان وُژھ بوٚن ۔

راج لکھمیہ پرٛژھنس ــ " مہیندرٕ کتہِ چھُ کوٚری ؟"

آشایہ دوٚپنس ــ " ہیرٕ چھُ ۔"

راج لکھمیہ دوٚپنس ــ " اِدٕ مہ کیٚہ زٕ وُژھکھ یور ؟"

آشایہ دوٚپُس کارٕ نوٚمرِتھ ــ " بتہٕ کھیٚنٛک ۔ ۔ ۔ "

کتھ ژٹان دوٚپنس راج لکھمیہ ــ " کھیٚنٛک اِنتظام ہے کرٕ
بوٚ پانٕے ۔ گژھی ژٕ یہی اتھٕ بتھ چھلِتھ ، تیٖل دِتھ تہٕ بٕلو بُرِتھ ۔
سو نوٚہِش بنارسی ساڑی ہے لاگٕزٕ ، یہی جٔل ، مٕس ہے
پارٕکے ۔"

بشہٕ ٹٕہ ماہیکہٕ ہے پھرِتھ ۔ اما امہٕ سازٕ سنگارٕکہٕ تاکیدٕ
زَن گیہ خٔجل زٕد ۔ بشم پیتاجھن یتھہ پاٹھۍ مرنہٕ برٛژھی تیرٕ رگود
ژالیو ، آشایہ تہٕ کوٚرٕ تیتھے کُنٕ غٔشہِ دِنہٕ سازٕ سنگارٕ برداشہ ۔

سِنگار کٔرِتھ کٔرُن آشا سیٹھٕنی موتہٕ لوتہٕ ہیرٕ، تٕروٕہ
نظارٕ دِتھ وُچھن زٕ مہیندر نہٕ گژھہ۔ دروازس تل آیہٕ تہٕ وُچھن
زٕ کمرس منز تہٕ چھنہٕ کیتھہ۔ بتہٕ تھال تہٕ اوسُس تیتھے کٔرِ
میونڈ تہٕ اوسُس نہٕ کٔملمت۔

کنٖہ نہٕ آسنہٕ کنٕز اوس مہیندرَن الماری گلیتھ بُچھ روومت
تہٕ ضروری بَلوٕ دَلوٕ بٔنیہ کتابہٕ کٕنڈِتھ اوس کوٚت تام درامت۔

دٔویمہِ دوہٕ آس کاہ۔ بیرام راج لکمی آس بسترس
بٔنٹھ بیمٕر۔ نبرٕ اوس اوبرٕ نب۔ باسان اوس زٕ اندرٕ
دوتھ زیر دس۔ آشا گیہ لوتہٕ لوتہٕ ہشہ نِش۔ کھوٚرن پیٚش
پھش دِوان دٔوپنَس۔ "ہی، دود تہٕ بٔل ہے چھے تھاوِتھ متھ
اَنہٕ ییَہ، کھنکھے؟"

نرم دِل نوشہٕ ہنز سیوا کرنچ یہ بے حال کل وُچھتھ آیہ
راج لکھمہ اَشِ بکہٕ۔ وُتھتھ بٔٹھ تہٕ آشایہ کوٚم کٔرِتھ کٕنز تٔس
اشہٕ سیتی اَدریتھس بتھس میٹھو دیُتُن۔

راج لکھمیہ پرٕژھُس "مہ کیہہ چھُے کران؟"

آشا گیہ خجل ہِشہ تہٕ لوتہٕ بأگو دوٚپنس "تم ہے دراہہ؟"

راج لکھمیہ پرٕژھنس۔ "کٔری باگ؟ میہ نے چھُ خبر!"

آشایہ دۆچھس کاًر نوٚمرتھ، ـــ تِم ہے راتھ کالِیِنِگ گیٚیہ ؟!

لبٕز وُژ گیہٕ راج لکھمیہٕ ہنٛز زمی ختم۔ نوٚشہ ہندِس موٚکھہ پیٚشمِس زن رٕوۄدس تہٕ نظرِ کانہہ۔ آشایہ باسیوٚ پانس نوٚژر ہیٚتھ لگان تہٕ کلہٕ لبان کنہٕ ترآوِتھ درایہ نیبر۔

(۱۳)

گوٚڈنچہ راتھ ییلہ مہیندر بلوٗ دلوٗ تہٕ کریتابہ انٛدرٕ گرہ گیٚیہ۔ دنو دنی لِیسہ کلکتہ کِس چھوٚکرِس منٛز گۄنِ زُنہ یان پٕنٕس سوٚپہ نبر۔ اگرچہ یُتہٕ راتھ بیٚٹھ اوس نہ تس زانہہ تہٕ کھلہٕ ڈلہٕ جاگاہ نصیب سپدمت۔ توتہٕ آسیس لرٕ پھرن دِنس جاے آس مژھی۔ اما از اوسُس بلکہٕ ترہٕ یٕن گومت۔ یتھ ناوہ کِنہ سو وکتہٕ کِس دریاوس وُژھہ مژ آس: سو ناو آسیس سیٚتہٕ تہٕ لوٗژ۔ واوہ رنگاہ اکھ تہٕ بیکرہ ہے اتھ دُبہٕ بھرِتھ۔ وُڈِکین بِنہ نا تس ذری پاٹھٕ ہشیاری سان نم رٹی۔ رٹھ تے لاپرواہی کرہ، ڈبہٕ ڈاس گرٕ شیس؟

یتھِس بجائس منز کُس سنا زنانہ چھنویس راوِتھ دِل؟
وِنودنیہ یوٗتاہ یوٗتاہ بیٚنہٕ یان بےلبس باسنہ آو میٚوتاہ یوٗتاہ
ہیوٗتنس قوٗدتھ بھیرمن۔ کاتھہ نہ تہٕ کاتھہ پایاہ ہیٚنس کرہٕ ڈ۔
چارہ ما لگِیس کیٚنہہ۔

یتھہ دوہ وِنودنیہ بہارِیس بروٚنہہ کنہِ بیٚنہٕ لوٗل بادیو، تمی
دوہ پیٚٹھہ کیاہ ہیٚشرِولنس دِل تمہ لَن۔ یُس اُڈزِتھ گوٚمت یوسہ
تمہ بہارنیوٗ ڈھوٚ پیٚٹھہ واپس انیو، تتھ کتہِ سنا اُس بیٚیہ
گُنہِ جاے؟ تتھ اُس سہ یِنہٕ نس یِشتہ دیٚوو ہسنِدہ باپتھ
ارگ تُرانُتھ راتھ تہٕ دوہ للہ نادان۔ وِنودنیہ اوٚس سہ بادا
دِ، کُنہِ کامہِ نہٕ اُس نہ یکدم تراوٗن یِژھان۔ دِل اوٚسُس نہ
بلکل نااومید سپدُن زانان تی۔ مگر اوٚسُس بہتھ نہ
بہارِیس ہیٚنیہ میانی یہ پرواہ قبوٗل کرنی!

وِنودنیہ ہنٛدِس اتھ زبردس لوٗس سیٚتی میوٗل یِنہٕ بچاو
کرنُک بارہ تقاضہ تہٕ۔ بہارِیس رڈس، اوس دِنی وِنودنیہ
پایی کاتھہ۔ جھیندر اوسُن یوٗرہ پوٗرہ برزنو دمت تس پیٚٹھہ
ہے بار تراوِ ہے شہ ما ہیکہ ہیٚس تراٚلتھ۔ تراوِتھ ہیکہ زین
شہ براوِتھ۔ تھیسے گرِ زنِس تہٕ شہ چھ ژُن یِژھان۔

ژناہن ٹھنوس یس دوٗر، پوٗٹھ تہٕ منٛز لوٗش ڈاکہ گرٛم آسن، شہ ہیکہٕ ہےٚ ونودنیہ بہاریس نشی میلتھ۔ بہاریس ژرآوِتھ ییہٕ از ونودنیہ بارہ سنگتھ۔

یتمہٕ دِہہ ونودنی گام ژرآوِتھ ینہٕ لجیہٕ، تمی دِہہ اوس تمہٕ سٹیشنہ کس ڈاخانس مہندرس اُتھ تاکید کرِتھ نوہ مت، زِہ میانہٕ ناوچہ چِٹھہٕ گژھن ونی کلکتہ کس پتہٕ ہس سوزنہٕ۔ سو کتھ مانہٕ ہےٚ زِہ بہاری کیاہ لیکھہٕ ہیس نہٕ جواب۔ دوٚیمہِ ہفتس پرارِہ صبرہ سان، اِدہ وچھو پیتہٕ۔

یہٕ وٚنتھ تہٕ ڈُنتھ ونودنی تہٕ انزگہ گوٹھرہ تمہٕ نیبرم دروازہ دوٚتھ ژرآوِتھ لگ دِہ داسی پاٹھہ وہنہ وچھنہٕ۔ گیس اوس تیز نوتان دتہٕ پیٹھ۔ اکہٕ سندیا وکھتہ اوس نا بہاری اُتھ شہرس منٛز۔ کوچہ جوراہ اُسی منزہ تہٕ اِدہ ییہ ہےٚ نا تمی شند دروازہ۔ دروازہ اندر اُژیکہٕ اوس نا لوگن آنگن یتھ اندر پال مشین اُسن۔ پتہٕ اُسی ہیر تہٕ ہیوٚر کھُتھ اوس تمی شیرِتھ تہٕ ہیرتھ صاف تہٕ گاشدار خلوکھ کمرہ۔ تمی کمرِچہ خاموشی منٛز آسہ ہےٚ نا بہاری گنڈ زوٚن کرسہ اُکس پیٹھ بہتھ تہٕ نکھے ما آسہ ہیس شی

برہمن کوٹ وسنت، شُہ دہ گل ہیوٗ، دیوٹھ پوٗٹھ مائم
کیٹرِ، برژِن سِتین ہیوٗ تہٕ مۆچہ اچھ کرِتھ ۔ شکلہِ کتاب
ہیٚتھ ما آسرٕ ہے سہ یتھہٕ مرضیہ ورق پھران تہٕ پھران؟

دارہ دارہ ہیوٗتنس تمہٕ ڈیک سوٗرک نقشہٕ اچھن برونٹھہ
کنہٕ پھرن ۔ مایہ لوگس پھیرٕ، زمہ ہرش سپدُس ۔ مشن آس
زہ ڈُنی ہیکہٕ گژھتھ ۔ یہ خیال دوپھ ڈُنی لجٕ اتھ خاہشہ
لوہ متہ لاے کرنہٕ، بُرہنگی دوہ ہے آسہ تن ونودنی کرہ ہے
یہ خاہش پوٗرٕ، اما از آس یوٗزہ شوٗزہ ہنز گتھ ۔ ونی آسس
نہ فقط خاہش پوٗرہ کرنٕی یا پوٗس برن ۔ بلکہ اوسس مقصد
حل کرُن ۔ سونچاہ کوٗرُن ۔ "ڈُچھنا گو ڈہ، پھاری بابوٗ
کیاہ جواب سوزیم خطس ۔ پتہٕ گو ڈُچھُن زہ کمہ وتہٕ
برزیم لمُن ۔" بے وایہ پاکٹ، گژھتھ بہارِس ناراضی کرنک
پیوٗس نہ جرٔتھ ۔

یہی سونچان سونچان بجیہ راتھ ہنزہ ڈہ ؛ زہ چیندرہ
پیوس دائتھ ۔ بینیں دوہن ترن دوہن اوسس یندی
دراتمت، نہ اوسس کھیومت چیومت ؛ نہ نیندرِ تہٕ آرام کورمت
ونودنیہ گرہ گژتھ تہٕ پانس نکھ دارہ تادِتھ اوسس ازمس

ہیوٗ ژامُت ۔ زن اوس ژھینتھ پیومُت، ڈینہِ مس سیتۍ پننہ
حالُک ہیتھ لڈانگ اوسُس نہ از سامرتھ ہیوٗ روٗدمُت ۔

یُد دروازس دبُب کرِتھ باسیوہ از مہیندرس
بارِ شرم ۔ یتھ نشس منز تمۍ سارۍ ڈینہِ مس لتھ وڈای
تُہ فشہ دکتہ سنا اوسُس از ؟ وتہ بیکہ ونیس ووبرن
بردۍ نہ کنہ تہ کیاہ سنا نہ آسس از مندچھ لوان ؟

نوٗد نوکر اوس اندرکنۍ نندرہ پیومُت ۔ دروازہ
مژرادن ونہ خاطرہ بیوس سیٹھاہ کرنکہ ناد کرُن ۔ زان پچھانہ
زستیس نوٗد گرُدس انگٹس منز واتہ ڈنۍ گوٗ مہیندرس
من ژھینتھ ۔ امیرنالہ تسند خانہ موول اوس، ماجہ تسند لوٗکٹ ۔
عقرۍ آری سامان آسیس موہلہ ۔ گرہ آسیس ترۍ ترۍ
نوکر داورُبہ داو کرمتس ۔ اما نوٗس گرس اوسُس نہ کانہہ تہ چیزاہ ۔
دیتمُت ۔ یہ کمی بنیم یتہ بُزہ کرہ نی ۔ گرُیک سودُر بار جھم
یتہ بتھو ۔

مہیندرن ! بس تہ زانیہ نہ پننہ یا بیتبہ کانہہ منہ
آرائش نہ چھُدمُت ۔ اما اندرکہ پیٹھ بیس دنۍ اکھ نو گرہتھ
حوولہ، ہیرو پیٹھ آس دہ جھکہ ونۍ ہیرہ یتہ بتیاہ زونان ۔ مہیندرن

وڈپ زِ پگاہ پیٹھِ اَمہِ بدلہِ جان بِہان لالٹینہ یا لیمپا
تھوِ نیٚ براندِ تمٕک ہیرِ پوٚر اُدس خستہ گومُت ۔
ڈسِل مَلاوِتھ پیٚنہِ اَتھ سیمنٹ کرناوٕنی ۔ وتہِ طرفہ
اکہ اَتھ مکانس بُڈٕر دان بَراہ ۔ مہیندرَن سوٗچ زِ
مکانس بَکہ کانہہ وانہِ دوٚنا سَس گو نہ جان ۔ لہٰذا ییٚنہِ تمکِ مکانس
پیٚٹھ زور تُرلون زِ دوٚن ترن دوہن اندر کرِہ یِم دان خالی، کرایہ برس تہِ ۔
یِمہ سارِنٕے کاسہ پیٚنم پانٕے کَرُن، یہ سوٗچتھ تراس جاٚیے ہیوٚ مُس ۔
ہیرِ پیٚٹھ گوٚ مہیندر رُوزِتھ ہیوٚ تہِ وِنودنیہ ہنٛد لول لوٚگ شوٗلہِ ناونہِ ۔ یانس
لوٚگ وِلاسہ دِنہِ زِ ییٚتیٚن دوہن سوٚنکرِ دُنیا مُشرِتھ یوٚسہ بوٚ سوٚران تہ کانہِہ
اُدس سن سوٚی چھم نا ازِ براٚدمہِ ۔ ازِ چھم بوٚڈ دوہ ۔ اَسہِ دوٚن درمیان ما چھ ازِ
کانہہ تہِ ۔ اما کانہہ تھوٚتھ نہ آسہ نیٚ چھ بڑہ کھوتہ بوٚڈ تھوٚتھ ۔ مہیندر چھ ازِ ییٚن تھوٚتھ پانٕے ۔
وِنودنیہ اُدس دوٚری وُچھمتہِ لیوان ۔ آسنہِ پیٚٹھ پیٚٹھ وُٹھ تہِ نَوٕلٕن لیمپ ۔
پِشرِن تُمن تہِ لَج گاٚرِ نوٚمرِتھ ٹھہ یہ کڈِتھ ۔ امی برکتہ آس سوٚ دِتھ ۔
مہیندر شراد اندر تہِ دوٚپنس ۔ وِنودنیٚتہ ہےٚ آسی سکھ تکلیف!؟
وِنودنیہ دوٚپُس ٹھہ یہ کڈان کڈان ۔ ”میٚتہ چھم تہِ کانہہ تکلیفاہ
باسان!؟
مہیندر دوٚپُس ۔ ”بس دوہہ تارہ بنیٚہ، تہ بوٚ اَنٕے سوٚرُے سامان!“

وِنودنی وُنہِس — "نہ، ہرگز نہ، سامان اَنزِہ نہ بێیہ کێنہہ۔ یێیتہٕ یوٗتاہ چھُ سہٕ تہٕ چھُ ضرورتہٕ کھوتہٕ زیادٕ فالتوٗ"

مہیندرن پرژھنس مزس منز اما دَپ دَپ کرِتھ واتلنجہ —

"بو بدنصیب تہٕ چھُس سانہِ ینہٕ فالتو چیزن منز شامِل!"

وِنودنیہِ دۆپُس — "یوٗت مہٕ آستہٕ پانس کھاران۔ ہنا گژھہِ نا نرمی تہٕ کرِنی۔"

تتھ خلوکھس منز لیمپس برونہہ کنہِ کارِ نۆمرِتھ کامہِ منز مشغول وِنودنیہ ہنز یکسوی وُچھتھ ہیوتن بێیہ مہیندرُن دِل تمہٕ لُن۔ اَزبے گرہٕ پننہٕ آسہٕ ہے، تیٚلہ نیٚتھ گژھہِ ہێس پران تس۔ اما گرہٕ اوس نہ اَز۔ وِنودنی اَس اَز لاچار۔ بہٕ بوزی تو مہیندرنِس اتھس منز۔ وُزینس پانس دگہِ نہ رژھ باسیس کمینہ گی نہ نامردی۔

وِنودنیہِ پرژھنس — "پننہٕ کتابہٕ نہ پلوٗدر کوٚت آکھ یوٚر تھٲوِتھ؟"

مہیندرن دۆپُس — "یم چھِم ناضرورتہٕ کی چیز۔ فالتوٗ چیزو منزہ ما چھِم!"

وِنودنی — "خبر چھِم اما یور کیازِ واتنہٕ نا وِتھ!"

مہیندر — "بوٗد چھُ۔ یێتہٕ شوٗبہٕ نہ کانہہ تہٕ ضروری چیزاہ۔"

وِنودِنیٖ، یِمہٕ کِتابہٕ وِتاپہٕ ڈِکھ ژٕہ دِتہٕ بێیٹھ داگرِتھ، لو وٕنۍ نہٕ کێنٛہہ۔ اما یِمہٕ ہِنٛز سیتھ پننہٕ میٚنہٕ ترٕ ڈُور کرکھ!" یہٕ ڈُنتھ پیٚوٗک اَمِ بہانہٕ برونٛہہ تہٕ کتابہٕ دِتھ دژِن وِنودنیہٕ کھوٚرن تَل دآگرِتھ۔

وِنودِنی وُژھس کأرتَلنہٕ رٔوسٕتۍ، لگہٕ کڑان کڑاہِنۍ، گٔمبیر پامٕٹھ۔ "مہیندر بابوٗ، یتہٕ گو نہٕ تہنٛد روزُن کێنٛہہ۔"

مہیندرس گو سکھ۔ دوپنَس۔ "وِنود، دکہٕ کیازہ دِہم؟ چانہٕ باپتھ سأرۍ ہِۍ لتھ دِتھ اوٚسمہٕ یِی پرادُن؟"

وِنودنی۔ "بنہٕ باپتھ دِکے نہٕ لو سوٗرۍ تراوِنہٕ۔"

مہیندر دوٚپنس۔ "وٕنۍ چھُہ نہٕ ژیٚہ تام کێنٛہہ۔ ژٕ دوا پأرۍ چھُہ سوٗرۍ گرہ بار سوٗرۍ سمار میٚہ نِشہ ژھینٛہ گومت۔ فقط چھم دِنۍ ژٕ ہِۍ، وِنودِنی، وِنودِنی، وِنودنی!"

یہٕ وَنان وَنان دیٚت مہیندرن ڈٔلہ گوٚناہ تہٕ لوٚگ وِنودنیہٕ کھوٚرن بِنہٕ میٹھۍ۔

وِنودنیہٕ مو کلأوۍ زبردستیہٕ کھوٚر تہٕ گیہٕ ڈٔرتھ تھوٚد۔ دوپنس۔ "مہیندر بابوٗ، ژٕ ٹیتس چھُہ یہٕ دعدہٕ کیاہ کرِوتھ؟"

مہیندرن دوپنَس بٔڑہ وریٚرٕ سان۔ "ژٕ یتہٕ سی چھُم۔ قسم اوٚسم کھومت زہٕ یہٕ چأنۍ مرضی آسہِ تی بنہٕ۔ لو چھُس سہٕ قسم

پالنہٕ خاطرٕ تیار۔ کرٕم اَدٕ حُکم!"

وِنودِنی ـــ "گژھ تہ گرٕ پننہٕ روز!"

مہیندر ـــ "ہُک چھیہ گۆ بیومت؟ اَدٕ کیازِ انیو ٹھس لِتھرِوان یود؟"

پۆز ڈُنزِ ـــ یو آیوسہ پانے ژٕ بہ نِش گرفتار سپدنہٕ کِنہ ژٕ یِی تراوِ یتھم پھاسی! یہ چھِ ادسمہ دُچھُن! اچھا تہ بو پالہ بیُن دعلِہ۔ یتھ گرس لتھ دِتھ آمت چھس تورِ گژھ بوٹت بھیرتھ"

وِنودِنی بیٹھ بتھرِ تہٕ لُج خاموش پاٹھۍ بیٹہ ٹوپہ کڈنہٕ۔

مہیندرَن گنڈِس مُدٕ ے تہٕ کِتِھرٕ کالۍ دۆپنس ـــ "وِنودنی، کاژاہ سنگدل چھکھ، بو کوتاہ بدنصیب چھس زہ مۆت گوسے۔"

وِنودِنی لُج لمپس نزدیک سِشرِن نِتھ ٹوپن کھرٕ کاسنہٕ۔

مہیندرس گو منتھ زِہ اُمی سندِس کِنہٕ وٕٹھ ہوس دِلس دِمہٕ موچھ منٛز چیرِتہ بہ خاموش بےرُخی کرن زورٕ سان دِکہٕ دِی دِی ختم۔

مہیندر دراو نیبر تہ بیٹہ ژاو بوٹ بھیرتھ۔ دۆپنس ـــ "بو نےٛ روزے یتہٕ ترٚیہ کُس کری راچھو؟ کھوژن تہ ییِ نا؟"

ونودنیہ دۆلیس ۔ "امیک مَنہ برتھ ژہ دای ۔ کاکنہ چھِ
جانہ گرٕ چھِ نوکرانہٕ جواب کورمت ۔ سو چھِ دنی ییٚری آمژ۔
برس گٔژمژ دِتھ آسو اُمی بے پھرُوکھ روزان۔"

مہیندر یُوتاہ ونودنیہ پیٹھ وولان اوس یتوتاہ اوسس
من تس کُن بییہ ہنا پھیران ۔ متھ گوس زہ وچھس سیتھ
زیٹھ کرِہٕ زہ اُمس بےٕ حرکت مۆرژہ ٹھکہ سور ۔ امہ خطرناک
حالتہٕ نشہٕ نجات لبنہٕ خاطرٕ گو تہٕ جَل جَل امہ گرٕ منزہ
نیرتھ۔

دتھ پکان کورن پرن زہ ونودنیہ منٛد ہیمہ ہنہ دنی ناوتہٕ۔
یُتھ ہیُو تہٕ اوسہٕ سنا کانٛسہٕ مردس اُنٛتھ آمُت۔

مہیندرن کوٚر سونچاہ ۔ "اما یوٗت چھُنہ لو ناچیز! مٔیہ
سیتھہٕ یُتھ برتاو کرنکھ رٔتھ سنا پیو اُمس تجرتھ! اُمس کُس
سنا چھُ مٔیہ سوا؟" یی سونچان سونچان پیوس بہاری
زیتس ۔ وچھس اندر گوس رتھ باندٕ ہیو ۔ اچھا نہ بہاری
چھانس آنٹھ کھوتمت تہٕ لو گوسہ مذاقہٕ ہی کرنہٕ ۔ ہیرِ ہندی
پالمرُ گوس لو کھورِ تھونہٕ بابہتھ یوت؟ سونچان سونچان گوس
شک زہ بہاریس بیتی آسیس ضرور خط دکتھ چلان

تہٕ وِنودنیہٕ چھُ نِشہِ کنہِ یِران۔

یی سوچان تہٕ دراو مہیندر بہاریَن کُن۔ گرٕ واتتھ

کوٗرنس برس دُب دُب۔ رات اُس نہٕ ژیٚنز کیٚنہہ۔ اما واریاہ

پھِرٕ دُب دُب کرنہٕ پتہٕ کھوٗلُس گہارن بر تہٕ دوٗپنس۔۔

"بابو جی چھُ نہٕ گرٕ کیٚنہہ؟"

مہیندرن زون زِہ بو چھُس بیٚپاری دریدر تہٕ بہاری کیاہ آسہٕ

ونودنیہٕ نِش واتتھ بیومت۔ تُوے کیاہ کورُن تمہٕ از یوت حال۔

تہٕ بوتہٕ آس ژلیتھ تس کھرٕ سندی پاٹھۍ لیس ڈانگو سیٚتۍ لار

بییہ کرنہٕ۔

مہیندرن پرژھ تمِس آنِس گہارس ۔۔ "بجو! بابو کرِ

باگر چھُ گرِ درامت؟"

بجوٚہن دوٚپنس ۔۔ "ژور پانژھ دۄہ گیۍ، یُھمِکنۍ چھِ کوٚت تام

پھیرِنہِ گامتۍ۔"

یہِ بوٗزِتھ پھیوٗر مہیندرس زوٗ ہیوٗ، سوٚیجن ۔۔ "دِنہِ واریش

تراوہ لرٕ رٲتی راتس مارودُس پھیرانہٕ"

مہیندر کھوٚت ہیوٚر۔ بہارینِس کمرس تہٕ پلنگس پیٚٹھ تراوُن

لرٕ۔ اُچھ وٹانہِ پیٚتس نیندرٕ؟ یِمہٕ دۄہ بہاریَن یتھ ہنگامہ

تجیوٗن تمہ دۄیمی دۄہ درائیہٕ بہاری پٔچھم کٔنۍ زہ بالہ یارس
پیٹھہٕ کیازہ سپدیم بُتھی لاگئے۔

دۄیمہِ دۄہٕ پٔتہٕ مہیندر وۄتھ، کاہ آسہٕ بجے مژہ۔ دۄدتھ
ژُھنۍ بٔنیس برونہہ کنہٕ کیس سہ پائس پٔٹھ نظر۔ وُچھن زہ بہارینہٕ
ناوِہ چھہ ونودنیہ ہنزٕ چِٹھیاہ بٔسبروٹس تَل۔ ہکہ ہٕنن تُلتھ۔ چِٹھی
اُس سٔنیرٕ، کھُوجِمٕژ اُس نہ گانہہ۔ زنتہ پردیس گامتس بہارِس
پراران اُس۔ نُٹان نُٹان کھُوجن تہ لوگ پرنہٕ۔ چِٹھی اُس ونودنیہ
لیکھمٕژ بٔنہٕ گامہٕ پٔتہٕ پٔتہٕ وُنیکھ تام اوس نہ جواباہ کیٖنہہ گومُت۔

چِٹھِہ ۂند اچھرٕ اچھرٕ زنتہ مہیندرس ژوٚٹن آو۔ بہاری
اوس نا مہیندرنی کنہٕ لوکچارٕ پٔٹھ پٔچھ پانہٕ چھلاونہٕ آمُت۔ اما از اُمس
ونودنی مہیندرس دکہ دِتھ تسی بہارِس پتھ فلوأی گامٕژ۔ مہیندرس
تہٕ آسہٕ ونودنیہ ہنزہ چِٹھِ جوراہ دارٕمژہ۔ اما بہارنہٕ اتھ
چِٹھِہ برۄنہہ کنہٕ آسہٕ تمہٕ بلکل بناوٚٹ، چارس اُکس برم دِہٕ دِنہٕ۔
مہیندرہ پٔتہٕ گامہٕ پٔٹھ ونودنی ہٕیتھ اوس پوان تمہ اوس
نا ڈاخانس تۄو تباہ دِنہٕ سۄزمُت، از تۄرمُس فکرہٕ زہ
دلیل کیاہ اُس۔ ونودنی آس بہارِس تنہٕ منہ یاں آلِتھ جوابس
تارِہ گامٕژ۔

بجُہ آس پرأنِس پأٹھی مالکہ ہنزِ غارٕ حاضری منز تہٕ
چای ہیتھ۔ بازرٕ اسنس مِٹھأی تہٕ اَنِمژ۔ مہیندرن کوٚر ناشتہٕ۔
اما شران کرنٕ گوس از مُشتھ۔ تاوٕ آمژٕ سیٚکہٕ بیٚنٹھی پیٚتھ
پانٹھ مسافر کاتھہ ژٔدرٕ ژٔدرٕ کھوٚرٕ چھُ تلمان، یمے کُنٕ اوس
مہیندرٕ وِنودنیہ ہنزِ ژالہ وٕنہ چھِ تیز تیز نظر تراوان۔

مہیندرن ہیوٚت پرنٕ کرنٕ زِ ونودنیہ سیٚتھ کرٕ نہٕ دٔنی
مُلاقاتھ زانھہ۔ اما سیٚتی پیوس خیال زِ دوٚہن جورہن نےٚ جواب
میلِس، ونودنی ہیٚیہ بہارنٕ ضرور دمٕ تتھ تہٕ تمہٕ وزٕ بہارٕی گرٕ نہٕ
آسنہ کنٕ ہیٚیم ضرور شہلتھ۔ ناپاہ آس نہٕ کیٚنھہ تہٕ دٕچھی
چندس تھاوِتھ ہیٚوٚ تمی وِزِ دمٕتتھ ونودنیہ منٛز گرٕ۔

مہیندرنِس بتھِس کنٕ وچھتھ آیہ ونودنیہ دیا۔ رای گیس زِ
مہیندرٕ کیاہ آسہ راتِ راتس دتہٕ دتہٕ پھیران۔ بروٚنٹھ کنٕ ۔ "راتھ
گیٚت اوسکہٕ ناگرٕ گومتی؟"

مہیندرن دوٚپُس ۔ "نہٕ!"

ونودنیہ دوٚتھ وأنِجہٕ تتہٕ، بروٚنٹھ کنٕ ۔ "تہٕ دٔتہٕ مُچکہٕ فاقے؟"
یہ وِنان وِنانٕی لٔج سو کیٚنہ جتہٕ کِس سنزِس۔

مہیندرن دوٚپُس ۔ "توٚ تہٕ، کیٚنھہ چھُنہ! کیٚنھہ چھُس آمُت۔"

وِنودنی ــ "کیٛاہ سنا؟"

مہیندر ــ "بِہاری پنٕہٕ گرٕ!"

برٛونٹھِمی اکِس پییر وِنودنہِ تمِس زردی ہش۔ دم پھُٹ گیہٕ،

ہنا سندٕ آرِتھ پرٛژھنس ــ "بہارِی بابوٗ چھا دارِے؟"

مہیندرن دوٚپُس ــ "دلَرے چھُ۔ بہِمی کٔر چھُ گومُت۔"

مہیندرن ڈٕنی یہِ کتھ بنتہٕ کٔر زن تہٕ بہاری اوس اَزی

اَزی درامُت۔"

وِنودنہِ گوٚ تمِس بیاکھُے حالاہ۔ ہنا سندٕ آرِتھ دوٚپُنس ــ

"تس ہرِی تیٚتھل چھم نہٕ ڈیچھِ ہتی۔ باسان بہِمی زٕہ سون تہِس

بتہٕ لوٚگمُت۔ یِتھر چھا سنا ناراضگی؟"

مہیندرن دوٚپُس ــ "باسان چھُ تِتھُے ہیوٚ۔ تُتہِ چھا

یتھ گرمہ کرایہِ منٛز کانٛہہ شوقہٕ گٔژھلان بہِمی کٔن۔

وِنودنہِ دوٚپُس ــ "میون ما دیوٚہٕ کینٛہہ؟"

مہیندرن وۄنُس ــ "ونٔ ژٕ کیاہ اوسمُس۔ رٕٹھ یہِ چِٹھ چِٹھی!

یہِ ڈٕنیتھ تہٕ پلہٕ نادٕنس سو چِٹھ تہٕ بانہٕ لوگُس مُدّے گَنڈِتھ

تتھ مُتھی ڈیچھنہِ۔

وِنودنہِ ڈیچھ چِٹھ جل جل۔ چِٹھ اُس کھولنہٕ آمِژ۔ لفافس

وُچھِن پینٕنی اَتھ پھارِین ناد۔ لفافہ منٛزٕ کڈِن تہ
وُچھِن زِ چِٹھی تہٕ اُس تٔمی سٕندی اِرچھ۔ پھیرِ پھیرِ
کٔرنس نظراہ، پھارِی تہٕ اُتھک اُس نہ اچھراہ تہٕ لبنہ گژھ۔
بٔرنٛزِس اکِس ژھۄپہ گٔژھ بٔزٕ ژھنس وِنودنیہ۔" یہ چِٹھی
یٔرتھ ژٕنیہ؟"
وِنودنیہ منٛد بُتھ وُچھتھ آو مہیندرس کھوژن ہیوٗ۔ ژٕدٕتر
ژٕدٕتر دٕونس۔۔۔" نہ!"
وِنودنیہ کرِ اَتھ چِٹھ تلِہ۔ تہ تٔمہ تلِہ تہٕ کرِین دارِ کٔنی ہوا۔
مہیندرن دٕوپس۔۔۔" اچھا تہ بہ دراس گژھ۔"
وِنودنیہ دیُتنس نہ اَتھ کانٛہہ جواباہ۔
مہیندرن دٕوپس بیٚیہ۔۔۔" بہ ژٕ دنکھ تی کرِ۔ ستن
دوہن روزٕ گژھ۔ کالج نیرنہٕ وِزِ آسے یتہٕ نوکرانہٕ ہٕنٛدِ
ذٔریعہ سوٗرُے انتظام دِوان گٔرِتھ۔ ژٕ اتھ نہ دِق کیٚنٛہہ۔"
خبر وِنودنیہ لوٗنہ تیاہ مہیندرنی کانٛہہ کتھاہ؟ جواباہ دیُتنس
نہ کیٚنٛہہ۔ بٔرِ کنٛی لٔج سہ اسمانٕکِس اَنٛگٕنس نظراہ کرنہٕ۔
مہیندر دراو پننٕ سامانہٕ ہٕنٛز وُٹھتھ۔
وِنودنی روز یُژھکال تتھ شنیہ گرس اندر مانٛنٛتھاہ ہِش

بہتھ۔ پتہٕ زنتہٕ پانٛتی پانَس بیدار کرنہٕ خاطرٕ بڈٕ بےوایہٕ پانٛٹھ
وچھ ژیٹنہٕ لٔج۔ وچھ ژیٚنٛج آواز بوٗزِتھ آیہٕ گاریہٕ ژ نوکرانٛی
ہیٚور کھٔتِتھ۔ پرٛژھنَس ــــ " یہِ کیاہ ؟ "

وِنودنہٕ کوٗرُس گرٛز ــــ " گژھ، ژیٚہٕ کیاہ "

نوکرانٛی وَیٚرےیِہ تہٕ ژٔرج لبہِ ن۔ وِنودنی وٗژھ تہٕ براہ
دِتھ لٔج پتہٕ بہتھ زار زار وَدنہٕ ۔ راتھ راتَس رُوز پیٚتھے کٔنٛہ
برسِہٕ تل۔

گاش پھوٚلِتھ یِتھ کمرس تام ڈادَس بیٚو خیال خبر ہیٚندرن
ماوسٕنَس دوکھہ دینہٕ خاطرٕ دوٚپمُت زہ بہاری چھُ کوٚت تام گوٚمُت۔

تمی وِزہ دیتُن نوکرانہٕ آلو۔ دوٚپنَس ــــ " گژھ وُنی بہاری
بابوٗہَن ، تہٕ تمی سنٛزراَن شیٚنچھ۔ "

گاٗنٹہٕ کھنٛڈ آیہٕ نوکرانٛی تہٕ دوٚپنَس ــــ " بہاری بابوٗہَن گرٕ چھُ
نہٕ۔ برس کرتھ دَب دَب تہٕ وازِن دیُت نَم جواب اُندری زہ
بہاری بابوٗ چھِنہٕ گرٕ۔ یُتھم کُنہِ چھِ گامِتی۔ "

وُنی رُود نہٕ وِنودنہٕ کُنہِ قسمُک کانٛہہ تہٕ شکہاہ!

۴۲

راج لکھمیہ ئلہِ بۆز زِ مہیندرہ اوس راتھ گیتھ درامت
سو گیہ لوشہِ بیٹھ سیٹھاہ ناراض، دۆپن زِ آشایہ
ہندِ بچاہ ون دادہ کِنی آسہِ ژۆلمت۔ آشایہ پرژھن —
"مہیندر کیتہ زِ دراو راتھ گیتھ؟

آشایہ دۆپُس کلہ نۆمرِتھ — "خبر کیاہ چھم؟"
راج لکھمیہ سۆرُچ زِ رُدُکھژ آسہِ۔ بۆژِتھس تہ دۆپُس —
"ژیہ نتہ ادہ کُس گژھہِ آسنہِ خبر؟ وۆنُت آسہِ نس کیتھہ!"
آشایہ دۆپُس یُوتُے زِ "نہ"
راج لکھمیہ سۆروپ نہ بیہ لکار کیتھہ، تہ کیتہ کُنہِ ہیکہ ہیے
اُنتھ؟ پرژھن س —"کرِ بۆگ گیو راتھ؟"
آشایہ وۆننس بیتیہ تہ منزچھ سان — "خبر چھیہ؟"
راج لکھمیہ کۆرُت سیٹھاہ خشم۔ ہگرزِ کرِتھ وۆننس —
"ژیہ کیہ چھے نہ خبرِ کینہہ! تُہ صم کیاہ چھ بنان! یہ چھ
سائری بانی پھیٹ!"

راج لگمی گیئس تھدِ تھدِ کرِکرِ دِتھ زِ چانی دادہ کیاہ
چھُ مہیندر گرِ ژوٗلمت۔ آشایہ لوٗز یہ تہمت کلہِ نوٗمرتھ تہٕ
لوتہٕ پاٹھی لَجِ کمرس اندر اژتھ ودنہٕ۔ منٛس منز لَجِ
مہیندرُن سوٗرنہٕ۔

سندیا ٹھیس آیہ پروہت جی تہٕ تہنز بینہِ یوسہ جادی
ماٛنتھر اَس خوٗب زانان۔ اَز اوسُکھ راج لگمیہ ناد دیُتمت زِ
کُنٛڈلی من پھرِ باپتھ کریو گرِ شانتھ۔ آشایہ منٛد زانِنگ تہٕ
ہوونگھ تہٕ اَتھ وُچھنہٕ باپتھ تہٕ کوٗرنکھ باند باند۔ آشایہ کوٗڈ
بڈہ مُشکلہِ ساتِی اَتھ زِ بیتیٚن تھیہ ماہیم ازلُس گیلنہٕ۔ اَمی
وِزِ گو راج لگمیہ براندہ کنِ اَتھ کُنٛڈلی منز کسندہ تام ٹِنِک
صداہ۔ زنتہٕ کانٛہہ ژوٗرِ ژلنچ کوشش اوس کران۔ راج لگمیہ
دیُت آلو ــ "کُس چھُوہ!"

گو ڈہ میوٗلُس نہ جوابی۔ بینہِ دیُتُس آلو تہٕ مہیندر
ژاد لوتہٕ پاٹھی کمرس اندر۔

آشایہ گوو یہ خوشی گژھِ ہیٚے! مہیندرنی شرم وُچھتھ
ڈزِھس کمرس۔ کیاہ تس بیٚاوی پننی گرِ تہٕ ژوہہ سندی
پاٹھی اژُن! پروہت جی تہٕ تسنزہ بینہِ برونٛہہ کنہِ گیہِ سو

جاوِے ژَھجِل۔ تہٕ پتُھ دوہ کھ مۆٹھُس ہیوٗ! راج اُکھمیہ ٹیلہٕ
بڈہٕ میچھرٕ سان دوٚپنس ــ " نوٚشی، پارِبتہٕ پیتھ مہیندرس
اَنہٕ بنہٕ "! ہتہٕ تمہٕ دوٚپُس ــ " ڈیڈی، پانئے ہیَے انٚس!
بتہٕ وٚژنا سہ آشا اُس مہیندرس گرہ کیٚن نوکرن چاکرن ہنٛزِو
نظرو نِشہٕ تہٕ دوٗر بیٛژھان تھونٛ۔ بیاکھ ٹیلہٕ مہیندرن پرٛدٚہت جی
تہٕ تسنٛز بیٚنہٕ گرِہ ہتھ وُچھ، سیٹھاہ بھوٚشِس۔ سُہ
کُیتھ کرِہے برداشت زِہ تٕس قوبوٗ کرِتھٕ باپتھ کیاہ کرِہن ہشہٕ
نۆشہ ہِمن ان بِرن سیتۍ سازِش۔ اَدہ تہٕ ٹیلہٕ برٛوٚنہہ ہٕ بیٚنہٕ
بڈہٕ میچھرٕ سان ہِژر پاٹھ کوٚرُس، تٕس آو نہٕ تتہٕ قرارُے۔
جواب دِتہٕ رٕدُستی دوٚپُن ماجہ ــ " بہٕیے کُھفے ہیوٚر!"
ماجہٕ سٗوزِنَس ــ ذٕلوہ مہیندہ ہیوٚر کُھتہٕ مہیندرس سیتۍ
کتھ باتھ آسہٕ بیٛژھان کرٕن۔ نۆشہ دوٚپُن ــ " گژھی ژَھل گژھی۔
بتہٕ کھارِہی ہیوٚر۔ کیاہ تام ہیَے آسیٚس حاجتھ!"
آشا ہٕ گیہ دِلس ڈبہ رٕئے تہٕ کھوٚژی کھوٚژی پیٚرِس
ترادان کُھرش ہیوٚر۔ اما کمرس اندر ہیٚچ نہٕ اَژِتھ۔ برس ژھایہٕ
لٕج مہیندرن حال وُچھنہٕ۔ سُہ اَدٕس رودمُت ہیوٗ بتھرس
بیٚٹھ ٹیکیاہ۔ اکھ دِتھ ناوُس وِرامہٕ گنٛزران۔ نیوٗتاہ کال سُو

مہیندرس ژھان رُوز تیوتاہ گوس دِلس ستان زِ مہیندر کیاہ
چھُ دُٹ دُٹ ونودنِہ ژتہِ بپبرتھ آمُت۔ زنِتہ اوسس
بدنس ونودنہ منز بدن لاگِتھ، اُچھن اندر اُسِس ونودنہ
ہنزی مورتھ، کنن اُسِس ونودنہ ہنزِ وتھ گنگراے،
دِلس اوسُس ونودنہ ہنزِ وصلکۍ ارمان ہیو۔ ییتس
مہیندرس کیتھ سنا ہیکہ ہے آش ییتہ بککیہ منز شوزر
لُپشہ یتھ۔

ماسہ منز وُدپَریش، پُرانن ہنزہ کتھہ، شاسترن ہنز
تعلیم کیتھ تہ آد تہ آشاہ میادس براہ۔ اُز آسی
سو ییتہ تہ دِلکس دوہہ ہس ونودنہ ہندہ کھنگِس
سوَدرس اندر داَرِتھ نِدان۔ ونودنہ منز مہیندر
زن تہ آشاہ ہندی کنز دوہ پر مرد اوس، ٹیکہ تہ تہ
اوُری۔ کرس اندر کیتھہ ہیکہ ہے سہ اُژھتہ؟

مہیندرس تِھنچ دِرامہ گژدی گیرزی نظر تہ داتہ دقی
لبہ پیٹھ۔ سیتی وُچھ آشاہ تہ زِ متوجہ لبہ اوس
مہیندرنس تصویرس نکھے۔ آشاہ منز تہ تصویراہ اندر زان
متھ گوس زِ تکھ رتھ کھدن یہ گلُتھ نتہ دمن لداتھ

نیتِر۔ پانَس لجِ کڈُنہٕ ازٕ تام کیازِ اوسُم نہ یہ تصویر مِٹاوِتھ
ژھُنمُت۔ آشہٕ باسیوٚ زٕ ینہٕ مہیندر ترِ اَتھ وُچھِ وُچھِ اَندرِ
اَندری اسان اوس تہ تِہندِس دِلَس اندر شولہ مارِ وِنی
وِنودنیہ ہیٚنز مورتھ نرِ بُہرِ چارِتھ اَتھ فوٹوہس اَچھِ ناٹہٕ
عمس گران۔

پوتُس واتِھ مہیندرنی وہ داُسی نظر فرشس بیٹھ۔ پَنُن
چارزیرِ گالنہٕ خاطرٕ آمس آشا انٕ کل شامن باگُر کامہٕ کوچہ تہ
ہشہٕ ہیٚنزٕ سیدایہ پتہ گُنی زٕنی برنہٕ بہان، زیرِ راتھ گیٚت تام.
کِتابہٕ تہٕ ماہنامن ہیٚنزٕ فیلہٕ آسس اکِہ پاسہٕ۔مہیندرن
کُڈ ہگہٕ تہٕ منگہٕ اَکھ کتاباہ تہ لُوگُس اَدرٕ یور ورق پھِرِ
پھِرِ ژھُنہٕ۔ آشایہ گیوٚ مَتھ زِ دوران گرشہ تہٕ
تھپہٕ نِمس یہ کتاب۔ اَدٕ تہٕ یٚیلہٕ خیال آس زٕ میانیٚن
ہلیٚن کلیٚن اچھرن ہیٚنٹھ بیٚنہ مہیندرنی کیہِ نظر، تتہٕ ہیٚچ نہ ڈرِتھ
جَل جَل وُزِتھ لون۔ کھورن ہیٚند صدا تہٕ ہیٚوکُن نہٕ روٗکتھ۔

مہیندرس اوس بتہٕ شیرِتھ۔ راج لکھیمہ اُمس رای زِ مہیندر
کیاہ آسہٕ خلوٗکھ زنانہٕ سیتی گپاشپا کران۔ نوٗے زدنیٚ تہٕ
بتہٕ ہیٚتھ گرٕ ھتھ نھوتھ کرُن مُناسب۔ آشا مُچھ بوچھ آیہٕ،

راج لکھمیہ سوٗز مہیندرس ستیٖجھ زِہ بیٚنہٕ ہاجگہٕ سٔیرِ تھ۔ مہیندر آد بیٚنہٕ
کھیٚتنہٕ پیٚتس منٛزٕ ژایہٕ آشا کمرس تہٕ تصویرہٕ پٮ۪ٹھٕ نیٚوُن جَل جَل
واٮ۪لِتھ تہٕ دِیتُن دٲرِتھ گوٗلنس اَکِس منٛزٕ صوٗندقس پٮ۪تھ کُنہِ۔ بیٚنہٕ
زیٚنہٕ بیٚنہٕ برنٛجِہ سایہِ کِتابہٕ تہٕ تیتہٕ مُلیتھ۔
کھیٚتھ چیٚتھ ژاد مہیندر بیٚنہٕ کمرس اندر تہٕ بیوٗٹھ۔ راج لکھمیہ
دِژ اپاری پیاری نظراہ' اما نوٚش ڈیٚچھن نہ کیٚنہہ۔ بیٚنہٕ گیہ بچوکرٔڈیہٕ
منٛزٕ، ڈیٚچھن زِہ آشا چھ دوٗد کاران۔ اکھ اوس تہٕ دراصل
ضرورتھ کیٚنہہ تہٕ کیازِ یوٚسہ نوکرانی یہٕ کام اَس دِہِ کران سوٚ
اَس موجوٗدی تہٕ آشایہٕ ہُند یہٕ ہنگر تہٕ منگ وُنہ اوسُس
ناپسند۔ شوٚد پوٚنی بلہٕ وِتھ یوٗت حِصاہ دوٗدُک ستہٕ پاکس
واتہٕ نادان اَس، تہٕ مابنہِ ہیس اَز۔ توٚے اَمس اَندرٕ اَندری
سٔرای رٕژمٕتہٕ۔
راج لکھمیہ دوٚپُس — " یہٕ کہِیے، یِیتہٕ کہِیے چھکھ ژہٕ کران؟
گرٛژی، ہیوٗر کھسی!"
آشا کھٔژ ہیوٗر تہٕ گیہ بیٚتھ ہٕشہ ہندِس گٔتھس منٛز۔
نوشہِ ہنٛد یہٕ ورتاو ڈیٚچھتھ کھوٚت ہٕشہ سیٹھاہ خشم۔
سوٚ بیٚنۍ زِہ خبر کہِنۍ نام آیہ مہیندر تس کی آنہٕ نٕہارِ جادہ ہٕشہ

موکلتھ بڑنزِس اُکِس گرِہ، اما یِہ نوش عُمِس بیٹیہ نِس بکواس
کرِتھ ژلہٕ رادنہٕ لجِ چھژ۔ آشا یِہ ہنٛدی قصوٗرٕ ادس نا مہیندر
ونوٗدنیہ ہندِس زالِس لوٗگمُت! مردن ہنٛد سو بادِی چھُ زِہ
ہر ہمیشہ چھِ تِم ڈلنٛچ دِتہٕ یکِنس تیار، اما زنانن یژہ نا نژہ
ژھلی یا ئلی گژھہٕ نہ تہٕ گژھنہ گاٹھ جارہ سان اتھ یمن سیٹنژہ
دِتہٕ چھیٛ!

راجہ لچھمی متےٛ اِیِس سکھ۔" نوشی یہ کیےٛ وطیرہ چھُ
ترومُت، چانہٕ نصیبہ آکر برتاہ گرِہ نہٕ زِہ چھ ہسہ بتھ کرِتھ
توٗنس اُکِس مشر بہتم۔"

پانہٕ ہِکِ اندر قصوٗر زانتھ کھٔر آشا ہیٛوٗر، لوٗنگہ زد ہٕستہ
سِینٛدر پاٹھ۔ پریشان سپدنس میولِس نہ موقعےٕ۔ ژہ آیہ
نبےٕ مژہ۔ مہیندر گو بسترس برٛونہہ کنہٕ اِستادٕہ، سوچِس اوس
بیومُت، پتہٕ مچھرانہٕ اوس ئلِہ دِنہٕ ناہ دِوان۔ ونوٗدنیِہ منٛز اوسس
دُزنیِتھ ہدےٕ خیال۔ دپان اوس— تمہٕ کیاہ لوچھ نہٕ زرخرید غلام
زونمُت چھُس زِہ آشاہٕ نِش سوزنس کوژنم نہٕ دایی! اَز ییٚمہٕ
توٗ آشاہٕ سیتی پنٕن فرض پالنہٕ لوٗگُس، ونوٗدنی کتھ سنا دیہ؟
بوچھنہ سنا یوت گرِومُت یہ فرض پنٕن ہیکہٕ نہٕ پالِتھ! یی

ادسمہ یوٗس حاصل؟ شردا تہٕ راٗدم تہ لول تہٕ پرٛوُدم نہ؟

مہیندر گوٗ مچھرداںہٕ نِش رُوزِتھ ہیو۔ اندرۍ کٔرۍ ادس دوٗر
ارادہ کران زِ ونودنیہ ہندِس اتھ ژُدرِ جگرس کرٕ مقابلہٕ
یتھ کُنہِ ہتھ کُنہِ کرٕ بو آشاہِ کِنۍ ہینۍ دِل زرم تہ ونودنیہ
ہوِرہ آیم۔

آشا یتھو کمرس ژایہِ مہیندرُن مچھرداٗنی دِتھن گوٗ یکدم نبر۔
ا، کوس کتھاہ تلہِ ہے؟ یہِہے بارہ سوالاہ آس درپیش۔ اتھ
لیوٗسے کتھاہ زیوٗہِ ہیٹھ آیس سوٗی دِژن داٗرِتھ نیبر۔ دوٗپنس۔
"بوزنہ چھم یوان زِ ژیہِ تہٕ چھُنے میانی پاٹھی پرنس کِنۍ موٗدت۔
دِنۍ ہے میٔہ یتہٕ کتابہ تہ رسالہ دُیچھہِ یہ نم کوٗت سنا گیرہ
غاٗبِ ہوی!"

مہیندرنی یہ کتھ اس نہ ہٹہ مٹہ یا بےکار ہشی یاٗ ژ
کینہہ۔ امہ داتہ نوو آشاہِ دِلس بارہ زکھ۔ یعنہ زِ مدٗہ
آشا اسا برٛہٕ بنہِ ہیچ کوٗشش کران! آشاہِ ادس دِلس
ہیتھ زِ یہ کتھ چھ ہیڈٕنی لایکھ۔ ادہ تہٕ مہیندرُن ہیڈُن!
آشاہِ پھوُر نہ جواب، تتھ پھرِتھ رُوز سہ پاہ ڈندرہ تھپھ
کرِتھ استادہ۔

مہیندرس تہٕ توٚر فکرِ زِ کتھہ گٔرٕم بے ربط، اما سیمیہ

ہیکہ نہ بیٹھیہ کانٛہہ کتھ ۔ سوٗنچھن ۔۔ " دیتھرٕنس بیٹھ ڈاچھاہ تراوٕتھ

ماسیٖتیم گٔنہٕ قٔسیٖم کتھاہ باتھاہ لوکٔٹس ڈایرس منز!"

(توٚنچھ)
یی شوٗنچِتھ لوگ مہیندر مچھردانہٕ نیبرٕ کنٛی پھشاہ دِنہٕ۔

نوٚو گنٛدن گوٚر یتھہ کٔنی سٹیجس بیٹھ ینہٕ برٛونٛہہ بٔڈہ چھاوٕ ساں

پردہٕ پتی پتی پیٹھنس پارٹس، بار بار تعلیم کران چھُ، تتھے پاٹھٕ

لوگ مہیندر تہٕ اَز مچھردانہٕ بروٚنٛہہ کنہٕ استادٕ سپدِتھ پنٕنس

فرضس تہٕ کلاسس سام ہیٚنہٕ۔ اَمی وِکھتہٕ گوٚس کنَن صدا

ہیُو، پوٚت پھیرتھ دِژن نظر زِ آشاہ چھ کمرس اندر آمٕژ۔

۴۳

دوٚیمہ دوہہٕ صبحن دوٚپن مہیندرن ماجہ — " دیٚہی، میٚہ

ہے گوٚژھم خلوکھ کمراہ آسُن پرنہٕ لیکھنہٕ خاطرٕ ۔ کانٛہہ یتھ

روزان آسِہ، تتھہ ہیے روزٕ نٔ۔"

ماجہ آبہ نہ پرٛتھ زِ مہیندر روزِیم وِنٛہ گری۔ نوشہ

سیتی آسیس صلاح گومتی۔ شٔشِل تہٕ سمج دار جِم بیٚنہٕ نوش۔ مہیندر ہیکیاہ اٚمِس تراوِتھ! پٔرِتھ ہشہ لکھمیہ تراوِتھ کوٚرت تام سنا ہیکہٕ کانٛہہ شخصاہ ترٛٔتھ ہشہ ڈایہٕ لول یٚرِتھ!

ماجہ دوٚپُس جَل جَل — "اِدہ رٛکھو جیا، زبر ہا!"

یہ ڈٲنِتھ تہٕ کھولنوٚون کمرُس کلف تہٕ ڈٕوٚنس لوٚنُس تٔلِن دُم۔ ہیے، دوٚپُس ہے کوٚتُر گیکھ؟ یُتھ کال ژھایِتھ و چھکھ نہٕ کوٚنس اکِس منٛز اُس شرپیے ہٕز۔ حکُم کوٚڈُن — "گرٛجی، جان ہیٚو جاجم کڈی، یتہٕ لاگناوِی ٹیبل، یہ ژوٚنگ کتھ لگہٕ؟ ہیٚرہٕ سوزی لالٹین ...."

یتھہٕ کٔنہٕ لجہ ہشہ نوشہ بینہٕ نہٕ گرٛہکِس شہٕس کیٚت اَنہٕ لوٗرناسہ ہندٕ گرٛہ شیرنہٕ پاآرنہٕ۔ مہیندرن کوٚر نہٕ یِمن خدمت گذارِن، کُن خیالے، بڈہ سنجیدہ پاٹھی ییوٚٹھ کتابہٕ نہ ضرورِی ساماناہ ہیٚتھ نوٚس گرٛس منٛز نہٕ وکھ ضایع کرنہٕ روٗستی لوٚگ تمی وِنہٕ پرنہٕ۔

شامَن باگ ییوٚٹھ مہیندر بتہٕ کھیٚتھ ییٚتہ پرنہٕ۔ کانٛہہ تٕہرہٕ فکرٕ نہٕ بیٚنِس پرانِس شوٗنگن کُٹھس شوٗنگیا کیٚنہٕ اَتہٕ! راج لکھمیہ کوٚر آشا یہ ساز سنگار نہ اچھ دارِش بناوِتھ

دۄبِنِس ــ "گژھی مہیندرس پیٚی پرٛژھتھ زہ وتھرٕن کردیٚہ ہیٚری!"

آشاہِ کوٗرِنِس نہ اَتھ تایید کیٚنٛہہ۔ زن تہِ کأنٛسہِ ترٛاوتھ

دِیِنٛژِتھ اُس تھوٗمُت۔ کلہِ نوٚمرِتھ رُوٗد خاموش پأٹھۍ۔ یہِ وُچھتھ

دۄلے یہِ راج لکھمی تہ نوشہ کٔمین سٕکھ۔ لاچار سیٚدرِتھ

گیہ سو کیٚتھ تام پأٹھۍ وارہ وارہ دروازس تام۔ اما بیٚیہ گیہ

رُوٗزِتھ۔ برونٛہہ رٕیچھ نہ پٔکِتھ۔ راج لکھمی اُس برانٛدہِ کوٗنس بیٚٹھ نوشہِ

ہنٛدیٚہ حال وُچھان۔ یِلہِ چھیہ سان، اندر اژنٕکھ اشارہ کوٗرِنِس

مران مران ژایہِ اندر۔ صداہ بُوزِتھ تہ تُجہٕ نہ مہیندرن اَچھ۔

کِتابہِ کُن وُچھانٕی دۄبِنِس ــ "وُنہِ لگیم وَکھ۔ تُہیٚ تہ چھِم نا

برٕٛن۔ لو شونگہ بیٚیتہ!"

کأنٛزاہ خجالتھ! آشا عمہ سنا شونگنٕک سال کرنی

مہیندرس نِش آمٕژ!

کمرٕ منٛزٕ نیرِہ وُنی پرٛژھُس راج لکھمہ کمہِ تام حالہ ــ

"کیہے زہ!"

آشاہِ دۄبِنِس اڈٕ زُمتی ــ "وُنہِ چھم پرٛانٕی، لوٗنۍ شونگُن"

یہِ وُنِتھ تہِ آیہِ سو بیٚیرِتھ بیٚنِس کمرس منٛز، بیٚے شوٗب

شونگُن گٔژھُس منٛز۔ کُنہ تہِ اوسُس نہ سوکھ۔

راتھ اُس کینٛہہ گٔذ یمژ دروازس دیت نس گمٕ تام
زورٕ سان دکہٕ ۔ آواز آیس ۔ "دروازٕ کھولتے !"
آشا وُژھ جل جل تہٕ دروازٕ کھولنس ۔ راج لکھمیہ اُس
ٹانٛس کھڑژٔ ۔ اژِ وٕنی بیٹھ پلنگس بیٹھ تہٕ کتھ تہٕ بوٗرس
ہٕ ۔ کھُو کھُر پاٹھر وٕدُنس ۔ "نوشی، یم کمہِ دپہ ؟ یہ چھے ژونگ
تہٕ روشنگ دکھ ۔ یوٗت شنکٹھ ٹلتھ تہٕ آی نے ہوش ۔
گژھی وسی لبون !"
آشاہ وٕدچس لو نہٕ پاٹھر ۔ " وٕدیکھ ہے گنٛز نوٗن روزہ !"
راج لکھمی ۔ " تمہ وُدنٕ نے تہٕ ژریہ بوٗزتھس ۔ ودلیوٗمت کیاہ
کیاہ چھنہ ونان ؟ تمہ بیٹھ چھا یوٗت ہنگامہ کران ۔ یوٗت تیشل
لاگتھ چھا کام پکان ؟ گژھ، جل گژھ !"
دُنہ کہ پھرٕ گیہ نہ آشا دُژ یتس کینٛہہ ۔ ہشہ ہندہ کمرٕ
منزٕ ییرٕ وٕنی درایہ سو سیوٗدی مہیندرنس کمرس منز ۔ مہیندرس
بردٕنہہ کنہِ اُس کتاباہ وُژھ تہ سہ اوس گرٕ یہ ہندرس لٔژتس
بیٹھ کلہ تھاوِتھ خبر کیاہ کیاہ سوچان ۔ صدا بوزِتھ کڈن وو ٹھ
ہنس تہٕ ییتھ کن گرٕن نظراہ ۔ برونت ہیوٗ گوس زہ لیس دِلس
منز سوٗلان اوس سہ دِ دتاہ کیاہ اوسس بردٕنہہ کنہِ اُشیر ھاد

دِنہٕ آمُت۔ اما آشایہ ووچھ دُوٚن زن تہٕ وۄتہٕ گو۔ میزٕ
پیٹھ کھور وٲلِتھ تٔمۍ وُژھ کتاب اتھس کیٚتھ۔

آشہٕ رِس گو زِہ آشاہس ازکل اُمس برونہہ کُن
بےوابہ پاٹھۍ پِوانی اُس نہٕ۔ کنہٕ پھیرِ بے اپاری لگہٕ ہے تہٕ
تہٕ دوٚر دوٚرِہ اُس ہیوان۔ اَز کیٚتھہ سنا اُس سو بوٗت ژِیرِ
راتھ کیٚت مہیندرس نِش آمہٕ سہزِ اندازٕ آمُت؟ کتابہ
پیٹھ نظر تُلنہٕ ورٲے تور اُس فکرِ زِہ وُنِ کُن چھ نہٕ اُدِ یندہ
نیرِنکی کینہہ تہٕ اندازٕ۔ آشا گیہٕ مہیندرس برونہہ کنہٕ دُرِی پاٹھۍ
رُوزِتھ۔ برنگ سوانگ کوٚمُت کالاہ لاگہٕ ہے۔ اکھ ژھلتھ
ترٲوُن آشایہ کُن نظراہ۔

آشایہ دوٚپُس۔ "دیٚزِ چھ گُھرِ مژ سکھ شانِش۔ تمُس
دِلوٚ نا نظراہ!"

مہیندرن پرژھنس ۔۔۔ "کیٚہ چھ؟"

آشا۔ "بنہٕ نس کرس مژ، نیندرِ چھس نہٕ پِوان۔"

مہیندر۔ "اچھا تہٕ یکھ، نظر یِموس دِتھ۔"

خبر کانیاہ دوٚہِ کُن آشایہ سیٚتۍ از کتھ باتھ۔ مہیندرس
لوٚتیو ہیو دِلک غبار۔ خاموشی اُس سنگین قلابکہ پاٹھۍ دہ نہٕ دِنی

درمیان گژھ نژل دِہرِتھ اِستادہ۔ جہیندرس اوس نہ اتھ
مسمار کرنک کانھہ ہتھیارا میلان۔ اَتھ اندر زنتہ آشایہ تۄتاو
پینزرِ اتھ لوکٹ داٮ۪راہ ڈژھ۔

آٹھ رُوز راج لکھبیہ ہندِس درواز سِمتَل اِستادہ تہ جہیندر ژاو
اندر۔ جہیندرس بیوٚکھ کمرس اندر وُچھتھ گابرے پہ ہشی
زہ آشایہ سیتی ما آسیس بیٹھیہ ہرہر گامژ۔ پُرژھنس —
"جہیندرا، وۄنہ شونگو نا؟"

جہیندر — "کہے زہ ماجی، شانتش چھِیے جائے کمسان؟"

بیٹھیہ دوٚہی نیچوی شند پہ پرژر پاٹھ بوزتھ ہینیہ ماجہ لیکھ
توٚرسے نکرہ زہ زنانہ آسیس ودنمت۔ پھر کرسان دوٚپنس —
"گژھو ٹاٹھیاہ شونگو ژہ۔ کینہہ نا چھم فکر۔"

جہیندر — "نای ماجی، اکہ پھرہ ہیہ بیٹھی ملاحظہ کرنادُک۔
یہ رُوگ نے چھنہ سہل ہیوٗ کینہہ۔"

جہیندرس آس خبر زہ ماجہ چھم دِل کمزور۔ اَمہِ موکہ تہ
بیمار سِندہِ ٹھیک حال وُچھتھ گابرِ وُنی ہیو۔

ماجہ دوٚپنس — "ملاحظہ کرناونک چھُم نہ کینہہ ضرورتھ۔
یہ رُوگ ہا گو نہ بلہ وُن۔"

مہیندرَن دۆلُس— "اچھا تہٕ اَز رِمہٕ نیندرِ دواہ آنتھ، پگاہ وُچھو اِدہٕ۔"

راج لکھمی— "دواہ کھیم سیٹھاہ۔ دواہ ہیپتی کیاہ سپدیم؟ گژھو مہیا، راتھ ہا آیہٕ ژیر، شونگو ونی۔"

مہیندر— "ژیہٕ ہی نیی آرام ہیمو، اِدہٕ ہے نیرہٕ۔"

ییتہٕ وُژھ تیتھٕل راج لکھمی دروازس پیٹھ کنی ژوورِ اِستادہ ٲسِتھ— "اِدہٕ بی ژیہٕ کیاہ زِ اوٗنتھن یوت ژیرِ راتھ کیٛت یہٕ ٹُلتھ؟"

یہٕ ونان ونانی گٔژھ بیٹھ سکہ شانس۔ آشا ژایہٕ اندر تہٕ مہیندرس دۆپُن نرمی سان اما ژٕری بُیِ کوٗر— "گرم زہٕ شونگ، یہٕ روزہٕ دیٛنہٕ نش۔"

مہیندرَن دۆپ آشایہٕ اندکُن نیتھ۔ "بو اَز ناوَے دوہ ہا اکھ۔ بوزلہٕ واتہٕ زہٕ اُنس۔ اکھ ڈٕنگ چیتھ تہٕ ژٕے نیندر ییس، تیلہٕ دِزیس دۆیم ڈوز تہٕ۔ راتھ کیٛت ہے طبیتھ جادہ خراب گژھیس، تیلہٕ گژھیم ضرور ناد دیُن۔"

یہٕ وُنتھ تہٕ دراو مہیندر ییرٕ نس نٔوِس کمرس کُن۔ آشایہٕ دۆپہٕ از مہیندرس بالیسیہٕ یہٕ شہ ٹۆکھ ادس نۆدی۔

ٲمِس آشایہٕ اوس نہ داے یا رۄٹ - اَمہٕ اوس ییٚن اِدکارہ پینٛنِس اتھَس منٛز رٔچھتھ تھوٚومُت - تمہٕ بایتھ اٰسس نہ پہٕ مہیندرس برونٛہہ کنہٕ ییٚچھان - اگرچہ مہیندرن پنہٕنہٕ زنانہٕ موزمُت اوسُن نہٕ، اما ازٕ وُزیِیس دِلس بۄڑھ پۄڑھ پینہٕنہٕ ٲمِس 'گرہ واجنہٕ' ہنٛز.

راج لٔکھمی نہٕ اٰس نہ روٗٹان گۄنہٕ زِہ نوشہٕ اوس ٲمِ سِنزہٕ بایتھ مہیندرہ ناد دِتھ اوٚنمُت - تمہٕ ما نوٚر ٲمِ سُند دوکھ - اما نیبرٕ کنہٕ دوٚپنَس — " ہیٚیے ژٕ یِٚر دپیوٚمے شونگنہ گرٕژھن، پہٕ کوٚتٕ اوٚنتھن کھکھرہ!"

آشا لٔجس خاموش پٲٹھۍ وادجہ واد کرنہٕ۔

راج لٔکھمی وُژھس — "گرٕژھی بیٚیے، شونگی وٕنۍ۔"

آشایہٕ دوٚپنَس لوٚتہٕ پٲٹھۍ — "دوٚپمُت چھُ ہم، یتہٕ روزُن۔"

آشایہٕ اٰس خبر زِہ راج لٔکھمی گرٕژھ خوٚش پہٕ بوٗزتھ زِہ مہیندرن اٰس سوٗ ماجہ ہنٛزہٕ خدمژ تھاوِمژ۔

۴۷

راج لکھمیہ بێلہ تسلی گیہ زہ آشا گیاہ ٹھیکہ نہ جھیندرس موچھ منتر ٹھوتھ، سونچاہ کوٗرن ۔ " کمز کم ہے میانہ بیمارہ کنز جھیندرس گرہ روزن ہێبیہ، توتہ چھ غنیمت۔" اوہ کنز پێیس فکرِ زہ بلنہ گژھس نہ جل جل، توٚے اس آشایہ ژورہ دواہ دِوان اور پور دائرِتھ۔

جھیندرس اوس دِل وہ داسی۔ راج لکھمی ہنز اصل حالت اسیہ باسانہ نس۔ اما آشایہ آو نزانس تل زہ ہش چھ ہێتھ پیتھ گژھان۔ سونچہ لج زہ جھیندر آسہ نہ پورہ پورہ سوٗنچتھ ماجہ دوا دِوان۔ یوٗت چھ شہ ناکین دہن آمت زہ ماجہ سنگ تہ ٹھس نہ ہوشی۔" جھیندرنی ہیشر دہ رگتھ دِچھتھ لج سو پانی پانس اندرِ اندری لعن طعن کرنہ۔

اکہ دوہ شامن بێلہ دود بڈیس، راج لکھمیہ پێو بیماری ژێتس۔ خبر کاتیاہ دوہ اسس گامتہ نس دِچھ

نِسی۔ آشایہِ دوٚپُن ــ" بہاری مے چھےٚ خبر گیتہٕ چھُ انہٕ کل !"

آشایہِ توٚر زِکرِہ زِہ پتہٕ وُتھ اوُس بہاری ہِہ بیمارِہ منٛز سیوا ٹہٕلُ کران، توٚرے اوُس تکلیفہٕ وزہ ژٕنتس پیوان۔ از اوُس نہ گرِیک پرُون ہمدرد تہٕ نکھ۔ بہاری بابہ ہے برٛونٛہہ کنہِ آسہ ہیے ، شہ کرِہ ہے نا اَمہِ مُشکل وکھتہ ماجہ ہنٛز سیوا ! مہیندرنی پاٹھ ما اوس شہ سنگدِل۔ آشایہِ ژٕڈل زیُوٹھ دوشاہ نیرِتھ۔

راج لکھمی ــ" زانہٕ ہیے چھُم لوٚان زہ مہیندرن آسہ بہارِیس سیتی ژُوہ مژ۔ بڈہ ناکارہ ہے کوٚرمُن یہ۔ تُمس ہیو ہمدرد نے میلِیس بیٚیہِ کانٛہہ !"

ونان ونانہٕ آسِیس اَشِہ ٹارِی ژٕرِتھ۔

آشایہِ تہٕ بیو واریاہ کیٚنٛہہ ژٕنتس۔ وکھتہ وکھتہٕ اَس بہارِین چارِہ آشایہِ ہوشش دِرِنٛج کوشِش کرٕمژ۔ تمی کنٛہِ اوُس شہ منہ منزہ خارِج گومُت تہٕ کھوٚرمُت۔ یہِ خیال یِوہ دُنٛی لجِ آشا پانٛہ پانس تھوٚکہ ژٕھنہ نہٕ۔ زِلہٕ چھِٹ بےٚ قصوٗر بہاری لیُس آہ سرد دِتھ گرِہ درامُت اوُس، شہ آہ سر ما دونٛزِیکھ پیٚنہ نہٕ رٔوس۔

کینٛہہ کالاہ فِکراہ کرِتھ دۆپُس راج لکھمیہ۔ "دوٚپ مے
ہے، بہاری اگر آسہِ ہے، یتھ حقہٕ ہس نَے واتہٕ موٚ۔
شہ ہے کرِہ ہے مزدوٗر اتھ رٹ؟"
آشا رُوز خاموش یا کٕھ فکرِہ کران۔ راج لکھمیہ ترٛوو وۄشا۔
"بہاریس ہے خبر لگہِ میانہٕ حالچ، تَس نے پیہ نہ قرار؟"
آشایہِ زون زِ ماجہ ہنٛز مرضی چھ بہاریس شیٛتھ سوزٕنی
تَس رُستی آسہِ ازکل یِم نے زۆو ہوی گاہتی۔
کمرٕک لیمپ ژھیٚنہٕ کرِتھ اوس مہینٛدرہ زۆونہٕ گاشس دروازس
نِشی خاموش اِستادہ۔ یرٕس اوسُس نہ دِل لگاہِنی۔ کرِہ تہٕ
اوسُس نہ قرار یوان۔ ماجہ نِشہِ یُس تہٕ اوسُس نہ وارہ
سہ آسہِ فکرِہ چُھ نظرِ دُچھان نہ مہینٛدرس اوس دِلس
ٹاس لگان۔ آشایہ پیہ ہیس کُنہ وزِہ کانٛہہ بہاناہ کرِتھ
تَس سیتی کتھ کرِنٕس اوسُس نہ ہیتھہٕ سمان۔ اِدہ موکھ
اوس مہینٛدرس سیٹھاہ جیرِہ آمت۔ یرٕن اوسن کوٗرِ مت
زِ سنن دوہن کرِ نہ دِلودنیہ سیتی مُلاقاتی۔ وۄنہٕ اَسِس
زِ دوہ تہٕ باقی، یِم گذارٕنی گٔژھس مُشکل۔
یتی کُنہِ گوس صداگرِ شند نام۔ زونُس زِ آشا آسہِ

اما زنتہٕ بوٗزنی ہۆ - ژھۄپہٕ دوپہٕ گرِتھ
رۄدو بیٚنِہ طرفٕ بُتھ پھِرتھ - آشاہِ توٚر سورُے کیٛنٛہہ فکرِ - اما واپس
پھیر نہٕ کیٛنٛہہ - تتھے کنٕ رۄز ہیٚتھ کنی اِستادٕہ - دوٚپنس - "اکھ
کتھ چھم ونٕنی تہٕ درالیس ۔"

مہیندرن دوپُس پھِرِتھ - "ہیرکھ کیازِ، بیٚہہ تامتھ ۔"

آشاہِ دیُت نہٕ اتھ اِنسانٛس پیٹھ کیٛنٛہہ تہٕ دیان -

دوہ گۆژھ دوہنی دوٚپنس - "جانٕہ گیوٚو زِ بہارِی بانوٚنس سوزٕہ ہو
دیرہ ہیٚزٕہ بیمارہ ہنز خبر؟"

بہارِیٚن ناو لوٚزٕتھ دِتھ مہیندرس واکنٕہ تتُر - دٔر برٔ گرِتھ
پرٔژھنس - "جان کِتھ کٔنی؟ میانِس علاجس پیٹھ چھے نا پژٕہ؟"

آشاہِ اوس باہتھ زِ مہیندر چھُ نہٕ دِیانہ سان جانٛ پاٹھۍ
بیمارِس دُچھانہٕ - توٚے ژوٚلُس ہُنر نیرِتھ - "مہ کیٛنٛہہ، دیرہ
چھُ رۄدگ دوہ پتھ دوہ بڈان۔"

اتھ معمولی کتھِ اندر یوٚسہ گرمی آس سو رۄزٕ نہٕ مہیندرس
نِشہ گُمٕتھ کیٛنٛہہ - یِیرٕ ہش وٕلِتھ ملامتھ آسس نہٕ
چارہ آشاہِ ازٕ تام زانہہ تہٕ گرمش - مہیندر گوٚ خجل تہٕ طنز کوٚرُن -
"وۄنی بیٚتیم ژیٚرٕنش ڈاکٹری ہیچھنۍ۔"

طنزگ یہٕ تیر گو آشایہ ہنزہ لوزگ وآلنجہ شُنتھ۔ بٮ۪ین دوہن ہندی پانٛژھ روز نہ از سو خاموش کیٛنہہ۔ یٮ۪ہ چُھرِ سان دٔپِس۔ "ڈاکٹرِی نہ کیٛنہہ، اما پوٚز ماجہ ہنٛز سیوا کرِنۍ بیٚیی ہیچھ نی۔"

آشایہ ہنٛد یتھ ییٚہ جواب بوزِتھ ییٚو مہیندہ اسمانہ پیٚو ہاوٗل ماجِس اتھ جایہِ پٮ۪ہن دولیو۔ آشایہ یٚیہ وانہ خاطرہ دیت لٔس ترٛاوِتس۔ "چانِس بہاری یالوٚبہس کیاژٕ کوٚرمُت یوٚرِش ٹھاکھ، تہٕ چُھم ژٕ نہٕ معلوم۔ ظاہراہ چُھ بٮ۪یہ ونی ژنیس پیٚومُت۔"

آشا درایہ یکدم کمرہ منزہ، زنتہ منٛدچھ ہندر داون نیہ دٔپِتھ۔ بٮ۪نہ باپتھ نہ، بلکہ تمۍ سٕندہ باپتھ ییٚس پانہ قصوٗر دار آسِتھ بٮ۪ین بے قصوٗرن لوٗٹ اوس کھاران۔

آشا درایہ تہٕ مہیندرس باسیوٚ زنتہ تمۍ ہورمُت اوس۔ اُمہ برِدٕتھہ اوسُس نہ گمانس منٛز تہٕ آمُت زہ آشا کیاہ ہیکیس زانہنہ یتھہ کنۍ ملامتھ کرِتھ۔ ہپارۍ ٹیٛلہ بہاری یٚیوس ژٔبیس ونودنیہ ہندی پٔژھ گو سٕنٛتھ ہچ پریشان۔ خبر بہاری ما اوس بچہہ پٮ۪ٹھ بعبرِتھ آمُت۔ تہٕ گرِتھ ونودنی ہیکہ بے نا تمۍ شند

پَتہٕ معلوم گٔژھ ۔ مہیندرنس باسیو وٕنۍ پنُن دعوہ بُڈہٕ کرُن
کرُوٹھ ۔

راتھ کیٛت کوٚتہٕ کٔن راج لکھیہ جاگے دوُد ۔ آب تاپُہر رودُس نہٕ ۔
مہیندر اونٔنوُدُن ناد دِتھ ۔ کٔشاں کٔشاں ووٚنُنس ــ "بہارِلیس
ڈچھنک ہا چھُم سیٹھاہ اہرلاش ۔ دارِیاہ دہہ دٲتِس ینہٕ ہیرِ"
آشا اُس ۂشہٕ واوجہ داو کران ۔ لوتہٕ پاٹھۍ اُس بہتھ کلہٕ
تماوِتھ بوٗن کُن ۔ مہیندرن ڈوٚلُس (ماچھ) ــ "بہاری پچھا یِتہٕ؟ سُہ
چھُ پچھم کُن گومُت ۔"

راج لکھی ــ "من ہا چھُم دِوان گواہی زِ ییتھ گژھہٕ آسُن ۔
نارٲض ہا آسیٚم ۔ توٚرے چھُ نہٕ یوان ۔ میانۍ دِہرہا چھےٚ اکہٕ لٹہٕ نے
انہٕ ہُن میٛہ نِشِس ۔"

مہیندر ــ "اچھا تہٕ گژھہٕ ۔"

از اوس پرتھ کانٛژھا بہارِلیس ناد دِوان، سال کران،
مہیندرس باسیو زِ ڈرُس سمارن اوس سُہ ترُودمُت ۔

(۴۵)

دۄیمہِ دۄہہ دوت مہیندر گاش پھولہٕ وُنی بہارین گرٕ۔ وُچھان چھُ زہ درواز‌ٕس نِش چھِ نوکر داریاہن داندٕ گاڈِین سامان بران۔ بُجوہس پرژھن یہ دلیل کیہو چھہ۔ تمہِ دۄپنس — "گنگاہِ بُٹھس چھُ بابہِ سیٹھہ بٔڈ اکھ باغ لگومُت۔ تورے چھُ یہِ سامانہ سارُی۔ مہیندرن پرژھنس — "بوب چھا گرِی؟" بُجوہن دۄپُس — "دۄن دۄہن رُود کلکتہ تہٕ راتھ درلو باغ داپس"۔

یہِ بوزِتھ وۄل مہیندر شکن، ضرور آسہِ بہارِیس تہٕ ونودنیہِ ملاقات سپدمژ۔ تصورٕ چھو اُچھہ وُچھن زہ وُزنیس کیاہ آسہِ ونودنیہِ پہندس درواز‌ٕس تل تہٕ داندٕ گاڈین سامان لیوان برنہٕ۔ مہیندرس بیوٗٹھ دِلس زہ اوٚے ہیے گوٗرنس نہٕ چور ونودنیہِ باپس نِشہٕ دوٗر۔

پرژنس اُکِس تہٕ ژیرِ کرنہٕ روشتی کھوت مہیندر گاڈہٕ تہٕ کوچوانس دۄپن لم۔ دۄہیہ ژورہ پھرہ ٹکرتو تمِس زہ گرِی پھی

ہیٚ لمانہٕ۔ لیکہٕ تہٕ ژارِنس۔ کینٛہہ کالس منٛز دت وٕلودیٖنہ ہندِس دروازس تل۔ وُچھن زہ اتہ نہٕ سوٚرُک کانٛہہ تہٕ سرِگراہ۔ گوٚش زہ بُرنٛہہ ما آسہٕ گامُک سیٛنز مش۔ دروازس دیتُن زور دکہٕ۔ مٔنز نوکرن یُتھی دروازہ مُژرُ مہیندرن پرٛژھس۔ "وارے چھوا سأری؟"

تمۍ دوٚپُس۔ "اہن مہارا، سأری وارِے۔"

مہیندرن وُچھ ہیوٚر کھسِتھ زہ وِنودنی چھہٕ گامُژ شرانس تیٖندِس خألی کمرس اندر اَژِتھ ترووُن ڈاچاہ، تمۍ ہندِس پرٛنگس پیٚٹھ یتھ پیٚٹھ سہ راتس شونٛجمُژ آسس۔ کوٚمہِ روٚژُن سہٕ وِتھرُن سیٹھاہ سیٹھاہ چیٚرہٕ۔ مُشکہ ہیوٚتُنس، یُتھس سیتۍ لوکن تہٕ بار بار لوٗگ وننہٕ۔ "بےٚ رحم، بے عار!"

دِلک شر یتہٕ گنٛہِ گُدِتھ ترود تمۍ بسترہ تہٕ اندکُن پھتھ روٗد بےتأبی سان آشاہِ براران، پھتھ کیٚنٛتھ بیٚیہ ہیس قرار۔ دوٚتھ تہٕ لوٗگ ادریور کرنہٕ۔ وُچھُن زہ لبہٕ کنہ کیٚس بسترس پیٚٹھ چھہٕ بنگألی اخبارہ اکھ دوٚتھی پیومُت۔ دکھ گُذارنہٕ خأطرہ تُلُن اخبار۔ اِتفاقہٕ کنہِ پیٚیس تتہٕ تھی نظر یتھ بہارِ ناو اوس۔ بریٚزس منٛز گوس سوٗرُی دیان اَتی جایہ۔ رُوزِتھ۔ نامہ نگارن اَکھ اوس لیوکھمُت

اَتھ منز۔ دو کم تنخاہ والین کلرکن چھُ بیمار پیٚتھ بڈٕ تکلیف بیوان تُلنٕی۔ یِہندہٕ مُفت علاجہٕ تہٕ خدمتہٕ خاطرٕ چھُ بہاری باگوہن گنگایہٕ نبِھس پیٚٹھ سیکہٕ منز باغاہ اکھ لگودمُت تہٕ اتہٕ چھُ وُنی کینہہ اکہٕ دکھتہٕ پانتٕرن زیٚنیٚن سمبٕ جایہٕ۔" وغارٕہ وغارٕہ۔

مہیندر لوٗگ سوچنہٕ — "دِنودنیہٕ آسہٕ ضرور یہٕ خبر بوٗزمژ۔ یُتھ تہٕ آسیٚس من بیٚنہٕ تٕسی کُن پھیورمُت"۔ مہیندرن وونُس مِنہٕ کہٕ منَس منز "پاگُنڈی"۔ دِنودنی نہٕ — "لُنہٕ پانہٕ بیٚیٚھے چھُ نا سہٕ توکن بروٗنہہ کنہٕ بیٚنہٕ پان پرہٕ ووپکاری ثابت پرٕتھان کرُن۔" پانَس شوٗد تہٕ صاف ڈٕنتھ دیُتُن پاُنی پانےٚ شابٲش۔ باسیوس زِ بہارِن گوٗرنم یہٕ بیٲکھ ژھل۔

دِنودنیہٕ یِہندہٕ رٕنگ صدا بوٗزتھ گوٚو وُٹھ مہیندرن سُہ اخبار تہٕ پانَس تلہٕ کنہٕ تھووُن گھٹتھ۔ شرٲن گُرتھ آمژ دِنودنی ژایہٕ کمرَس اندر۔ مہیندرہٕ گوٚو تسنٕدِس مُنہَس کُن وُچھتھ آشچرس۔ تس اُسس اکھ حسین تبدیلی آمژ۔ زنتہٕ گاشہٕ دوہَن پتھ اوسُن گوٚژمُت۔ پان اوسُس نکومُت تہٕ بُتھ اوسُس تیز۔

دِنودنیہٕ اُس بہاریہٕ جوابہٕ آشہٕ تراوِمژ۔ خیالَس منز اوسُس زِ بہاری چھَم نہٕ ماننہٕ۔ تہٕ اَمی غمہٕ کہٕ نارٕ اُس سو دوہٕ راتھ

دزان۔ دپان ٲس ــ "میانی دادِ چھُ بِہاری ژٕچم کٕنۍ گومُت۔"
بِہارِیُن مُراد تہٕ منشا زانہٕ ٹنک اوٚسُس نہ کانٛہہ پایاہ باسان۔
تہٕ یِمہٕ فاتَرِ جَھینِدرن ونودِنیہِ ہِنز وَتہٕ ژٕودٲپاری گُنڈیٚ گنڈی
ٲسی دیہرآدی مِتۍ تہٕ تسنٕزِ زِندگی ہیٚنز شُرٕکہ رٲدشرٕ ٲسِن
تس جَھینِدرنی ٲسِس سکھ دِیگاشہٕ۔
وِنودِنیہِ اوس دارِ پٲٹھۍ شونٛجُمت زِ دَنی ہیٚکہِ نہ سو
جَھینِدرس پانس نِشہٕ دُور کٔرِتھ۔ سُہ ییٚنِس دھیٚیہَ اَتھ
گرٕ نکہِ دارس منزٕ تہٕ برٕ ہٕھ کِنہِ ہیٚبِس تنہٕ تَن لٲگِتھ۔ وِنودِنیہِ
ہے اوس پانے پننِ نیٚبرٕ اَتھو میٚنز گُھنتھ جَھینِدرنہٕ دِلہٕ کرِ ژٕکرِتِلہ
زٕنیوٚر لب لپ کرٕوِن پوسنک حَیاناہ نیٚبر کٔڑتھ اوٚنمُت،
تیٚندرِ ٹٕٹہٕ زالہٕ نِشہٕ کِتھہٕ کٕنۍ ہیٚکہِ ہے دَنی سو پننٕ پان بچٲوِتھ؟
اکھ اوسُس دل پننٕ دُکھی، بیٚنہٕ تہٕ یتھ انٕگنٕ گُوٹھرٕ اندر قیدی
سُند ہیوٚ روزُن تہٕ اَتھ بیٚٹھ تہٕ جَھینِدرنہٕ واسنایہ ہِنزن
گراین سیٚتۍ ٹھوسہٕ ٹھوس! یِمہٕ کِتھہٕ سونٛچہٕ ڈُنٛ اوس وِنودِنیہِ دِلَس
لرزٕ اِشان۔ اَتھ اوس سنا گٔنہٕ اند؟ یِمو سارِوٕے بلایو نِشہٕ
ہیٚکہِ ہے سنا سو مُکلِتھ تہٕ زانہہ؟
وِنودِنیہِ سُند سُہ زندٕ ہیٚمُت تہٕ کرٕ ٹھِمُت بُتھ وُچھِتھ گوٚنٹن

مہیندرنس دِلس حسدک نار۔ تمُس منز چھُ نا سنا تیتھ کانہہ
تہٕ طاقتاہ زہٕ سہٕ ژھُنہٕ ہے اُمس جوگ بابہٕ ہندِ دِلہٕ منزہ بہارین
غم مُولہٕ مونچھہٕ پرائتھ! دنی ہیکہٕ ہے نہٕ سہٕ برنزس اُکس تہٕ
وِنودنیہٕ پنُنیو اُچھو نِشہٕ دُور تُھہتھ۔ سنسکرت ادبس منزادُس
پوٗرمُت زہٕ فراقہٕ کرِ ناوٕ دُزتھ چھُ نازنینہٕ ہُند حُسن بینہٕ تہٕ شولان۔
از وِنودنیہٕ وُچھتھ سہٕ یُوتاہ اَتھ کنہٕ سرِ ادس کران تیوٗتاہ
اوسُس دِلس سو کھُچہٕ رِلہٕ ونہٕ ہندہٕ دہٕ کھُک طلاطُم دِوتھان۔
برنزس اُکس دم گرتھ پرژھُنس وِنودنیہٕ — "چای چھیہٕ چامِژ؟"
مہیندرن دوٚپُس — "چیتھ زن آسہٕ آمژ، ژہٕ کیازِ کرکھ پنُنہٕ اتھہٕ
چاوَنُس گنجوسی؟" دِم بیالہٕ برُی برُی۔
وِنودنیہٕ دُیتنس برتھ اَتھ ہاوسُس بےرحم ٹکھ۔ دوٚپنس —
"بہاری بابوٗ کتہٕ سَنا چھُ ازکل؟ ژٕ مانوگُ پتہٕ کینہہ؟"
مہیندرس گوٚ بتھ تتُ ہیو۔ دوٚپنس — "ازکل چھُنہٕ سہٕ
کلکتہٕ کینہہ۔"
وِنودنی — "پتہٕ کیاہ چھُس؟"
مہیندر — "سہٕ چھا کانہہ ونان زہٕ؟"
وِنودنی — "پتہٕ ہیکہٕ نا لگِتھ؟"

مہیندر — "میٚہ چھُم نہ امیک منٛزورتھاہ تہٕ کینٛہہ باسان!"

ونودِنی — "منٛزورتھ چھا سورۍ کینٛہہ؟ بالہ یارٕ ژ چھ نہ کینٛہہ!"

مہیندرَن بےشک چھُم بہاری بالہ یار، اما ژٕ ییٚہ سیتۍ چھس دۄن دۄہن ہنٛز یارٕ ژ، تۄتہٕ چھکھ ژٕ تۍ ہنٛدہٕ پتہٕ باپتھ پیر گاژھ۔"

ونودِنی — "اوہ کنٛز گژھِہ ژٕ ییٚہ شرم یِنۍ۔ یتھس ہیوٚس دوستس نِش یِنہٕ ہی ناژینٛہ، یِمن زِہ دوستی کتھ چھ ونان۔"

مہیندر — "امیک چھُم نہ غم۔ غم چھُم زِہ تس نِشہٕ ہیٚو چھُم نہ دۄکھ دِنہٕ کیتہٕ کنٛز گژھن زنانہ وٚش کرِتھ۔ یہ وٚنیڈیاہَے یِیتھ مٔنٛز آسہٕ ہیٚم، دُنٛزکین یِہ ہیٚم لکارٕ۔"

ونودِنی — "سو ڈیڈیا چھ نہ یِشرھنہٕ کنۍ لوت، یِنٛچھنہ لِوان، تتھ گژھیا لیاقت تہٕ آسنٛز کنہٕ؟"

مہیندر — "گوڈٕ شُند پیٚے ہے معلوم چھُم ونتم، یتھ اوستھایہ منٛز تہٕ گژھہ ہا تہٕ منٛز یِمہٕ ہا یِنٛچھتھ، پنٛنہٕ کرہٕ ہو لیاقت سِرٕ۔"

ونودِنی — "اگر ژٕ پنٕنِس دوستہ شُند تہٕ پیٚے پتھ یِکگہ نہ میٚہ برٛونہہ کنہٕ اَمی زِہ نہ محبتک ناو ہیٚوان۔ بہاری باوٕہس سیتۍ یِہ سلوک ژٕ ییٚہ کورُتھ تتھ کُنہ دِچھتھ گُس اکھاہ کری ژٕ ییٚہ پرژھ؟"

مہیندرس "بڑہ نے گران آسہ ہم، یِیتھ ملامتھ ما کرِہ ہم تیٚلہِ؟ میانہِ لوٗگک نےٚ ژےٚ پاس آسہِ ہی میٚہ تہٕ ماپیٚتھہ ہے یوٗت ژانُن۔ بہاری چھِ بےٚ گنڈ روزان وٕیندیا نانان، سو وٕیندیا ہےٚ میٚہ بدنصیبس ییٚتھ نادِ ہے، دوستی منٛز حق کرِہ ہےٚ بےشک ادا۔"

ونودنیِہ وۄدُن یوٗت زہ — "بہاری چھُ اِنسان، توٚے چھُ نہٕ گنڈہٕ یوان۔" تہٕ مَس پتھ کٔن ترآوِتھ ژوز تیٚتھےٚ گٔی دروازٕس پیٚٹھ اِستادہ۔ مہیندر گو یکدم وۄتھتھ تہٕ موچھ وٕٹِتھ لوٗگ خشمہ سان گرزنہِ — "ژےٚ کیتھ چھُے بار بار میٚہ توہین کرنک جرٲتھ پیوان؟ اَمہِ توٚہیک اگر ژےٚ کانٛہہ بدلاہ میلان چھُے نہ، شہ کیازہ نہٕ؟ کیا قٕرٕ کنہِ میانہِ قابلیتھ! ہرگاہ ژٕہ میٚہ اِنسان چھکھ نہٕ مانان، جانورے چھُ ہم مانان، خونخار جانورے زائی زیٚم۔ ییٚنہِ نامرد زانہٕ ہم زہ مار کیٚتھ تہٕ کرِہ نہٕ وار۔"

یہ وۄنِتھ تہٕ رودُس مہیندر برٛنٛزس اکِس خاموش پانٛٹہ ہےٚ گنڈتھ وۄچھان۔ پتہٕ وۄدُس — "وِنودنی، یکھ بیٚتھ گنڈہٕ جایہِ ینتہٕ ییتھر ژٕلوٚ بچھم کٔن، بہاڑس پیٚٹھ، یوٗت خوش ییی توٚتہٕ۔ ینتہٕ چھُے نہٕ بچنُک باتھاہ کیٚنہہ۔ مارہ چھُس گرزھان۔"

ونودنہٕ دۄپنس — "یمہٕ تیلہٕ وُنۍ ژلو، بچھم کنۍ!"

مہیندر — "بچھم کنۍ کوٚت سناوٕ؟"

ونودنی — "کُنہٕ تہٕ نہٕ۔ اُکسہ جایہ ٹھہرِ نہٕ کیٚنژھہ، پھیرانۍ روزٕ؟"

مہیندر — "تی گو زبر۔ اَزی راتھ گژھت ژلو تیلہٕ!"

ونودنہٕ کوٚرُس منظور تہٕ لُگ مہیندرنہٕ باتھ رنہٕ پیوتُس۔

مہیندرُس گیہٕ رای زِ ونودنہٕ چھُ نہٕ سہ اخبار وُچھمُت۔ وُنۍ کینس اوسُس نہٕ تتھ شب فرصتھی۔ اما مہیندرس ژ‍ۄدٕ پھرٕ پھرٕ زِ ونودنہٕ گژھہ نہٕ اَتھ کُنہٕ نظری پیٚنۍ۔

(۴۶)

مہیندر کیاہ آسہٕ بہادیُر شیٚتھی ہیٚتھ لیُوانی — اَمہٕ خیالہ آد تٔس کیٚت بتہٕ رنہٕ۔ اما یِتھ ژریتام تہٕ آد نہٕ سہ بیرام راج لکھمہ دوٚتھ تلواس۔ راتی راتس آسن نہٕ زِیچہٕ نہٕ گرشرا، مہیندر نہٕ فکرِ گیہ جائے پریشان۔ آشایہ سوز نوکر نٔویس، نخیوٹس زِ گاڈی چھ آمژ پھیرِتھ۔ کوچوان دۄپنکھ زِ

بِہارِی بہٕ گرِہ نیرِتھ کیاہ اوس مہیندر ڈبل ڈانگا، نِس ڈیرس گومُت۔ یہِ بوزِتھ دیُت راج لکھمیہ لبہ کَن لرِہ پھیرِتھ تہ مای لاگِتھ شوٗنچ۔ آشا روزِس شانَس پیٹھ واوچ واو کران۔

راج لکھمیہ اوس نہ وَنِ بیمارِ ہیُند یا صبجکٹ کانہہ تہِ برداپاہ روٗدمُت۔ مہیندر اوسُس نا لولہ نشس مرژمت۔ تَوَے اوس ناسہٕ ماجہِ ہندِس دادِس پیٹھ معمولی زانان۔ ماجہِ ہنزِ خبرے گوس خبر چھا تُتہ ماگرِتھ پُھٹِتھ، تَوے، اوس ناسہٕ بےحیا لاگِتھ کمرِ تام بہانہٕ دنودنیہ نِشِس نِکھ نِتھ گومُت۔ راج لکھمیہ دوٗپ زِ بہ تہِ دِمَس ہاوِتھ وَنِ زِ میانِ یہِ بیمارِی چھ نہ سہل اِشِس کینہہ۔

زہ ترِ بجیہ تہ آشایہ دوٗپُس ۔" ڈیڈی، دِوِہس ہیے دوژ دکھ" راج لکھمی روز ژھوبہ گرِتھ۔ آشا پیٹھِ دواہ دِنہٕ ژُھس، دوٗپُس ۔" تھوٗ بی، کینہہ چھُم نہ چوٗن، ژہ گژھ"

آشایہ توٗر فکرِ ہشہ ہیُند یہِ روٗدس۔ ژُرِتھ ہیوٗکُن نہ کینہہ۔ تاب تہ گژیوٗن اما وَن یاکہ ژُھس نیرِتھ۔ راج لکھمیہ دیُت تَس کَن لرِہ پھیرِن تہ مایہ بوٗرت اَتھ ڈالان دوٗپُس ۔" بیے،

ژٕہ چھکھ وُنہٕ لوکٕٹ تہ مأصوم، رٕت رٕت یٔژہ نٔے وُچھن۔
مێنہٕ تہٕ کٕڈ وٲنٕس پێٹھ۔ میانہٕ باپتھ مێتہ گژھہٕ تہٕ گیر میٚہ کیا چھم
کرُن دٕزٕ زِنٛدٕ رٕوزِتھ؟"

ہشہٕ ہِنٛدہ امہٕ ذہنہٕ آو آشاہٕ ہێنہٕ تہٕ ودُن۔ اَمِس
دژن دوتہٕ گۆنٛڈ۔

ہشہٕ نۆشہٕ آسہٕ دۄشوٕے مہیندرٕس رٕوشِتھ، اما دۄشوٕنٕے
اوس أندری کنی ہیتھ زِہ وُنی نیتہٕ وُنی واتہٕ۔ دۄہہ آو دارہٕ
دارہٕ لوسان۔ گُلگتہٕ کِس سندیا وکھتس یُس گاشہٕ گژھِہ زنانہٕ
کٕکھین اندر ودیایان چھُ، تٔمس شٕتہٕ راوان تہٕ مأیوسیہٕ
اشہٕ رٕژِست کران۔ کأم کار کٔرِتھ ژٕھعہ چھُ غأب گژھان،
اما آرام یا وٲراگ تٕسکین ہیوٚ تہٕ چھُنہٕ کینٛہہ میلان۔ بیمار
گرٕکِس تتھ بٔنے شوب سندیا کالس ورٛھایہٕ آشا لوتہٕ
باگٕر تہٕ ژٕونٛگ زاجن۔ راج لکھمیہ ووٚنُس۔ "ہتے، گاش
ہیٚے چھُم کمران۔ ژونٛگ تھوترٕنی ییٚتہٕ"

آشا آیہٕ ژونٛگ ییٚتہٕ تھوٚوِتھ۔ انہٕ گٹہٕ ییلہٕ تتھ گٕگُر
نکہٕ وٲرِس اندر زیٹھہٕ زیٹھ راتھ ہێتھ آیہٕ آشایہٕ پرٛژھو
لوتہٕ باگٕر ہشہٕ، "دیدی، کانٛژھا سوز نٔے تمن؟"

راج لکھمیہ دوٗنیس دُری پاٹھ نہ بی' میانی دری چھے
شینچھ تیے سوزہ ہس۔"

آشایہ گو وم۔ ودنس تہٕ اوسُس نہ سامرتھ رُودمُت۔
اُتی منز آو نوکر دنہٕ زہ پاگی سنز چھ چِٹھی آمژ۔
راج لکھمیہ گیہ رای زہ مہندر آسہٕ ضرور بیمار پیومُت
توَے کیاہ آسہٕ نہٕ یتھ ہیوکمُت، زہٕ چِٹھی سوزِتھ۔ بےقراری
سان دوٗپُس۔ "تِکےٚ بیا وُچھ' لیوکمُت کیاہ چھُن!"

ینبر ژاگُس زِتش چِٹھی نِتھ لُج آشا نشان نشان پرنہٕ۔
لیوکھمُت اوسنکھ۔ "کینہہ دوہ واتم پریشان، توَے چھُس پیچھِ کِنہ
پھیرنہٕ درامُت۔ ماجہِ منزِ بیمارہ سُنہ لگہٕ نہ کانہہ غم برُن۔ پننِس
ڈاکٹر دوستس اُکِس پچھ دُنِتھ تھوٗومُت زہٕ سُہ آسہٕ ماجہِ
باضابطہ وُچھان تہٕ نظر گُزر تھوان۔" راتھ گیُت ہے نیندر پیئس
نہ یا کلہٕ دود روزِئس تیلہٕ کیاہ کیاہ پزہ کرُن' تہٕ تہٕ اوسنکھ
لیوکمُت ؞ تہٕ قوتی غذہٕ ہکہٕ ڈبہ جوراہ تہٕ آسہٕ نکھ سیتی
سوزی میتے۔ پوٗتس اوسنکھ 'او بیٹیہ تہٕ' (اپوٗت خیال) امُکمُت
زہٕ لیوٗنام تہٕ بیٹیہ کانہہ نوو پتہ لیکھو وہ تۆژام گژھم پننِس
پوسماسٹر سِنزِ دسی پتہ ہس پیٹھ ماجہِ ہنز خبر اتر ضرور ضرور سوزِنی۔"

چِھٹھ پران پران گیہ آشا رُوزِتھ۔ دوکھ تہٕ گوٗس
دھینکارس تل غائب۔ پڑھ ہش بےٚ درد تہٕ دِلدوز چِھٹھ
کتھ سنا ہیکہ ہیے ہشہ یاوِتھ؟

آشاہ ہنٛدِ گوشہٕ سیٹھہٕ گیہ راج لکھمی بیٹھہ تہٕ پریشان۔
دوٚپنس — "نوٗشی، کہے چھم لیکھان مہیندر؟ لوزناو تمی حیل حیل۔"
دنان دنان وُتھ سو ہڑ کرِتھ تہٕ بیٹھ وتھرنس پیٹھ۔

آشاہ لوزناو اِدہ سو چِھٹھ واپرہ واپرہ۔ ہشہ پرٛژھس
— "واپرہ پرِتھے، ہینہٕ بلیٹنگ کہے چھُ لیکھان مہیندر!"
آشائے بٹیہ پرنہٕ۔ "کینہہ دوہ وارِتھ پریشان، تَوَے
چھس ......"

راج لکھمی — "تھوٗ بی تھوٗ، بروٗنہہ پرنک چھُ نہٕ وَنی ضرورتھ
کیازِ گژھِہ نہٕ پریشان! بُڈہ ماج چھس نہٕ مرانی، بیرام ٹُنڈ چھ
چھس دِق انان۔ ژہ کہے زہ گییہ ہس سنٛتھ ہیٹھ؟ گرس
منزے اوس، گوٗنس اُکِس منز اوس پران لیکھان۔ دوہ پر
حجابہ اوسہ کُنہٕ؟ مُنزی ہے گیہ ہس ژہ ماجہ پَنزِ بیمارہ ہنز
خبر ہیٹھ تہٕ ژیہ کیاہ آے حاصل؟ بُر ٹیٹھ لرہ پیٹھ زوٗ
دِتھ گرہِ ہا، کس کیاہ داتہ ہیٚے زک؟ لوٗت دوکھ گٔژھ تہٕ

آیی نا لبود؟"

ییٚ وُنِتھ تہ تراو راج لکھمیہ لر۔

نِنبری گو کٔھ ربانہ کرٕنۍ۔ نوکرن دوٚنکھ — "ڈاکٹر صاب
آیہ۔" ڈاکٹر تراو ژاکھر کران کران۔ آشاہ کوٚڈ پھنٛڈہ جھل
ٹیل ہتہ تھٲیہ ہوٚل رُدر اِستادہ۔ ڈاکٹرن پرٛژھس — "ژٕ نہ
مہارا کیاہ دلیل چھ!"

راج لکھمی دُژھس دوٚلتھ — "دلیل کیاہ گژھم آسنی؟
مرنو تہ دیوتا کافرٕ؟ تھنٛدہ دوا سیتی گژھا یہ اٲر؟"

ڈاکٹرن دیُتس دلاسہ — "اٲر تہ ہیٚکن نہ لد کانٛہہ
گژھتھ، اما تکلیف کم کرنٕچ کوٚشش۔"

راج لکھمی دُژھس مُنزی — "تکلیف رٕت دوا یا
ادس تیٚلہٕ آسان ییٚلہٕ ڈیٖوایہ پان ژاٖلتھ آسہ مو کلتھ گژھان
ونی گو یہ گنڈس تھوٗتھ مارن۔ گژھو ڈاکٹر صاب، گژھو یانس
دِق مہ کرٕیوم۔ یہ چھس کُنی زٕنی یژھان روزٕنی۔"

ڈاکٹرن ونٛنس کھوژی کھوژی — "نبض تہ۔۔۔۔"

راج لکھمی ووٚلے ییٚ — "دوٚپہ ہے گژھ یا، نبض چھم ٹھیک۔۔"

ڈاکٹر گوٚ لاچار، کمرٕ منٛزہ نیرتھ دِیتُن آشاہ نادتہ

پرژھنس بیمارہ منٛز حال ۔ آشاہے بوز نو سوٗرۍ حال ۔
بوٗزِتھ ژاو ڈاکٹر بیٚیہ اندر سنجیدہ پاٹھۍ تہ لوٚگ ائگمیہ
دوٚپنَس ۔ "ڈیچھو مہارا ، مہیندر یاگوہن چھنَم باند باند گوٚرمت
توٚہۍ نۍ علاج کرنہٕ دِیوٚم تمن لگہِ نا دِلس ۔"

مہیندرس لگہِ دِلَس ، یہٕ باسیوٚ مزاج لگمیہ جبٕہ ہیوٚ ،
دوٚپنس ۔ "مہیندرنہٕ باپتھ متہ گژھتہ ژہ یوٗت گیر ۔ ژہ
گژھتہٕ دنہٕ ، بہ شوٗنگہ ہا ۔"

آشا ژایہٕ اندر تہ اژہ وٗنُے دوٚپنَس ہشہ ۔ "گژھی بیٚیہ
کرِ آرام ۔ دوٚہہ دوٚہس یہٕ آسکھ یتہِ یتھ ۔ نوکراکہٕ سوٚنذۍ
ہتتھ یہٕ آسی تمہ گژھس منٛز ۔"

آشا اُس ہشہ یتہٕ لیٚرہ پاٹھۍ زانان ۔ یہٕ ادس نہ لسنہ
لوٚگ تاکید ، بلکہ تسند حکم ۔ مانہٕ رزٕسۍ ما ادُس چارہ
کینہہ ۔ نوکراکۍ سوٚنہن ہشہ نِس تہ پانہ ترووٚن انہِ گنہِ کوٚٹھہ
منز بتھرس بیٚتھِ ڈاکھر ۔

دوٚہی دوہ گوٚو فاقہ تہ نتہٕ زٕرٕ یتہِ ادُس پانہ ڈیٚلیوٚمت
تہ من تہٕ اوُس ادرِ نہٕ یوٗزی ۔ کلُس منٛز آسی تمہ
دوہ کتھ تام گرس نیتھ کرہ باجہ دزلن ۔ امہٕ دنہٕ کچ یتیہ

سوٚرِ نے وزنہٕ ۔ اَمہٕ نغمہٕ کِرِ ٹاسہٕ سیتی زنتہٕ راتھ ہندِس
سآرِسی گٹہٕ زوٚلِس تھتراے ڈُشہ تہٕ آشایہٕ ترٕ ژٕ دِلَس
گرای ۔ پنہٕنہٕ نیتھرہٕ دوٚہچہ سارِنی کتھہٕ زنتہٕ آسِس اَچھن تل۔
راتھ ہندِس اَترٕگٕٹہ نبَس ژٕ مرن سوٚہنِن ہندی تصویر ۔ ونکیتِس
ڈراگس منٛز یِنتھہٕ کنٕی لوٚچھ ہوٚت شُراہ لبہٕ چھ دادہٕ پنہٕنیو نکیونکیو
اَنگو ماجہٕ پنہٕنہٕ ژرٕخہٕ چھُ لایان، تِتھے کنٕی لگ سوٚرپ کمیہ بیدار
گاٹہٕ آنیہ آشایہٕ ہندِس وہٕندس دُب دُب کرنہٕ ۔ آشایہٕ
گنٛتھ یِیہ ہے قرار ۔ گگُرہٕ گنڈِتھ لگ سو دِوتاہس پرٛوٚنہ کرنہٕ
پہلہٕ تھنا کرنہٕ ۔ تہٕ تمی وِزہٕ آسیس منَس منٛز ماسہٕ ہنٛز شوٚنہٕ
ہتہٕ مایہٕ ٹرٛٹہٕ موٗرت دوٚہ تہٕ لتھ ۔ تَس دراے آسَس نہٕ از
وہٕدِہ کانہہ لبنہٕ ۔ تمَے لگ لیمپ زالِتھ از کتابہٕ اَکِس
پیٹھ کانہہ تھاوِتھ اوٚش وہٕ تران وہٕ تران ماسہٕ اکھ چٹھ
لیکھنہٕ ـــ

" ماسی، اَز نے چھُم نہٕ ژٕ سِرا کانہہ تہٕ مینٛز ۔
اَکِہ لٔڑ یِنے تہٕ کوچھ ہیتہٕ می، میتہٕ ہے چھُم نہٕ کانہہ تہٕ
پچھن پایہٕ ۔ بیتہٕ کیٛہ ہنٛگے لیکھتھ ؟ ہتہٕ بیٛرہ ساسہ
ٹبرِ پرنام ہے چھے سوزان ۔ جیانی ماٹھر
چینہٕ "

(٤٧)

انہ پوٗرنا گیہِ کاشی پیٹھ کلکتہ۔ راج لکھمی ہٕندِس کٕٹھس
أژِتھ کوٚرٕن تٔس پرنام۔ کھٕرن ہٕنز لرٕتھ ہیٚژرٕن شیرٕ۔
راج لکھمی گیٔس وُچھتھ سیٹھاہ خوش۔ زن تہٕ ردٕدمٕت دیٖتہٕ
اوٚسُن لوٚبمٕت بیٚیہِ۔ باسیوس ژِہ انہ پوٗرنا آسہِم اٚندری اٚندری
یژھ بران۔ تٕنِدہِ یتہِ نہ آسہٕ کٕنی اوٚسُس پوٚت مُہم پیوٚمٕت۔
تمی ساعتہ کوٚر راج لکھمیہِ ہٕندی دِلن بیٚیہِ برانٕز جایہِ پیٹھ پنُن
دسگاہ قایٔم۔ مہیندرنہٕ زینٔیہ بردٕہہ ترٕ اوٚس نا ہمٕو دٕرکا کیٚنُو
دٕیو گرٕگ سوٗرُے سٕہ کھ دٕہ کھ یاٗنی پانٕس پیٹھ ہیوٚتمُت۔
پُژزایہِ منٛز، دٕہ زٕھوس منٛز، غمس منٛز، شادِہ منٛز اُس نا دٕہ شٕدٕرِ
سمارِہ کِس اٚتھس اندر بیٚیتین دٕہن ہٕندی پاٹھی لگِتھ زِندگیہِ
ہٕنز وتھ میٚنمٕژ۔ تمہِ دٕکھچ سٕہ مای آیہِ پٕرٕژس اٚکِس منٛز
راج لکھمیہِ ہٕندِس وٕہندس منٛز وٕتھرِتھ۔ تمن بیٚیمین دٕہن
ہٕندِہ سٕہ کھ دٕہ کھکُ ہے کاٗنہہ یادگار باقی روٗدمُت اوٚسُن
سُہ اوٚسُس نا ہہ انہ پوٗرنا! تِہ یمہِ ہٕندِہ باپتھ راج لکھمیہ

پننہ نہ ناچھ دِرکاکنہ تہ بےدردی سان دِلس زکھ ادس واتہ نوومت
سہ جھیند نہ کتہ سنا اوسمُس از؟

انہ پُورنا بیٹھ بیمارس نِش تہ ژُنڈ انتھ پننس اتھس
منز رُٹتھ دوپنس۔ "کاکو دیدی!

راج لکھمی۔ "بھو رانی!

آمہ ا لپور پھور شہ نہ کیتھہ۔ اُشس لجس داد۔ آشایہ
تہ ہیوک نہ شُنہتھ۔ نکہ گوٹرہ منز لج سو پتھرہ بہتھ وودنہ۔

انہ پُورنایہ بیٹہ نہ جھیندرس متعلق آشایہ کیتھہ پرژھنس
تہ جرتہ۔ سادو چرنس دیتھ آلو تہ پرژھنس۔ "مام، جھیند
کتہ با چھے؟"

سادو چرن بوزنا و سورے حال۔ انہ پورنایہ پرژھنس۔ "بہاری
کیا دارے؟"

سادو چرن دوپنس۔ "واراہ دوہ واتس بہنہ کہ۔ توہ کنی چھم
نہ خبراہ کینہہ۔"

انہ پورنایہ دوپس۔ "بہارین گژھتھ انکھ نا سینتھ خبراہ!"
سادو چرن آو بہاری نہ بیہتھ تہ دوپنس۔ "اگر اوس نہ کینہہ
گنگایہ بٹھس پیٹھ پننس سیتیہ باغس گومت۔"

انہ پوٗرنایہ اَنہٕ نوٚو ڈاکٹرٕ تہٕ بیمارٕ سُند حال پرٛژھنس،
ڈاکٹرن دوٚپنس — "اَکھ چھُس دِل کمزور، بیٚیہ چھُس ٹیلیپوٚت
ٹیلیوٚمت۔ غبر کمہٕ وِزِہ ژٕلیس پران نیرتھ۔"

سنٛدیا وُکھتہٕ تیلہٕ راج لکھمیہٕ شانٛتش گژھتھ' انہ پوٗرنایہٕ پرٛژھنس
— "کاکنہٕ دیدی، ڈاکٹرس دِمہٕ نہٕ ناد؟"

راج لکھمی — "نہٕ بی، ڈاکٹر کیاہ کریٚم؟"

انہ پوٗرنا — "اِدہ کُس چھُھن پرٛژھان انٛنہٕ ناد دِتھ؟"

راج لکھمی — "بہارلیس ہیٚے شیٚچھ سوٗزہٕ رٕیو' حان گیو!"

انہ پوٗرنایہٕ آو وٕانٛنہٕ چھُوکھ۔ تمہٕ دوہٕ اوُشن نا سنٛدیا
وُکھتس بہارلیس دروازہٕ تلےٚ دٕرہٕ دٕرہٕ کوٗرمُت۔ انہٕ تام آوس
بیران اوم تیل ہیٚوٚ! بہاری کوٗت سنا بیس وٕنی مرٕنی! اکہٕ
پھرہٕ گژھ سہٕ ہیوٚرہ بہاریٚن کنٛتھ لیٚشس بیٚٹھ تہٕ۔ ہیوٚی کمرہ
اوس گرمس منٛزہٕ شولہٕ مارَان۔ اما اَز اوس بےٚشوٗب تہٕ دِبان
ہیوٚ۔ پرٛتھ کانٛہہ چیز اوس بےٚربط پیٚاٹھ۔ وتھرنس آمس
پرٛنہٕ آمُت۔ لیٚشہ پیٚٹھکس پٹھس اوس تہٕ باتھ بھیوٚراہ تہٕ روٗدمُت
گملن ہندی بوٗٹہٕ آسہٕ ہتہٕ کھتی تہٕ ٹیٚنچ بیل آس ہرٕتھ بمشہٕ
ماسرہٕ لیٚشس پیٚٹھ گژھان وُچھتھ گیہٕ آشہٕ تہٕ لٕتہٕ پیٚاٹھ

بیٚتھ۔ انہ پوٗرنایہ رُٹ چیرٕ پأٹھۍ نالہ متہٕ، ڈیکس دیُت ٹش میوٹھ۔ آشایہ توٗمر ووٗس کلہٕ تہٕ کھوٗرٕ ژٕٹِتھ کوٗرنس بیٚنیہ تہٕ بینیہ پرنام۔ ڈوٗپنس — "مامی" اَشرٕواد دیتم، سامرتھ دِتم۔ شوٗبنیتھ مامٕ پس ہیٚکان نٕہٕ یوٗت ہیٚکہ کانہہ ژراٹتھ۔ مگر مامی آخر کوٗت کالا۔؟"

انہ پوٗرنا گیہ تمٕنھو نہٕ ہتھ — آشایہ ترووٗس پادن تل سر۔ انہ پوٗرنایہ رٹوٗنس کلہٕ کوچھ منٛز تہٕ خاموش پأٹھۍ اُچھ سوٗرنہٕ بیٚنہٕ نس پیٚشٹھ دِیوٗس۔ تِینٛدہٕ لولہٕ ہتہٕ خاموش اَشرٕوادہٕ پھیوٗر آشایہ ہنٛزہ دٲلیٚجہ شہجاراہ ہیوٗ۔ باسیوٗس نہٕ مرٲد کامِل پیٚدٕ نس لگیم ہنہٕ وٕنی تاگہٕ۔ نہٕ یِٹھ زیوٗٹھ دوٚشاہ ترٲوِتھ وُژھ تہٕ ڈوٗپنس — "ماسی، بہاری بائی پس لیکھتے زہ جل بیہ ہے"۔

انہ پوٗرنا — "نہٕ، چِٹھۍ کیاہ چھ لیکھنۍ؟"

آشا — "اَدٕ کتھ دانٛتس شیٚچھ؟"

انہ پوٗرنا — "بہ گژھس پانہٕ دٕگاہ۔"

(٤٨)

بہاری یٮ۪لہِ بچھو کنٛز پھیٚور، نِکرہٕ توٗرُس زٕہ کُنٛز کامہٕ تن
دِنہٕ روٗست ہیٚکہٕ تہٕ تسکین میلہِ تھٕو۔ توٚے آسُن کلکتہ کین
کلرکن ہٕندہِ علاجیچ تہٕ خدمژ ہنٛز ذمہ‌واری پانس پیٹھ ہیٚتھ ووتھ۔
رٔتِس کالہِ پتہٕ گٔیہ کنہِ ریٚتھ کھوٚڈکرن لیمبہٕ وآنس منٛز ژھٔرِٹ
ژھٔرِٹھ کرانٛی چھ روزان تیتھے گٔیہ کیاہ چھ عیال بار کلرک تہٕ گلیٚن
منٛز رٔوزتھ اکی وکھتہٕ اچھ یُٹ کھیٚتھ تہٕ دوہ کڈان۔ تمہٕ ہنٛز لبہ
آمتیٚن، ہیٚر یمتیٚن تہٕ فِکرو گلہٕ میتیٚن سفید پوشن پیٹھ اوس
بہارہٕ ہنٛز غارہ کٔبرژ نظر کرتام پیمژ۔ چنانچہ بہارین اوس پننہٕ
باغٕک صحت مند شُہُل تہٕ گنگہ ٹھیک صاف ہوا یمنٛی آیوت
تھاوُنک ارادہ کوٚرمُت۔

سیٚکہٕ شاٹس باغ ٹلہِ ہیٚتھ آسہٕ تمہٕ چیٚنی مستریٚن اتھہٕ لوکہِ
لوکہِ پارہ بنادہٕ ہیٚتھرہ مژرہ۔

اما دِلس اوسُس نہٕ توتہٕ قرار۔ ارادہ ہوٚتس دیٚتہٕ پیٚو
پھیرُن۔ سوچنہٕ لوٚگ ــ "اتھ کامہٕ چھ نہٕ کانٛہہ لُطفہٕ، کانٛہہ

جماله، محض چھُ یہِ وولہ بوراہ"! اَیہ بروٚنہہ اوس یہِ ناتہٕ تہٕ
کُنہٕ کامہِ نِشہٕ اُمیہ یتھہٕ کُنہِ بوٚنت ہیوٚت مُت۔

شہ تہٕ اوس دوہا یٖلہِ بہارلیس گُنگ تہٕ حاجتھ اوس
یہِ، بی گینتزاہ اوسٕس بروٚنہہ کُنہِ تمُو اندر اوس خوش۔ اما از
اوسٕس وونس ووہ کھر بیو لوٚگمُت۔ لیوسہ جوانی ازتام مشرہ
نیندرِ شوٚنگتھ آسہس، یتھ کُن نہ زانہہ تہٕ ظلو نی ییو مُت اوسٕس
سو آسہس از وُنو دِیہہ ہمنزہ چھہ یستی بیدار گامُژ۔ زنتہٕ گردا
اوس تھنہٕ بیوہِ دُنی نفہِ دادِس لوٚگمُت۔ کلکتہٕکین نادار تہٕ خستہ
حال کلرکن کیاہ سنا سوٚرہ ہے دِنی!

ہارچ گنگ چھ برٔہتھ کُنی مکیہ آمژ۔ اپارہ بٹھہ چھ پٔنلی اڈبرہ
لگ گُلی تہریٔن پٔنٹھ ڈوہ کیمتر ہوی۔ ند چھ کنہ بولاڈی تروارہ
ہندی پاڈی کرمنی کال ہش تہ گنہ نارہ برہہ ہش زوتان۔
ڈیراڈہ ہندس اَتھ نوٚس ستہرس کن میتھو بہارلیس نظر چھ پیوان
میتھو چھ کوستام نازنیناہ تُہندہ ووندہ منزہ نیرتھ بنہ کُس اتھ
شوٚلہ وِنس فِفنہ شس نل کُنی زُنی استادہ سپدان۔ کوستام آسس
شرانہ دراو گوٚن تہ گرمن مس پریشان تراڈتھ بروٚنہہ کنہ تہ
اڈبرہ لگن منز مچکراؤنہ آمژن پرژن ڈیراڈہ بنہ منزہ سوٚمبراڈتھ

اُمی سٕہ لولہٕ ہرٕڈ چشمہٕ تٔہندِ ی مونٛگس مُہرٕ گنڈِتھ۔

بہاریٖن ہیٚم دۆہ سٕہ کُھ تہٕ سنٛتوشہ سال گۆڈِ ہتی اُسی،

تِم اُسیٖس از باسان رادرآوی ہتی۔ خبر کانٛہہ تیاہ پتھی ہیوی دہرآٹھ

ۂندی سندِ یا کال تہٕ پنٛنہ ۂندی شب اُسی آمتی تہٕ بہاریٖنہٕ

واٹھران دِلہٕ کِس دروازس تل امرتہٕ ژٕڈی ہیتھ پیٖتھ خاموش

پاٹھی پوٚت کھورہٕ درامتی۔ یِمن نایاب مُبارک گرٛین منٛز خبر کانٛہہ تیاہ

نغمہ اُسی بے آوازی رُودی ہتی۔ خبر کانٛہہ تیاہ دۆرسہ اُسی منادنہ

ینہٕ رُہِ ہُی چھلہٕ چھانگرہٕ گامتی۔ بہاری نِس منٛزس اندر یوٚسہ

پرانٛز زٕیتھ اُس سٕہ اُس از دِنودنیہ ۂنزہٕ اُڈہٕ لیکہٕ بوٚسکی

دۆزہٕ حاران بےشُوب گرٕہِتھ۔ اما نٔکسی دِنودنیہ رِشتہ کیاہ

سنا دِہ اوس اَتہٕ بہاری لوٚتاہ دِوُرِ بومت۔ اَکھے کُنز حازہٕ دِنودنیہ

حُسنکِ لیٖش سیرِ تٔس لُبومت اوس تِتھ سیتی اوس نہٕ

بہاری کانٛہہ تعلقاہ تہٕ ہیٚکان کھیرہٕ گرِتھ۔ یمپوٚش حیۆ گۆڈتھ نیٖرِتھ

لیٖمب تہٕ کھیٖس سیتی۔ سہٕ ہیٚکہِ زہٕ سنا بیٚیہٕ گژھتھ ترِ نہہ

حابہٕ تُعِتھ یتِہ حُسنس کھیرٕ ہیہ نہٕ؟ ادہٕ تہٕ پیٚلہٕ مہندرٕ تٔس

سیتی ٹھانٛز لگیٖس، بہاری کوٚت سنا واتہٕ؟ تُوے چھیوٗ ناسہٕ

گنگا بٕتھس بینٛٹھ عالمگیر سوزس اندر پینہٕ نہٕ دۆندِچھ موٚہرِ ژ بوٚنہٕ

کنہٕ پننہٕ نرِ ڈِکھ وُپہٕ زالان۔ توٚے چھُ نہٕ شہ چھِلی لیکھِتھ دِنوٚدنیہ
شیٚنچھ خبر ترٕ پرٛژھان زِہ ڈُلِٹھ کانٛہہ خبراہ بوزِتھ ماہیٚس سوٚنچِس
زاپھ!

دوہٕ اکہٕ صُبحن اوس بہاری باغس پننِس اندر اکہِ پاسہٕ
بَطلی مٔتِس جامن گلِس تَل خاموش بیٹھ۔ ترٛہتی کُنی آسِس
ڈاوُ نگہ لیکان۔ بہاری اوس تمِنی کُن نظراہ نظراہ دِوان۔ دوہٕ
کھوٚت تہٕ نوکر آس پرٛژھنہٕ ــ "بتہٕ لاگہ مہارا؟" ۔ بہاری دوٚپھُس
ــ "وُنہٕ نہٕ" تہٕ سوٗزُن واپس۔ ٹیٚٹھہ سترٛی دِژوس مشورہ
باتھ ناد۔ تٔس تہٕ دوٚپُن ــ "پتہٕ بہوٚن!"

أتھی اندر کڈ بہارین وُدٕ ہِش۔ انہ پوٗرنا ووُچھن بروٚنہہ کنہٕ۔
تھوٚڈ گو وڈٔتھ تہٕ کھوٚڈ زِہ اُتھٕ کوٚرنس پرنام۔ انہ پوٗرنایہ
ڈوٗلُس ڈُچھن اتھہ ڈیکس تہٕ پانس۔ اشہ سیتی ترٕ آوازہ پرٛژھنس
ــ "کھو زِہ بہاریاہ، بٔژری چھیا؟ بیمار یِیو کھو زِہ چھکھ؟"
بہاری ــ "کاکنی، چھِن ناٹھ نیار دلوہ بیٹھیہٕ میلہٕ، ہیم!"
یہ بوزِتھ آد انہ پوٗرنایہ اوٚش۔ بہارین پرٛژھنس ــ "ژیہٕ
کھیوتھ نَے کِنہہی وُتہٕ، کاکنی؟"
انہ پوٗرنا ــ "نا، وُتہٕ نا چھُم نہٕ کھیوٚن؟"

بہاری۔ "یِکی، لوہے دِمے سامانہٕ کرِتھ تیار۔ ییٚژ کاڈٕ

ہے کھیٚمہٕ ہا از چانہِ اتھہٕ۔"

بہارین تٕژ ہٕ مہیندرس تہٕ آشایہِ ہنٛز کتھ تہٕ۔ انہٕ پوٗرنایہِ

اوسنا بلٛمیٚ اکھ دوہ اوٚرگ دروازہ بہاری ہٕ خاطرٕ نہٕ

گوٚرمٕت!

بتہٕ کھیٚتھ دوٚپنس انہٕ پوٗرنایہِ۔ "ناد ہا چھ تیار، میٚہ سیٚتی

یِکھنا کلکتہٕ تام!"

بہاری۔ "میٚہ کیہہٕ کلکتہٕ ہیٚس سیٚتی؟"

انہٕ پوٗرنا۔ "کاکہٕ دیہہ ہا چھ سکھ بیمار، میون ہا چھس ایٚ ہٲش!"

یہ بوزِتھ گوٚو بہارین ودہٕ ہٲش۔ پرژھنس۔ "مہیندر بابو

کتہٕ چھ؟"

انہٕ پوٗرنا۔ "کلکتہٕ ہا چھنہٕ نہٕ۔ کچھی کنہٕ چھ گومٕت۔"

بوزِتھ ڈُنی گو بہارِیس اکہِ رنگہ بیاکھ رنگ بتھس۔ ژھوپہ گیس

انہٕ پوٗرنایہِ پرژھنس۔ "تا ژیہٕ چھیٚ نا خبری کیٚنہہ؟"

بہاری۔ "کم کاس ہے چھم معلوٗم، اما پوٚزہ بالکل نہٕ کیٚنہہ۔"

پتہٕ لوٗنہ ناوس انہٕ پوٗرنایہِ وَنوٗدنیہ ہنٛتھ مہیندرنہٕ ژیٹھ سٲری

دلیل۔ بہارِیس باسیوٚ دِرس حالس ملک ہیٚتھ ہیو گومٕت برشرٕ

اَسِہ میٚنٛز گاٹ. تصوُرس منٛزیٚہ مۄڈر رٔس اوسُن لوٚزمُت
سُہ باسیٚوس یکدم ٹھٔنٛڈیومُت.

سونٛچنہِ لوٚگ ــ " تیٚلہِ اَسہ سٙا وِنودنِی تمہ دٔہ؟ شامَن باگر
مِیٚنہ سیتۍ تماشے کران؟ سُہ لول باوَن اَسہ سٙنا محض زٔھل
تہ فریب؟ گام ترٲوِتھ گیا سۄ ہٕنٛدرس سیتۍ اَمہ
بےٚحیایہ سان نیرِتھ؟ ہاۓ (حیف) چھُنا میٚہ زِہ پرٛژھ
گرُمُس. کوٚتاہ فاتۍ دراس!

دای سُہ ہارک اَڈۍرٕسوٕ سٙنٛدیا کال تہ دای رٕوُدِ
پتہٕ دٔہلہ سٙنٛس آمُت سُہ پُرٛم ہٕنٛد زٕونہ گاش! چھُنہ
سُہ جود کوٚت سٙنا گو؟

(۴۹)

بہاری اوس سونٛچان زِ دٔہ کٕھلدنہِ آشایہ کیٚن کیتہِ تُگ زِہ اَچھ.
ڈیٚٹھِ اندر ژادنہ ژاد زِہ وٲران گرِگ غمن وہروٗس اَس.
دربانن تہٕ چاکرن کیٚن وٕچھتھ گوٚس کلہِ بول کیٚن. تمن ہیٚوکن نہ
پیہ آنی پأٹھۍ پرٛژرٕ باٹھ تہٕ گرِتھ. کوٹھی ٹکس نہ اندر. لیٚس آشایہ

بَنِن اوشَن مھیندر اوس بےدردیہ سان ترٲوِتھ گومُت، تَسُنز شِلہٕ پدمانہٕ کُن کیتھہٕ کٔن ہنگہٕ ہیٚۓ سُہ وٕچھتھ ؟

اما سُہ کتہِ اوسُس وٕنی دکھ رُدومُت یمن غوطن گژھنَک - اندر اٲسِہ وٕنی دوٗپنس آشایہ - "جل پہان یکوٗ، ڈیرہ گوٚو کیاہ تامتھ !"

بہارِیس سیٹھی ننہٕ وانہٕ کتھ کرنک اوس آشایہ یہ گوٚڈنیک موقعہٕ - تسُنز یہ بےحیاٲی آیہٕ نہٕ بہارِیس خوش ہِش کینہہ - سہ گوٚو راج لکھمیہ ہندس کمرس منز - راج لکھمیہ اُس شانُش بڈیمیُر عذاب اوسُس سکھ - اما کینژہ کالی سپدُس آرام - بہارِین کوٚرُس پرنام، کھوٚرن لاگنس اتھہ تہٕ لٔرِھ ہیٚژن شیرہٕ - راج لکھمیہ کوٚرکس اِشارہ نِکھہٕ بیٚہنک - سہ بیٚلہٕ بیوٚٹھ تہٕ دوٗپنس - "یہ کیوٚہ بہاریاہ ؟ لوٚت کالاہ ووٚنی وُچھہٕ نی !"

بہارِی — "آہنی پنُنہٕ بیمارہٕ ہُنٛد لیکھاوی زٕ ییٚمہٕ - میٚیہ لگہ ہیٚیے قرار !"

راج لکھمیہ دوٗپنس یڈہٕ نرمیہ سان — "تُستم پوٚترہ، میٚہ چھُم نہ خبر - ڈمبہٕ زَن اوس ہیم نہٕ، تمہ سیٹھی کیاہ گرٕ ؟ ژٕ نیہ کھوتہ کُس چھُم بٔنِن یتھ سمسارس !"

وناں وتان دُپس اُشِس دار۔

بہاری دۆتھ تہٕ ماچِن اندر تھوٚرِتھین وداہ شیشِن دُچھنہٕ کرِ سٕمبوٗلِن بنِن پان۔ پھیرِتھ پتھ نیلہ سہ راج لکھمیہ نبِس بجیود بہانہٕ دُچھنہٕ، راج لکھمیہ دۆپِس ـــ "نبِس دُچِھن تھوبا اُتی، یہٕ ونتم ژٕہ کیازِ چھکھ بیمار ہیوٗ باسان؟"

یہٕ ڈُنتھ تہ لۆگ راج لکھمی پننیوٗ علیل اَتھو بہارِس سارٕ۔
بہارِن دۆپُس ـــ "چانہٕ اِژھ گرٕ کینٕہ روٗس پیٚنے نہ، مے اُڈِمہ زانِہہ تہٕ برنہٕ۔ جَل جَل دۆتھ بہ تھوٚرے توٗت تامتھ سامانہٕ تیار۔"
راج لکھمیہ کوٚر ژینیوٚمت اِستنا تہٕ دۆپنَس ـــ "جَل جَل تھو تیار پوٚژٕہ، اما کینہٕ چِنگ نہ۔"

یہٕ ڈُنتھ تہ ژوٚمن بہارِس اَتھہٕ تہٕ دۆپنَس ـــ "بہاریاہ، ونی اننم با جَل جَل نوشہٕ ہنا۔ گرٕ ما چھِ کانْہہ تہٕ کتھ باتھِ سمب۔"
اننہ پوٗرنا یہٕ کرِن دۆپُن ـــ "دۆپہے ہے مُنزِم توشی، ونی ہے گرزِ بہارِس ضرور نیتھر، دُچھان چھکھ نے کوٚہہ شکل چھس گامژ؟
اننہ پوٗرنا یہٕ دۆپُس ـــ "ژٕہ بل ستے جَل جَل کا کنی، یہٕ ہے چھِ چاٰنی کام۔ کرِن کراوِن چھِ ژیٚر، اَسہِ گو شادیانہ مناوُن!"
راج لکھمیہ دۆپُس ـــ "میہ کتہِ آسیم اَتھ لایکھ مُتھ باپہٕ ونی

بِہاری چھِہ نَے لِگِتھرادان ۔ یِتھوی زِنتہٕ سۄ کُہ سان ۔ بہٕ تہٕ
ہیچِس نہٕ اُمی بَندی دِفِن نِکہِ دٲلِتھ ۔ وَے کَرِتھ اد گوٗ!...
بہٕ ڈٲنِتھ تہٕ ڈوٗلِتھ ڈۄچُھن اتھ بِہاری نِس کلس ۔

آشا یِیِچ ہٕ کمرس اندر ڈٲلِتھ ۔ نیٚبر ژٕج دٕہہٕ ۔
انہٕ بوٗزِنایہٕ گَر بِہارِیس کُن اَتھہٕ بِرٕژ لوٗلہٕ نظراہ ۔
راج لکھمیہ پیٚوٗ یکدم کیاہ تامتھ ژٕتِس ۔ نوشہٕ دیتُن آکھ
آشا یِتھی کمرس اندر ژٲیِہ، راج لکھمیہ پرٛژھُنس —
"بِہارِیہ کمِشن چھِک کوٗرتھے اِنتظام ؟"

بِہاری دوٚپُنس "آجی، یَمن یہ پَنڈِل تیٚتھوے چھُہ یِتھ
سارِنی پرٛزٕ نوٗمُت، یِتھ لَہ دروازس ژٲس، تیتھی وُچھم زٕہ
بانہٕ وارٕہ رنگہٕ رنگہٕ ترکارہٕ تہٕ ہیٚل ۔ باسان چھُم وُنہٕ
چھِہ مِیانی ناماوآری برقرار ۔"

بہٕ ونان دِژٕ بِہارِین اَسان اسان آشایہ کُن تہٕ نظراہ ۔
آشایہ آیہ نہٕ اَز مَنز چھِہ کینہہ ۔ تَمہٕ کوٚر وٕدھ کُملادِتھ
مایہ سان بِہاری نِس اَسنَس اِستقبال ۔ سۄ اَس بۄنِتھ
زانِتھ زِہ بِہاری اوس اَمہٕ گَرُک ہمدردہ اما کتھہٕ پتھ
اوسُس یِتھ ژکر دوٚمُت ۔ تیتھے اَس اَز لیٚشان پٔنٕس چھِہ

سینٕہٕ منٛز اوسُس وِلس بیٛنہٕ ہنا سنیومت۔
راج لَکھمی وُنٛیس۔ "مٲنٛزِ ژوٗشی، میرانہِ ہُنٛز گام سٕتے
چھ نہ ییٚوان، پانٕے ہے پیٚیی رٔنٛزِ اَتہٕ۔ میٲنِس گامہٕ گوٚرِس
نِے بیٚیم سیر ژھوراہ تیٖزتیٖز کٔرِ کمیٖنہٕ نٔدس ییٚتِہ۔
بہاری۔ "ماجہِ آیہِ وِکرم پوٗرِچ کوٗرِ، ژٕہ چھکھ ہٕہُس شہرٕکِس
اَکِس سۄنہٕ گوٚبرِس گاٹھٕک دِنان۔ لو ماجہِ یہِ شۄبِہِ!"
پیٚٹھے گُر سیٚتہٕ اشنا گِنٛدنا تہٕ گیٖژکالہِ ہیوتُن اَمہٕ گرٕک
نحوست دوٗر ہیوٚ گژھُن۔ اما اَتھ دوراِنس وُژھ تہٕ
مہینٛدرٕ زیٚنی کَتھ کانٛہہ۔ برونٛہہ اَس راج لَکھمی بہاِلیس سیٚتی
مہینٛدرٕ زیٚنی پاز کتھ کران، یِتھ پٹھ سہ ژٕنہٕ تہٕ اوسُس کران۔
اَز نیٚلہٕ ژٕسی راج لَکھمیہ ہٕنٛزِ زیٚوہ مہینٛدرٕ کتھ بُوزِتھ بہاری
رودُکھ ہیوٚ۔
راج لَکھمیہ گیہ زیٚچھ ہشس تہٕ بہاری دِلو تیٚمبرٕ۔ انہٕ پوٗرنایہ
دۄپُن۔ "ماجہِ ہُنٛز بیمارکھ چھ نہ معموٗلی ہشی کیٚنٛہہ۔"
انہٕ پوٗرنا۔ "نوٗن ہے باسان چھ!"
ییٚہ وُنِتھ گیہ انہٕ پوٗرنا دروازس تَلہٕ پیٚتھ دالانس منٛز۔
کیٚنٛہہ کالاہ ژھوپہ کٔرِتھ دۄپُس۔ "بہاریا، وَنی ما پیٚنی منٛدہٕ

ناد دِتھ اَنزِنۍ۔ ژیرِ گوٚو نہٕ دِنۍ جان۔"

بہارلین گیہِ ژھوٚپہٕ، پتھ کُس دوٚیٚس ــ " یہٕ دِمہٕ ہیم۔ اما
گانسہٕ چھا خبر تہٕ زہٕ کتہٕ آسہٕ؟"

انزٕ پوٗرنا ــ " ٹھیک نہٕ گیژھہ۔ ژھانڈٕن پیہیہ۔ بیاکھ کتھ ہا
چھم بہاریاہ! آشایہٕ وُچھتا کُس حال چھُ گومُت۔ تِمِس۔ مہیندر
نَے وِنوودنیہ لِشہِ موکلاوِہ ہن، آشایہٕ ہنٛد لسن پایاہ چھُ نہٕ کانٛہہ۔"

بہارین کوٚر دلوٗکھت اسُناہ تہٕ سوٗنچاہ کوٚرِن۔ " لوٗنی مہیندر
بچاونہٕ گژھن، مٔیکسٕ بچاوِہ؟"

اَمی وِزہٕ ژایہٕ آشا مالہٕ بَلوٗن منز جُنبڑہ کڈتھ تہٕ ماسہٕ
نِش گیہِ بہتھ زِہ ہشہٕ ہنز بیمارہٕ مُتلق کتھ باتھ لوٗزِ ہا۔
پیترِ وٕتا آشایہٕ ہندِس تِمِس بیٹھ غمہٕ خاموش ژھاے وُچھتھ
آیہٕ بہاری نِس دِلس منز شرداوٕ وتہٕ لِتھ۔ وٕنی اوس نہٕ سو عام
زنانہ روٗزِمٕژ، بلکہ اوس وٕنی سو پرانِن ہنز تِتی سادِدِی،
پتہٕ وٕتا دلوی بنیمژ۔

بہارین کوٚر آشایہٕ راج لگیہ ہندِ پرہیزک تاکید تہٕ اَنزٕپوٗسنایہٕ دوٚین
وشاہ ترادِتھ " مہیندر ائِن لو وترٕ"

مہیندر نِس بیکس بیٹھ گژھتھ کوٚر بہارین معلوم زِ انزکل

اکس شہ الہ آباد شاخس سیتۍ لین دین کران۔

(۵۰)

سٹیشنس پیٹھ واتِتھ گٔژھ ونودنی یکدم اِنٹرِ کس زنانہ ڈبس تہٕ بیٹھ۔ مہیندرن دوٚپُس ــ "یہ کیاہ، بیٚنے سیکنڈچ ٹکٹ ہنز ضرور چھےٚ!"

ونودنی ــ "تہٕ کیاہ، یتہٕ تے آرام چھُم!"

مہیندرس آو تعجب۔ ونودنی ہیٚے شوقین مزاج آسس۔ ناداری ہنٛد کانہہ نِشانہ تہٕ اوسُس نہ برداشت سپدان۔ مہیندرس اوس پیٚتھ زِہ میانی رئیسی وُچھتھ ہیٚکہ ونودنی میانی سیدتھ۔ ہا اَہ گیازہ آس سہ اَمہ دِزہ بزہ سان اَتھ شان شوکتس لتھ دِوان؟ اَز چھ سہ یک دکھتی کھوٚوان، موٚٹ دیوٚٹ چھادان۔ شہ کتہ لگاتار چاڑھ تہٕ جنہٕ، اُمُس تہٕ گنِدن؟ دم پھُٹرِ ہش چھ آسان، پانی پانہٕ سیتی، مہیندرس نِشہ دوٗر دوٗر ہیوان۔ مہیندرس چھُ نہٕ جرِکھ ہیوان تھدِ کتھ کرنس۔ مہیندرس اوس جیرٕ ہیوٚو آمت زِہ یوٚپ میوہ ہیوٚہ ہیٚے بوگی تھرہ بیٹھ دالتھ زِھنہٕ نس

اما پتہٕ ہیوٚتُن نہٕ مُشِگ تہٕ، تہٕ اَز چھُم دِنۍ داریٚتھ دٔرِنج یہِ سکر
کران- یہِ کیاہ سنا دلیل؟

مہیندرن پرٛژھُس— "کیٚتیچ ٹِکِٹ ہیمَے؟"

وِنودِنی— "پیچھیچ، یور خوش یمی تور- صُبحے پٔتنہٕ گاڑی
ٹھہرِ، اُتھ دِسہٕ"

مہیندرس اوس نہٕ یتھ ہیوٚ پھیرُن تھوٚدُن بلکہِ لبنہٕ- تُلہ
پھِتہٕ رٔژھاہ- یِمِس شہرس واتتھ ہیٚے لٔس من پسند مکان تہٕ
سامان میلہِ ہیٚے نہٕ، لٔس اوس عذاب گژھان- گاڑِ کھسِنس منگی
نہٕ چارہٕ تہٕ کیہہ- اما گبرٕ گبرٕ ژھوٚدس زہٕ وِنودِنی گژھِم نہٕ
دِتی کنہٕ ڈیٚشتھ گژھنی-

وِنودِنی گوٚز پتہٕ کٔنی شِشنبجہ سِندی بانٛٹھی پھیران تہٕ مہیندرس
پھیرہٕ ناوان- مہیندرس رود قرار- وِنودِنہِ اوس دِصفاہ زہٕ
یکدم آُس رلان میلان برتھ کانسہِ سیتی- لوٚت گژھِن آسہٕ
ہیس تقنیک پے پتہٕ اُس گوڑٕ پیٔتی معلوٗم کران- درم سالن
منز آس ٹھہران- یتہٕ یہِ کینژھا وچھن لایکھ آسہٕ ہیٚے، تہٕ آس
وُچھتھ یِوان- مہیندرس اوس لوٚزر لگان زہٕ وِنودِنہِ اوس نہٕ
تسند ضرورتھی پیوان- آدینہ آسہِ نہٕ روزانی- ٹِکِٹ ہیٚنہٕ علاوہ

اُس نہٕ تٔس گاہے روزان۔ باقٕے وِکھتس اُس تسُند خصلت
تٔس ژٔپہِ ہیوان تہٕ شہ تہِ اوس پنُنہِ خصلژ ژٔپہِ ہیوان۔ گوڈٕ
گوڈٕ اوس شہ تہٕ دِلودنیہ سپدٕر ستیٖ پھیران۔ اما پتہٕ
سپدٕس نہٕ برداشت۔ پتہٕ اوس شہ ژکھیتھ پیتھ شوپنگِنج
کوشِش کران تہٕ دلودنی اُس دٔہِ دوہس پھیرتھ تھورتھ پوان۔
سو کس اُس خبر زِ ماجہ گوٚبرٕ مہیندر کیاہ آسہ اتھ خفہس دوٚنمتٕ!
اکِہ دوہ آسے دوشوے زٔنؠ الہ آبادکس سٹیشنس پیٹھ گاڈِ برارن
گاڈِ اوسکھ سیٹھاہ ژیر گومُت۔ گاڈِ گاڈِ آیہٕ تہٕ گیہٕ، دِلودنی
اُس برتھ گانہِ مسافرس سام ہیوٚ ہیوان۔ زن تہٕ گانہِ ہنٛز
آسہس آنٛتھ۔ یکدم گیوٚن دوٚڈھ ٹیلہِ تتھ شِیشہ بکسس کُن
نظر پییس یتھ اندر مسافرن ہنٛزِ چِٹھ چھ شیرتھ پوان تھونہٕ۔
اُکس چِٹھہِ دُچھن پہارین ناو تہٕ۔
بُہاری لال اوس نہٕ کُنہِ ہیوٚ ناواہ کانٛہہ۔ اما تٔس باسیوٚ
زِ یہ گژھہِ آسُن تٔسی سُنٛد چِٹھہِ پیٹھ لیوکھمُت اڈرس تھوُدن
ژیتس۔ مہیندر اوس بنیمتس اُکس پیٹھ غمگین ہیوٚ بہتھ۔
دِلودِنی گیس تہٕ دوٚپنس — "کیتھہ دوہ رُوزو الہ آبادے!"
دِلودنی اُس مہیندرس پننہِ مرضیہ یکہ نادان، اما تسُندِس

بوچھ ہتِس دِلس آس نہٕ غزٕہا کیٚنہہ تہٕ دِوان۔ آدہ کیٚنژ ادس
مہیندرنِس مردانہٕ جذبس بارٕہ زکھ واتان تہٕ تمۍ مشند دِل ادس
لغاوت کران۔ الہ آبادہ ہیٚ یتھہ ڈوہ آرام میلہٕ ہیٚس، دیوٚہ
سنداریٚ ہیٚ پیٚو۔ اندری آسیس مرضی۔ اما یٚیلہ وِنودنیہ ہنزہ
زیوہ یہیٚ کتھ درایہ، تمۍ موٚنہ نس نہٕ کیٚنہہ۔ دوٚپس سٹیشن
ہیٚ آیہ، دفی کیاہ گو پوٚت ہیٚوان۔ لوٚ تہٕ گژھہ۔"

وِنودنی ــ "یہ گژھہ نہٕ کیٚنہہ۔ یہ رودزہ یتی۔"

مہیندرس "ادہ روز تہٕ کیٚنی زٔنی، لوٚ دراس۔"

وِنودنیہ دوٚپس۔ "زبر گو، تہٕ گژھس دِیتھن ناد۔ بکس تہٕ بسترٕ
لوٚدنس کلس تہٕ درایہ پانس۔

مہیندر ژوٚد مردانہ دسگاہ ہیٚتھ بیٚنچس بیٚٹھو۔ تمس گوس
تمی پیٚو۔ لیٚوت تام نہٕ وِنودنی نظرٕ ڈٔجس، تو تام بیوٚٹھ ڈزیر گرتھ۔
اما یٚیلہ ٹمہ اکہ پھیرہ تہٕ پوٚت نظر وِژنس نہٕ، ٹیکہ سٹیشنہٕ نبر تہٕ
داتٕ، مہیندر تہٕ دراو سامانہ کٔلیس لٔدتھ توٚرتی کٔن جل جل۔
نیٚبر بیٚتھ چھ ڈیچان زہ وِنودنی چھ بگہ آکس بیٚٹھ بہتھ۔ کیٚنہہ
تہٕ دوٚپس نہٕ، لوٚ تہٕ پانٹو لوٚدن پنٕن سامانہ تہٕ تمہ بگہ، تہٕ
پانہٕ بیوٚٹھ کوچانس نکھہ۔ وِنودنیہ رودبدٕ جہنس سمیوس نہٕ مٔکہ۔

ٹیگی اٰس دوران - گاڈِ گھنٹہ گوٚ، شہرٕچ بستی تہٕ تماشہٕ کھ
پتھ۔ مہیندرس آیہٕ کوچوانس پیٚٹھ پرژھنس تہٕ شرم ژٕہ کوڈن سنا
اوس لمان۔ خبر کوچوان ما دیہِ ژٕہ اَندریم زنانہٕ چھ مالِکٕ
پنٕنِس وژہٕ تھٕس کوٚنگ اَندری پاکہٕ وٕتھ ژٕھوپہٕ دم کٔرِتھ۔
جناپہٕ ٹِھس بیٹھ گیہ اَکِس غلاکہ شاپہٕ اَکِس محفوظ باگس
اندر ٹیگی ژوٗرِتھ۔ مہیندرس گوٚ سیٹھاہ تعجب۔ یہ کٔم ستٕند سنا
باگ چھُ، وِنودنیہِ کتہٕ سنا ذوگ امیک پتہ؟
باغہٕ اندرک مکان اوس بند۔ کرکہٕ نادہٕ پتہٕ دراو اَکھ
بُڈاہ اکھ نیبر، دوٚپنکھ۔ "مالِک چھُوہ نہٕ دوٗرہٕ گٔمتہٕ۔ اِجازت
ہیٚتھ تُوس نہٕ ژوٗزی تٔد؟"
وِنودنیہِ ترٲو مہیندرس نظراہ۔ مہیندرس تہٕ اوس دِل کران
اَکھ ناز باغس اندر روزنس۔ ییٚژکالہٕ کرِہ ہیٚے دوٚ شلا! وِنودنیہِ
دوٚپُن۔ "یکھ ٹیلہِ مالکہ ستٕند گژھو۔ ژٕہ روزٕ بگہٕ بیٹھو تہٕ
یہ ییمے اندرٕ کرایہٕ وِرایہٕ کٔمے کٔرِتھ۔
وِنودنیہِ دوٚپنس۔ "نہٕ، میہ چھُ نہٕ دٕنی پھیرنس شمب صوٗرتھ
گژھ پانٕے، یہ پرارٕے پتی۔ میہ کیاہ چھُ پرواہ؟"
مہیندر دراو ٹیگی ہیٚتھ۔ وِنودنیہِ اٰڈن بُڈہ ناد دِتھ تہٕ لُجس

مٔژِن مٔژِن ہنٛد پرٛژھنہٕ ــــ "گُڑ چھِی؟ کتہٕ چھِی، کیاہ چھُ کران؟ کوٚژِن کتہٕ چھُو کورمُت؟"..... بجہِ ہندِ مرنک بوٗزِتھ دوٚپھِس وِنودنہٕ بڈہ علاوٕ تہٕ ہمدردیہٕ سان۔ "دٔہی تقصیر، یتھ اوستھاہس منٛز رٗدٕکہ کنٛ زوٚن، واتن دوٚل روٗدمی نہٕ کانٛہہ۔"

اَمہٕ پتہٕ پرٛژھنس وِنودنہٕ ــــ "پتہٕ ہے بِہاری بابوٗ روزان آسی؟"

مٔڈن دوٚپھس ــــ "یٔکھہ دہ تہٕ روزآیہٕ منٛزور، اوہ توٚہی زانٛگنیوکھ تم؟"

وِنودنی وُژھس ــــ "آشناد چھم۔"

مٔڈس نِشہٕ لیوٚس نیب نِشاناہ توٚہی، تمہٕ سیتی گیہ وِنودنہ پوٗرہ پانٛژ ستھ زہ پہ بِہاری بابوٗ اوس سٔہی۔ مٔڈس اتھہٕ کھولنوٗمن مکان تہٕ پرٛژھنس بِہاری بابوٗ کتہٕ اوس بشونگان، کتہٕ اوس وٕتھان بِہان۔ تسٕندہٕ نیرنہٕ پتہٕ آسی ساری کرہ تِتھۍ کٕنۍ بندٕی روٗدی متی۔ زنتہٕ غارحاضر بِہاری سنٛدہٕ وُجوٗدہ اوس گرٛہ پرٛہ پرٛتھ۔ وِنودنہٕ تہٕ بوٗزِ یہ وُجوٗد مُشک ہیسے ہیسے پنٛنس وٕنٛدس۔ تِنٛیک بند ہواہ ہوٗلوٗ انگن۔ اما پتہٕ لوٚگس نہٕ زہ بِہاری کوٗت گیوٚ! پھیرِتھ ییہ تِیا سنا؟ مٔڈن وُیکنس دِلاسہ زہ مانٛکس بروٗنٛہہ وِکھ بہ سوری پتہٕ۔

پیشگی کرایہٕ ژھُرتھ تہٕ منظوٗری ہیٚتھ آو مہیندر واپس۔

(۵۱)

ہمالک شیٚنہٕ تیٚنتوٗل یوس زلدار جمنایہٕ بخشان چھُ، سُہ چھُ پوشہٕ وٕنی۔ ییٚتھےٚ کنی یرانیوٗ تہٕ لوٗلیو گونہ مانٛگو شاعری ہٕنزٕ یمہٕ جوٚیہٕ اتھ جمنایہٕ منٛز تراوٕ مٕژٕ چھُ، تمہٕ تہٕ چھِ نہٕ سوٕیہٕ وُنۍ شامن باگ بیوٗلہٕ مہیندر اُتھ جمنایہٕ بٕتھس۔ لوٗلس آسس دِتہٕ گامژٕ، نظرِ منٛز، شہس منٛز رگن منٛز اَڈِج اَدلیچھ منٛز ادمس لوٗلِ لول جوش مارن۔ لوسہٕ وُنۍ سِرِ ستۭنزٕن زٕژٕن ہنٛزٕ تارہٕ آسہٕ سوزٕ چھہٕ "مٔوٗد جمنایہٕ" منٛز اکھ نٔوٚد تٔرنم وٕزہٕ وٕزہٕ نان۔ زیٚٹھ زیٚٹس سیٚکہٕ شاٹس کم کم رنٛگ ہٲوِتھ گیہ سرِ ہِنٛزٕ زٕژٕ وارٕ وارٕ غاب۔ مہیندر ووت شاعری ہٕندِس دُنیہِ ہٕنٛدِس اندر۔ تٕ آو ڈیٚراَزٕ اڈٕرہ ولنہٕ۔ مہیندرس پیٚیو "یداولی" (کتابہٕ) ہنٛد "ورِشابہ سار" (: ڈیٚراَزٕ ہنٛد لولہٕ ملاقات) ژٕیٚس۔ "ابِہ سارِکا" (: ملاقاتس نیٚرٕ وٕنۍ لولہٕ مُژ) درایہٕ گرٕ تہٕ جمنایہٕ بٕتھس گیہ خلوکہٕ شایہٕ رُوزِتھ۔ الوٗر کیٚتھ سنا ترٕ؟ تار دِیونا

تار دِیو؟ مہیندرنِس دِئس گپہ یِتھے ڈیپلای ــ " تار دِیوٚنا تار دِیو!"

مہیندرن پرزناو زِ یہ لولٕمژ آس تسٕنزِ وِنودِنی ۔ تسنٚزی آلو گوس کنن ـ " تار دِیو نا تار دِیو!"

اڈرِس ڈژھ لوٚنٹھاہ اکھ، تہٕ گرٕچھ ترینِہ ہنٛد ژٕندرمہٕ آو دریٹھو۔ زٕوِنز گاشہٕ کرِ جادہٕ سیتی گوٚ سہ دریاو تہٕ دریاوہٕ لوٚٹھ، نب تہٕ نبہٕ لوٚس مۅنترٕ آوٚز نشہٕ سیٹھہٕ ہی دوٚر، سیٹھہٕ ہی دوٚر! زنتہٕ اِنسانی دُنیہٕ ہس سیتی زٕودُس نہٕ کانٛہہ کانہہ۔ وکھنٕک سلسلے پیوٚ ژھٔنتھ پتھ کالک نیبی گوٚ غاب، آینٛدک زٕود نہٕ بروٚنٛہہ، فقط زٕود حالک یہ روٚپہٕ پرتوٚ جمنایہٕ بُتھِس درمیان مہیندرس تہٕ وِنودنیہ اینٛتھ دیہٕ گژھ نیبر!

مہیندرس آو مژر۔ گمانہٕ تہٕ گوس نہٕ زِ ونودنی مادیم دکہٕ تہٕ زٕوِنہٕ گاش ماگژھینم گیہٕ ہرِی ـ وۄتھ نہٕ دراو وِنودنیہ کِنہٕ۔ شوٚنگن گژھس وۄچھِن زِ مشکنہٕ دارہٕ چھِ لیوان ـ برادس وۄتھ تہ زٕوِنہٕ گاش اوس بٕرنٛس لپترس پیٹھ نپہٕ نپہٕ کران۔ ونودنیہ آسہ دارہٕ مژہ پوٚش تہٕ آرتھ دارہٕ مالہ بادِ مژہ۔ کنٛہہ آسن مستس منٛز تہٕ لاچہٕ ژٕہ بیوٚن تھ پوٚش تہٕ رہٕ ہش اسس سہ بسترس پیٹھ لر تراوتھ۔

مہیندرس زٕود نہٕ وِنہٕ آب تاپ۔ ہرس گوس گنڈ ہیوٚ، وۄنِس ـــ

"ونود، لۆ اوس سۓ پاران جِنابِہ بُٹھس، ژنڈمن وۆنِم سو چھے ہتہِ۔ ترٛےٚ آسے لاران۔"

یہِ ؤنِتھ تر ہیٚڑاو مہیندرن برونٛہہ کنؠ یتھ پلنگس پیٹھ ژھٚن۔ ونودِنی گیہ ہکہ ؤتِتھ تہ ٹٲرہ دِتھ دوٚپُس — "گرٛتہ گرٛتہ، یتھ پلنگس بہِہ زِ نہٕ کینٛہہ!"

داوِ مالہِ ہندہِ زورِہ وسہ دِنی ناو گیہ دکہِ کھیتھ رۆوڈِتھ۔ مہیندر تھوٚد ششدر ہیوٚ استادِہ۔ یُژ کال پھیوٚرسُو نہ کینٛہہ۔ مہیندر ما مانیم ہٕنہٕ، امی خیالہ گیہ دِلودِنی پانٛے پلنگہ نِشہ ؤتِتھ۔

مہیندرن پرٛژھنس آخر — "اِدہ کٲمی سِندہِ بابتھ چھُہ یہِ ساز کوٚرمُت؟ کٲمِس چھکھ دتہِ وُچھان؟"

وِنودِنہِ دوٚپنس وچھِس پیٹھ اتھہ تھوٚوِتھ — "لیٚندِہ بابتھ ساز چھُم کوٚرمُت، سہ چھُم دونڈس منٛز!"

مہیندر — "کٔس سنا؟ بہاری؟"

دِنودِنی — "تمی سِند ہیٚرہ ہِنہ زلیوٚہ پیٹھ ناد!"

مہیندر — "تمی سِندی پرٛژھ چھکھ اِدہ ژہ بچھِرکِنی پھیران!؟"

دِنودِنی — "اِدہ کیا؟"

مہیندر — "تہ کٲسی چھکھ ییتہِ ژہ دتہِ دچھان؟"

ونودِنی — "تُسی!"

مہیندر — "تُسند پتہ چھُو تیا؟"

ونودِنی — "چھُم نہٕ" اما گگتھ ہیٚکیم مرکُز۔"

مہیندر — "بو تہٕ دِچھ! ہرگز نہ۔"

ونودِنی — "ژےٚ متہٕ دِتم پیتہٕ لگنہٕ" اما میانہٕ دِلہٕ منٛز ما ہیٚکہٕ ہن کڈِتھ؟"

یہ وَنِتھ تہٕ دِچھ ونودِنہِ اُچھ تہٕ اَندری ستۆرمن بہاری پیٚن!

لوشہ گبہٕ سیٚتی شولہٕ ہنہ لولہٕ مژہ ونودِنہِ منٛد پالس کَن

لمن تہٕ سیٚتی دکہٕ دِین سپد نہ مہیندرس برداشت۔ مس چھِہ ڈٹھ

دوٚپس — "چھرِ سیٚتی نمرۓ وۆنہٕ منٛز شہ بہٕ آٹھ!"

ونودِنہِ گو نہ الہ ڈلہٕ تہٕ۔ دوٚپس — "چانہٕ لولہٕ کھوتہٕ گژھیم

چانی چھرِ سیٚنس ترِتھ۔"

مہیندر — "ژےٚ چھُو نا خوف نہٕ لیوان۔ یِتہٕ کُس چھُو لیس بچادی؟"

ونودِنی — "میون بچاون دوٚل چھُکھ ژےٚ، پانس نِشہٕ تہٕ

بچاوہم ژےٚی!"

مہیندر — "وَنہٕ تیا پیٚٹھ سِردا، لوُتہٕ ولِشہ واس!"

ونودِنی — "آسہ ہیم نۓ، پان آسہ ہیم نا محدمُت، ژےٚ سیٚتی

مانیرہ ہا!"

مہیندر — "مو ییہ پکو کیا ژھ نہ؟ ولیشوا ایم پیڑہ برجہ پہاکو
ناوٚی تراوِتھ کوٚت اوٚن تمس یور لِتھ دان! ہنا سوچِتھ، مرِتھ ہے
گژھہ ہکھ، کوتاہ جان گیوو؟"

وِنودِنی — "تہٕ چھس نہ زانتھ، اما یوت تام بہاریو آسِتھ چھم،
توتام ہیکاہ زانتھ مرِتھ؟"

مہیندر — "یوت تام نہ ژٕہ مرکھ، میانہِ آنہٕ تہٕ مرنہٕ۔
مو کلیتھ تہٕ ہیکہٕ نہٕ زانتھ۔ اوٚرکہِ پیٹھ چھس بو وٕلِس چون مرنٕ
منگان۔ میانِس نے بنکھ، بہاریو تہٕ متہٕ بنتہٕ۔ گژھتہ، مینہ ٹلتہ تھیوِ۔
ملج چھم وٕدان، کمہ چھم ودان۔ تہٕہند اوٚش چھم زالان۔ ژٕہ نے
مرِتھ گژھکھ، میانہِ تہٕ ڈنیرکِن ہنزٕ آشہِ نشہِ دوٗر گژھکھ، مینہ
میلیم نہ تہٕہند اوٚش وہ تراونک موقعے؟"

یہِ ڈیٖتھ تہٕ دراو مہیندر ہکہٕ نیٖبر، تہٕ وِنودِنی لیس مایا زال
تس اوٚندی اوٚندی وہراوان اوس، تتھ گوو ژٕلِتھ۔ وِنودِنی تھز ژھوپہ
دوہہٕ گرِتھ نیٖبر کنہٕ ڈیچھان۔ زوٗنہِ گاش اوس ڈہدون پیوو
باسان۔ تمیک سوٗرہ تلف خبر کورکنہٕ اوس ڈیٖتھ گوشت۔ یہ
ڈوٗری دار چمن، تمہ تیک سیٖکہِ شاٹھ، تمہِ پتیک جمنایہ ہنز کالہٕ ژل
نہٕ تمہ اپاریک فضا۔ سوٗرے اوس فیصلہ ستی کاغذس پیٹھ

بتہٕ دِمٕت ہِکہٕ پوٚشرٕ ہیٚوٚ باسان۔ سوٗمِرِ بے کیف تہٕ بے سوٗد۔

از اوس وِنودنیہ تیلان زٕہ کیتھ گٔو اوس تمہٕ جھیندرٕ مٕژرٕ دِمٕت تہٕ داوہٕ طوفانکی پاٹھی ژولہٕ ہو ہنجہٕ ہرٕ اکہٕ ٹھہٕ اڈنمٕت۔ سوٗنچان کورُن، اما میٚنہٕ منزٕ بے یوٗت سامرتھ چھےٚ، اڈہ کیا زٕہ چھُم نہٕ بہاری پیچم راتھ ہمبٕ گیہ پوہڈِن سمندرٕ ہیوٚ لاران یوان! اَز یمی پوشمالی جھینیہٕ ڈِ پاپہٕ نظر پیٚشرٕ اوسس، تمہٕ تراوِن ہٕشہٕ ہٕشہٕ گرتھ۔ باسیوس زٕہ پرتھ کانٛہہ چیز چھُم بے سوٗد، سامرتھ، شٔشرٕ تہٕ زُوِن! سوٗمِری کیٚشہٕ بے سوٗد! یہ باغ، زوٗنہٕ گاش تہٕ حسین ہیتہٕ راتھ! سوٗمِرِ بے سوٗد!

یوٗت بے سوٗد زٕہ، ییٚتھ یہ چھےٚ، تہٕ چھےٚ شٔرِ تھوٚ ٹوٚنزتھ! کُنہٕ چیزس تہٕ چھا کانٛہہ تبدیلیاہ آمٕژ؟ تو تہٕ کمہٕ ہیگاہ بچہٕ سرِ یہ، دُنیاہ تہٕ ما مٕشراوہٕ لوٚبچہ کھوتہٕ لوٚکُٹ کام! تہٕ بہاری تہٕ روزہٕ ریتھہٕ گٔو منزٕ نِشہٕ دٔرہٕ برہمن گُٹس (دسنتس) نوٚو نوٚو سبق پرٕناوان۔

وِنودنیہ لٔج اٰشِس دِگ۔ سو کس ستا کُنہٕ ہیس اٰس پوٚرہٕ زٕدٕہ سال تہٕ لولہٕ سال اکہٕ ڈٕلہٕ پرِشان کرِن۔ تمہ چھیوٚ یوٗت خوٗنِ جگر اما تِہنِدِس وِلداس سیٚنزٕ سپشرٕ ہنٛتِس ہمب تہٕ زیٚبا

﴿۵۲﴾

مہیندرس آیہٕ نہٕ راتس نٕدٕل تہٕ۔ پان گوس بنیہٕ تہٕ ڈیول۔
صُبحس ہیوٗ گیس زِچھ۔ آٹھ نوٕ آلیس اُچھ مژریٖدٕ تہٕ وۄدتھ جَل جَل
کارِ پٔچ ڈٔگ ڈُژھس بنیہٕ۔ سوٗرِ ہیوٗس بنیہٕ ژٔنیتس۔ ڈٕرس عالم
نہٕ حیات باسیوس بے کیف۔ گرِہ ترٛاوِ پٔنٕنٮ ملامت، دِرٕم تہٕ
فرض مُشراوِنٕک افسوس تہٕ تیمہٕ پریشان زِندگیہٕ ہنز بے چینی
ہُنٛد لوٗر کیاہ سنا زِ ہتہٕ تہٕ بنٕوٕنس کٔس؟ باسیوس زِ
دِنوٗدنہٕ ہنز تمِس نہٕ ماے۔ دتہٕ کُنہِ مُتجُن اُچھ۔ وُچھُن زِ
سارِی چھِ پنٕنِس کارس لگِتھ۔ غارَت ہیُن لیٚنٛبہٕ پھاٹِتھ اُکس
بےٚ روٗح نازنیٖنہٕ ہندِین کھمدن تَل موتٕچ ہیوٗ بُنتھ لہرونک
چاڑیر آس صاف لبنہٕ۔ فِکری تورِس نہٕ زِ لوٗ کیازِ چھُس ہیُن
پان لوٗت ذلیل کران۔ دوٗیِن یُس دِنوٗدنہٕ کھۄتہٕ برتر چھُس، اَدٕ
کیازِ چھُس یِتھ خارِی تُلان تہٕ بدبخت بیچھ سنٛدی پاڑٕ راتھ
دۄہ اُمِس پتہٕ پتہٕ دربدر پھیران! ہہ گمٕ سنا شیطانن کٔنٛہ نم لوٗد!
مہیندرس نزدیک چھِ دِنوٗدنی از فقط اَکھ زنانہ، بیٚیہٕ نہٕ کانٛہہ۔

یِمن لاجواب حُسناہ ناولوٗ تہٕ ناٹکوٗ منٛزٕ ییرِتھ اَمِس وِنودنِہ
ولنہ ادس آمٕت شہ گوٗ اَز تراکِ پاٹھٕۍ فنا، تہٕ تسی رُوز
نہ اَز کانٛہہ تہِ خصوٗصیتھاہ!

لہٰذا سپُد مہیندر بےقرار تہٕ امہِ ذِلالتٕ ہنٛدِ زالہِ منٛزٕ
نیرِتھ پھیرِ ہا گرٕ ینُن دالیس۔ یتھ تسکینس، لولس تہٕ مایہ محبتس
پیٹھ تس ینُن دسگاہ ادس شُی باسیوس انہ آبِ حیات ہیوٗ
نایاب۔ بہارِ یُن شہ بالہ پانٛک سرِتھہ تہٕ سہارہٕ باسیوس انہ
سیٛٹھہٕ ہی موٗلُل۔ شونچُن — "اَزی گژھہ گرٕ والیس، تہٕ وِنودنی
یتہِ روزٕن یتھ تتہٕ اَمی سُند اِنتظام کرِتھ سپدیم میٚہ فراغتھ۔"
"فراغتھ سپدیم" امہِ خیالہ آو مہیندرس عُزی پاٹھٕۍ فراغتھ
ہِش۔ ییتِین دہ ہن یمی دُژٕیتی بےحال ادس گوٗرمُت، شُہ
گوس دوٗر۔ تمی وِزِ دوٚتھ وتھرِ پیٹھہ تہٕ اتھاہ بُتھاہ چھلِتھ
گوٚ وِنودنِہ نِش۔ دُچھُن زہ درواژٕہ چھُ بند۔ دکہٕ دِتھ برژھُس۔
"تشونٛگتھ چھکہٕ سہہ؟"

وِنودنی — "نہ، گژھہ پانٛس۔"
مہیندر — "مزدوٗری کتھاہ بہ چھُم ونُن، جاوٕد کال لگیم نہ۔"
وِنودنی — "بہ چھس نہ ییژھان کیٛنٛہہ نہٕ بوزُن، ہمہ تہٕ کرتم

دق، کنی زنی دِتھم روزنہٕ؟"

بیٚنیہ کانہہ دہ ہاے آسہ ہے تہٕ ونودنیہ ہندہٕ اَمہِ
سلوکہ سیتی ییہ ہے مہیندر گرنہٕ ہیوٚ۔ اما اَتھ گیس باپتھ نفرت۔
شوبیچھ نہٕ اَکِس معمولی زنانہِ نِش گردوم بیٚنہٕ پان یوٚت
دِہ اُمِس چھُ میٚہ دِرہٕ دِرہٕ کرنک حق ہیوٚ میوٗلمُت۔ اَمہِ
سٔند پیٚہ حق چھُ نہٕ جاییز یا معقوٗل۔ میٚہ کمہِ اُمس پانے
جاےبِلنش۔ یہ محسوس کرِتھ ہیوٚتُن مہیندرس غارت دہ نہٕ لُن۔
دوٚپُن ــ "لو نیرِو اَمہِ سٔند بندن ژٕرِتھ تہٕ جیت سیرہ میانی؟
بتہٕ کھیٚتھ گوٚ سہ نکس بیٚٹھ روپیہ کڈنہٕ۔ توٚرہ نیرِتھ
گوٚ آشایہ تہٕ ماجہ کُتی کینژھہ چیز ہیٚنہٕ الٰہ بادکِس بازرس۔

ونودنیہ ہندِس دروازس کوٚر بیٚنیہ گرٕ تام ٹھٕس ٹھٕس۔ گوٚ دِہ
کھٕڑ اُمس ژکھ تہٕ جواب دِژونس نہٕ۔ پتہٕ بیٚلہ بیٚنیہ دکہ آسس
دروازس، وۄلتھ وُژھ نہٕ مُژرتھ پرٕ ڈیس؛ "کتھ چُھہم پھیری پھیری
پولان دِق کرنہٕ؟"

کتھ اُسس وُنہٕ ادہ لیٚچی زہ بہاری وُچھن برونہہ کُنہ اِستادہ۔

مہیندر چھا سہ اندر کُنہ نہٕ، یہ وُچھنہٕ خاطرہ۔ دِژ بہار ین
اندر نظراہ۔ وُچھن زہ پلنگس تہٕ فرشس بیٚٹھ چھ نززیمتی پوش

تہٕ ژھینہٕ مژٕ پوشہ مالہ ژھکرِتھ۔ دہ دٲمی گوٚ۔ یِلہٕ دوٚہ دورہٕ اوس
ونودنیہٕ مُتعلق آسیس نہٕ کُنہٕ شُبہ تہٕ ژھاے دِلس، اما نکھہٕ پیٹھ
وُچھن اَز بدلیٚ رنگاہ۔ اَز رۆوُس نہٕ ہمدردی رژھ تہٕ، نفرت آیس
ہکہٕ دہ تہٕ لیتھ۔ یکدم گوٚ دوٚتھتھ تہٕ لوگ مہیندرس آلو دِنہٕ۔

امہٕ توہینہٕ باوجود دوٚپُس ونودنیہٕ —"مہیندر بابوٗ چھہٕ نہٕ
ییتہٕ، شہر چھہٕ گامتیٚ۔"

بہاری لوگ گژھنہٕ تہٕ ونودنیہٕ کوٚرنس نزارہ پارہ —"بہاری بابوٗ
پرٛن چھُسو پیوان، یہِ توٚ ذرا۔"

بہارین اوس ارادہ کوٚرمُت زِ ہرگز لوٚزس نہٕ کیٚنہہ۔ امہٕ
ذلالتہٕ نِشہٕ دوٗر ژلنہٕ تک اوسُن دٔرِی پانُس شوکھمُت، اما ونودنیہٕ
سُند آرہ لوٚرمُت آلو لوٚزتھ نزنہٕ پنیس برٛینٹہٕ۔

ونودنیہٕ دوٚپُس —"اَزبے پیٹھہٕ کُر تُتھ پھیرتھ ژلہِ ہم تراوِتھ،
چھاٗنی دٔرِی جِسم پان نفٕ مانَیے؟"

بہاری پھیوُرٕ پوٚت تہٕ دوٚپُنس —"ونودنی، کیازِ چھیہِ ہم دوہ پلیٚنغ
کوٚشش کران۔ لو ما ژھوڈسے زانہہ تہٕ چھانہٕ وتہٕ منتر دولیہٕ۔
چھانس سو کھس دہ کھس ما تراوِم زنگ؟"۔

ونودنی —"اگر پھیرِ چھمے برزنہہ تہٕ برزنوومُت زہ کوتاہ

خود چھُہ تِم کورمُت۔ ژےٚ ما کوٚرتھم وِشواس۔ توٚتہٕ چھُسے اَز چانی

بےٚ رُخی وُچھتھ تہٕ سوٗرۍ کتھ بیٚیہ باوان۔ ژےٚ ما دِیُتھم وِژھناوتھ

وَنہٕ ژنگ، جیہِ ہہ سال لوٗزناونک موقعے زانِہہ۔ گوٚنت دِتھ ترادُکھس

دوٗر، توٚتہٕ چھُسے کھوٗر رٹان نہ بہ چھُسے۔۔۔"

بہارین کوٚرُس منزۍ ٹھاکھ — "بس، بس، دِنی ہیٚوزہ ہہ

پٕژھ کتھ زیٚوِہ پیٚٹھ نہ انِہہ۔ اَتھ کُس باوُن چھُ دِنی؟"

دِنودِنی — "ژےٚ ہہ شک چھُو گرٕ ھان، تہٕ چھُہ غلط۔ یِتھ گرس

چھُ ہہ کانہہ تہٕ کُلک نوٚگمُت۔ اکہِ دوہہ اوسکھنا ژہ ییتی شوٗنگمُت

توٚے چھُم ہہ گرٕ چانی باپتھ سۭزرتھ تھوٚوُمُت۔ ییم لوٗش چھُ بہانہ لوٗزایہ

پٕھنڈرِ، ییم اَز زندٕ تھ ہیٚمتی چھُہ۔ ژےٚ ییٚنی یِتھی گرس اندر یہن ؟"

یہ گوٚزِتھ ہیٚیہ بہارس لوٚدکہ۔ گرس اندر ژاو، دِنودنیہ ہودلس

پلنگ۔ گوٚ ہہ گوٗٹھ اَتھ پیٚٹھ۔ دِنودِنی بیٚٹھُس بران تَل پتھرس پیٚٹھ۔

بہارس لٔجیٚو وُوتھنہ، دِنودِنیہ دوٚپُس — "بہو، میانی دیرۍ بچھوہ،

دوٚدتھ کرے۔ تہنٛدرین زرٕ ون تَل ہیٚنس لایکھ تہٕ چھُس نہ، اما توٚہی

بخشیوم یہ شرف بخشمُت۔ دوٗر رُوزِتھ تہٕ گرٕ بہ اَتھ شرفس رٲچھ۔

یہ دِتھ تہٕ گیس ژھوپہ۔ بہارٕ وونُس بیٚیہ کیٚنژہ کالی۔ "بہ

چھُچھوہ کھیوٚمُت؟"

بہاری — "سیٹھنہ بیٹھے آسس کیٛتھہ"

ونودنی — "میٛہ لیوب چِٹھی گامہ بیٹھ لیچھے موہ، سن کیازہ شوزوم کھولتھ جوابہ روٛستی واپس؟"

بہاری — "میٛہ کتہ میچی سہ چِٹھی!"

ونودنی رُوٛز کینہہ کالاہ خاموش، پتہ دوٛپنس زیٹھہ زلوٹھ دِتھ تراوِتھ — "او تہ توٛرسے نِکرِ! ونیٛ مٲنے پنُن قصہ۔ پژھ بے کرہ ہم تہ پنُن نصیبہ نرانہ، اَتھ تہ راہ تہ لدیٛ نہ کینہہ۔ گوڈہ کیٛتھہ ہی ژیٛہ پرژھہ"

بہارِیس اوس اَمہ ورزہ دِلس ہمدردی ہُند سرٛبہ کھیوٚرمُت۔ ونودنی ہاہنزہ اتھ پژھہ پرژھہ اوس نہ کُنہ قدرٕ زونمُت۔ دوٛپنس — "ژیٛہ پیٛشی نہ کینہہ تہ ونُن۔ لوٚزنہ دوستی چھم میٛہ ژیٛہ پیٹھ پژھ۔ نفرت چھِسے نہ کران۔ ونی ییٚتھنہ اتھ مُتعلق کیٛتھہ کرکھ!"

یِہ بوزِتھ آیہ ونودنہ اُشہ ٹککہ۔ بہاری ییٚن ژِرنُن ہنز لرِتھ شیرہ ہیوان دوٛپنس — "بوزناونہ روٛس پیمہ قرارہ"

وٲلِنج ڈٕرکرِتھ پیٛٹھی بوزنہ۔ ژاگی آگیا ہشرآیم شیرہ۔ ژیٛ خط تہ لیچھتھم نہ، تو تہ کرہ ہا بہ تمی گامس منزی لوکہ باپہ ژالتھ تہ ڈٕر، ژانہ لوکہ بدلہ دیمہ ہا ژانس حکمی تن، اما

نصیبس اوس نہٕ منظور۔ ییٚس پانہٕ سیٚٹھاہ بیدار اوسمُت کوٚرمُت، تمہِ
دیُتمُت نہٕ جلاوطنیہِ منٛز تہٕ سوکھ۔ مہیندر آم تورٕ، گامس منٛز
تہٕ برس تِل پتھ گرٛینس عامس منٛز بدنام۔ کانٛہہ باتھاہ ٹھونم نہٕ
اتہٕ روزنس۔ چانہِ مُحکمہ باپتھ کریم سیٚٹھاہ تِکھ بچھ، اما ژٕ ماسکیوم
اُتھ دورانس آم مہیندر چانہِ گرٕ بیٚٹھ کھلہٕ ڈیٚکھ ہیٚتھ تہٕ اُچھن
ژھٕمُت گژھ۔ میٚہ دوٚپ ژٕتہٕ ما منہٕ ساتھ تھیسہ۔ اما یژھن طاقت اوس
نہٕ دوبارٕ رُوزِتھ تہٕ کرتھ راچھ۔ میٚہ اُسیٚے دوٚرس منٛز جای شیرپُر
توٚرے ئدرس شونٛز تہٕ گُر۔ تمہِ دوہہ میٚہ دیٚکھ دِتھ ییٚس پنُن کردار
میٚہ باوِیوتھ، یژھن سُہ دوٚر، سون ہیُو دوٚر، الماس ہیُو سنگین
کِردار چھُم دِلس کھنٛتھ، تمی کھورمُت بوشس۔ میانہِ دِوتاہ چانٛژن زرِن
اتھ لاگتھ چھیٚے وانان، سہ بوش چھُم برقرار!

بہارٕ رُود خاموش، وِنود نِیہ تہٕ دُودُس نہٕ کینٛہہ۔ بیٚشنک
تاپھ اوسُن یمن ہیوتمُت۔ اَمی وِزِ پیُو واتتھ مہیندر تہٕ دروازٕ
پیٚٹھے بہارِیس وُچھتھ گو ششدر ہیُو رُوزِتھ۔ وِنود نِیہ کُن لیوٚسہ
بےٚژھی مُنغ مُنغ دوہ پیٚٹھ آسس، تتھ آیس انٛدریژ ژٕنڈ۔
بہارِیہٕ نیٚن کھورن تل وِنود نِیہ خاموش وُچھتھ آو مہیندرس غارتس
مزہ۔ وُنی رُودُس نہٕ شکھ زہ خط وکتابتہٕ کنی اوس پھٔند یہ

لولہ مُلاقات سپدمت۔ ڈینگھ تام ہے بہاری بےزرُخ ادسس،
دنی ٹیلہِ تہ پلئے سمکھنہِ ادسس آمت، وِنودنہ کس سنا
ہیکہِ ہے اپہ رُدکتھ !

بہارِیس وُچھتھ گوٗ اَز مہیندرس یہ خیال پورہ پاٹھی سُنتھ
زِہ ونودنی ہے ترٲوِتھ تہ ہیکن، بیپہ گاٹہِ ہنڈی بزی تہ ما
کرِی زِین"۔

ہنگہِ تہ منگے دوّن مہیندرن خشمہ سان وِنودنہ سے" اچھا تہ
ونی چھا رنگس (ڈیسیجس) بیٹھ مہیندرن نیرُن تہ بہارِین اتُن اکھین
چھُ سیٹھا ہی دلفریب، تِرہ پوٗپ بزہ ہی اَتھ۔ اما وومید
چھُم زِہ یوہ ہے آسہِ ناٹکُک آخری انگ۔ اَمہِ پتہِ ماسٹو بیِس پتیہ کینہہ"
وِنودنہ کھوٗت دوشِمن بُتھِس۔ کینہہ تہ کھوُرس نہ، بہارِیس
کُن وُچھن عارہ بُرزُد نظرو۔

بہاری ووٗتھ پلنگہ پیٹھہ تھوٗد تہ برونہہ کُن پتھ دِزبن مہیندرس۔
"کمینہِ پاٹھی مہ کر وِنودنہ توہین، بارِگراں نے گژھی، میٚہ چھُم تِریہ
ٹھاکھ کرُنک حق"۔

مہیندرن کوٗرتس اسُناو۔ اچھا بیہ ہُمہ منز گوہ حق تہ کیہہ!
تھے نا اپہ اَز وِنود بہاری ناو !

بےٚ وٲری مۆران وۄچھتھ گٔرنس بہارین اتھس تھپھ تہٕ دوپنس۔
"مہیندرا، لۄکرٕ ونودنیہ سیٹھی نیتھر۔ ۆنتھ چھےٚ تھوان، موشہ
سان گٔرزہ دٲنی کتھہٕ۔"

بہٕ لۄزتھ گو مہیندرہ ہیہٕ بنگہٕ ہیو ٹرفتھ۔ اندرٕی شاہ اندر
بیٚیرم تیمس ہیٲری گژھ ونودنیہ دوٹھ۔ دِلس لۆجس رٲنس گرکھ۔

بہاری وۆتھ مہیندرس۔ "ژےٚ چھم بیٚتیہ اکھ شیٚچھ وننی۔ مٲج چھےٚ
مرنہٕ برونہٕ بچھنچ چھس بہٕ کانہہ باتھاہ۔ از رٲژ ہیٚنزہ گاڑہ چھم میہ
واپس گژھن، بہٕ بہٕ تہٕ یمن سیٹھی۔"

ونودنیہ برژھس گابرتھ۔ "ہے کیاہ گوم، کانہہ چھا بیمار!"

بہاری ۔ "اوہ کیاہ، خبر کیاہ رٔت رٔت آسہٕ ۆچھن۔"

مہیندر دراو بیٚتیہ کیٚنہہ ونہٕنےٚ ییٚبر۔ بہٕ ونودنیہ وۆن بہارلس۔
"ژیٚتےٚ بہٕ ۆنی کیاہ نام ووٚنتھ یہ کیٚتھ درای موکھہ؟ یہ کُس مذاق کوٚرتھ!"

بہاری ۔ "مذاق نہٕ کینہہ، بۄزنی دوٚنم، ژی سیٹھی کرہ نیٚتھر۔"

ونودنی ۔ "پایس ووہدار کرنہٕ باپتھ؟"

بہاری ۔ "نہٕ، بۄڈھ پڑھ چھےٚ بران، تۄہےٚ کٔنی۔"

ونودنی ۔ "بس، بپی چھم للأن۔ امہٕ علاوہ گژھیم بہٕ کینہہ نہٕ۔ امہٕ
علاوہ ہےٚ میلیم نہٕ، رودزیم ما! درم ما نزہ دلس!"

بہاری — "کیازہ زردیس پۍ؟"

وِنودِنی — "چھ چھ، یِزہ کتھ سوچِنس تہ چھم شرم یِوان۔
وۍبدا ہے چھس، اُڈۍ اُڈۍ دراہِس، سماجس منز ماکوتہ مکھ ژِہ تہ بدنام۔
تہ مابنہ۔ چھ چھ، یِزہ کتھ ہیٚنزہ پۍ زلیٖرہ پٹھ تہ دنی۔"

بہاری — "ادٕہ ژھینہ ہیہ ترآوِتھ؟"

وِنودِنی — "ترآوِتھ ژھینہٕ نک تہ بچھہ دسگاہ! زنانن چھس زِہ
خبر کاتھین مُچھکھ ژِہ ژدرِہ یاگھٕ دہ پکار کران۔ دہ پکار یِش چھ رِہش
گامہ تھوتہ مییہ تہ مٹہ۔ سوی شیرہ دارِتھ زنانہ ہا بہ تہ پاٹس
چانۍ داسی۔ اما وییداہ سپنی نیٖتھر! چھ چھ۔ سماجس منز ہے ژیٚہ
لانچھ اڈنمے کلہ ماہیٚوکم تھود تھوتھ!"

بہارین دوپس — "مگر وِنود، مینہ ہے چھم محبت چیٖن؟"

وِنودِنی — "تمی مارہ متہ چھم اَز حرتھ ہیٚوان زِہ ۔۔۔۔"

یہ ڈنِتھ تہ دیُت وِنودِنہِ بہاری نِس کھورنیو ٹس میوٹھاہ تہ
کھورن تل بہتھ دوپنس — "بیٚنِہ زنمہ ژیٚہ براونہٕ باپتھ کرہ بہ
تپسی، ییمہ زنمہ چھم پۍ دنی کاتھہ تہ برانتھاہ۔ کاتیاہ دہ کھ دِچم
کاتیاہ دہ کھ برآدِم بستھاہ کینہہ ہیٚچھم۔ ہیٚچھمت ہے مشرادِہ
ہا ژیٚہ لوٚزر دِتھ لگہ ہیٚم پاٹس بیٚنہِ تہ لوزر۔ اما ژِہ مچھکھ

تھدِ پاپیک، توٚے چھس اَد کلہٕ تھوٚد ہیٚکان تھوٚتھ۔ اَتہٕ سہارس
مادِمہ بیٚیہٕ۔"

بہاری رٕدد گبیر پاٹھو ژھوٚبہ دوٚہ گرِتھ۔

وِنودنہٕ گنڈینس گژھ — "پنہٕ مُلکھ۔ مٲنہٕ سیٚتۍ ہیتھر گرِتھ
ہیٚنگھ نہٕ زانہہ تہٕ سوٚکھ پرٲوِتھ۔ ژٕ یِتہٕ رادی وفار تہ میٚنہ تہٕ
وَسہِ لوشس۔ ژٕہ رٕددٕکھ ہمیشہ بتے لاگ، خوش تہٕ خوشحال۔ اَز تہٕ
رودٕ تہٕ تتیٚتھوٕ، تمی ڈیٚجہ۔ دوٚر رٕوزِتھی کرہ بہ جاٚنی کام۔ ژٕہ روزتم
خوش تہٕ خوشحال۔"

۵۳

مہیندر ژالیٚو ماجہ ہندِس کمرس، آشا درایس ہکہٕ تہٕ دوٚپنس —
"وٚنہٕ اژی زِہ نہ اور۔"

مہیندر — "کیاہ سنا زِہ؟"

آشا — "ڈاکٹرن چھُ دوٚپمُت زِہ یکدم سوٚکھ یا دوٚکھ لگنس
نہ باوُن، خطرہ چھس۔"

مہیندر — "اِدہ، بو گژھہ لوترِ پاٹھۍ تہٕ وُچھتھ یِمَن، باسیو دِمس نہٕ۔"

آشا — "نہ نہ، سو چھ یکدم دوڈ کڈان۔ تِژہ اتھ وُنۍ لگیس پتہٕ۔"

مہیندر — "اِدہ کیاہ کرہ؟"

آشا — "گوڈہ پین پہاری بایہٕ وُچھتھ، تم یِہ صلاح دِن، تی کرہ..."

کتھہ اَمس وُنہٕ اڈلیچی نہٕ بہاری بیٚو دٲرتھ۔ آشایہ ادمس ناد دِیت مت۔

بہارین ڈوٗپس — "ناد کیاہ سہ ادمُم، مأجِ چھا وارے؟"

بہاریس وُچھتھ آیہ آشایہ ہیٚمتھ ہش۔ ڈوٗپس — "جانہ نیرنہ پتے گیہ دیدِ ہنز حالت سیٹھہ ہی ابتر۔ گوڈنکہ دوہ ییلہ تژہ وُچھنکھی نہٕ، پرژھن — بہاری کوتِم گوم؟" ڈوٗپس — "مزدوری کامہِ اَکیس چھ گامتِ۔ بہ دوارہ تام پن پھیرتھ۔" تنہ چھ مُنزی مُنزی دوڈ کڈان۔ راتھ ییلہ تہنز تار آیہ ڈوٗپس نہٕ واتہٕ وُن چھ۔ وُژتھ ڈوٗپم — "جان پہان گےٚ زُنہ انہٕ۔" یہ کینژھا تموہ روزان چھوہ نہٕ سوزی تھونوتن تیارے پانس برونہہ کنہِ ناد نوومن۔ ڈاکٹرن

کریکس سیٹھاہ ٹھاکھ، اما اَمہِ موٗن نہٕ کینٛہہ۔ وُنی وُنی اُنٛزنس بہ
ناد دِتھ، دوٚپنَم — "پینٛنی انٛھ ہے اُزٕ زِہ، اُنسہٕ کھیاوَن پانٛس
بروٚنٛہہ کنِہ۔"

یہ بُوزِتھ آیہِ بہارِیس اُشہٕ ٹارِی، پرٛژھنَس — "وُنی کیاہ حال
چھُس؟"

آشا — "پانٛسے پٮ۪س نظر دِتھ۔ میٚہ چھُم پوان لبنہ زِہ یتھی پٲٹھ چھ
گژھان۔"

یتہٕ ژاد بہارِی اندر۔ مہیندر رُوٗد نیٚبرہ کنی ستشار ہیوٗ زِہ آشا
چھ مالکنی بنیمژ۔ کمہ دسگاہ کوٗرن مہیندرس اندر اژہنس ٹھاکھ۔ یٚہ وایہ
پاٹھۍ تہٕ رودشنہ روٗستی۔ مہیندر کوٗت کمزور اوس از۔ قصوٗر دار اوس
نیٚبرِ روٗد خاموش اِستادہ۔ ماجہ ہندِس کرس اژنک پیوس نہٕ جُرتھ۔

اَمہِ کھوتہٕ تہٕ آشرِ زِہ بہارِیس سیتی کتھہٕ کنی کرین بےشونک
پاٹھۍ کتھ۔ سوٗرُی مشورہ تسی سیتی، سُی چھُ از یہنٛد کُن ہمدرد تہٕ
سربراہ۔ تَس چھُ پرتھ جایہ دسگاہ۔ سارِی چھ تسٕندِس وننس پیٹھ
چلان۔ مہیندرن یوسہ جای کینٛژہ کالہ خاطرہ تراومژ اَس، سوٗ اَس
نہٕ از سوٗکھ روٗزمژ۔

بہارِی یُتھی اندر ژاو، راج لگیمہ گنڈنس مدٕرے، تہٕ دوٚپنَس —

"بہاریا، آکھا ژٕ پھیرِتھ؟"

بہاری — "آہنی، آس ہے۔"

راج لکھمی — "کأم سیٚدے پیو یا؟ یہٕ وُنِتھ تہٕ گنڈلس مُدرے۔

بہاری — "سیٚدے یِم ہے۔ ژٕ مے برتہٕ فِکرِ دِنۍ"

یہٕ وُنِتھ تہٕ دِژ بہارین ییبر کُن نظر۔

راج لکھمیہ وۄنُس — "اَنہٕ دِنۍ نوشِس پیٚرِنی اتھہٕ ژ پہٕ گیٚین،

یہٕ ہا ہادس ییٚنی بیٚنیٹھ۔ ڈاکٹرن ہا کرِتھ ٹھاکھ۔ کیا سُنا ژہٕ؟

مرنس برونہہ دیوتہٕ دِمُتم یہٕ پانس برونہہ کنہٕ اکر لٹہٕ تہٕ توہٕ کھیاونہٕ چاونہٕ۔

بہارین دوپس — "خبر کیازِ کرِیونے ٹھاکھ ڈاکٹرن! پانس

برونہہ کنہٕ نے رونہٕ نادکھ تہٕ کأم کیتھہ کنۍ چلہٕ؟ لو کہار پانہ بیٚنیٹھ چھُ

اسہٕ چأنی اتھک صان لوگمُت۔ مہیندرہ چھُ بازرگ کیٚنی کھیٚنی تنگ آمُت۔

چانہٕ شاگمتہٕ سیتنی دیوتہٕ اَنہٕ مزہ ییس۔ اَنز ہے کھیتو اُس دوہ شرۍ

بابہٕ نی برأنی پاٹھو پکہٕ دِتہٕ مان مأنی۔ وُچھو وۍ چأنی نوش کوٚت دانہٕ!"

راج لکھمیہ تہٕ ادس فِکرِ تۄرمُت ژہٕ مہیندر چھُ بہارین سیٚتی

لونمُت۔ اما تسند خیال پیتھ اُدسُس لوس ہیو بھطان، شہہ ہیوٚن

تہٕ ادسُس مُشکِل گژھان۔

تسند یہ حال وُچھِتھ وۄنس بہارین — "مہیندرن ہے چھُ

بچھِہ کِہ سالہ سیٹھہٕ زۄ ہیوٚ کوٚرمٕت ۔ وَنہٕ ہنٛدمٕس چھیٚس ژامٕت،

ژران گرِتھ گژھیٚس طبیعت ٹھیک"۔

تۄنہٕ پٮ۪ٹھہٕ راج لَکھمِہ مہیندرن کیٚنٛہہ تہٕ دوٚپنٕس نہٕ پہاری

دوٚپتھس ۔ "مہیندر ہے تُچھ نیٚبرہ کنہٕ ۔ یوٚتام نہٕ ناد دِہس یوٚر

نٕے اژہٕ۔" راج لَکھمِہ ژٕجۍ دروازس کُن اُچھۍ ووٚنہٕنس نہٕ کیٚنٛہہ ۔

اُتھو منٛز دِیٚت پہارین آلو ۔ "مہہ ٹاٹھیا! اژو!"

مہیندر ژاد لوٚتہٕ لوٚتہٕ ۔ راج لَکھمِہ وُچھ تہٕ تہٕ وارہ تس کُن

زہ دِل ما گژھیم ژوٚزِتھ ۔ اُچھو کرِٕن لوٚن کُن ۔ وتھرِنس پیٚٹھہ نظر

پیوٚہ وُنۍ گوٚڈ مہیندرن دوٚپتھ ۔ زنتہٕ آس لورہ پیٚرتھ ۔ ماجہ ژٕمِن

کھوٚر تہٕ پَرن پیوٚس ۔ راج لَکھمِہ ژرایہٕ سارۍ سیٚزِ پانَس نٕتھ ۔

کیٚنٛہہ کالاہ پتہٕ دوٚپنٕس اِنہٕ یوٚرنایہ ۔ "کاکنی، مہیندرس دِپی

دوٚپتھ ، یہٕ نٕے دوٚپتی توٚتام"۔

راج لَکھمِہ کوٚڈ زوٚرٕے ہٹہٕ ۔ "دوٚپتھو مہیا!"

مہیندرن ناد یُتر کاکِی ہیٚتھ لٕج راج لَکھمِہ اُشِس دار،

داٚلنٛج لوٚتٕے لیٚس ہش ۔ ادہ دوٚپتھ مہیندر، کوٚتھو دِتِن زمینہ تہٕ

پلنگس سیٹھہٕ وچھ دِتھ ییوٚتھ ماجہِ برٛونٛہہ کنہٕ ۔ راج لَکھمِہ دِیٚت

کیہٕ تام کتھہ سالہ لرہ پھرِن تہٕ مہیندرس روٚشِ کلہٕ اَتھن دوٚن منٛز ۔ مشکاہ پیوٚتنس تہٕ میوٚٹھاہ

دِیٚتنس ۔

گژھِ مَتہٕ ہٹہٕ دوٚپنس مہیندرن۔ "ڈیڈی گاتہٕ ہےٚ کشٹ دِتیٚ۔ معافی ہےٚ گژھیم دِنۍ۔"

دِلس قرار یِتھ دوٚپنس راج لکھمیہ۔ "تہٕ مأ وَن مہیا، ژےٚ معاف کرنہٕ رٕوست یَیہ مأ میٚہ قرار؟ نوش کوتو گیئم؟"

آشا اُس نکہ چھ کوٗٹرِ منٛز بتہِ کھیٚن تیار کران۔ انہٕ پوٗرنایہ اُتھ ناد دِتھ۔

راج لکھمیہ کوٗر مہیندرس اِشارہ زِ بلگس بیٹھو بہہ۔ سُہ بیوٹھ تہٕ راج لکھمیہ کوٗر آشایہ تہٕ اُمس نکھے بہنک اِشارہ۔ دوٚپنس ــ "نوشی، بہی پٔتھ۔ اَزہے وُچھ بوٚدہ دہ ہرِدےٚ اکہ پھرہ پانس نکھ یکہ وٹہٕ بہتھ تہٕ سوری غم ہےٚ ژلِہ ہیٚم۔ منٛدچھتم مٔتےٚ، مہیندرس تہٕ میٚے دوشوَنہٕ، یِنتہ ژھوٚ بیٚہ نۍ، اُچھ ہےٚ شہلہ ہانم۔"

آشا آیس چنٛدکہٕ تھ لوتہٕ لوتہٕ برونٛہہ کُن تہٕ نیٛرِ وِنہ دِلہ بیٹھ مہیندرس نکھہ۔ راج لکھمیہ لوٚٹ آشایہ منٛد ڈیچھُن اتھ پیٛٹھنس اَتھس منٛز تہٕ مہیندرنس اَتھس منٛز دِوان دوٚپنس ــ "مہیا، پنٛنۍ یہ نوش ہا چھم نےٚ لچھ راوان۔ بیٛنہ پَتہٕ ہش دِیوی نا ہیٚلی گژھہ تہٕ۔ منٛزرم نوشی، پَتےٚ، یمن دِتےٚ اشرِ واد۔ چانہٕ دمہ چھےٚ گژھم ہم لسنۍ۔"

اَنہٕ پوٗشنا یٖتھۍ آیہِ، دٔہ شُر دِیِ گوٗرِ ہٕس اشہ لوٗرِت پرنام ۔ تمہٕ
دِتۍ نکہ ڈٔلکِن میٖلتھۍ تہٕ دوٚپنکھ۔ "دِے گریٖ نوٗ رٔت"۔

راج لکھمیہ دوٚپ بہارِیس۔ "دلو ماٹھیا، ژٕہ تہٕ کرتا مہیندرس معاف۔"

بہاری آو مہیندرس بروٗنہہ کُن تہٕ تمۍ روٗٹ یکدم نالہٕ متہٕ۔

راج لکھمیہ دوٚپنس۔ "مہیندرا، میون آشرواد ہا چھُی ژٕ لوکچارہ
پانہٕ یتھ بندیہ بہاری ادٕ تیتھۍ رُوزی نٕے ہمیشہ جوٗن۔ اَمہٕ کھوتہٕ
خوش نصیبی نا آسی کانہہ۔"

کنہ کرِتہٕ سیٹھا ژاو راج لکھمیہ مٔس ہیو۔ بہارین اَڈِ ہنس
تیز دۄہ ہا لستہٕ نَش۔ راج لکھمیہ ہوٚتُس ٲنِتھ تہٕ دوٚپنس "دوا
نہ یا وِن کینْہہ۔ ونی چھُم میہ دِے سوٗ رٔن۔ سُہ دیِم سماپرہ زوٗگ
دوا۔ گرشھو مہہ ماٹھیا، گرِو آرام رژھا۔ نوشی تہٕ پیوی دانس۔

شامن بیٹھی بہاری تہٕ مہیندر دوٚشوٕے راج لکھمیہ ہندِس پلنگس
بروٗنہہ کنی کھیٖنہٕ۔ آشایہٕ اوسُن ہٹہ تھوٗمُت کھیاوٗن۔ سو لجٕ شبرنہٕ۔

مہیندرس اوس نہٕ اَڈش دراہی۔ میونڈٕ تہٕ اوسُس نہٕ ہٹہ وسان۔

راج لکھمی آسِس باند کران، ژٕہ کیٛو چھکھ نہٕ آسِس کُن لواہنی؟
ژلاہ یڑ بُرتھ کھیتاہ، بہہ ہا دِچھ ہا۔"

بہاری۔ "خبرۍ ہے چھے، مہیندر چھُ لوکچارہ پیٹھے یتھۍ۔"

ڪهنس ڇهاڻ پوشان؟ پاپي، مونگ دال هے گڑهم بيٺه، مزه دار
هے چهه بنيڙ؟"

راج لکهميه ڏوڻس اسان اسان ـ "خبر ها جهم، ٻهاريس چهه
پئِ مساله دار مونگ دال پڏه ڏوٺران۔ لوشي، پيتي سيتي ڪياه
ڙليس ڙنيڏ، ترادسي جاده ٻين؟"

ٻهاري ـ ڏيڏي، چانڻ پئِ لوش هے چهه پڏه ڪنجوس، اٿه سئے
جهس ٻيراڻ ڪينهه؟"

راج لکهميه ڏوڻس اسان اسان ـ "ڏپهان ڇهکهے، جوئم لوڻ
ڪهيٿه ڪياه جهج غائبه ڪران!"

آشا گيه ٻهاريِس تهالس منڙ ٻيار دال ترادته۔

ٻهاري ڏوڻس ـ "تقصير تقصير، باسان جهم زه ميه ما پيه
داله سيتي پڏ برنهِ ته ميٿهه ميٿهه چيز داتِ جهيندِنس تهالس منز؟"

آشاهِ ڏوڻس لوته پاڳڙ ـ "ليس غائبڙ منڏ عادت آسه،
تس ڪٿس هيتکه اَس بند ڪريتهه؟"

ٻهارين ته ڏوڻس لوته پاڳڙ ـ "مٺائي دِته ڏِچهته پاسئے
گڙهيا بند ڪنهِ نه!"

ده شه ڀني بندن ڪهيادِته جاڳتهه سيٺر راج لکهمي زچهه۔ لوشه

دۄپُن ۔ "کیہہ ونی ژٕہ تہٕ میٚونڈا؟"

آشا دراییہِ بتہٕ کھیٚنہٕ تہٕ راج لکٕھمیہ دۄن مہیندرس ۔ "گرٕ شو ٹاٹھیا، شونگو ونی۔"

مہیندرن دۄپنس ۔ "ونہٕ کیہہ گو؟"

مہیندرن اوس شوٗچھمُت زِ راتس کرِ ماجہ ہنٛز سیوا، اما راج لکٕھمیہ لوٗزنس نہ کیٚنہہ ۔ دۄپنس ۔ "تہٕ تو کمُت ہا چھکھ، گرٕ شو بٮ۪ا شونگو ونی۔"

آشا ییٚلہٕ کھیٚتھ آیہ تہٕ واوجاہ ہیٚتھ لجیہ راج لکٕھمیہ ہندِس شانڈس ییٚٹھ بییٚنہ، تمہٕ دۄپنس لوتہٕ لوتہٕ ۔ "مہیندرس کریو تھٕےٚ لبہٕ ترِہ؟ تلے نظر دِتھ لیس، گژھ ژۄن ہے آسہٕ۔"

آشا گیہ منزچھ دادِ مارہ ۔ کمہٕ تام حالہ دراییہ کرِہ منزٕ ۔ راج لکٕھمیہ نِشہ رؠدی بہاری تہٕ انہ یوٗرنا ۔

راج لکٕھمیہ دۄپُنکھ ۔ "بہاریا، دۄپہےٚ ہا ونودنہٕ ہنٛز ماجہ خبراہ کیٚنہہ ۔ کتہٕ سنا چھہٕ؟"

بہاری ۔ "ونودنی ہے چھہ کلکتہٕ۔"

راج لکٕھمیہ دِژ لوتہٕ باٹھو بہارِیس کنہٕ سوالہ بُرُژ نظراہ ۔

بہارین لوٗز، دۄپنس ۔ "ونودنیہ منگہٕ ہتے برتہٕ عمٕ۔"

راج لکھمی — "تمہ ہا دِاتہ لوٗدنم وارِیاہ ایذا، توتہٕ چھم نہٕ مشان۔"

بِہاری — "سو ترٕ ہے چھےٚ سیٹھاہ پژھ بران۔"

راج لکھمی — "تی ہا چھم لبنہٕ یِوان۔ دوٚش ترٕ گوٚن کس چھ نہٕ آسان؟ اما سو آسہِ سیٹھاہ مای بران۔ پژھ سیوا تمہٕ کٔرمٕژ تژھ ہیکیاہ بیٚیہٕ کانْہہ کٔرِتھ ییٚنبرٕ ژمہِ ترٕ!"

مہیندر — "چانہٕ سیوایہ بابتھ ہے چھےٚ سو وَنہٕ ترٕ بےقرار۔"

راج لکھمیہ نٔرِ دٔد نیٚتھِ نٔزوٚتھ دوٚشاہ ترٕ دوٚپنس — "مہیندر بیترِ چھ سارِی شونگِتھ۔ چھُنا صلاح انہٕہن راتھ کیتھ اکہِ پھیرِ!"

بہاری — "سو ہے چھےٚ یِتی، ییٚنبرِ کنہٕ کھٔسِتھ ژوزِتھ۔ تمُو نے چھس سمان۔ مے ہے وینٛس سیٹھاہ؟ اما یوٚن ترٕ نے لوٗدمُن آسِس۔ یژن ہے چھُن کوٗرمت نِہ یو تام نہ پژہ نادِتھ انہٕہن ترٕ معاف کٔرِہس، توتام لدٕ نہ بوزِ ترٕ آسِس۔"

راج لکھمیہ آو نہ قرار۔ دوٚپنس — "دوٚہی دوٚہس مٔزاہ نیٚرِزل، تلا انِتھ نادِتھ!"

وِنودِنی ژایہٕ نوہ ترٕ لوٚنہٕ اندر ترٕ راج لکھمیہ دوٚپُس — "ہے تقصیر یہ کیاہ ہے نوشی؟ از [illegible] تھےٚ بانٛس [illegible]۔ گرٛنٛی گوٚرِ ییٚ کھیٚتھ گیٚنٛدھ، اتھ ہے کرٛد کتھ باتھ۔"

ونودنیہ کوڑنس ژرن ہنز لژھ تکتھ پرنام تہٕ دوپنس —

"گوڈٕ کرتم معاف، اڈہ پیہِ گژھٕ ہا۔"

راج لکھمی — "کوڑ ہے ہیے معاف۔ کوڑے ہیے معاف

یمنے چھس ونی کانٔہ تہٕ ناراض؟"

ونودنی — "چون آشروادنے نیرہ ایژ۔ چانین ژرن ہنز

دزہ پیہ جم، بہٕ نے زیہ کانہہ تہٕ خرابی یتھ گرس؟"

ونودنیہ کوڑ انہ پورنایہ تہٕ ساشٹانگ پرنام تہٕ پتہ گیہ تیمہ

کھیتھ آیہ تہٕ راج لکھمیہ دوپنس — "بس درایہ کھیے بے!"

ونودنی — "بہ ہیے کرہ ہیے چانی سیوا، قے ہیے جم سام کی،

میانی کنی نے واتی کانہہ تہٕ دکھ؟"

راج لکھمیہ ووچھ بہارس کُن۔ بہارین کوڑ سونچاہ تہٕ دوپنس —

"دِتہ سی رو زنہ، کینہہ نے چھُہ پرواہ؟ راتس گرٕ انہ پورنایہ بہارین

تہٕ آشایہ نژ وہی راج لکھمیہ سیوا۔

بیماری آس نہ آش راتھ کیت راج لکھمیہ نش گژھتھ ہیچہ پژھ کر

امہ کنہ آس نداممتھ یتھ گاش پھیچہ لہ ڈونی وژھمژ، ہیندرس نیندرہ

منزی ترادتھ آیہ سہ اچھ بتھ چھلتھ تہ بلوُ دلوُ لاگتھ سبز

تیار۔ ڈونہ ادس بیک نیژی گاش۔ ہتشہ ہندس دروازس کُل واتھ ژھیپ

بدلِ عالماہ، ہیٚہ جگہٕ ہشس گٔیہٕ تۄزِتھ ۔ اما سۄ پٔن ماجِس پٔژھان۔

وِنودِنی اُمس بیٚرِٹ لیمپَس اَکِس پیٚٹھ پوٗنی گرکہٕ نادان۔ بہاری
ادِس نہٕ رانس شتوٚنگ مژ، تٔسی کرٕ آیس چای کرٕنی۔

آشایہٕ وُچھتھ گیہٕ دِنودِنی تھوٚد وۄتھِتھ ۔ دۄپُس ــ "از چھےٚ
ساری قصوٗر ہیٚتھ نٕرن آمٕژ۔ دپہ ہیٚمے گژھن، تہٕ وُنی نیرہٕ۔ ژٕ تیہ
رتس ہیکیم نہٕ کانہہ تہٕ یتہٕ گٔڈتھ؟"

آشایہٕ پھوٚر نہٕ جواب۔ دَم چھۄٹ گیہٕ۔ فکرِ تورُس نہٕ زہ منِس اندر
کیاہ ادِشس۔

وِنودِنی وُژھس ــ "ژٕ ہیکہم نہ زانہہ تہٕ معاف کٔرِتھ۔ نہ گژھہِ زہ
پیٚٹھ حرکت زانہہ۔ میٚہ تہٕ چھُم نہٕ وُنی کانہہ ڈر۔ لوٗت تامتھ کاکنز دیہ
بیمار چھہ، تو تامتھ دِتم اَمِس سیٚنز سیوا کرنہٕ، بتہٕ گژھہ نہٕ بہ دوٗر۔"

راتھ ییٚلہٕ راج لکھیہٕ آشایہٕ منٛد اتھ مہیندرس الٕکس منٛز
دیُت مٔت اوس، تمہٕ اوس سوٗرُے کدوٗرت ترٛاوِتھ بیٚنہِ ہان مہیندرس
پتہٕ روومٔت ۔ از ییٚلہٕ دِنودِنی بردنہہ کنہٕ وُچھِن، وأنِنی گوس ژٕس
ہیو۔ مہیندرن اوس نا اکہٕ دہہ اَمس لوٗلِ لوٗرمٔت، خبر وُنیکین
تہٕ ما آسیس اَمِ شنٛدکہ مال۔ کینژہٕ کالہٕ ییٚلہٕ تم وۄتھن، وِنودیہ
وُچھِن، کیاہ چھہ بتہٕ کمہٕ نظرہٕ وُچھنس! راتھ اوس آشایہٕ گرہٕ بانیوت

محفوظ ، اما صبحے پگہہ ہے وچھن زہ گنڈی ٹھراہ چھس آنگنہ ہی منز۔
آشایہ وڈتھ تلواس ، ہشہ نش گیہ تہ منڈچھان منڈچھان، ڈپن
انہ پورنایہ ۔ "ماسی ، راتھ راتس اکھ پیٹھے کنز باہتھ ۔ گژھی ون
تراو تَے نز ولاہ؟"

انہ پورنایہ گژھ بتھس نظراہ ۔ شھونگنہ گیہ نہ کینہہ تہ ۔ آشاہِک
زیین پانس سیتی ۔ تہ دوپنس ۔ "چھنے، ہرگاہ سوکھ چھُو لبکار
میتھ نۓ یمہ گتھ دلس ہنگیہ ۔ بیئس راہ لدنس منز لوٗت
سوکھ چھُ باسان ، تمہ کھوتہ جادہ دوکھ چھُ دلس بہ قصورہنس منز۔

آشا وُڈھس ۔ "ماسی، بہ نۓ چھس نہ دلس ہیوُتی پڑھان
کینہہ ، بہ ہے چھس سوُرے مُشراوُن یژھان ، اما من چھُم نہ مانان"۔

انہ پورنایہ دوپنس ۔ "بوزنہ ہے چھکھ ونان بیہ ۔ یرزن چھُ
آسان ، دتھ ہاونی چھُ مُشکل ۔ تو تہ ونے بہ ترکیباہ اکھ ۔
نیببرِ میہ ژمہ بزی کنزکم ژیئ ہاوتھ دین زہ سوُرے کینہہ چھُو
ژیئ مُشرودمت ۔ گوڈہ یٹلہ نیبرکِ کنز مُشراوچ کوشش کرکھ،
تھ اندریکی تہ گژھی بتہ مُشتھ ۔ نتے ژیتہ ہی تھوکھ ، بیئس
تہ آسکھ ژنتس باواہ ۔ پنہ نہ مرضیہ نۓ یہ کرکھ تٹلہ چھُو
میون حکم زہ دلودنیہ سیتی تھوی زہ تیتھ ورتاو نہ باسیس

تمہِ چھےٚ نہٕ ژرٕ یہٕ کانٛہہ تہٕ خرابی کرٕمٕژ، تہٕ تسٕند چھُ نہٕ ژرٕ یہٕ کانٛہہ تہٕ دای۔"

آشایہِ نوٗمرودوٗس کلہٕ تہٕ دوٗپنس۔ "اچھا تہٕ کیاہ پزِ یم ونی کرُن؟"

انہٕ پوٗرناہن۔ "ونودِنی چھُ وُنی کینس بہاریس کشِر جاے کران، ژٕہ گژھتس وہد تہٕ اُدریر ہیتھ، تہٕ کامہ پلنزٕ تُس یہ"

آشاوُنوٕ حکم پالنہٕ۔ انہٕ پوٗرناہن دوٗپنس۔ "یہ ووارِش چھُ توتہٕ آسان، بیاکھ کتھا ونےٚ، یوسہ ہنا مُشکل چھہ۔ تی پزِی ژٕیہٕ کرُن۔ مُنزی مُنزی آسہٕ مہیندرس ونودِنی سمکھاہن۔ تمہِ وزہِ کیاہ دوٚتھی ژٕیہٕ منس بہٕ چھس زانان۔ اما پزٕ تمہِ وزٕ زاگنہٕ بہکھ۔ وونہٕ ہےٚ پھٹہٕ نس تہٕ ہیی، توتہٕ پزِی ژٕیہٕ دٕریر کرُن۔ مہیندرس گژھِ دِلس رٕہُن زہ ژٕہ چھہس نہٕ شِکھی کران۔ پھٹہ نہٕ برٕونہہ میٗتھ ادس، واتھ لگنہٕ پتہٕ تہٕ گژھہ ٹیٹھی باسُن، یُتھ زن مہیندر یا بیٹیہ کانٛہہ ژٕیہٕ دُچھتھ پانس قصوٗروار محسوٗس کرِہ نہٕ۔ پچھتنےٚ" یہ نےٚ چھُ تہٕ میون باند باند یا دوہ یہٕ دِلس، بلکہٕ چھُ ماسہ ہُند حکم۔ یہ ٹیلہ کاشیہ واپس گژھےٚ پتہٕ پنےٚ میانی یہ کتھ برٕنزس اکس تہٕ مُشراوکھ!"

آشا گیہ چاپہ سامانہٕ ہیتھ وِنودنیہِ نِشِ، دوٚپھُس۔" یونز
گوٚژے وَنہِ گرم، دودٕ ہیے اوٚنہ مے؟"

وِنودنیہ وُچھ آشہ ژرہ سان آشایہ کُن۔ دوٚپنس۔" بہاری
بابوٗ چھی برانڈس پیٹھ، چای سوزِکھ توٚری، بہ ییمے کاکنہِ مُتھ چلنک
بوٚنہِ لبت گرِتھ۔ تیار آسہِ دھتھ نس؟"

وِنودنی گیہ نہ بانہٕ مہیندرس چای ہیتھ کیتھہ۔ تمہِ سُند محبت
قبوٗل کرِتھ لیٚس اِدکار بہارین تس دیٚت مُت اوس، تتھ اِدکارس
کام ہینِی باسیوٗ وِنودنیہ دیتوٗ بہان۔ اِدکار براہٕ پنہٕ لیوسہ مُرِیاد
آسان چھ سہ پالنہٕ خاطرہٕ چھُ ہیوان اِدکار ڈنجہ رٹن۔ یہ کیٚنژھا
میلہِ سہ لٔ لمٔ پوشہٕ ناوٚن چھُ بنگالہِ ہی شوبان۔ عیاشی کم کرنس
منزہ چھُ یہ میسیہ بوش۔ وُنی کینس اُمس نہ وِنودنی بہارِیس نِش
ناد رٹس گژھِ تھی ہیکان۔

اتھی اندر ییوٗ ڈاکٹر مہیندر۔ آشایہ زن آیہِ واکنجہ ژٹنہٕ۔
توٚتہِ دوٚپنس بڑہ حوصلہ سان، لوٚت شُلہِ؟ میٚہ تھوے یم دارہ دروازہ
بند زِہ گاشہ سیتی ما گژھی نیندرہ خلل۔"

اما وِنودنیہ سیتی آشایہ لوٚت بے بھروک کتھ باتھ کران
وُچھتھ ژنتہ مہیندرس غبارہ ژٔول۔ اَمہ وِزہٕ ہوٚنجہ پرُژھنس۔

"وچھنہٕ آیوس زِ ماجہِ ہُند کیاہ حال چھُ۔ وُنہِ چھےٚ نیندرِ؟"

آشا۔ "اوٚ نیندرِ چھس، وُنہِ گژھ زِ نیس نہ۔ بہاری بابوٗ چھِ دپان زِ اَز چھُس آرامہٕ۔ دارِیاہہ دُہہ گژھن از نیندرِ۔"

مہیندرن پرُژھس بےٚ پھِروٗک۔ "تہٕ کاکنی کتِہ چھےٚ؟"

آشایہِ ہوٚوُنس انہ پوٗرنایہ ہُند کمرٕ۔

آشایہِ ہُند وٲنہ تہٕ دٔریر وچھتھ گیہ وِنودنی ٹوٗزتھ ہِش۔

مہیندرن دیت انہ پوٗرنایہ آلو۔ "کاکنی!"

انہ پوٗرنا آس شران کٔرِتھ آمژ تہٕ پوٗزایہ آس بِہانیہ، اما آلو بوٗزتھ دوٚپنس۔ "اژٕو مہیا!"

مہیندرن کوٚرنس پرنام تہٕ دوٚپنس۔ "کاکنی، پاپی ہےٚ چھُس، مندچھان ہےٚ چھُسے ینتھ ہاوُنس۔"

انہ پوٗرنا۔ "تہٕ ما ڈٔن ماٹھیا، لٔژِ یمہٕ تھ تہٕ ہا چھِ کُٹری ماجہ ہنزٕ کوہ چھےٚ مشر پھِرکھ تراوان۔"

مہیندر۔ "مگر یہٕ لٔژھ ییم نےٚ دِہنےٚ؟"

انہ پوٗرنا۔ "کیازِ نہٕ؟ دِس وِنن، اکی پھِرٕ۔ اکہ کتہٕ کنہٕ ہا با گوٚ جانیٚ مہیا، ژیہ ہیا اوسکھ من ہم گومت زِ میٚہ ہیوٚ شوٗنٹھ چھےٚ نہ کانہہ۔ پاپہکِس اتھ طوفانس مشر آی یہٕ من ہم گودنہٕ

دِنی چھُ نہ کینْہہ پرواہ۔"

مہیندر — "دِنہٕ نے ترٛاوتھ کاکنی، چانہٕ گرٛھنہ سیٖتی ہے آم
یوٗت بٔنِتھ!"

اَنہٕ پوٗرنایہٕ دوٚپُس — "دِنی نا چھُ پردہٕ ہی کینْہہ۔"

دروازس تَل گوٚو آلَو — "پوٗرنایہٕ چھکھے بیٖٹھمٕژ؟"

اَنہٕ پوٗرنا — "نا، اژِو اندر۔"

بہاری ژاو اندر۔ مہیندرس یوٗت شُلہِ دوٚتھمُت وُچھتھ
پرٛژھنس — "مہہ ناٹھیا، ژےٚ ہا آسی اَز پیٚیِہ ہٕ دٔمرِ گوڈٕنکی پھیرِ
سرِیہ کھسان وُچھمُت۔"

مہیندر — "اہا تۄہ بہاریا، اَز ہا کھوٚتُم گوڈٕنیک سریہِ۔ ژےٚ
ما چھے کاکنِہ سیٖتی کینْہہ کتھ باتھ کرٛنی؟ تٔلہِ ہا نیرہ۔"

بہارین کوٗرنس اشناہ، دوٚپنس — "ژےٚ تہٕ ہا آکھ کابینہٕ مُک منسٹر
بناوُنہٕ۔ اَز تام تھوٚو ما ژےٚ نشہِ کینْہہ کھٹِتھ ژےٚ نے اوٚزر
(عذر) آسی، اَز تہٕ تھوٚوٕا نہٕ ژےٚ نشہِ کھٹِتھ۔"

مہیندر دوٚپھس — "اوٚزر ہے آسہٕ ہیٚم، تٔلہِ ما روزہٕ ہیٚم
ژےٚ بیٚٹھ کینْہہ تہٕ دعوا دسگاہ۔ ژہٕ نے کینْہہ تہٕ کھٹِتھ تھوٚوہٕم
بو تہٕ دیدہٕ پانس بیٚٹھ پژھ کرٛہ ہا۔"

اَزکل چھُ مہیندرس یرونہہ کنہٕ بہارِیس رۄٹ ہیوٗ باسان۔ زِنتہٕ اُمِس چھُس کٔنٛسہ تام تھوٗپ دِوان۔ تۄتہٕ دۄپہِس جِگراہ کرِتھ— "وِنودِنی سیٹھا دِبیوم نیتھر کرہ، تتھ مُتلق آیوس کاکنہٕ سیتی مشورہ کرنہٕ۔"

مہیندر گۄو رۄدِتھ۔ اَنہ پوٗرنایہٕ دۄپُس— "تہٕ کتھا گٔیہ بنہٕ بہاریا؟"

مہیندرن کوٚر ژُورہ جِگراہ تہٕ دۄپُس— "بہاریا، اَمہٕ نیتھرک نا چھُو ضرورتھ؟"

انہ پوٗرنایہٕ پرٛژھُس— "وِنودِنی تہٕ چھا اَتھ رضامند؟"

بہاری— "بلکل نہ۔"

مہیندر— "کاکنی سوہ کہنے زہ آسہٕ نہٕ رضامند۔ سوہ ہے چھ بہارِیس تھلہٕ تھلہٕ وُچھان شردایہٕ تہٕ بھکتیہٕ سان۔"

بہاری— "مہٕ ٹاٹھیا، مینہ ہا پرژھو وِنودِنیہ۔ تمہٕ ہا کوٚر منٛدچھ سان نامنظور۔"

یہ بوٗزِتھ گیہ مہیندرس ژھوپہ۔

○

(۵۴)

بیِتھ رِتیتھ رنیہ راج لکھمیہ دوہ تارٕ گڈِتھ۔ اکہِ دوہ صُبحن
بھوٚلِس مُہتِس نورٕ ہیو، سورمِہ دود ہیوٚتنس بلُن۔ تمِ دوہ
اوٚنُن مہیندر ناد دِتھ، دوٚپنس: ''وَنی ہیا چھےٚ نہٕ میہ جاےٚ
فُرصتھ۔ اما اَز چھ سے بوٚ سیٹھاہ خوش، اَز چھُم نہٕ میہ دود کُنہہ۔
ژٕ یِلہِ ماُسم اوس ہم، تیٚلہِ اُسم نا زیٚو وُچھتھ بوٚ کم سانٕ،
اَز تہٕ چھُم تِتھےٚ کُنہ ژٔیہِ وُچھتھ آنند یِوان۔ ژٕ چھُکھم لالہ بچل
دِتھ قرار، جاگی الاہ بلاہ ہیٚتھ چھےٚ اَز بوٚ گژھان۔ اُتھی اندر
چھُم راحت!''

یِمی وَنان لُج راج لکھمی مہیندرس مُہتِس تہٕ ہدنس
اتھ ڈالنہِ۔ مہیندرس ژٔج چھکھ نیرتھ۔

راج لکھمیہ دوٚپنس: ''وَد ما مہیا، لکھمی یِش نوش ہا
چھسےٚ نےٚ حوالہٕ کٔرِتھ گژھان۔ میانہِ کُنزٕ ہا دِزٕنس۔ گرہستیہ
ہُند سور سامان ہا چھُےٚ اُزٕرِتھ تھوومُت۔ کُنہِ نا روزکھ مُحتاج۔
بیاکھ کتھ ہا وَنےٚ مہیا، میانہِ مرنہٕ برٚونہہ نا وُفیزٕ نہٕ کانٕسہِ۔ کُنسی

میانِس منز ہا چھیٚ دۄن ساسن نوٹہٕ بم بہ ونوٗدیٚنہٕ دِوان چھُس۔ سہ چھُ نہ ویٚڈیواہ، گٔژھ تہٕ کیول، امہِ کہِ شوٗدہٕ پیٚتی ہیٚکہِ گُذارہٕ گٔژِھتھ۔ اما جھیا، گرہٕ بیٚنہٕ نہ تھوٗ زیٚن تہٕ ہرگز۔ باشد باشد ہا چھیٚ کران۔“

امہِ پتہٕ اۆژن بہاری ناد دِتھ۔ دۆپنس۔ ”بہاری طاطیا، راتھ ہا دۆپنم مہین ژٕ بہٕ چھُس نادارن ہندہٕ علاجہٕ باپتھ باغ اکھ ہیۆتمت۔ دَے دی سئے بل اۆرزٕ تہٕ غریبن گٔژھن یا اۆگرہٕ۔ نیٚتھرٕ وزہٕ ہا کرٕ نوٚمُ ہیٚہرن گام اکھ گُلہٕ میوٹھ۔ سہ گام چھُسے ژیٚہ دِوان۔ پریم آمدن ہبا لاگزہٕ پیٚنہٕ نِس اتھ پرتیس کارس۔ امہِ سیتی واتہٕ میانِس ہیٚہرس پوٗز تہٕ شانتی۔“



(۵۵)

راج لکھمی موہ تہٕ کنہٕ یاکرمہ پتہٕ دۆپ جھینڈرن بہارس۔ ”دۆپیمَے ہا، ڈاکٹری چھم ییچھ ہتھ۔ میٚہ تہٕ تھوکھ نا پیٚنہٕ نہ کامہٕ منز شریک۔ چُھنہٕ تہٕ ہیٚکی اتھ شہلاوِتھ۔ دِنی چھُ ناسہ

سیٹھاہ گاٹج گاٹرٕ۔ ساری روزٕ ہوٗ یکہٕ وٕ ملے۔"

بہاری دۆپھس ــ" بابا، وارٕ سوٗنچو زٕ۔ پننہ بچہٕ پھیری! یتھ پٕز سمشانہٕ وٕ آراگ رٕہبی!"

مہیندرن دۆپُس ــ" ژٕ تہٕ سونچو بہاریا، میہ تہٕ ییمہٕ ڈنجہٕ پان بیٖنہٕ روٗٹ مُت چھم، تمہٕ مالوٗگم تار! کامہٕ کوٗچہٕ ہنزٕ رزٕ نۍ لمس، کھکھرٕ نیٖنم لتھہٕ وان گنہٕ نتہٕ گنہٕ دوہ۔ ژیٖہٕ ہسہ بیٖنی میہ جاے دنی۔"

چھیکرس سپنہٕ پہرے کتھ طے۔

انہ پوٗرنا تہٕ بہاری اَسی لوہ تہٕ پاٹھو بہتھ، پرانین کتھن پھیٖر دِوان۔ اَکھ اَکِس نِشہٕ بیوٗن سپدٕنک اوشکھ ویلہٕ آمُت۔ اَمی وِزہٕ آیہٕ دِلودنی برس تل۔ دۆپنس ــ" کاکنۍ بہ تہٕ بے بیٖمہٕ ہاٗ توہہٕ نِش بُرنزاہ؟"

انہ پوٗرنایہٕ دۆپنس ــ" وُلے بیٖبے، یِہی!

دِلودنیہٕ سیتی کتھ جوراہ گرِتھ دراہٕ انہ پوٗرنا وتھرٕن تُلنہٕ کہٕ بہانہٕ براندس کُن۔

دِلودنی ووٗژھ بہارس ــ" دٔی کیاہ واتیم میہ کرُن۔ ونتم چل!"

بہاری— "ژٕر دن، کیاہ چھکھ پریشان کرُن؟"

دِلودِنی— "بوزان چھس گنگابلہِ بُٹھس چھتھ غریبن ہندِ علاجہٕ خاطرٕ باغ ہیوٚتمت ژٕر۔ بہ تہٕ پلزٕ ہے تتِر۔ کُنہی نہ ستےٚ، چوکس ہٕ لگہ ہی۔"

بہارِن دوٚپُس— "سیٹھاہ سونچیوم۔ رنگہ رنگہ کیوٚ ہنگامو چھہ ساٹہِ زِندگیہ منزٕ کرٕ ترٲوِ ہِتی۔ دی بیہہ ہاٛ اندکُن یِم گژٕرکِ اکِہ اکہ ہُرزاوِنہ۔ اما وُنکین دِل پہ کینژھا پریشان چھُم، تتھ چھُم نہ جُرتھی پیوان۔ وُنیکھ تام پیہ کینژھا اسہ گوٚرزیوٚ تمہِ کین ورن تہٕ پیچھن مُرزاوِنہ۔ رژس ما ہیکہ کینہہ اَندتھِر۔ وُنیکھ تام ہے سوزِ سیٹھہ سیٹھہ روٚدمت آسہ ہےٚ، تیلہ ہیکہٕ ہیم جانی پینژ وٲنس رتھ کُھستھ۔ اما دی بیمہٕ ژٕ یٔہ زِنتہٕ بیٚمن روزٕ نی۔ شہ سوکھ کانچھُن گوٚ دی بےسود۔ دی بزٕ اَسہ لوتہٕ لوتی زِندگیہ ہِندِس پھٹہ پھراٹس نشریح کوشش کرٕنی۔

امی وزٕ ژابہٕ انہ پوٗرنا اندر تہٕ دِلودِنی ڈٕڈھس— "ماجی بڑن تل رٹھتمی۔ دکہ متےٚ دِتم پاپی زانتھ۔"

انہ پوٗرنابہ ڈِیُتس دِلاسہ— "بکی کوزی، میٚژ سیتی۔"

یمہِ دوٚہہ وِنودنِہ انہٕ پوٗرنایہِ سیٹھی کامشی اکس گرٛٹھن۔

تمی دوٚہہ دوٚپنس بہارین — "وِنود، نِشاناہ ہے گوٚژھم!"

وِنودنی — "میٚہ، کیاہ چھم تیٚمہِ نِہ پانس نِشہِ تھوکو؟"

بہارین دوٚپنس منٛدچھ سان — "انگریزٕ چھ بنٛوٚنس نامو

سِنز مس کینشاہ کرٕتھ نوان تہٕ تھوٚر رچھ کران۔ ژہٕ تیے..."

وِنودنی — "دہی تقصیر! جانکے ستس میانس کیاہ سنا

کرکھ؟ چیزٕ کیاہ چھ تیوت زہٕ ڈالہِ بیٛمے۔ بہٕ نصیب ایکہ

بہٕ تُرنہِ سیٹھی کام کار تہٕ کرٕتھ۔ لہٰذا وِکے تیٚمہ چیزاہ

نہٕ میون رٲزِتھ تہٕ پلہ زہی۔ ون چھیہ منظور؟"

بہاری — "منظور۔"

پتہ کڑی وِنودنِہ دوتہٕ لوکچہ منزٕ ساسہِ نوٹ زہٕ

تہٕ تھاوِن بہارہٕ نِس اتھس پیٹھ۔

بہاری لوٚگس کمہِ تام نظرِ وُچھنے گندِتھ وُچھنہِ تہٕ پرٕنزٕ

اکہ دوٚپنس — "تہٕ لو ہینکے نا کٔنہی دِتھ؟"

وِنودنی — "چون نِشانہٕ ہے چھی میٚہ نِش، میون گھرٕ!

سہ کس ہینکیم نِتھ! بیٚیہ کیاہ گوٚژھم آسن؟" یہ وُنِتھ

تہٕ ہیوٚتس اتھکھ سہ آکھ۔ بہاری گو آشٹرس۔

دِنودنیہ دوٚپنس۔" ژیٚ ما پھِے خبر زہ یہِ ماچھُم جانی
بھوگُک آکھ! ژیٚنی شایاں۔ ژہ تہٕ ما ہیٚکِکھ یہِ پھیرِتھ نتھ؟"

ماسہِ ہِنٛد دوہ پیش لوٚزِتھ تہٕ اوس نہٕ آشاہِ دسوسہ
ژدلمت۔ راج لکھمی ہِنز آسکھ یکہِ وٹہٕ سیوا کرمٕژ۔ اما
دِنودنیہ کُن وچھتھ اوس آشاہِ تلواس ہیوٚ دوہ تھان۔ دَم پھٹِتھ
آسس گژھان تہٕ اشن ادٕکس گوبان۔ دِنودنیہ ہِنز خاطرداری
اُسِس کھران۔ لوکہ ویٚتھوٚژ اُس تسنٛدِ اتھہ پان رٹان، ژورہ پانچھ
اُس ترادِتھ ژھنان۔ ژایان اُس نہٕ کینہہ۔ اما اَز یٚلہٕ دِنودِنی
رخصت ہیٚژن سپدٕنی، آشاہِ پھیر دانِج دیہ۔ اُچھِ آدریس۔
دِنودِنی بیٚٹھ آسس عار۔ سوری کینہہ گوس مُشتھ۔ خالی آسس
تیٚتی سنگدِل زِہ تس تہٕ کرُن نہٕ معاف لیُس دور آسہ
نیرِہ وُن، گرِہ ترادِتھ۔ آشا اُس زانان زِ دِنودِنی چھ جہیندرس
اتھہ متےمژ۔ متہ ہےتہ کیا زِہ نہٕ، پانہ تیمے دیوانہ آسس
گامژ۔ یہِ سورِتھ آس اَز دنودنیہ بیٚٹھ سیٹھاہ عار۔ دِنودِنی
گژھِہ اَز جہیندرس ترادِتھ، یُتھ ہیوٚ دوکھ متہ کانٛہہ تن شتُرس
تہٕ کاتھہ۔ آشاہِ آیہ اُشہ ٹارِ۔ اکہِ دُکھتہ اوس ناتمہ دنودنیہ
لول تروٚمت۔ سُہ لول آسس اَز بیٚٹہ ٹُک دِتھ۔ لوٚہ پانچھ

گیہ وِنودنیہ نِش، بڑٕہ دردِہ سان تہ سترِہیہ سان بُرزٕھنس درایہِ کھِنے بیٹھ ڈیٚڈی!"

وِنودٕنیہ رُٹ نَس جونگنہٕ تہٕ دوٚپُن س — "آہنی، وکھ ہے دوٚتم۔ دوہٕ اکِہ بڑیوٚتھم نَے لول، از سعہ کھ وزہ ہے تھوٗرِ نہٕ تمی لوٚچ رژھاہ اکھ میانہٕ بُرژھی رُچھتھ، باقٕی سورُی مُشِرآوزِہ"۔

مہیندر آس تہٕ پرنام کٔرِتھ دوٚپُن س — "بابی، معاف کٔرِزیٚم"۔

اُچھِن ہندیوٚ گوٚنُ منزٕ وُتھِس اُشی بھِشِری جوراہ۔

وِنودٕنیہ دوٚپُن س — "ژٕہ تہٕ کریزیٚم معاف، بأے لالا(: ٹھاکُرپو) دَے تھاوِی نُو سعہ کھ سان یُژ کال؟"

